# علم تہ عرفان

# KNOWLEDGE & ASCENT



**Dr. Syed Amin Tabish**

FRCP, FAMS, FACP, FRCPE, MD (AIIMS), MBBS,
Postdoc Fellowship University of Bristol (England)
Doctorate in Educational Leadership (USA)

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | عِلم تہٕ عرفان |
| مُصنّف | : | سید امین تابشؔ |
| پیشہٕ | : | معالج |
| سرِوَرق | : | مسعود حُسین |
| کمپیوٹر کمپوزِنگ | : | جمیل انصاری (7006187808) |
| موٗل | : | ۸۰۰(. ہتھ روپیہٕ ) |
| | | (لائبریری ایڈیشن) ۱۲۰۰/روپیہٕ |
| چھپن وٗری | : | ۲۰۲۰ء / ۱۴۴۱ھ |
| چھاپ خانہٕ | : | **الحیات** پرنٹو گرافرس سرینگر 7006575292 |



## کتاب میلنگ نیب

☆: کتاب گھر، مولانا آزاد روڑ، سرینگر

☆: کتاب گھر، کنال روڈ، جموں

☆: گُلشن بُکس ریذیڈنسی روڑ، سرینگر

☆: بیسٹ بُکس، متصل پسکو سکول، لال چوک سرینگر

☆: کشمیر بُک ڈیپو، لال چوک سرینگر

☆: تخلیق، راولپورہ ہاؤسنگ کالونی، صنعت نگر سرینگر

# فہرست

☆☆☆

## کہتا ہوں وہی بات سمجھتا ہوں جسے حق



اکہِ عُمرِ ہُنٛد سورُے سفر گوٚو قأد ژٕہِس منٛز
ژھٕینٛزٕمتۍ رٕنیمتۍ جامہٕ وٕلِتھ موٚختہٕ جرُن پیٛوم
سوٚنٛچان روٗدُس گُس دُعا منگہٕ چانہِ باپتھ لٚس
لچھ عکس نظرن منٛز بٔستھ شاہکار گرُن پیٛوم

# حرفِ آغاز

شروع خدایہ ہِنٛدِ عظیم ناوٕ تہٕ محبتہٕ، یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان، رحم کرن وول تہٕ خالقِ کائنات چُھ۔

''تُو شب آفریدی، چراغ آفریدم''

فِکرِ سُخن چُھ تخلیقی عملہِ ہُنٛد سفر طے کٔرِتھ تخلیق چہ شکلہِ منٛزٕ نیرتھ باذوق پرن والین ہٕنزٕن نظرن منٛز یِوان۔ تخلیق کٲری ہٕنزٕ جمالیٲتی حِس (محسوس کرنک طاقت) کہِ آرامُک (تسکینُک) سامانہٕ بنہٕ نَس ٮ۪تہٕ ٮ۪تہٕ چھےٚ یہِ مکالمہٕ (کتھ باتھ) ہٕنزِ شکلہِ منٛزٕ زندگی ہُنٛد سبق دِوان۔

کُنہِ تہٕ مُلکُک تہذیب، ثقافت، تمدن تہٕ زبانٕی ہٕنزٕ ہم آہنگی (Harmony) ٮ۪تہٕ چُھ معاشرس منٛز سُہ ذہنی فِضا بنان ییٚمہِ ٮ۪تہٕ معاشرِ کہٕن تمام طبقن فائِد چُھ واتان۔

معاشرس منٛز استحکام، توازُن (Stability)، اُستوٲری تہٕ پائیدٲری باپتھ چھِ ترٛےٚ چیز لٲزِم۔ اخلاقیات، جمالیات تہٕ تعلیم۔

اخلاقیات چُھ کردار تہٕ عملہِ ہِنٛدِ مذہبُک معیار، روٗحانیت، قانون ساز اسمبلی، عدلیہ تہٕ سزادِنکہ قونوٗن مقرر کران۔

جمالیات (Aesthetics) چُھ احساسِ جمالی ٮ۪تہٕ معاشرس منٛز روزن والین منٛز ذہنی ٹھہرٕ رُک وجہ تہٕ وَتھ بنان۔

تعلیم (Education) ہیکہِ غریب تہٕ امیر دوشوٕنی طبقہٕ کہٕن بچن ذہنی طور برابر (یکساں) سطحس پیٹھ اَنتھ۔

زبان چھےٚ کُنہِ تہٕ قومُک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ اثاثہٕ تہٕ سرمایہٕ (Asset)۔ عالمی گام (Global Village) کِس تیز پھٔہلن وٲلِس بازرس منٛز چھےٚ فقط کینٛژن زبانن ہٕنزٕ اِجارٕدٲری تہٕ غلبہٕ (Domination)۔ علاقٲیی زبانن ٮ۪تہٕ چھےٚ کینٛژن بجبن زبانن تہٕ خطرٕ بٔنتھ۔ اکہِ اندازٕ مطابق چھےٚ دُنی ہیچہ ۹۰ رفیصد زبان مرن واجنہٕ۔ اقوامِ متحدہ کہِ اکہِ رپورٹہٕ مطابق چھےٚ ۲۵۰۰ رزبانہٕ (Languages) ختم گژھن واجنہٕ۔ دُنیاہس منٛز چھےٚ ۶۷۶۰ رزبانہٕ تہٕ ۲۳۴ رچھےٚ ختم گٲمژٕ تہٕ نصف کھوتہٕ زیادٕ زبانن ہُنٛد بقاء چُھ خطرس منٛز۔ ہندوستانس منٛز چھےٚ ۴۲۷ رزبانہٕ بولنہٕ یِوان۔ دہ ساس وٕری برٛوٚنہہ ییٚلہِ دُنی ہِنٛز آبادی الہٕ پلہٕ اکھ کروڑ اَس، تمہِ وِزِ اوس زبانن ہُنٛد تعداد باہ (۱۲) ساس۔ ازٕ چھےٚ دُنی ہِنٛز آبادی ۸ ارب تہٕ زبانن ہُنٛد تعداد چُھ سَتھ ساس کھوتہٕ

کم۔ ونہٕ چُھ یِوان زِ اکھ ہَتھ وٕری پتہٕ روزن فقط ۲۵۰/زبانہٕ۔

زبان چھےٚ معاشرٕ ستی بنان۔ زبانٕی ہُند آغاز چھےٚ کتھ باتھ (مکالمہٕ)۔ معاشرُک پھٔہلاو، علوٗم تہٕ فنونٕچ وُسعت تہٕ تخلیقی سرگرمی ہٕندِس بُنیادس پیٹھ چھےٚ زبان تشخُص (Identity) حاصل کران۔ زبانٕی ہنز ترقی چھےٚ اَمِچ تشخُص تہٕ۔

وقتہٕ چہ اَنہِ گٹ رأژ منز"چراغ آفریدم" (ژونگ بنوٗم) نعرِ دِتھ چُھ انسان پنٕنہِ وجوٗدُک ثبوٗت دِوان (تصدیق کران)۔

پتھ کالہٕ ہنزٕ تأریخ ساز شخصیتہٕ، تہٕندی کارنامہٕ تہٕ تہٕندِ فِکر وفنٕچ خوشبو، مختلف وقتن ہٕندی انقلاب، بدٕلونی حالات تہٕ حأدِثات چھِ أزی کِس زمانس منز تہٕ أزی چہِ پیٖہ یہِ ژینہٕ ون دِوان زِ أسی ہیٚچھو یمن عظیم المرتبت تہٕ بُزرگ انسانن ہنز سوانح پرٕتھ سبق، یُس اسہِ مُستقبل بناونس منز مدد دِیہ تہٕ صحیح وتھ ہأوِتھ کامیأبی ہٕندِس منزٕلس واتنس تام رہبری کرِ۔

کانٛہہ قوم عظیم بننہٕ باپتھ چُھ ضأبطہٕ اخلاق (ڈِسپلن) تہٕ تعلیم سبٹھاہ ضروری۔ پرٕن تہٕ لکھُن (Literacy) چھِ پننہِ جایہِ بجا، مگر أکِس انسانس پزِ باقأعدٕ ذہنی تربیت (Education) حأصل کرٕتھ روشن خیألی (Enlightenment) کُن خاص توجہ دِیُن۔

عالمی سطحس پیٹھ چھےٚ انسأنیت اکِہ مُشکل دورٕ منزٕ گذران۔ عالمِ انسأنیت صحیح وَتہِ پیٹھ لاگنٕ چھےٚ وقتٕچ اہم ضرورت۔ تبدیلی چھےٚ ممکن......

عام لُکن تہٕ سماجس منز تبدیلی (بدلاو) اَنٕنہٕ خأطرٕ چھےٚ اکِہ فعال (Dynamic) اثر پذیر (Effective) تہٕ جوابدہ (Responsive) حکوٗمت Good Governance اہم۔ کوٗشش چھےٚ کرٕنی زِ اکھ منظّم طریقہٕ مُرتّب کرٕتھ، اکھ خاص طریقۂ عمل ورتاوٕن، یتھ منز سخاوت تہٕ فلاح چھن کامِہن پوچھر لگہِ...... Evolve as a civil society۔

انسان چُھ گاٹہٕ جارُک نوٗر، علم چھےٚ دولت، علم چُھ طاقت۔ دأنشور (Intellectual) طبقس تہٕ مختلف شُعبن منز کأم کرن والین مأہرن (Experts) چھےٚ اکھ خاص ذِمہٕ دأری، سُہ گیہِ Knowledge based society علمہٕ کِس بُنیادس پیٹھ معاشرٕ تعمیر کرُن۔

زندگی چھنہٕ دوہَو تہٕ تأریخو ستی بنان۔ زندگی چھےٚ ژہو تہٕ احساساتو ستی بنان، یمہِ ستی خوشی چھےٚ میلان۔ زندگی چھےٚ مختصر (ذراسی زندگی)۔ یَیلہِ انسانس منز دانأیی، سمجھ تہٕ شعور چُھ پھانپھلان، دُنیاہس منز روزنُک وقت چُھ محدود (ژھوٹ) آسان۔

ہنری موٗر (Henry Moore) چُھ زندگی متعلق لکھان:

"The secret of life is to have a task, something you devote your entire life to, something you bring everything to, every minute of the day for your whole life. And the most important thing is- it must be something you can't possibly do."

زندگی منز اکھ مقصد تہٕ نصب العین آسُن چھُ کامیأبی باپتھ ضروٗری۔ زندگی چھےٚ صِرف اکہِ لٹہِ میلان۔ اتھ منز چھےٚ واریاہ کامہِ کرنہِ (Contribution) تہٕ قدمن ہنٛدی نشان ترٛاوٕنی۔

احتساب (Self-introspection)، پننہِ نیتُک جائزٕ (Soul- searching)، انفرأدی کردار سأزی (Individual Character building)، سائنسی سوچ (Scientific mindset)، شعوری انقلاب ( Conceptual Revolution)، ذہنی رٕویہ تہٕ طرزِ فکرِ منز بدلاو (Attitudinal Change)، اقدار پأدٕ کرٕنی (Value creation) ہیٚکہِ معاشرس منز اکھ مثبت تبدیلی أنتھ۔ تبدیلی چھےٚ ممکن۔ امہِ باپتھ چھُ مستقل پأٹھی ہیچھُن۔ نوٚبر، جِدّت تہٕ تحقیقی جائزٕ ( Constantly learn, innovate and explore) لأزِم۔

ایک چنگاری طوفان میں راہ دکھاتی ہے، ایک چنگاری ساغر میں اُبال لاتی ہے، ایک چنگاری اندھیروں کو جینا سکھاتی ہے۔

چرچل (Wniston Churchill) چھُ ونان:

"we make a living by what we get. We make a life by what we give."

اِک پل کی پلک پر ہے ٹھہری ہوئی یہ دنیا
اِک پل جھپکنے تک ہر کھیل سہانا ہے

"Nothing remains same for long. Structure of society and institutions change, and these changes are reflected in languages"

سائنس تہٕ اعتقادس منز چھُ اِشتراک (Commonalties)۔ سائینس چھُ سوال پرٛژھان تہٕ مذہب چھُنہٕ جواب منٛگان۔ Science requires questions, religion demands no answers.

مذہب یا سائینس...... اعتقاد تھأیُوٚ جأری...... یہ چھُ تیلہِ ممکن ییلہِ اکھ Consensus (اتفاقِ رائے) بناونہٕ باپتھ کوٗشش کرنہٕ ییہِ۔ دوشوٚے چھِ اہم تہٕ دوشوٚے ہیٚکن ستی ستی پکِتھ تہٕ پھاپھلِتھ (Co-existance)۔ یہِ چھےٚ کامیأبی ہنٛز وَتھ۔ ناممکن بنہِ ممکن۔ کیازِ نہٕ؟ شعوری انقلاب، انفرأدی کردار سأزی، شعورِ حیات، ذہنی رٕویہ تہٕ سائینسی سوچ چھِ تمہ ضروٗری

عصریم انسان ہنز کامیأبی باپتھ عملہٕ منز انٕنی پزن۔

کُنہٕ تہٕ مُلکہٕ چہٕ ترقی باپتھ چُھ لأزِم...... اصلاح (Reform)، عملِ منز اَنُن (Perform)، یکسر تبدیل کرُن (Transform) تہٕ آگاہ کرُن (Inform)۔ یِمن انقلأبی خیالن (Ideas) کُن لُکن وَتھ ہاوٕنی۔ مےٚ کیاہ تہٕ میٚون کیاہ سوچ چُھ بدلاوُن۔

ادب چُھ انسان ہٕندٮ۪ن جذباتن تہٕ خیالن ہنز ترجمأنی کران۔ انسان ہٕندی جذبات تہٕ خیال چھِ زمانس تہٕ ماحولس تابع آسان۔ ادب، ثقافت، زبان، تہذیب، تمدن تہٕ فن چھِ مقصدِ حیاتکی اہم پہلوٗ۔

أکِس ادیب سُند تجرُبہٕ یُٔت سرٕ وٗن آسہِ تہٕ ہمہ گیر آسہِ، تیٚوٗت جان آسہِ تتھ منز متأثر کرنچ صلأحیت...... اکھ جمالیأتی خوٗبی۔

زبأنی چھُ معاشرٕ بناوان (ایجاد کران)۔ کانٛہہ تہٕ زِندٕ قوم چھُ پننہٕ تہذیبی قدرن تہٕ ثقافتی معیارس سٟتی سٟتی پننہٕ زبأنی پٮ۪ٹھ تہٕ فخر کران۔

ارشادِ باری تعالیٰ چُھ ''آسمانن تہٕ زمینن ہنز تخلیق، زبأنی تہٕ رنگن ہُند اختلاف چھِ خدایہِ ہٕنزٕ نِشأنی''۔ زبان چھےٚ قومی یکجہتی باپتھ موثر ترین ذٔریعہ۔

روٗحأنی پیشوا، دأنشور، عأِلم، فلسفی، سائینسدان، ادیب، شأعر تہٕ مُدبّر مأہرِ سیاست (Statesmen) چھِ قومُک سرمایہ آسان۔ یِہُند دِیُت (Contribution) ہیکہٕ نہٕ مُشرِ وانہٕ یِتھ۔ یِمو چھےٚ پٔنٕنی سأری زندگی آسان قومس خدمت کرنس منز، معاشرٕ بدلاونس منز، ایجادات تہٕ دریافت کرنس منز، انسانہٕ سُند سوچ تہٕ اپروچ بدلاونس منز، عام لُکن ہنزٕ زندگی منز بہتری اَنہٕ نس تہٕ راحتکی سامانہٕ تیار کرنس منز لأگمژٕ آسان۔ یِہ سوٗرے چُھ پٔنٕنی ذأتی، گھریلو تہٕ اکثر ازدوأجی زندگی کُن کم تہٕ پیشہٕ ورانہٕ زندگی تہٕ سمأجی بہتری کُن زیادٕ وقت دِتھ ممکن بنان۔

میأنی یہ کتاب چھےٚ اکھ مختلف تہٕ الگ کوٗشش۔ یتھ منز مےٚ کأشرِس ادبس منز کیٚنژن چیزن ہنز کمی محسوس کٔرِتھ تِمن موضوعن پٮ۪ٹھ لیٚوٗکھ یِم اکھ ادبی سرمایہ بٔنِتھ تخلیقِ ادب کِمن حلقن منز جاے بناونہٕ باپتھ پرن والین ہٕندِس شوقس تہٕ مطالعہٕ ہٕس پٮ۪ٹھ مُنحصر چھِ۔ مےٚ چھےٚ اُمید زِ کتابہٕ ہُند سہل تہٕ عام فہم سٹائل، موضوعن ہنز ژٔر، نفسِ مضمون، مواد تہٕ فِکری اسلوب، دِلچسپ تہٕ پُرلطف اندازتہٕ آرأیشہٕ ہنز اہمیت بنہٕ پرن وألِس خأطرٕ اکھ خاص کُشش تہٕ میأنہٕ باپتھ حوصلہ افزأیی ہُند سامان۔

کائناتُک اصل کس ییٚتہِ فِکرِ تور کس لُجِ خبر

أسی کھڑا سونچِتھ تھکاں نالس لماں دامن ژھوٹاں

شام و سحرُک سِلسِلا اکھ آش اکھ، اکھ کشمکش

کانٛہہ چُھ حأران کانٛہہ پریشان، کانٛہہ دَوان دوران رِواں

آے گٔے لُکھ ساسہٕ بُدی ییٚتہِ رٔود گُس دَپھ روزِ کُس

وَتھ ژھوٹاں زیٛٹھان تہٕ روزاں بس چھِ قدمن ہٕندی نِشان

سیّد امین تابش

مارچ ۲۰۲۰ عیسوی/ رجب المرجب ۱۴۴۱ ہجری

پأرِ پأرِ لگوزِ تس پیغمبرسؐ | یہنٛدِس دورس رحمت چھِ جأری
کأڈِ ییلہِ حق لگہِ روزِ محشرس | تس کُن اُمیدوار آسان سأری
سُمتھ عرضی کرن جبارس | دوستس پنٕہٕ نِس غوصہٕ وَنہٕ سأری
وُچھ کرٕژ نعمژ دِژم سمسارس | کسہٕ ہٕ گرٕم شُکُر گذأری
تی بوزِ فاطمہؓ نِشہِ کھوژٕ کارس | ربّنا بابس غم کاس سأری
تور مُژرن رحمتٕہٕ کِس گرس | یارس پنٕہٕ نِس ستی دِیہِ سأری

## رَحُمَتہً لِلّعَالَمِینؐ
## عالمی انقلابُک رہبر

# رحمتہً لِلعالمینؐ......اکھِ عظیم انقلابُک بانی تہٕ رہبر

قرآن تہٕ رحمتہً لِلعالمینؐ سُنٛز حیاتِ طیّبہ چھِ پانہٕ وٲنی لازِم تہٕ ملزوٗم۔ییٚمہِ نہٕ نبی پاکؐ آسن وُچھمِتی، سُہ گژھہِ وُچھن قرآن۔ییٚمہِ نہٕ سوٗرے قرآن آسہِ وُچھمُت، تٚمہِ ہیٚکہِ باپتھ چھُ نبی پاکؐ کافی۔یہُنٛز پاک زندگی ہُنٛد اکھا کھ واقعہٕ چھُ قرآنٕچ ترجمانی کران تہٕ امہِ کِنہِ حُکمن ہُنٛز صحیح عملی تصویر بنٛاوِتھ گن انان:

ہمہ قرآن درشانِ محمدؐ (مولانا رومیؒ)

پیغمبرِ اعظم وآخر حضرت محمدؐ ہُنٛز عہد آفرین شخصیت......کینٛہہ خصوصیات تہٕ فضائِل

۱: اشرف الانبیاء تہٕ افضل البشر

۲: خاتم النبیین (آخری نبی)

۳: تمام انسانن باپتھ (کافة للنّاس) رسولؐ

۴: رحمتہً اللعالمین

۵: دِین کوٚرُکھ مکمل

۶: قرآن بنوٚوکھ بے مثال

۷: قرآنس اتھ لاگن وٲلی آسے مُطہّر (پاک) مانٛنہٕ

۸: قرآن آو ہر طرفہٕ محفوٗظ کرنہٕ

۹: اکھ لچھ تہٕ ژوٗہ ساس (۱۲۴۰۰۰) پیغمبرو منٛزٕ اوٗتھ ہمیشہٕ خاطرٕ قائیم کرنہٕ۔قرآنس منٛز آو صِرف ۲۹ یِمن پیغمبرن ہُنٛد تذکرٕ کرنہٕ۔

۱۰: صِرف تِہنٛدی قول (فرموٗدات) آیہٕ وَحی مانٛنہٕ

۱۱: معراج باپتھ آے بُلاونہٕ

۱۲: خالقِ کائناتن دِتی پننہٕ نوٗ ناوٕ ومنزٕ کینٛہہ ناو توہہِ (روف، رحیم، نوٗر، مُتین، عزیز)

۱۳: تِہنٛز ذِکر آیہ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ تھٕ زٕرس پیٹھ واتناونہٕ

۱۴: تِہنٛد محبت چُھ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ

۱۵: کوثر آو توہہِ عطا کرنہٕ

۱۶: قرآنس منٛز آو تِہنٛد ناوِ پیارٕ سان ہینہٕ

۱۷: خدایہِ سُنٛد محبوٗب بننہٕ باپتھ آیہِ نبیؐ پاک ہنٛز غلامی لازِم قرار دِنہٕ

۱۸: تِہنٛدِس اُمتس منٛز ہرگاہ کانٛہہ غلط کامٕ کرِ، تس چُھ تِتُے سزا (عدل) مگر اکہِ نیکی ہُنٛد ثواب چُھ دٕہن نیکی ین

برابر (رحمت)

۱۹: شبِ قدر چھےٚ اکھ ساس ریتن ہنٛزِ عبادتہٕ کھوتہٕ بہتر

۲۰: سُہ ہستی ییٚمِس ربِّ کائناتن پانہٕ عِلم عطا کوٗر

## فضیلت:

حضرت ابو ہریرہؓ چھِ روایت کران زِ نبی پاکؐ فرموٗدمٕے چھےٚ شیٚن کتھن منٛز باقٕے انبیاہن پیٹھ فضیلت۔

۱: جوامع الکلم (فصیح البیان)۔ کتھ مختصر مگر معنہِ جامع

۲: نُصرت بارُعب (رُعبہٕ ستی فتح)

۳: احلّت لی الغنائم (مالِ غنیمت چُھ حلال)

۴: جعلت لی الارض مسجداً و طهوراً (سأرِے زمین آیہِ مسجد تہٕ پاک بناونہٕ)

۵: ارسلت الی الخلق کافۃً (تمام مخلوقن ہُنٛد نبیؐ)

۶: خاتم النبیین (آخری نبی، نبوتُک خاتمہٕ)

نبی پاکؐ ہُنٛد اکھ خاص وصف چُھ زِ یم چھِ تمام عالمن ہنٛدِ باپتھ رحمت۔ وَما ارسلنٰكَ اِلّا رَحْمَةً الِلّعالَمِین

اے محمدؐ! اسہِ سوٗزِ وتُہی تمام جہانن باپتھ رحمت۔ ہر جایہ تہٕ ہر وقتہٕ (زمان و مکان) خاطرٕ تمام انسانن باپتھ رحمت۔ یعنی قیامژ تام تہٕ

قرآن تہِ چھےٚ آخری کتاب (قیامژ تانی)

قرآن چُھ خالقِ کائنات سٕنٛز سۄ زٕمژ کتاب تہٕ سارِوے کھوتہٕ بۄڈ معجز نبی پاکؐ چھِ ربّ کائنات سُند محبوٗب دوست۔ علمِ حمد چُھ تہُند اکھ امتیازی نشان۔ نبی پاکؐ ہُند فرمان چُھ ''بہٕ آس دُنیاہس منٛز حُسنِ اخلاق تہٕ کردارٕک سارِوے کھوتہٕ تھۄد معیار قایم کرنہٕ باپتھ سوزنہٕ''۔ حُسنِ اخلاقچ تکمیل خاطرٕ۔ نبی پاکؐ ہٕنٛدی اخلاق اٰسی عظیم ترین (بۄڈی تہٕ تھدی)۔

نبی پاکؐ چھِ تمام بنی نوع انسان تہٕ تمام انبیاہن کھوتہٕ افضل تہٕ تہٕنٛدی امام تہٕ رہبر۔ قیامژ دوہ آسن نبی پاکؐ تمام انبیاہن ہٕنٛدی خطیب (خُطبہٕ دِنہٕ وول) تہٕ شفاعت کرن وول۔

نبی پاکؐ اٰسی ظاہری شکل تہٕ صورت، عادات، خصلت تہٕ خُلق، تمام صِفاتن منٛز عظیم ترین۔

ایمانس منٛز چھِ زیادٕ کامِل تِمے یِہنٛدی اخلاق زیادٕ حسین آسن۔ اخلاقی اقدار تہٕ جمالیٲتی اقدار چھِ اکے حقیقتکی زٕ ناو۔

نبی پاکؐ چُھ فرماوان: ''خدا چُھ حسین تہٕ حُسنس سٟتۍ چُھس محبت''۔ انسان تہٕ چُھ فطرتاً حُسنس سٟتۍ محبت تھاوان۔

ربّ کائنات چُھ فرماوان: ''اے محمدؐ! وُنو زِ مے چُھ ربّ کائنات سُند رنگ (صفاتِ الٰہی) اختیار کۆر مُت تہٕ رنگ کہِ لحاظٕ کُس ہیکہِ خدایہٕ سنٛدِ کھوتہٕ حسین اٰسِتھ تہٕ اٰسی چھِ تٔمۍ سنٛزے عبادت کران''۔ (سورۂ بقرہ ۲:۱۳۸)

رنگِ الٰہی گۆو وصفاتِ حسنہ (اخلاق)۔ پانس اندر چھِ ربّ کائنات سٕنٛدی اخلاق پٲدٕ کرٕنی۔ حیا چُھ ایمان، بے حیٲیی چھےٚ بدی۔

حُسنِ خُلق چھےٚ انسانس ربّ سٕنٛدِ طرفہٕ دِنہٕ آمژ بہترین نعمت۔ امہِ سٟتۍ ہیکہِ انسان احسان تہٕ تقویٰ ہُک تھۄد مقام پرٛاوِتھ۔ حدیث چھِ زِ مومن چُھ حُسنِ خُلقہٕ سٟتۍ راتچ عبادت تہٕ دوہچہِ روزٕ درن وٲلِس شخصہٕ سُند درجہِ حاصل کران۔ (ابوداوٗد، مشکوٰۃ)

انسانہٕ سٕنٛز عظمت تہٕ کمال، تٔمۍ سٕنٛدی اخلاق تہٕ کردار تہٕ زندگی گُذارنک طریقہٕ سُنتکی مرہوٗنِ منّت۔ نبی پاکؐ چھِ تمام اُمتہٕ باپتھ بہترین نموٗنہٕ۔ قرآن چُھ نبی پاکؐ ہُند خُلق تہٕ اُسوۂ حسنہ...... قرآنچ عملی تفسیر۔ (ابوداوٗد)

ہدایت الٰہی ہُند دۆیِم سرچشمہٕ چُھ سُنّت۔

امیر المومنین حضرت علیؓ چھِ روایت کران زِ اکہِ دوہہٕ پرٛژھ تمو نبی پاکس ''تہُند سُنّت کیاہ حٕز چُھ؟''۔ نبی پاکؐ فرموکھ:

☆ مومن چُھ میانہٕ زندگی ہُند سرمایہ

☆عقل چھےٚ میانہٕ دینُک اصل

☆محبت چھےٚ میانٕی بُنیاد

☆شوق چھےٚ میانٕی سوأری

☆ذِکرِ الٰہی چھُ میون دوست

☆اعتماد چھُ میون خزانہٕ

☆غم چھُ میون رفیق

☆عِلم چھُ میون ہتھیار

☆صبر چھُ میون لباس

☆رضا چھُ میون مالِ غنیمت

☆عجز (غریبی) چھُ میون فخر

☆زُہد (پرہیز گأری) چھُ میون پیشہٕ

☆یقین چھُ میون طاقت

☆صدقہٕ چھُ میون سُفأرِش کرن وول

☆طاعت (بندٕگی) چھےٚ میانہِ باپتھ کأفی (کفالت لرن وازنی)

☆جہاد چھُ میون خُلق (عادت)

☆میانین أچھن ہنز ٹھنڈک چھےٚ نماز (کتابُ الشفاء)

یم سداہ (۱۷) جُملہٕ چھِ فلسفۂ حیاتچ اکھ بڈ کتاب۔

زندگی، سیرتِ طیّبہ مطأبق گذارنی تہٕ نبی پاکٔ ﷺ سِندِس نقشِ قدمن پیٹھ پکُن گو وسُنّتِ حَسنہٕ چ اطاعت (پیروی) کرٕنی۔

اشرفُ الانبیاہس متعلق چھُ قرآن گواہ:

وَرَفعنَا لَکَ ذِکرَک تہٕ اسہِ تھٕز روو (ہر روو) چانہِ باپتھ چأنی ذِکر۔ التعیاتس منز تہٕ چھُ خدایس ستۍ ستۍ نبی پاکٔ ﷺ سُند ذِکر تہٕ۔ قرآنس منز چھُ درُود شریفس متعلق بیان

اِنَّ اللّٰہ وَمَلٰئِکتہٗ یُصَلّونَ علیٰ النبی یٰاَیھاالذینَ آمَنُو صلّوا عَلیہِ وسلِّمُو تسلیماً

حقیقت چھےٚ یہِ زِ خالقِ کائنات تہٕ تٔمی سٕندی فرشتہٕ چھِ پیغمبرسؐ پٮ۪ٹھ درُود سوزان......

اے ایمان والیو! تُہۍ تہٕ سوٗزِو درُود تہٕ سلام پیغمبرسؐ پٮ۪ٹھ۔

یس عظیم ہستی خداتہٕ فرشتہٕ درُود تہٕ سلام آسن سوزان تٔمی سُند رُتبہٕ کوتاہ تھوٚد چھُ۔ یہِ چھُ صاف تہٕ نوٚن۔

معراج کِس سِلسِلس متعلق چھُ قرآنس منٛز واضح:

فاوحیٰ الیٰ عبدہ ما اوحیٰ پھر حکُم بھیجا اللہ نے اپنے بندے پر جو بھیجا

عزت، شان، بُلندی تہٕ نزدیکی ہُند یہِ عالَم......خدادِوان، بندٕ رٹان

قرآن چھُ گواہ: لَولاکَ لَما خلقت الافلک

اے پیغمبر! ہرگاہ نہٕ ژٕ آسہٕ ہکھ، کائنات آسہٕ ہانہٕ پٲدٕ آمٕژ کرنہٕ۔ روضۂ اطہر (مسجدِ نبوی) زمین کِس یتھ حصس پٮ۪ٹھ نبی پاکؐ آرام چھِ فرماوان، سُہ چھُ عرش وکُرسی کھوتہٕ افضل۔

نبی پاکؐ چھِ عَبدِیتَس منٛز بے مثال، علمِ حقیقی تہٕ خداشناسی (معرفت) منٛز تہٕ بے مثال۔

یٰاَیھا النّبی اِنّا اَرسَلنَاکَ شاھداً و مُبشِّراً و نَذِیرا

اے پیغمبر! اسہِ سوٗزِو تُہۍ شاہد، بشارت دِنہٕ وول تہٕ کھوژناون وول بناوِتھ۔ قیامژ دوہ (یومِ آخرت) ییلہِ انسانن حساب منگن۔ تمام انبیاءکرن عرض زِ نبی پاکؐ دِین تمام انبیاہن ہٕندِ طرفہٕ گواہی۔

پیغمبرن وَنن ثبوت دِنہٕ باپتھ مگر نبی پاکؐ آسن تمتھ مقامس پٮ۪ٹھ یِتہِ نہٕ تِمن ثبوت منگنہٕ ییہِ۔

سورۂ آلِ عمران (۱۳۳)، یہِ آیت:

واَطِیعو اللّٰہَ وَالرَّسُولَ: اطاعت کٔرِو خدایہِ سٕنٛز تہٕ رسولؐ سٕنٛز۔ واریاہن جاین چھُ اللہ تعالیٰ ایمانہٕ والین حکُم دِوان زِ تِم کرن خداتہٕ رسولؐ سٕنٛز اطاعت۔ (سورہ الانفال:۲۰، سورہ النور:۵۴، سورہ محمد:۱۳۳، سورہ مجادلہ:۱۳، سورہ التغابن:۱۲، سورہ النساء:۸۰)

☆ اطاعتِ رسولؐ چھُ رحمتِ الٰہی حاصل کرنک واحد ذریعہ

☆ رسولؐ سٕنٛز اطاعت کرٕنۍ گےٚ خدایہِ سٕنٛز اطاعت کرٕنۍ

☆ خدایہ سُنٛد محبت حأصل کرنٛک ذریعہِ چھُ نبی پاکؐ سٕنٛدٕ ارشاداتن پٮ۪ٹھ عمل کرٕنۍ

☆ اطاعتِ رسولکؐ انکار کرن وول چھُ کأفر

نبی پاکؐ آے زٕ چیز ہٮ۪تھ سوزنہٕ:

(۱): قرآن کریم (الھدیٰ)　　　(۲): دِینِ حق (پۆز دِین)

هُوَالَّذِی اَرسَلَ رَسُولَه' بِا الهُدیٰ وَ دِینِ الحَقِّ لِیُظهِرَه' عَلَے الدِّینِ کُلِهٖ وَلَو کَرِهَ المُشرِکُونَ

رسالتِ محمدیؐ ہُنٛد مقصد تہٕ اچھ امتیأزی شان چھےٚ قرآنس منٛز تٕمن جاین نظرِ گژھان

لِیُظهِرَه: غأٖلب کرُن

عَلَی الدِّینِ کُلِهٖ: سورُے دِین

کی محمدؐ سے وفا تُو نے تو ہم تیرے ہیں

یہ جہاں چیز ہے کیا لوح و قلم تیرے ہیں

نبی پاکؐ سٕندِس انقلاب کس آلس (سامان) متعلق چھُ مولانا حالؔی ونان:

اُتر کر حِرا سے سُوے قوم آیا

اور اک نسخۂ کیمیا ساتھ لایا

نبی پاکؐ اُسی ژتجیہہ (۴۰) ؤہری تہٕ تمویٚ ژھ تنہأیی منٛز کینٛژس وقتس زندگی گزارٕنۍ۔ امہِ باپتھ کوٚر تمو مکہ پٮ۪ٹھ دٕۄ رٕز میل سفر کٔرِتھ ''غارِحرا'' قیام۔ ییٚلہ محمدؐ اُسی غارِحرا تشریف نوان، حضرت خدیجہؓ اُسکھ ستۍ گژھان تہٕ أندی پکھ کُنہِ جایہِ روزان۔ رمضان کس پوٚرٕ رٮ۪تس اُسی نبی پاکؐ غارِ حراہس منٛز قیام کران۔

نبی پاکؐ سُنٛد تنہأیی منٛز روزُن اوس درحقیقت اللہ تعالیٰ سٕنٛز اکھ تدبیر، یُتھ اکھ عظیم ذِمہٕ دأری باپتھ تمن ییٚن تیار کرنہٕ۔ رسالتچ ذِمہٕ دأری بٕرنٛتھ ترٕے (۳) ؤری آیہِ خلوَتس منٛز حضرت محمدؐ امانت کُبریٰ، روۓ زمین بدلنہٕ تہٕ خطِ تاریخ اُ کس نۆس موڑس پٮ۪ٹھ اَننہٕ باپتھ تیار کرنہٕ۔

ترٕے (۳) ؤری گُزرِتھ آو اللہ تعالیٰ سٕنٛد طرفہٕ تمن نبوتک منصب عطا کرنہٕ تہٕ حضرت جبرئیلؑ آے قرآنِ شریف چہِ کینٛہہ

## مکّہ مکرّمہ

﴿إِنَّ أَوَّلَ بَيْتٍ وُضِعَ لِلنَّاسِ لَلَّذِي بِبَكَّةَ مُبَارَكًا وَهُدًى لِّلْعَالَمِينَ﴾ ''اللہ تعالیٰ کا پہلا گھر جو لوگوں کے لیے مقرر کیا گیا وہی ہے جو مکہ میں ہے جو تمام دنیا کے لیے برکت اور ہدایت والا ہے۔'' (آل عمران: 96/3)

مکہ مکرمہ کے نام: مکۃ، بکۃ، ام القری، البیت الحرام، البیت العتیق، البلد الامین، بیت اللّٰہ الحرام

یہ نام بھی ہیں: النساسۃ، ام رحم، معاد، الحاطمۃ، الرأس، صلاح، العرش، القادس، المقدسہ، الناسہ، الباسہ، کوثیٰ (معجم البلدان 1/1)






## مکّہ مکرّمہ

رسول اللہ ﷺ کے زمانے میں

(شیخ محمد سعید فارس کی کاوش سے ماخوذ نقشہ)

طائف کی وہ پہاڑی جہاں رسول کریم ﷺ پر پتھر برسائے گئے، اس کے قریب مسجد عداس جہاں وہ باغ تھا جس میں رسول اللہ ﷺ نے پناہ لی تھی



پیمانہ 1 سنٹی میٹر = 2925 میٹر

جرف — بنو حارثہ — عرصہ — مجمع الاسیال کی طرف — وادی قناۃ — بنو عبدالاشہل و زعوراء — السافلہ — بنو ظفر — ثنیۃ الوداع — ثنیۃ الثور — بنو سلمہ — راس الثنیہ — بدائع — بنو حارث بن خزرج — السنح — البقیع — مسجد نبوی — بنو نجار (مالک و مازن اور دینار و عدی) — بنو زریق — بنو ساعدہ — بنو واقف — بنو حارث بن خزرج — بنو قینقاع — بنو بیاضہ — وادی مہزور — یثرب — بنو قریظہ — بنو سالم بن عوف — العالیہ — وادی مذینب — بنو نضیر — بنو عوف بن خزرج — قلعہ کعب بن اشرف — عصبہ — بنو عوف بن مالک بن اوس — قباء — مسجد قباء — بنو انیف — جبل عیر



## مسجد قباء

﴿ لَا تَقُمْ فِيهِ أَبَدًا لَمَسْجِدٌ أُسِّسَ عَلَى التَّقْوٰى مِنْ أَوَّلِ يَوْمٍ أَحَقُّ أَنْ تَقُومَ فِيهِ فِيهِ رِجَالٌ يُحِبُّونَ أَنْ يَتَطَهَّرُوا وَاللّٰهُ يُحِبُّ الْمُطَّهِّرِينَ ﴾ "کھڑے ہوں آپ اس مسجد (ضرار) میں کبھی بھی۔ البتہ وہ مسجد کہ بنیاد رکھی گئی ہے (اس کی) تقویٰ پر پہلے ہی دن سے، زیادہ حق دار ہے اس کی کہ کھڑے ہوں آپ اس میں، اس میں تو ایسے لوگ ہیں جو پسند کرتے ہیں اس بات کو کہ پاک ہوں وہ اور اللہ پسند کرتا ہے پاک رہنے والوں کو" (التوبہ: 108/9)



مسجد قباء کا فضائی منظر



جبل عير • قال صلى الله عليه وسلم : المدينة حرم ما بين عير إلى ثور •



جبل أحد . قال صلى الله عليه وسلم : هذا جبل يحبنا ونحبه .

آیت ہیٚتھ نبی پاکؐ سٕندِس خدمتس منٛز وَحی واتنُک ابتداء گوٚ وسرورِکا ئناتسؐ خوابس منٛز۔ گوڈنچ آیت اُس:

اِقرَاء بِاسمِ رَبّکَ الَّذی خَلَق

نزولِ قرآن پتہٕ آو نبی پاکس تبلیغ کرنک حکُم دِنہٕ۔ دعوتِ تبلیغ کہِ مواد ک خُلاصہٕ چُھ:

☆: توحید

☆: اُخرت کس دوہس پیٛٹھ ایمان

☆: تزکیہِ نفس (تقویٰ)۔ بُرِ کامہِ کرنہٕ نِشہِ پرہیز

☆: پننِ تمام معاملات ربِ کائناتس پُشراونی

☆: یہِ سوٗرے رِسالتس پیٛٹھ ایمان اَنتھ (فرموداتِ نبیؐ کس داَئرس منٛز)

گوڈنِکی راہ رَوانِ اسلام۔ سارِنے برٛونٹھ کوٚر اسلام قبوٗل:

(۱): حضرت خدیجہ بنِ خویلدؓ

(۲): حضرت علیؓ ابنِ ابی طالب (اَمہِ وِزِ اوس یہِ نوٚ وُہر)

(۳): حضرت زید بنِ حارثؓ

(۴): حضرت ابوبکر الصدیقؓ

(۵): دختر انِ رسول اللہ (حضرت فاطمہؓ، حضرت زینبؓ، حضرت رُقیہؓ، حضرت اُمِ کُلثومؓ)

اَمہِ پتہٕ یِمو اسلام قبول کوٚر تِم چھِ:

(۱): حضرت عثمانؓ

(۲): حضرت زُبیرؓ

(۳): حضرت عبدالرحمٰن بن عوفؓ

(۴): حضرت سعد بن ابی وقاصؓ

(۵): حضرت طلحہ بن عبیدؓ

یہِ اوس اسلامُک ہراول دستہٕ (لشکرس برٛونٹھہ برٛونٹھہ پکن وألی)۔ امہِ پتےٚ آے نوٚم حضرات اسلام کس دأئرس منٛز:

(۱): حضرت بلال حبشیؓ

(۲): حضرت ابوعبیدہؓ

(۳): حضرت عامر بن جرّاحؓ

(۴): حضرت سُمیہؓ (عمار بن یاسرؓ سِنز موج)

(۵): حضرت ابوسلمہ بن ابوالاسدؓ

(۶): حضرت ارقم بن ابی الارقمؓ

(۷): حضرت عثمان بن مظعونؓ تہٕ أمی سِندی زِ بأے قدامہؓ تہٕ عبداللہؓ

(۸): حضرت عبیدہ بن حارث بن مطلبؓ

(۹): حضرت اُم الفضلؓ (حضرت عبداللہؓ بن عباسؓ سِنز موج)

(۱۰): حضرت سعد بن زیدؓ

(۱۱): حضرت فاطمہؓ بنتِ خطاب (حضرت عمرؓ سِنز بیٚنہِ)

(۱۲): حضرت خباب بن أرتؓ

(۱۳): حضرت عبداللہ بن مسعودؓ

**نماز:**

ابتدائے اسلامس منز آیہِ صُبح چہ زٕ رکعات تہٕ شامچہ زٕ رکعات نماز فرض کرنہٕ۔ ارشادِ باری چھُ:

" وَسَبِّح بِحَمدِ رَبِّکَ بِالعَشِيی وَالاِبکارِ "

صُبحس تہٕ شامس، پننس رب سِندِ حمدٕ ستی کرِواچ تسبیح

**اوصافِ حمیدہ:**

نبی پاکؐ سُند چہرۂ اقدس، قد و قامت، خدوخال تہٕ خوبصورتی ہیکو نہٕ لفظن منز بیان کٔرِتھ۔ تمہٕ أسی ذہانت، بہادری، صبر تہٕ استقامت، پزرتہٕ ایمانداری، سخاوت، دانأیی، فرض شنأسی، وقار تہٕ انکسار، فصاحت (خوش کلأمی) تہٕ بلاغت (کلام کرنس منز تھزر) ہو بِن صِفتن منز لاثأنی۔ نبی پاکؐ سِندِ جِسمُک نقشہِ اوس رؤحِ نبوّتُک پرتَو۔ نبوّت چھُ ایمان تہٕ تقویٰ ہٕنٛد معراج۔ نبی

پاک سُند بُتھ چھُ نوٗرِ افشاں۔ یہِ چھےٚ آفتابٕچ اکھ جھلک۔

حضورؐ سی جوامع الکلم۔ لفظ کم تہٕ معنیٰ وسیع۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ:

☆ انسانہٕ سُند حشر (روزِ حساب) آسہِ تِمو ہے ستی ییٚمِس سٕہ محبت آسہِ کران۔

☆ اسلام اَنِو، سلامتی (عافیت) رٔٹِو

☆ اعمال چھِ نیتن پیٹھ دٔرِتھ

☆ جنگ چھُ یِوان چالوٗ ستی لڑنہٕ

☆ مجلسن باپتھ چھےٚ رازداٗری لاٗزِم

☆ بُرکامو ہُنش بازیُن تہٕ چھُ صدقہٕ

☆ قومُک سردار گوٚو سُہ یُس اَمِچ خدمت کرِ

☆ حُسنِ گُفتار تہٕ چھُ صدقہٕ

☆ پرٛتھ کاٗنسہِ نعمت رٹن واٗلِس ستی ہیکہِ حسد کرنہٕ یِتھ

☆ یُس نہٕ انسانن پیٹھ رحم کرِ، خدا کرِ نہٕ تس پیٹھ رحم

☆ اسلامٕچ اخلاٗقی حقیقت چھےٚ پاٚکیز گُفتار تہٕ بوچھِ ہتین کھین (غذا) دِیُن۔

☆ ایمانُک جوہر چھُ صبر تہٕ سخاوت

☆ معیاٗری ایمان گوٚو رِتٕی اخلاق

☆ معیاٗری نماز گیِہ سُہ یتھ منز واریاہس کالس عاجزی سان قیام یِیہِ کرنہٕ

☆ عبادت باپتھ چھُ بہترین وقت راتُک اٚخری حِصہٕ

## رسالتؐ نامہٕ:

| | |
|---|---|
| ولادت: | ۲۵/اپریل ۵۷۱ء (۱۲/ربیع الاول، اکھ عام الفیل) |
| ۶/ ؤُہر: | والدہ سُند انتقال |
| ۸/ ؤُہر: | بُڈی بب (عبدالمطلب) سُند انتقال |

| | |
|---|---|
| ۱۲ ؤہُر: | شامُک (Syria) تجاُرتی سفر |
| ۲۵ ؤہُر: | حضرت خدیجہؓ ہس ستۍ نِکاح |
| ۳۰ ؤہُر: | قوم کہِ طرفہٕ خطاب ''امین'' |
| ۳۵ ؤہُر: | تمام قبیلن ہِنٛدِ طرفہٕ ثالث (منصف) |
| | (یِیلہِ کعبہٕ کِس دیوارس منٛز حجرِاَسوَد آولاگنہٕ) |
| ۳۷ ؤہُر: | غارِ حرا ہس منٛز عبادت تہٕ فِکر |
| ۴۰ ؤہُر: | نزۆل وَحی |
| ۴۳ ؤہُر: | ۳ رنبوی: ۴۰ شخص اسلامس منٛز دأخِل |
| ۴۵ ؤہُر: | ۵ رنبوی: حبش ہجرت کرنُک صحابن حُکم |
| ۴۶ ؤہُر: | ۶ رنبوی: حضرت حمزہؓ تہٕ حضرت عمرؓ سٕنٛد اسلامس منٛز دأخِل |
| ۴۷ ؤہُر: | ۷ رنبوی: کُفارِ قریش ہِنٛدِ طرفہٕ بائیکاٹ [شِعب ابی طالبس منٛز محصور (نظر بند)] |
| ۵۰ ؤہُر: | ۱۰ رنبوی: معاشرتی بائیکاٹُک خأتمہٕ |
| | حضرت ابوطالب سٕنٛز وفات |
| | حضرت خدیجہؓ سُنٛد انتقال |
| | طائفُک سفر |
| | معراجُک معجزٕ (اسریٰ تہٕ معراج) |
| ۵۱ ؤہُر | ۱۱ رنبوی: مدینہ کیو شیٛیو (۶) نفرو کۆر اسلام قبول |
| ۵۲ ؤہُر: | ۱۲ رنبوی: مدینہ کیو باہو (۱۲) نفرو کۆر اسلام قبول |
| ۵۳ ؤہُر: | ۱۳ رنبوی: مدینہ کیو دُسٔتتھو (۷۲) نفرو کۆر اسلام قبول |
| ۵۴ ؤہُر: | ۱ ہجری بمطأبِق ۶۲۳ء: مدینہ شہرُک نظم ونسق (انتظامیہ) سنبھالُن |
| ۵۵ ؤہُر: | ۲ ہجری بمطأبِق ۶۲۴ء: جنگ بدر (کُفارن پیٹھ حملہٕ) |

| | |
|---|---|
| ۵۶/وُہُر : | ۳/ہجری بمطأبقِ ۶۲۵ء: جنگِ احد (کُفارن پتھ دوٗیُم حملہٕ) |
| ۵۷/وُہُر : | ۴/ہجری بمطأبقِ ۶۲۶ء: بنی عامرن ہنٛز چال بأزی تہٕ قیدی ین ہنٛز شہادت |
| ۵۸/وُہُر : | ۵/ہجری بمطأبقِ ۶۲۷ء: جنگِ خندق |
| ۵۹/وُہُر : | ۶/ہجری بمطأبق ۶۲۸ء: صلح حدیبیہ (نبی پاکس سٍتی اۭسۍ ۱۸۰۰ اصحابی) |
| ۶۰/وُہُر : | ۷/ہجری بمطأبق ۶۲۹ء: فتحِ خیبر۔ بادشاہن سوٗزکھ دعوت نامہٕ |
| ۶۱/وُہُر : | ۸/ہجری بمطأبقِ ۶۳۰ء: موتہ ہٕک واقعہٕ، فتحِ مکہ، حُنینُک واقعہٕ |
| ۶۲/وُہُر : | ۹/ہجری بمطأبقِ ۶۳۱ء: واقعۂ تبوک۔ مسلمانن ہُند حج کرُن |
| ۶۳/وُہُر : | ۱۰/ہجری بمطأبق ۶۳۲ء: حج الوداع (أخری حج) تہٕ أخری خُطبہٕ |
| ۶۳/وُہُر : | ۱۱/ہجری: علالت تہٕ رحلت (۱۲/ربیع الاول ۱۱/ہجری، ۸/جون ۶۳۲ء) |

## اُم المومنین (ازواجِ مطہرات):

۱): حضرت خدیجہ بنت خویلدؓ

۲): حضرت سودہ بن زمعہؓ

۳): حضرت عائشہ صدیقہؓ

۴): حضرت حفصہ بنت عمرؓ

۵): حضرت زینب بنت خزیمہؓ

۶): حضرت اُم سلمہ بنت ابی امیہؓ

۷): حضرت جویرہ بنت حارثؓ

۸): حضرت زینب بنت جحشؓ

۹): حضرت اُم حبیبہ بنتِ ابی سفیانؓ

۱۰): حضرت صفیہ بنتِ حَی بن اخطبؓ

۱۱): حضرت میمونہ بنتِ حارثؓ

(امہِ علاوٕ اُس حضرت ماریہ قبطیہؓ تہٕ حضرت ریحانہؓ تہٕ خاندانِ نبوی منز شأمِل)

نبی پاکﷺ ہٕندی اولاد:

☆: سیّدہ زینبؓ

☆: سیّدہ رُقیہؓ

☆: سیّدہ اُمِ کلثومؓ

☆: سیّدۃ النساء حضرت فاطمہ زہراؓ

(یہُند نکاح کوٚرُکھ حضرت علیؓ یَس سٕتی ۔ اولاد: حضرت امام حسنؓ، حضرت امام حُسینؓ، حضرت زینبؓ، حضرت اُمِ کلثومؓ۔
حضرت اُمِ کلثومؓ سُند نکاح اوس حضرت عمر فاروقؓ سٕتی آمُت کرنہٕ)

حضرت قاسمؓ: سدٕ ہن (۱۷) رتٕبن ہٕنزِ عُمرِ منز گےٚ وفات

حضرت عبداللہؓ سٹھٕہے لوکچہِ وأنسہِ منز گےٚ وفات

حضرت ابراہیمؓ: اردا ہن (۱۸) رتٕبن ہٕنزِ عُمرِ منز گےٚ وفات

سرورِکونین ہٕندی تمام اولاد زاے اُم المومنین حضرت خدیجہ الکبریٰ ہَسؓ تہٕ حضرت ابراہیمؓ زاو حضرت ماریہ قبطیہؓ

**ہجرت:**

۸ یا ۱۲ ار ربیع الاول، ارہجری (۲۳ رستمبر ۶۲۲ء) وُأتی نبی پاکﷺ مکہ پیٹھ سفر کٔرِتھ مدینہ۔ یَیلہِ سردارانِ قریش یکُم ربیع الاول، ارہجری جمع گےٚ تہٕ مُتفقہٕ پأٹھی نیُٔ کھ فأصلہٕ زِ داعی اسلام محمدﷺ گڑھن شہید کرنہٕ یِنی ۔ اتھ اجلاسس منز اُسی باقٕے لُکو علاوٕ ابو جہل، ابو سفیان، نضر بن حارث تہٕ امیہ بن خلف تہٕ شأمِل ۔ یہٕ خبر بوٗزِتھ گےٚ نبی پاکﷺ حضرت ابوبکرؓ سُند گرِ ۔ اُتی کوٚر ریمو ہجرت کرنُک اِرادٕ۔

دُشمنن نِشہِ بچنہٕ خأطرٕ دزٕ اے یِم رات رٔٹیت تہٕ غارِ ثورس منز کوٚرُکھ ترٕ ین دوہن قیام۔

دُشمن گےٚ نبی پاکﷺ سُند گرِ یمن حملہٕ کرنہٕ ۔ راتس روٗدی محاصر کٔرِتھ تہٕ صُبحأے وُچھکھ نبی پاکﷺ چھنہٕ اَتہِ موجود تہٕ حضرت علیؓ اُسی تھٔندِس بسترس منز راتس شوٗنگتھ ۔ امہِ پتہٕ گےٚ دُشمن حضرت ابوبکرؓ سُند گرِ، تتہٕ تہٕ وُچھکھ تہٕ نبی پاکﷺ اُسی دزٕ امٕتی ۔ دُشمن گوٚو

یقین زِ نبی پاکؐ چھِنہٕ اتہِ۔

۸ یا ۱۲؍ ربیع الاول ۱۴؍ نبوّت (ا؍ ہجری) مطابق ۲۳؍ ستمبر ۶۲۲ ءوأتی مدینہ مُنورہ ہس منز گوڈٕ نبی پاکؐ ''قُبا''۔ اَتہِ رُوٗ دِ تم قریبن ترٛ بن ہفتن۔ مسجدِ قُبا ہس دِتُکھ کَن تہٕ اَتھ منز پرٛ کھ نماز۔ جمعہ دوہہٕ گےٚ نبی پاکؐ مدینہ شہرس منز دأخِل تہٕ نماز گرٛ کھ ادا۔ گوڈنیُک خُطبہٕ دِتُکھ بنوسالم ہِندِس محلس (بستی) منز۔ مدینس منز مسجدِ ہُند تعمیر شروع گرِھنس ستی گےٚ نبی پاکؐ ابوایوبؓ سُند گرٕ تہٕ اتہِ رُوٗ دِ ستن رتبن۔ گوڈنکہِ دوہہٕ بدلوٗ کھ یثرب ناو تہٕ اتھ وو نُکھ شہرالرّ سولؐ۔ ۱۲ یا ۱۶؍ ربیع الاول، ا؍ ہجری مطأبق ۲۷؍ ستمبر ۶۲۲ ء، جمعہ دوہ وأتی نبی پاکؐ حضرت ابوایوب انصاریؓ سُند گرٕ۔ گوڈنچ کأم اُس مسجد نبوی ہنٛز تعمیر۔ سہٕ جاے، یتہِ نبی پاکؐ سنٛز اوٗنٹنی (اونٹ) اُس بِہتھ آیہِ مسجدِ باپتھ ژارنہٕ۔ یہِ زمین اوس دون یتیم بچن ہُند۔ تمن آو اَمہِ زمینُک قمتھ ادا کرنہٕ تہٕ مسجدِ ہِندِس تعمیرس منز کرٛ نبی پاکنؐ پانہٕ کأم۔ یہِ وُچھتھ آو صحابہ صأبن تہٕ جوش تہٕ تم تہٕ گےٚ تعمیرچہ کامہِ منز شأمِل۔

مسجدِ نبوی لیس ستیٚ آے کینٛہہ مکان تہِ بناونہٕ (خام سیرٕ بن تہٕ کھُرٕ رِ گلبن ہنٛز لنٛجہ تہٕ پنہٕ ؤتھرٕ وستی)۔ یم اُسیٚ ازواجِ مُطہراتن ہِندی حُجرٕ۔ یم تیار گرِھتھ آے نبی پاکؐ حضرت ابوایوب انصاری سُند گرٕ ترٛ اُ وِتھ حُجرن منز بسنہٕ۔

مسجدِ نبوی اُس نہٕ محض نمازِ خأطرِ بلکہِ اکھ یونیورسٹی، یتہِ مسلمان اسلأمی تعلیمات تہٕ ہدایتُک سبق اُسیٚ حأصل کران۔

## اسلأمکی بُنیأدی عقید:

اللہ تعالیٰ سِندی حکُم تسلیم کرٕنی تہٕ تمن پیٹھ عمل کرٕنی چھُ اسلام۔ دینِ اسلأمکی بُنیأدی عقأید چھِ:

(۱): اللہ تعالیٰ ہس پیٹھ ایمان: یہِ مأنُن زِ خدا چھُ اکھ یُس معبودِ حقیقی، قادرِ مطلق، خالقِ کُل، معززتہٕ طاقتہٕ وول، رِزق دِنہٕ وول، سمیع تہٕ بصیر، علیم تہٕ خبیر چھُ۔

(۲): فرِشتن پیٹھ ایمان

(۳): اِلہأمی کتابن پیٹھ ایمان

(۴): نبی ین تہٕ رسولن پیٹھ ایمان

(۵): قیامتس پیٹھ ایمان

(۶): تقدیرس پیٹھ ایمان

[اللہ تعالیٰ ہس چھُ پرٛتھ کُنہِ کتھِ ہُند علم۔ اللہ تعالیٰ ہن چھُ لوٗ کھمت یہ بتھِ آو یا یہٕ بتھِ یییہ، رب یہٕ یژھ تی چھُ سپدان۔

رب چھُ پأدٕ کرن وول (خأٔلق)]

## توحیدٕچ اہمیت:

کائیناتُک حُسن و جمال (یُس جایہِ جایہِ نظرِ گژھان چُھ) وُچھِتھ چھُ امیُک پأدٕ کرن وألی (معبودِ حقیقی) سُنٛد آسُن نوٗن نیران۔ یہِ چُھنہٕ صرف امہِ کتھِ ہُنٛد احساس دِوان زِ کائیناتُک چھُ اکھ خأٔلق (Designer) بلکہِ اکھ بہترین خأٔلق۔ تیٚمی یہِ کیٚنٛژھا پأدٕ کوٚر سُہ بنوٚو ن کمالِ قدرت، کمالِ صنعت تہٕ حِکمت تہٕ کمالِ خیر و برکت کوٚ صِفاتوٚ ستی بٔرتھ۔ یہِ چھُ اکھ حسین تہٕ جمیل دُنیا۔ پرٛتھ کُنہٕ چیزِ کِس تخلیق کرنس منٛز حُسن تہٕ کمالِ صِفتُک سُہ نموٗنہٕ یُس خالقِ کائینات ہٕنٛدِس آسنس پٮ۪ٹھ ایمان اَنٕنہٕ باپتھ کأفی چھُ۔ یہِ چھُ توحیدُک مغز۔ امیُک ساریٚوے کھوتہٕ زیادٕ اَثر چھُ انسان ہٕنٛزِ انفرأدی زندگی پٮ۪ٹھ پیوان۔ یوٚہے عقیدٕ چھُ انسانس آزأدی تہٕ حُریتُک سُہ تھوٚد مقام بخشان یٮ۪میُک سُہ اشرفُ المخلوقات آسنہٕ کِنۍ حقدار چھُ۔ تمام کائینات چھےٚ انسان ہٕنٛدِ باپتھ بناونہٕ آمٕژ۔ یوٚ تام نہٕ انسان ہٕنٛدِس سوچ تہٕ عملہِ منٛز توحید آسہِ، توٚ تأنۍ ہیٚکہِ نہٕ انسان اکھ کامیاب زندگی گزأرِتھ۔

ارشادِ خداوندی چھُ: اِنِ الحُکمُ اِلّا لِلّٰہ (سورہٕ یُوسف:۸)

حُکم چھُنہٕ کأنٛسہِ ہُنٛد، مگر ربّ سُنٛد

حقیقی حأکم چھُ بس ربّ کائینات۔

فرمانِ ربّ چھُ:

وَمَن یُطِعِ الرّسُولَ فَقَد اَطَاعَ اللّٰہ (سورہٕ نساء:۸)

(تہٕ یٮ۪می رسولؐ سٕنٛز اطاعت کٔر، تٔمی کٔر خدایہِ سٕنٛز بنٛدٕگی)

ارشادِ باری تعالٰی:

وَرَفَعنَا لَکَ ذِکرَکَ (اور تمہاری خاطر تمہارے ذکر کا آوازہ بلند کیا)

(اے نبیؐ!) تُہنٛدِ باپتھ کٔر تُہنٛز ذِکر مشہوٗر۔

علامہ اقبالؒ چھِ فراماوان:

قوتِ عشق سے ہر پست کو بالا کردے

دہر میں اسمِ محمدؐ سے اجالا کردے

ارشادِ خداوندی چھ:

وَاتَّبِعُوہُ لَعَلَّکُم تَھتَدُون (سورۃ الاعراف:۱۵۸)

رسولؐ سنز اطاعت کرِوتا کہِ تُہۍ لبو ہدایت

شیخ سعدیؒ چھِ فراماوان:

بَلَغَ العُلٰے بِکَمَالِہِ
کَشَفَ الدُّجَا بِجَمَالِہِ
حَسُنَت جمِیعُ خِصَالِہِ
صَلُّو عَلَیہِ وَآلِہِ

ہادیٔ اعظم سُند ظہور سپُد تمہِ وِزِ ییلہِ لُکھ اَسی حقیقت سمجھ ؤنچ صلاحیت تھاوان۔ اوے آے پیغمبر اعظم وآخر ''رحمۃً لِلّعالَمین''، لقب دِتھ سرفراز کرنہٕ۔ ارشادِ باری چھ:

وَمَا اَرسَلنٰکَ اِلّا رَحمَۃً لِلّعَالَمِین (سورہ انبیاء:۱۰۷)

اسہِ سوٗزِو تُہۍ تمام عالمن باپتھ رحمت بناوِتھ

سرورِ کائینات، فخرِ موجودات سنز عظمت وُچھو:

وہ نبیوں میں ہوئے ایسے کہ ختم الانبیاء ٹھہرے
حسینوں میں ہوئے ایسے کہ محبوب خدا ٹھہرے

سراپا نوٗر چھ نبی رحمتؐ:

لایمکن الثناء کما کان حقہٗ
بعد از خدا بزرگ تُوئی قصہ مختصر

رحمتِ محمدیؐ یک پرتَو چھ معاشرتی، اقتصادی، معاشیاتی، دِینی شعبن منز ٹاکارٕ پاٹھۍ نۆن۔ نبی رحمتنؐ یُس عدل تہٕ انصافک قونوٗن دیُت سُہ چھ تمام انسانیت باپتھ فلاح و بہبودُک الٰہی دستوٗر۔

ایمان، حکمت تہٕ عملہٕ ہُند صحیح تصوّر کوٗر رسائی شفیع المذنبینؐ انسانن حوالہٕ:

حُسنِ یوُسف، دمِ عیسیٰؑ، یدِ بیضا داری

آنچہ خوباں ہمہ دارند، تو تنہا داری

یا

نبی کے نام کی لذت پہ ہو درود و سلام

زباں کو لطفِ شرابِ طہور ملتا ہے

ییلہِ سرورِ کائینات ہجرت کٕرتھ مدینہ وأتی۔ سورٕے مدینہ دڑ او دِل مٕژرِتھ استقبالس۔ مکانن ہٕنٛدِ بن چھتن (پشن) پیٹھ پٕری باپَر دِزنأو، ترنٛم سان یِم شعر:

| | | | |
|---|---|---|---|
| طلع | البدرُ | علینا | اسہِ پیٹھ سپُد ژودأہمہِ رأژھُنٛدژ ندرِ طلوٗع |
| من | ثنیات | الوداع | وَداع پہاڑچہِ وَتہِ |
| وجب | الشُکر | علینا | اسہِ پیٹھ چُھ شُکر وأجب |
| ما | دعیٰ | اللّٰہ | داعِ | یوٗ تام خدایس دُعامنٛگن وألی دُعامنٛگن |

بنونجار چہِ لوکچہِ کوریِ دڑ اے روٗف کران:

| | |
|---|---|
| نحن جوار من بنی النجار | أسی چھےٚ نجار خاندان چہِ کورِ |
| یا حبذا محمداً مِن جار | محمدؐ کوتاہ رُت ہمسایہ چُھ |

سرورِ کائینات چھِ عبدیت کہِ کمال کِس تتھ مقامس پیٹھ فأیز، ییٚمہِ ہیٚوٗ رکانٛہہ مقام چُھنہٕ تہٕ یوٗ ہے چُھ انسأنیتُک معراج:

اکھ واقعہٕ چُھ زِنٛگِ اُحدس دوران دِژِ کھأ کِس زنانہِ خبر زِ تٔمی سُنٛد بوے گوٚو شہید۔ یہِ بوٗزِتھ کوٚر اَمہِ زنانہِ خدایہ سُنٛد شُکر ادا زِ خدایہ سنٛز وَتہِ منٛز دِتُن زُو۔ امہِ پتہٕ ووٗنہس زِ چون مول تہٕ گوٚو شہید۔ امہِ کوٚر رییٚہِ اللہ تعالیٰ سُنٛد شُکر ادا۔ امہِ پتہٕ دوٗپہس زِ چون خاوَند گوٚو شہید۔ صبر کٕرتھ پوٚرُن "اِنّاللّٰہِ وَاِنَّا اِلَیہِ رَاجِعُون"۔ امہِ زنانہِ پرٛژھ اشتیاقہٕ سان "رسولِ خداؐ چھا زِندٕے"؟۔ دوٗپہس سُہ چُھ حیات۔ یہِ بوٗزِتھ ووٗن اَمہِ زنانہِ "اَلحمدُ للّٰہ یہِ ہیکہِ ووٚنی کانٛہہ تہٕ مصیبت ژألِتھ"

وہ دانائے سُبل، ختم الرُسل، مولائے کُل جس نے

غبارِ راہ کو بخشا فروغِ وادیٔ سینا

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اوّل وہی آخر
وہی قرآں، وہی فُرقاں، وہی یٰسں، وہی طٰہٰ



محمدؐ کی غلامی ہے سَند آزاد ہونے کی
خدا کے دامنِ توحید میں آباد ہونے کی

(علامہ اقبال)

سرورِ کونینؐ سٕنز پیروی کرنس منز چُھ انسانٕنیُک نجات۔ از چھِ امکانی لحاظہٕ اُمتِ محمدیؐ باپتھ علمکی تمام درواز یلہٕ۔ ضرورت چھےٚ ییٚمہِ کتھِ ہٕنز زِ آقائے نامدارؐ سٕنز تعلیمات ییٚن زندگی ہٕندِس پرٛتھ شعبس تہٕ پہلوٗ وَس منز اٰخری دلیل مانٕنہٕ۔

رسول انامؐ اَسی پنٕنہِ مشہوٗر دُعاہن منز یہِ دُعاتہِ منگان:

''اے اللہ! مےٚ تھاو زندگی منز مسکین۔ تہٕ مسکینی منز گری زِمےٚ وفات تہٕ حشرس منز تُلی زِمےٚ مسکین ہٕتی''

(روایت حضرت عبداللہ بن عمرؓ)

اُمّتہٕ باپتھ کوتاہ آسان تہٕ سہل نُسخہٕ چُھ سانٕی ٹاٹھی نبی ینٛ دیُت مُت۔

بُزرگی ہُنٛد معیار چُھ ایمان تہٕ عملِ صالح۔ ارشادِ باری تعالیٰ چُھ:

**اِنَّ اَکرَمَکُمُ عِندَاللّٰہ اَتقکُم**

ربّ کائیناتس چُھ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ پسندیُس سارِنے منز بہترین کردارُک مألِک آسہِ۔

## دینِ حقکی اصول:

سورہ اعرافس منز چُھ ارشاد باری: دینِ حقکی چھِ ترٛےٚ اصول:

ا: عملہِ منز اعتدال ۲: عبادتس منز توجہ ۳: خداپرستی منز اخلاص

یہِ آیت چھِ توحیدُک بُنیأدی اصول۔

مُحسنِ انسانیت حضورِ پُرنُورس ہٕتی تعلق چہِ چھےٚ ژور بُنیادٕ:

(ا): رسول اللہؐ پیٹھ ایمان اَنُن (تصدیق کرٕنی)

(۲): رسول اللہؐ سُند عزت تہٕ تعظیم

(۳): رسول اللہؐ سنز حمایت تہٕ نُصرت

(۴): قرآنچ اتباع (زندگی ہنز پرٛتھ کُنہٕ عملہٕ باپتھ قرآنچ ہدایت تہٕ رہنمائی حاصل کرٛنی)

جہاں تیرا نقشِ قدم دیکھتے ہیں

خیاباں خیاباں اِرم دیکھتے ہیں

بقولِ غالب:

غالبؔ ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم

کاں ذات پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است

سیرتِ نبویؐ ہُند پیغام چُھ:

(۱): شفیع المذنبینؐ سنز زندگی چھےٚ بہترین نمونہٕ

(۲): مسلمانن منز گرٛوہ پانہٕ وأنی اتحاد تہٕ اتفاق آسُن (انتشار نشہٕ بچُن)

(۳): دعوتِ حق (ایمان ویقین، اعمالِ صالح تہٕ آخرت کس بُنیادس پیٹھ)

(۴): منشوٗرانسانیتس پیٹھ عمل (صحیح عِلم، اتھ پیٹھ یقین تہٕ اتھ علمس پیٹھ عمل کرٛنی)

اسلام چُھ فِکر تہٕ نظر، عِلم تہٕ عملہٕ ہنز اکھ ہمہ گیر انقلأبی دعوت دِوان۔ ہر کُنہٕ بندگی تھٲز خدایہٕ سنز بندگی تہٕ پرٛتھ کُنہٕ قونٛس تھوٚ دخدایہٕ سُند قونٛن:

توحید تو یہ ہے کہ خدا حشر میں کہدے

یہ بندہ دوعالم سے خفا میرے لئے ہے

سرورِکونینؐ سنز دعوت اُس اللہ تعالیٰ ںٛدِ حأ کمیچ دعوت۔

معاشرٕچہ بہتری تہٕ اصلاح باپتھ تہٕ برٲئی دوٗر کرنہٕ خأطرٕ اُسی نبی پاکؐ اکثر فکر مند آسان۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ:

☆: رِشوت رٹن وول تہٕ رِشوت دِنہٕ وول گرٛژھن جہنمس۔ (حدیث)

☆: سوٗد رٹن والین، سوٗد دِنہٕ والین، سوٗدُک کاروبار کرن والین پیٹھ چھےٚ لعنت (حدیث، ریاض الصالحین، ص: ٦١٦)

☆: توہہِ مٔنز گژھہٕ نہٕ کانٛہہ شخص کانٛسہٕ ہٕنز غیبت کرٕنی ۔ (قرآن)

☆: بوچھہِ (غذاہِ آسنہٕ کنی) ہٕندِ ڈرٕ ستی مہ گرِیوٗ کھ پنٕنی اولاد قتل ۔ (قرآن)

☆: خدایس ستی کانٛہہ شریک ٹھُہراوُن، مأجِس ماجہ ہٕنز نافرمأنی، اَپُز قسم کرُن چھہِ گناہِ کبیر ۔ (حدیث: بخاری)

## عشقِ نبیؐ:

حضرت اُنسؓ چھہِ روایت کران ۔ فرموو سرورِ کائیناتنؐ:

''توہہِ مٔنز ہیکہِ نہٕ توتانٛی کانٛہہ مومن آستھ، یوٗتام نہٕ بہٕ تِمس پننہٕ کھوتہٕ، پننِس مأجِس ماجہِ، پننین اولادن تہٕ تمام لُکن ہٕندِ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٗٹھ (محبوب) آسہٕ'' ۔ (صحیح بخاری)

کانٛسہِ ستی محبت کرٕنکی وصف چھہِ:

☆: محبوب سُند کمال (عِلم، بہادُری)

☆: جمال (حُسن)

☆: انوال (احسان مثلاً اُستاد یا مُرشدس ستی)

نبی پاکسؐ منٛز چھہِ یم سأری وصف موجود ۔ بقولِ علامہ اقبال:

شوق میری لے میں ہے، شوق میری نَے میں ہے
نغمہ اللہ ہو میری رگ و پے میں ہے

ارشادِ باری تعالیٰ چھُہ:

ژور خاصیتہٕ چھےٚ نبی پاکؐ ہن ہٕنزن تعلیماتن ہُند خلاصہٕ:

(۱): آیاتن ہٕنز تلاوت، (۲): لُکن ہُند تزکیہ نفس، (۳): قرآنُک عِلم، (۴): حِکمت (آلِ عمران، البقرہ، الجمعہ)

رسول اللہ سٕنز پیروی چھےٚ اُکس مسلمانس محبوٗبیت کس مقامس پیٹھ واتناوان ۔ (سورہ آلِ عمران، ۳۲)

''اگر توہہِ خدایس ستی محبت چھُہ، تیلہٕ کرِو میانٛی پیروی، فرماں بردأری، اطاعت تہٕ ربّ کرِ توہہِ محبت تہٕ گوناہ بخشہٕ''

ہمہ قرآن درشانِ محمدؐ

مولانا رومؒ چھِ فرماوان:

خلق را از انبیاء آزادی است

خداین بنوو انسان آزاد تہٕ سرورِ کائیناتؐ اوس آزأدی ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ علمبردار۔ توحیدِ کائیناتُک فلسفہٕ چھُ زِ انسان کرِ پننہٕ مرضی اللہ تعالیٰ ہس سٍتۍ وابستہٕ۔ امہِ سٍتۍ بنہِ سُہ خلافتِ الٰہی ہیُک حقدار۔

توحیدِ کائیناتس پٮ۪ٹھ چھےٚ سائینسچ بُنیاد۔ توحیدِ حیات تہٕ توحیدِ انسأنیت چھےٚ امہِ توحید کہٕ کُلہِ چہِ لنجہٕ۔ سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ گُناہ چھُ شِرک، یُس نہٕ معاف ہیٚکہِ گٔژھتھ۔

اسلام چھُ ہمیشہِ روزن وأجنبن صداقتن تہٕ سائینسی طور تسلیم کرنہٕ آمتبن فرمانن (حقیقتن) ہُند ترجمان۔ اسلام چھُ سلامتی تہٕ امنُک مذہب، اسلام چھُ محبتُک دِین۔

## حکومتکۍ فرأیض:

شہنشاہِ کونینؐ سُند مقصدِ رِسالت، کوٗشش، جِدوجہدُک اِرادِ اوس زِ اللہ تعالیٰ سُند حُکم گژھِہ نأفذ۔ نبی پاکؐ سُند مِشن اوس زِ انسان انوکھأ اکِس مذہبی تہٕ سیأسی معاشرس منٛز (حکومت)، یٮ۪مہِ سٍتۍ امن، انتظام تہٕ خوددأری ممکن گژھِہ۔ مدینہ تشریف أنتھ کٔر نبی پاکن پننین سأتھین منٛز اتحاد تہٕ اتفاق باپتھ کوٗشش۔ امہِ پتہٕ کوٚر مدینہ کیو لُکو مکہ ہکۍ لُکھ پرٕتھ کُنہِ چیزس منٛز شریک۔ تمام لُکھ آیے أکِس مرکزس تحت مُنظم کرنہٕ تہٕ تمن منٛز بہلہِ پایک نظم وضبط (ڈِسِپلِن) پأدِ کرنہٕ۔

یمن انتظاماتن سٍتۍ سٍتۍ اوس رسول اللہؐ سُند اصل مقصد تبلیغِ دِین۔ فتحِ مکہ اوس حکومت کہٕ بُنیأدی درِرُک (استحکام) أخری مرحلہٕ۔ حقوقِ شہریتُک بوٚڑ منشور آو بارسس۔

حکومتہٕ کین فرأیضن منٛز أسۍ زٕ تھٔدۍ تہٕ بٔڑۍ فرض:

(۱): جنگ (غأرعدالتی)......فوجی خدمات آیہِ مسلمانن پٮ۪ٹھ لأزم قرار دِنہٕ۔

(۲): عدل گستری (عدالتی)......امن، انتظام، تمدن، پھانپھلاونی۔ جماعت قوم تہٕ لُکن ہٕندین حقوقن ہنٛز رأچھرأوٕتھ۔ شرعی قونوٗن تہٕ خارجہ سیاست روٗدۍ مرکزس تحت تہٕ باقے تمام معاملات آے صوبأیی حکومتس تحت تھاونہٕ۔

نبی پاکؐ أسۍ اکھ مُدبّر تہٕ سیاست زانن وألۍ پیغمبرِ عالم۔ سیدالکونینؐ سٕندِس عہدس (دورس) منٛز اوس نظامِ عدل عروٗجس پٮ۪ٹھ آسان۔ دعوتِ نبوی چھےٚ عام سیأسی، معأشی تہٕ تعلیمی تحریکو کھوتہٕ بلکُل مختلف آسان۔ دعوتِ نبوی چھےٚ مستقل تہٕ ابدی مقاصد

عملہِ منز انہٕ باپتھ آسان۔ اہلِ ایمان چھِ بے سروسامان بڑ وٹھ پکِتھ باقٕے قافلن پٔتھ تڑ اوان:

ہر ایک مقام سے آگے مقام ہے تیرا

حیات ذوقِ سفر کے سوا کچھ اور نہیں

رحمتِ عالمن ؐ دیُت اکھ فلاحی معاشرٕ تہٕ اقتصأدی نظام، نظامِ معیشت، عِفت تہٕ عصمتُک نظام، امن تہٕ امانُک نظام، نظامِ تعلیم، نظامِ اخلاق تہٕ اعمال...... اکھ بہترین نظامِ حیات تہٕ کائینأتی نصبُ العینیت (تصوٗرِ ربوبیت)۔ یعنے کائناتُک چھُ اکھ خألق، قأدر، رحمٰن تہٕ رحیم)

رسول اکرمن ؐ دیُت عالمس سمأجی انصافُک تصوٗر تہٕ عملاوُنُک طریقہٕ۔

نبی پاکن ؐ کوٚر کارِ رسالتُک آغاز عقیدہٕ ایمان کہِ مسلہٕ ستی۔ ''لااِلٰہَ اِلا اللّٰہ'' نہ کہِ قومیت، اقتصأدی انقلاب، اصلاحِ اخلاق۔ امہِ ستی آیہِ لُکن ہِندہِن ذِہنن منز اللّٰہ تعالیٰ سٔنز پہچان تہٕ تٔمی سٔنزِ بندگی لأجکھ کرٕنی۔ عدل الٰہی آو بارسس۔ امہِ عدلچ بنیاد اُس توحید تہٕ اتھ پیوٚ ناو اسلام:

سروری زیبا فقط اس ذاتِ بے ہمتا کو ہے

یہِ عظیم انقلاب تہٕ کمالِ انسأنیت گوٚو اَو کِنہِ حأصل یێلہِ لُکو اوس دینِ حق اَکس ریاست، اکھ نظام تہٕ جامع قانوٗن تہٕ شریعت چہِ شکلہِ منز قأیم کوٚرمُت۔ یہے اُس امہِ مبارک تہٕ پاکیزٕ نظامچہِ کامیأبی ہنٛز وأحد وَتھ۔

انٹرنیشنل انسائیکلوپیڈیا آف سوشل سائنسز (جِلد: ۱۳) منز چھُ امہِ کتھِ ہُند اعتراف زِ:

''شیٚتمہِ صدی عیسوی منز یُس رحمتن لِلعالمین عربس منز انقلاب اوٚن، دُنیہِ کس تأریخس منز پیوٚ امیُک سبٹھاہ اثر تہٕ امہِ پتہٕ آمتین انقلابن ہنٛز بُنیاد گٔیہِ اَتھی پٔٹھ قأیم۔ نبی پاکن ؐ یُس انسأنی افکار تہٕ عادات کس دأیرس منز تبدیلی پأدٕ کٔرمٕژ اُس، سُہ روٗز امہِ پتہٕ پتہٕ وأرِس وقتس (ہتہٕ بدہن ؤرِیَن) منز جأری۔ نوہن تحریکن پٔٹھ گوٚو سٔرزٕ ون اثر مُرتّب۔ مثلاً جدید سائینسی تحریک یُس گلیلیو (Galileo) تہٕ کپلر (Kaplar) سٔندِ پٔٹھ چھےٚ شروع گٔژھان، جمہوریتچ تحریک، یٔمی فرانس منز انقلاب اوٚن تہٕ اشترأکی تحریک یٔیمہِ ستی روٗس تہٕ چینن آو بارسس۔ یِم تمام جدید انقلاب اُسی رسولِ رحمت ؐ سٔندِ عطا کرنہٕ آمتین خیالن (Ideas) عملی جامہٕ لانٛگنہٕ اکھ اَڈلیٚچ تہٕ نأقص کوٗشش۔ امہِ دعویٰ کِس ثبوتس منز چھُ اسہِ گوڈٕ ''انقلاب'' وٕزہٕ ناوُن۔ عام لفظن منز گوٚو انقلاب نظامِ حکوٗمتس منز طاقت کہِ

ذٕریعہٕ تبدیلی انِن۔ انقلابُک معنی ہیکہٕ یہِ تہٕ اُستھ زِمعیشت، ثقافت، سماجی ڈھانچہٕ یعنی انسانی کوشش کِس کُنہٕ تہٕ شعبس منز کانٛہہ بُنیادی تبدیلی عملہٕ منز انِن"

حقیقت چھےٚ یہِ زِ یوٚتام نہٕ لُکن ہِنٛدِ سوچنُک طرز بدلنہٕ یِیہِ، توٚتام ہیٚکہٕ نہٕ انسانی زندگی منز کانٛہہ بوٚڈ انقلاب یِتھ۔ سُہ انقلاب یِیمکہِ نتیجہٕ مستقل آسن۔ نوٚین قانوٗنن پێٹھ یِیہِ عمل کرنہٕ تہٕ اکھ نوٚو نصبُ العین آسہِ ستی۔ یِم تبدیلیہِ اَنہِ پیغمبرِ انقلابنٛ تہٕ یہِ انقلاب اوس ہمہ گیر تہٕ وسیع۔

اکھ عظیم تاریخ لکھن وول سر فلپ ہِٹی چھُ پننہِ کتابہِ "عظمتِ محمدؐ" منز لکھان "اسلامن، یِتھ محمدؐ سُنٛد دِین تہٕ چھِ ونان، کوٚر انسانی تہذیب تہٕ اخلاقیات چہِ ترقی پھاپھلاونہٕ تہٕ بڑونہہ پکناونہٕ باپتھ تِمو تمام مذہبو کھوتہٕ زیادٕ کام یِم انسانہٕ سنٛدِ تخلیق سپدنہٕ پتہٕ ازتام امہِ کِس روٗحس گرماونہٕ خاطرٕ اکھ ذٕریعہٕ چھُ اوسمُت۔ لہٰذا رحمتِ عالم سُنٛد انقلاب اوس اخلاقی تہٕ، روٗحانی تہٕ، ثقافتی تہٕ، سیاسی تہٕ اقتصادی تہٕ، طبعیاتی تہٕ:

لوح بھی تُو، قلم بھی تُو، تیرا وجود الکتاب

رسول اللہؐ سُنٛد انقلاب چھُ امن تہٕ سلامتی، آسودگی تہٕ خوشحالی ہُنٛد ضامن۔ امہِ انقلابی منشوٗرٕ (قرآن چہِ تعلیمہِ ستی) آو اکھ ہمہ گیر انقلاب۔

نبی پاکؐ سنٛز شخصیت اُس جامع کمالات۔ رحمتِ عالمؐ سنٛدِ نبی آسنُک مقصد اوس زِ بین الاقوامی سطحس پێٹھ یِیہِ پوٗرٕ انسانیتس باپتھ اکھ تِیُتھ دستوٗرِ زندگی تہٕ اجتماعی نظام قایم کرنہٕ یُس انسانی فِطرتس راس یِیہِ تہٕ یِیمہ کہِ ذٕریعہٕ فرد، معاشرٕ تہٕ قوم تھزرس پێٹھ واتن۔ یہِ جامع دستوٗر، کاملِ دِین تہٕ مکمل نظام چھُ قیامژ تام قابلِ عمل۔ یہِ چھُ اکھ تِیُتھ انقلاب یِیچ مثال نہٕ اُس از تام تہٕ نہٕ آسہِ یِیتہٕ یور۔

سید الانبیاؐ چھِ رحمتِ خداوندی ہُنٛد ظہور (پرتَو)۔ رحمتِ عالم سُنٛد اوٚنمُت نظامِ حیات چھُ تمام انسانیت باپتھ Perfect (کامل):

ژٕ تکمیلِ دِین چھکھ، ژٕ نوٗرِ مُبین چھکھ
بےٚ معنی ژٕےٚ روٗس، ہر سفر اللہ اللہ
ژٕ چھُکھ منبعِ عِلم و عِرفان شاہا
ژٕ چھُکھ عالمن راہبر اللہ اللہ

تل الشق
اُبی کا قلعہ
تل الکتیبہ
تل النطاۃ
رجیع
صخرہ
قوص کا قلعہ
ابو حقیق کا قلعہ
مسجد صخرہ
خرصہ
نزار کا قلعہ
سُلالم کا قلعہ
ناعم کا قلعہ
زُبیر کا قلعہ
صعب کا قلعہ
شموان کا قلعہ
وطیح کا قلعہ
دُومہ
حرۃ خیبر
مرحب کا قلعہ اور اس کا محل
حرۃ الرّجیع
دار بنی قُمّہ
جبل نمار
حرۃ الشقۃ
جبل اَشمد
وادی الدّومۃ
تُحمّی
غابۃ السفلیٰ
غابۃ العلیا
مدینہ منورہ

# فتح خیبر، فدک اور وادی القریٰ (محرم ۷ھ)

﴿فَجَعَلَ مِنْ دُوْنِ ذٰلِكَ فَتْحًا قَرِيْبًا﴾

لہٰذا اللہ تعالیٰ نے اس خواب (فتح مکہ) کے واقع ہونے سے پہلے تمہارے لیے ایک قریبی فتح (فتح خیبر) مقرر فرما دی۔" (الفتح:27/48)

العُلا
ذات الرقاع
خیبر
فدک
ذی اَمر
ذو قَرَد
وادی القریٰ
نجد
اُحد
بنو لحیان
بواط
مدینہ منورہ
العُشیرہ
بدر
حمراء الاسد
بنو سُلیم
ودّان
بُحران
رابغ
الرجیع
بحیرۂ احمر



## یوم الحج الاکبر (ذی الحجۃ ۹ھ)

﴿ وَاَذَانٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖٓ اِلَى النَّاسِ يَوْمَ الْحَجِّ الْاَكْبَرِ اَنَّ اللّٰهَ بَرِیْٓءٌ مِّنَ الْمُشْرِكِيْنَ وَرَسُوْلُهٗ فَاِنْ تُبْتُمْ فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ... ﴾

"اور اعلان ہے اللہ اور اس کے رسول کی جانب سے لوگوں کے لیے 'دن حج اکبر کے' کہ بے شک اللہ دست بردار ہے مشرکین سے اور اس کا رسول (بھی) 'پس اگر تم توبہ کرلو تو یہ بہتر ہے تمہارے لیے [ التوبہ: 2/9 ]

مکہ مکرمہ

بیت الحرام

منیٰ

مزدلفہ

عرفات



﴿ فَاِذَآ اَفَضْتُمْ مِّنْ عَرَفٰتٍ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ عِنْدَ الْمَشْعَرِ الْحَرَامِ ﴾

"پھر جب لوٹو تم عرفات سے تو یاد کرو اللہ کو نزدیک مشعر حرام کے" [ البقرۃ: 198/2 ]

★ عرفات مکہ سے ۲۲ کلومیٹر مشرق میں واقع ہے۔ نبی ﷺ نے فرمایا:

اَلْحَجُّ عَرَفَةُ (حج عرفات میں وقوف کا نام ہے)

منیٰ کی مسجد اور میدانِ جمرات

چوکھٹے میں مزدلفہ کا منظر ہے



بحیرہ روم
القدس
اردن
وادی السرحان
مؤتہ
ایلہ
سیناء
مدین
تبوک
تیماء
مصر
مدائن صالح
خیبر
مدینہ منورہ
بحیرہ احمر

## غزوۂ تبوک (غزوۃ العُسرہ) (رجب ۹ھ)

﴿لَقَدْ تَّابَ اللّٰہُ عَلَی النَّبِیِّ وَالْمُھٰجِرِیْنَ وَالْاَنْصَارِ الَّذِیْنَ اتَّبَعُوْہُ فِیْ سَاعَۃِ الْعُسْرَۃِ...﴾ "توجہ فرمائی اللہ نے نبی اور مہاجرین اور انصار پر، وہ (مہاجرین وانصار) کہ جنہوں نے اتباع کیا آپ کا تنگی کی گھڑی میں" (التوبہ: 117/9)

﴿وَّعَلَی الثَّلٰثَۃِ الَّذِیْنَ خُلِّفُوْا﴾ "اور (توجہ فرمائی اللہ نے) ان تین شخصوں پر جو پیچھے چھوڑ دیے گئے تھے (حکم الٰہی کے انتظار میں)" (التوبہ: 118/9)

﴿تَوَلَّوْا وَّاَعْیُنُھُمْ تَفِیْضُ مِنَ الدَّمْعِ حَزَنًا اَلَّا یَجِدُوْا مَا یُنْفِقُوْنَ﴾ "تو وہ لوٹے جبکہ ان کی آنکھیں بہتی تھیں آنسوؤں سے اس غم سے کہ نہیں پاتے وہ جو وہ خرچ کریں" (التوبہ: 92/9)



تبوک میں ایک جامع مسجد

صالح علیہ السلام اور قوم ثمود کی بستی کے آثار



ژٕ ختمِ رُسُل چُھکھ ژٕ شاہِ اُمم چُھکھ
چُھ بیٚیہِ کائنٲتِس کس یُتھ بجز اللہ اللہ
(امین تابش)

## فصاحت تہٕ بلاغت:

تاجدارِ دوعالم سُنٛد گفتگو (کتھ باتھ) اُس آسان صاف، واضح تہٕ روشن۔ تِم اُسی نہٕ تیزی سان کتھ کران۔ حدیث چھُ:

نبی پاکن فرموو! ''میٲنۍ ربّ کائناتن ہیچھِنووُس بہٕ ادب تہٕ کلام کرنُک معجزٕ تہٕ دِتُن''

سرورِ کائینات چھِ فراماوان زِ اللہ تعالیٰ ہن دیُت مے نۆن (۹) چیزن ہُنٛد حکُم:

☆: نَنہِ وانہٕ یا ژٕو ریاٗٹھی، لُکن برٛونٛہہ کنہٕ یا گُن زۏن، خدایس کھۏژِو

☆: شرارت یا خوشی منٛز گژھِ عدل تہٕ انصاف نظرِ تل تھاوُن

☆: امیری تہٕ غریبی منٛز اعتدالس (میانہ روی) کاٗم ہیٚنٛز

☆: یُس مے ستی تعلُق تھاوِ نہٕ بہٕ کرٕ تِمس ستی تہٕ دوستن تہٕ رِشتہٕ دارن ہِنٛدِ کھوتہٕ رُت سلوٗک (صلہ رحمی)

☆: مے یُس نااُمید (محروم) کرِ، بہٕ کرس احسان تہٕ بخشش

☆: یُس مے پیٹھ ظُلم تہٕ ستم کرِ، بہٕ کرٕ درگذر

☆: میٲنِس ارادس منٛز چھُ غور و فکر

☆: میانہِ زیوِ پیٹھ چھِ خدایہٕ سنٛز ذِکر

☆: میٲنۍ نظر چھے سراپا عبرت

قرآنس منٛز چھُ ارشادِ باری:

اِنَّکَ لَعَلٰی خُلُقٍ عَظِیْمٍ

بے شک چھُوتھ بہترین اخلاقس پیٹھ

## صِفات:

سادگی، خوش خُلقی، بہادری (شجاعت)، استقلال، ضبطِ نفس، برُدباری، صبر تہٕ شُکر، عفو تہٕ رحم، سخاوت، ایثار تہٕ حُسنِ سلوک،

محبت تہٕ شفقت، عدل تہٕ انصاف، تواضع تہٕ انکسار، صدق (پزر)، حیا، وقار، زِندہ دِلی اُس تاجدارِ دوعالمن ﷺ ہُند زیور۔ خداین گر توہہِ اخلاق کریمانہٕ ہِندِ قبولیتُک سَند عطا۔ تاجدارِ دوعالم ﷺ سُنز پاک سیرت چھےٚ ہمیشہِ پوشن واجتی نموٗنہٕ عمل۔

رحمتن للعالمین ﷺ سٕندی کینٛہہ اہم فرموٗدات:

مَثَلُ الْمُوْمِنِیْنَ فِی تَوَادِّھِمْ وَتَرَاحُمِھِمْ وَتَعَا طُفِھِم. مَثَلُ الْجَسَدِ اِذَا اشتکیٰ مِنهُ، تَدَاعیٰ لَه' سَائِرُ الْجَسَدِبِالشَّھرِ وَالْحُمّٰی.

موٗمنن ہُند پانہٕ وأنی محبت، اکھأ کِس سٕتی رحم، اکھأ کِس سٕتی شفقتُک مثال چھےٚ انسان سٕندِ جسمُک۔

ییٚلہِ جسمہٕ کِس کُنہٕ تانس آسہِ تکلیف، سورُے جسم چھ آسان بےٚ آرام تہٕ تپّس منٛز۔

اَکْمَلُ الْمُوْمِنِیْنَ اِیْمَاناً اَحْسَنَھُمْ خُلُقاً وَخِیَارُکُمْ خِیَارَکُمْ لِنِسَائِھِمْ

ایمانس منٛز چھ سارِوے کھوتہٕ کأمل سُہ، ییٚمی سٕندی اخلاق سارِوے کھوتہٕ رٕتی آسن۔ تہٕ توہہِ منٛز چھ بہترین سُہ شخص یُس پننہِ زنانہٕ سٕتی بہترین آسہِ

لَا یُوْمِنُ اَحَدُکُمْ حَتّٰی یُحِبَّ لِاَخِیْهِ مَا یُحِبُّ لِنَفْسِهٖ

توہہِ منٛز ہیکہِ نہٕ توٚ تام کانٛہہ مومن اُستھ، یوٚ تأنی نہٕ سُہ پننِس بأیس باپتھ تہٕ پسند کرِ، یُس سُہ پننہِ خأطرٕ پسند آسہِ کران۔

الرَّاحِمُوْنَ یَرْحَمُھُمُ الرَّحْمٰنُ، ارْحَمُوا مَنْ فِی الْاَرْضِ یَرْحَمْکُمْ مَّنْ فِی السَّمَاءِ

رحم کرن والین پیٹھ چھُ خدا (رحمان) رحم کران۔ تُہیٚ کرِو زمینس پیٹھ بسن والین پیٹھ رحم، توہہِ پیٹھ کرِ آسمانس پیٹھ روزن وول (خدا) رحم

تَبَسُّمُکَ فِی وَجْهِ اَخِیْکَ لَکَ صَدَقَةٌ

پننِس مُسلمان بأیس کُن وُچھتھ مُسکراوُن چھُ چانہِ طرفہٕ صدقہٕ

---

صحیح مُسلِم، البر والصلة، باب تراحم المومنین......حدیث:۲۵۸۶

جامع الترمزی، الرضاع، باب ما جاء فی حق المراة علی زوجھا......حدیث:۱۱۶۲

صحیح البخاری، الایمان، باب من الایمان ان یحب لاخیه ما یحب لنفسه ......حدیث:۱۳

وَالْکلمۃُ الطَّیِّبَۃُ صدقۃٌ

پڑتھ کانٛہہ رٕژ کتھ چھےٚ صدقہٕ

مَنْ کَانَ یُوْمِنُ باللّٰہ وَالْیُوْمِ الآ خرِ فَلْیُحْسِنْ اِلیٰ جَارِہٖ

یُس شخص خدایس تہٕ آخرت کِس دوہس پیٹھ یقین چُھ تھاوان تس پزِ پننِس ہمسایس ستی رُت سلوک کرُن۔

اِنَّاللّٰہ لا یَنْظُرُ اِلٰی اَجْسَادِکُمْ وَلا اِلٰی صُوْرِکُمْ وَلَکِنْ یَنْظُرُ اِلٰی قُلُوْبِکُمْ

خدا چُھنہٕ تُہنٛد بن جسمن یا شکلن وُچھان بلکہٕ چُھ سُہ تُہنٛد بن دِلن (نیت) وُچھان

اعْطُوا الْاَجِیْرَ اَجْرَہٗ قَبْلَ اَنْ یَّجِفَّعَرَقُہٗ

مٔزوٗرس دِیو اُجرت تمہ سُند عرق خُشک گژھنہٕ برٛونٛٹھ

بَیْنَمَا رَجُلٌ یَّمْشِی بَطَرِیْقٍ، اِشْتَدَ عَلَیْہِ الْعَطَشُ، فَوَجَدَ بِئراً فَنَزَل فِیْھَا فَشَرِبَ، ثُمَّ خَرَجَ فَاِذا کَلْبُ یَلْھَثُ یَاکُلُ الثَّرٰی مِنَ الْعَطَشِ، فَقَالَالرَّجُلُ لَقَدْ بَلَغَ ھٰذا الْکَلْبَ مِنَ الْعَطَشِ مثلُ الَّذِی کانَ بَلَغَ مِنّی، فَنَزَلَ البِئرِ فَمَلَا خُفَّہٗ ماءً، ثُمَّ اَمْسَکَہٗ بِفِیْہِ حَتّٰی رِقِیَ، فَسَقَی الکَلْبَ، فَشَکَرَ اللّٰہ ُ لَہٗ فَغَفَرَ لَہٗ قَالُوْا: یَارَسُولَ اللّٰہ! وَاِنَّ لَنَا فِی ھٰذِہِ البَھَائِمِ لَاَجْراً؟ فِی کُلَّ کَبِدِ رَطْبَۃِ اَجْرٌ.

اکھ شخص اوس سفرس منز تہٕ اَمِس لٔج ترٛیش۔ اَمۍ وُچھ اکھ ریٚکُر۔ سُہ وٲتھ اَتھ منز تہٕ چیٚیِن ترٛیش۔ کیرِ منزٕ نیبر نیرِتھ وُچھ اَمۍ اکھ ہوٗن پھیٚہہ پھیٚہہ کران۔ ترٛیشہِ داداوس میٚژ ژاپان۔ اَمۍ

جامع الترمزی، البر والصلۃ، باب ماجاء فی رحمۃ الناس......حدیث:۱۹۲۴

جامع الترمزی، البر والصلۃ، باب ماجاء فی صنایع المعروف......حدیث:۱۹۵۶

صحیح مُسلِم، الزکاۃ، باب بیان ان اسم الصدقۃ......حدیث:۱۰۰۹

صحیح مسلم الایمان،باب الحث علی اکرام الجار ......حدیث:۴۸

صحیح مسلم الایمان،باب الحث علی اکرام الجار ......حدیث:۴۸

| | | | |
|---|---|---|---|
| شانِ حبیب الرحمٰن | مفتی احمد یار خان | محل پبلی کیشنز، دہلی | |
| Biography of Prophet of Islam | ڈاکٹر مہدی رزق اللہ احمد | دارالسلام، ریاض | ۲۰۰۵ء |
| نقوش کا رسول ﷺ نمبر | محمد طفیل | فرید بک ڈیپو، دہلی | ۲۰۱۴ء |
| شمعِ رسالت ﷺ | مفتی شمس الدین احمد | مکتبہ ذکریٰ، دہلی | ۱۹۹۵ء |
| تاریخِ اسلام | اکبر شاہ خان نجیب آبادی | مکتبہ رحمت، دیوبند | ۲۰۰۲ء |
| تفسیر ابن کثیر | اسماعیل بن کثیر | دارُ الاندلس، بیروت | ۲۰۰۷ء |
| صحیح بخاری | محمد بن اسماعیل بخاری | مکتبہ رحیمیہ، دیوبند | ۱۳۱۷ھ |
| فی ظلال القرآن | محمد قطب | داراحیاء التراث العربی | ۱۹۹۷ء |
| سنن ابی داوٗد | ابوداوٗد سلیمان الاشعث الجستانی | مکتبہ رحیمیہ، دیوبند | ۱۳۸۳ھ |
| سیرۃ النبی ﷺ | علامہ شبلی نعمانی، سید سلیمان ندوی | الفیصل ناشران، لاہور | ۱۹۹۱ء |
| اَطلس القرآن | ڈاکٹر شوقی ابوخلیل | دارالسلام، ریاض | ۱۴۲۴ھ |
| اَطلسِ سیرت نبوی ﷺ | ڈاکٹر شوقی ابوخلیل | دارالسلام، ریاض | ۱۴۲۴ھ |



# حضرت آدم علیہِ السّلام

حضرت آدمؑ ییٚلہِ جنتہٕ منٛزٕ کڈنہٕ آے تٔمن آو بأری تعالیٰ ہٕنٛدِ طرفہٕ حکُم زِ تم بُسن زمینس پیٹھ ۔ علامہ طبرانیؒ چھِ حضرت ابو ہریرہؓ سٕنٛزٕ روایت کران زِ فرموو سرورِ کائناتنؐ ''حضرت آدم آے ہِند کِس سرزمینس پیٹھ والنہٕ''۔ طبرانی منٛز چھُ حضرت عبداللہ بن عمرؓ روایت کران زِ ییٚلہِ خدایِن حُکم دیُت آدمسؑ ، سُہ آو ہندوستانس (سری لنکا) منٛز ترٛاونہٕ۔

حضرت ابن عباس چھِ روایت کران زِ حضرت آدمؑ آے ہندوستانس (سری لنکا) منٛز تہٕ حضرت حوأ جدہ ہس منٛز والنہٕ ۔ امہِ پتہٕ ییٚلہِ آدمؑ حوأہسؑ ژھانٛڈنہٕ دِرٛاو تہٕ تم وأتۍ مُز دِلفہ (سعودی عرب)، ییٚتہٕ تٔمو حضرت حوأ لٔب ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ اَمہِ واقعہٕ سٟتۍ پیوٚ اتھ جایہِ ''مُز دِلفہ'' (نزدیکی) ناو۔

تفسیر ''دُرِ منثور'' کتابہِ منٛز چھِ حضرت ابن عباسؓ روایت کران زِ حضرت آدمؑ آو ''دجنا'' جایہِ (مکہ مکرمہ تہٕ طائفس علاقہٕ) تہٕ حضرت حوأ آیہِ ''مرواہ'' پہاڑس پیٹھ والنہٕ ۔

ابنِ بطوطہ چھُ لیکھان زِ پننِس سفرس دوران ووٚتُس بہٕ سری لنکا۔ میٚون مقصد اوس حضرت آدمؑ سٕنٛز زیارت کرٕنۍ ۔

علامہ طبریؒ ابن اثیر تہٕ یعقوبیؒ ہٕنٛزن روایتن ہٕنٛدِس بُنیادس پیٹھ چھُ اتفاق زِ توبہٕ قبوٗل گژھنہٕ واتہٕ نوو آدمؑ ، حضرت جبرئیلؑ ''عرفات'' ۔ اتہٕ ہیٚچھِ نووٗکھ حج کرنُک طریقہٕ ۔ ییٚلہِ حضرت آدمؑ وفات گے تہٕ تِم آے ابوقبیس (مکہ) پہاڑ کِس دامنس منٛز دفن کرنہٕ ۔ یہِ تہٕ چھُ یِوان وننہٕ زِ حضرت نوٗحؑ سٕنٛد طوٗفان رُکنہٕ پتہٕ حضرت آدمؑ بیت المقدس کِس علاقس منٛز دفن۔

ارشادِ باری چھُ:

وَاِذْقَالَ رَبُّکَ لِلْمَلٰٓئِکَةِ اِنِّیْ جَاعِلٌ فِی الْاَرْضِ خَلِیْفَةً قَالُوْٓا اَتَجْعَلُ فِیْهَا مَنْ یُّفْسِدُ فِیْهَا وَیَسْفِکُ الدِّمَآءَ وَنَحْنُ نُسَبِّحُ بِحَمْدِکَ وَنُقَدِّسُ لَکَ قَالَ اِنِّیْٓ اَعْلَمُ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ. وَعَلَّمَ اٰدَمَ الْاَسْمَآءَ کُلَّهَاثُمَّ عَرَضَهُمْ عَلَی الْمَلٰٓئِکَةِ فَقَالَ اَنْبِئُوْنِیْ بِاَسْمَآءِ هٰٓؤُلَآءِ اِنْ کُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ. قَالُوْا سُبْحٰنَکَ لَا عِلْمَ لَنَآ اِلَّا مَا عَلَّمْتَنَا اِنَّکَ اَنْتَ الْعَلِیْمُ الْحَکِیْمُ. قَالَ یٰٓاٰدَمُ اَنْبِئْهُمْ بِاَسْمَآئِهِمْ فَلَمَّآ اَنْبَاَهُمْ بِاَسْمَآئِهِمْ قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّکُمْ اِنِّیْٓ اَعْلَمُ غَیْبَ السَّمٰوٰتِ

وَالْاَرْضِ وَاَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ وَمَا كُنْتُمْ تَكْتُمُوْنَ. وَاِذْقُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ اَبٰى وَاسْتَكْبَرَ وَكَانَ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ. وَقُلْنَا يٰٓاٰدَمُ اسْكُنْ اَنْتَ وَزَوْجُكَ الْجَنَّةَ وَكُلَا مِنْهَا رَغَدًا حَيْثُ شِئْتُمَا وَلَا تَقْرَبَا هٰذِهِ الشَّجَرَةَ فَتَكُوْنَا مِنَ الظّٰلِمِيْنَ. فَاَزَلَّهُمَا الشَّيْطٰنُ عَنْهَا فَاَخْرَجَهُمَا مِمَّا كَانَا فِيْهِ وَقُلْنَا اهْبِطُوْا بَعْضُكُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ وَلَكُمْ فِى الْاَرْضِ مُسْتَقَرٌّ وَّمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ. فَتَلَقّٰٓى اٰدَمُ مِنْ رَّبِّهٖ كَلِمٰتٍ فَتَابَ عَلَيْهِ اِنَّهٗ هُوَالتَّوَّابُ الرَّحِيْمُ. قُلْنَا اهْبِطُوْا مِنْهَا جَمِيْعًا فَاِمَّا يَاْتِيَنَّكُمْ مِّنِّىْ هُدًى فَمَنْ تَبِعَ هُدَاىَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ.

(سورۃ البقرہ)

ییٚلہِ باری تعالیٰ ہن فرشتن دۄپ زِ بہٕ چھس زمینس پیٹھ خلیفہٕ بناوُن یژھان، تِموکۆر عرض: کیاہ تِہۍ کری ؤ تِژھ مخلوق پأدٕ یِم زمینس پیٹھ فساد تُلن تہٕ خوٗن ریزی کرن؟ ییٚلہِ أسی چانۍ تعریف، حمد وثنا، پاکیزگی تہٕ ہروقتہٕ خدایہٕ سٕنز یاد (تسبیح) چھِ کران''۔ ربِّ کائناتن فرموو: ''بہٕ چھس زانان یہ تہٕ تِہۍ چھِو زانان''۔ ربِّ کائناتن کۆر حضرت آدمسٕ تمام ناون ہُنٛد علم عطا۔ امہِ پتہٕ تژٕ آوی ربّن تِم چیز فرشتن برٛونٛہہ کنہٕ تہٕ پرٛژھنکھ ''مےٚ ؤنِو یِمو چیزن ہٕنٛدی ناو اگر تِہۍ پۆز چھِو ونان (زِ تِہۍ چھِو ییٚمہِ مخلوق کھوتہٕ افضل)''۔ فرشتوٚ کۆر عرض ''تُہۍ حض چھِو کوتاہیو نِشہِ پاک۔ اسہِ چھُ سُے یوت علم یُس توہہِ دِتُو۔ بےشک چھِو تُہۍ سورُے زانان تہٕ حکمت وألی تہٕ چھِو توٚہی''۔ ربّن فرموو ''اے آدم! یِمن وَن یِمن چیزن ہٕنٛدی ناو''۔ ییٚلہِ آدمؑ چیزن ہٕنٛدی ناو وُنۍ تہٕ ربّن فرموو ''مےٚ ونیوٚمو نا توہہِ زِ مےٚ چھِ آسمانس تہٕ زمینس منٛز موجود تمام چیزن ہُنٛد علم تہٕ مےٚ چھِ تِہنٛدی أندرِم تہٕ نیٚبرِم حالات تہٕ وَنہٕ''۔ امہِ پتہٕ ییٚلہِ مےٚ حکم دیُت فرشتن زِ تِم کرن آدمسٕ سجدٕ۔ سارِوے کۆر سجدٕ مگر ابلیسن کۆر اِنکار۔ تُمۍ زون پنُن پان بۆڈ تہٕ بنیوٚو کأفر۔ مےٚ دۄپ آدمسٕ زِ ژٕ تہٕ چأنۍ زنانہٕ روٗزِو جنتس منٛز تہٕ اتہٕ یہ خوش کریو تہٕ کھیٚیو۔ مگر فلأنۍ کُلِس نزدیک گژھی زِ نہٕ۔ خلاف ورزی کرنہٕ سٕتی بنِو ظأِلم۔ شیطانن ڈألی آدمؑ تہٕ حواؑ تہٕ جنتہٕ منٛز کڈناوِن۔ مےٚ وۄن ''جنتہٕ منٛز نیٚرِو۔ تُہۍ چھِو اکھأکی سٕنٛدی دُشمن۔ زمینس پیٹھ روٗزِو تُہۍ أکِس مُقرر کرنہٕ آمتِس وقتس تہٕ فأیدٕ تہٕ تُلو''۔

امہِ پتہٕ ہیٚچھ آدمؑ اللہ تعالیٰ ہس نِش کینٛہہ کلمات (تہٕ توبہٕ کۆرُن)۔ ربِّ کائناتن کۆر توبہٕ قبول۔ بے شک چھُ سُہ توبہٕ قبوٗل کرن وول مہربان۔ مےٚ دۄپ ''تُہۍ سأری نیٚرِو ییٚتہٕ۔ امہِ پتہٕ ہرگاہ میانہٕ طرفہٕ کانٛہہ ہدایت واتِو (تتھ پیٹھ گٔری زِ عمل تِکیٚاز) یُس شخص میأنِس ہدایتس پیٹھ عمل کرِ، تِمِس چھُنہٕ کُنہٕ قسمُک خوف یا غم''۔ (سورہ البقرہ: ۲: ۳۰)

آدمسٕ رٕو دنہٕ باری تعالیٰ سُند حکُم یاد تہٕ شیطانن ڈول یہِ ؤنتھ زِ بہٕ ہاوَے سُہ کُل (موٕ) یُمہِ ستیٚ ژٕ ہمیشہِ زِندٕ روزکھ تہٕ بادشاہ بنکھ۔ یہِ بوٗزِتھ گٔے آدمؑ تہٕ حواؑ تتھ کُلس نِش یتھ نزدیک نہٕ گژھنُک حکُم اوس خداین دیُت مُت۔ یہِ کُل (موٕ) کھیتھ آے یمن أکھأ کھ ٕ سندی شرم گاہ نظرن منز۔ اوَے لگیٚ تِم جنتہٕ کیو پنہٕ ؤتھرٕ وستی پننی شرم گاہ چھُپاونہِ۔ یہِ اُس آدمؑ سنز نافرمائی تہٕ سیٚزٕ وَتہِ نِش ڈُلن۔

توبہِ کرنہٕ پتہٕ کٔر تمن ربّ کائناتن نبوّت عطا تہٕ توبہِ قبوٗل کٔرتھ آے تِم صحیح وَتہِ پیٚٹھ۔

حضرت آدمسٕ اٰسی زٕ اولاد۔ قابیل تہٕ ہابیل۔ یِمَو دوشوَے بایَو یژھ ربّ کائناتس پننی قُربأنی دِنی۔ ہابیل سنز قُربأنی گیہ قبوٗل تہٕ قابیل سنز نہٕ کینٛہہ۔ قابیلس کھوٚت شرارت تہٕ تٔمی کوٚر ہابیل قتل۔ یہِ واقعہٕ آو مکہ شریفس منز پیش یُتہٕ حضرت آدمؑ تہٕ حواؑ اٰسی روزان۔ قتل کٔرتھ ژوٗل قابیل یمن۔ امہِ واقعہٕ چھ ذِکر چھےٚ سورہ المائدہ ہس منز آمُت۔ حضرت آدمؑ سنز ذِکر چھےٚ قرآن شریفس منز ۲۵ رٕہن جاین کرنہٕ آمُت۔

ہابیل تہٕ قابیلس متعلق چھِ تفسیر احسن البیان کتابہِ منز حافظ صلاح الدین یوسف لیکھان:

''یہ نظریا قربانی کس لیے پیش کی گئی؟ اس کے بارے میں مشہور یہ ہے کہ ابتداء میں حضرت آدم وحوا کے ملاپ سے بیک وقت لڑکا اور لڑکی پیدا ہوتی۔ دوسرے حمل سے پھر لڑکا لڑکی ہوتی۔ ایک حمل کے بہن بھائی کا نکاح دوسرے حمل کے بہن بھائی سے کر دیا جاتا۔ ہابیل کے ساتھ پیدا ہونے والی بہن خوبصورت تھی۔ اُس وقت کے اصول کے مطابق ہابیل کا نکاح قابیل کی بہن کے ساتھ اور قابیل کا نکاح ہابیل کی بہن کے ساتھ ہونا تھا، لیکن قابیل چاہتا تھا کہ وہ ہابیل کی بہن کے بجائے اپنی ہی بہن کے ساتھ جو خوبصورت تھی نکاح کرے۔ حضرت آدم نے اُسے سمجھایا لیکن وہ نہ سمجھا۔ بالآخر حضرت آدم نے دونوں کو بارگاہِ الٰہی میں قربانیاں پیش کرنے کا حکم دیا اور فرمایا کہ جس کی قربانی قبول ہو جائے گی، قابیل کی بہن کا نکاح اُسکے ساتھ کر دیا جائے گا۔ ہابیل کی قربانی قبول ہوگئی یعنی آسمان سے آگ آئی اور اُسے کھا گئی۔ جو اُس کے قبول ہونے کی دلیل تھی۔ بعض مُفسرین کا خیال ہے کہ ویسے ہی دونوں بھائیوں نے اپنے اپنے طور پر اللہ کی بارگاہ میں نذر پیش کی۔ ہابیل نے ایک عمدہ دُنبہ کی قربانی اور قابیل نے ایک بٹے کی۔ ہابیل کی قربانی قبول ہونے پر قابیل حسد کا شکار ہو گیا اور ہابیل کا قتل کیا''۔



تفسیر احسن البیان۔ حافظ صلاح الدین یوسف۔ دارالسلام، ریاض، ۱۹۹۵ء


ابراہیم علیہ السلام
ابوالانبیاء — خلیل الرحمن
قریباً 1800 ق م
اناطولیہ (ترکی)
جھیل وان
جھیل ارومیہ
بحیرۂ قزوین (بحیرۂ خزر)
ندان آرام حران
حلب
نینوی
طبرستان
جزیرہ
دریائے دجلہ
شام
قبرص
دمشق
دریائے فرات
عراق
بحیرۂ روم
بیت المقدس
الخلیل
صحرائے شام
بابل
دریائے کارون
فارس (ایران)
اتت تاوی (جیزہ کے آثار)
اُور
فیوم
سیناء
مدین
خلیج فارس
مصر
جزیرہ نمائے عرب
طیبہ (اقصر)
بحیرۂ قلزم (بحیرۂ احمر)
افریقہ
یثرب
فراعنہ
حجاز
صحرائے نوبیہ
دریائے نیل
جدہ
مکہ مکرمہ

# حضرت ابراھیم علیہِ السّلام

حضرت ابراھیمؑ اوس اکھ عظیم المرتبت پیٚغمبر۔ اُمس اُسی "خلیل اللہ" تہٕ ونان تہٕ انبیاہن ہُنْد مول تہٕ ونان۔

ارشادِ باری تعالیٰ چھُ: بے شک اوس اسہِ گوڈٕے ہدایت دِیُت مُت تہٕ اُسی اُسی اُمس اصل پأٹھی زانان۔ییٚلہِ تٔمی پننس بابہِ صأبس تہٕ قومس سوال کوٚر: یِمن بُتن تہٕ موٗرتی ین منٛز کیاہ چھُ تیٚتھ زِ تُہی چھِو یِمن برٛونٛہہ کنہٕ نمان؟۔تمو ووٚن ہکھ:"اسہِ چھِ پننی اسلاف تہنٛز پوٗجا کران وُچھی متی"۔تمو دوٚپ ہکھ:"تُہی چھِوٕ پوٚز ونان کِنہٕ یہِ چھُ مذاق"۔ابراھیمنؑ ووٚنہ نکھ:"حقیقت چھےٚ زِ تُہُنْد ربّ چھُ سُہ ییٚمی زمین تہٕ آسمان پأدٕ کٔری تہٕ بہٕ چھُس توہہِ برٛونٛہہ کنہِ امہِ کتھِ ہنٛز گوٗاہی دِوان۔خدایہٕ سُنْد قسم! تُہی نیرتھ پھٔٹراوکھ بہٕ تُہٕنٛدی یِم بُت"۔امہِ پتہٕ پھُٹرٲوِی ابراھیمنؑ اکثر بُت تہٕ کینٛہہ بٔڈی بُت تھٲوِکھ پھُٹراوِنے،یُتھ تِم واپس یِتھ پرٛژھن۔تِم آے تہٕ ووٚنکھ"سانٛہن معبوٗدن سٟتی کٔمی کوٚر یہِ سلوٗک؟یقیناً چھُ سُہ ظالم"۔پانَے دوٚپہکھ:"اسہِ اوس وُچھمُت اکھ نوجوان بُتن متعلق ونان۔تس چھُ ناو ابراھیمؑ۔سُہ انون لُکن برٛونٛہہ کُن،یُتھ لُکھ وُچھن"۔ییٚلہِ ابراھیمؑ آے تٔمن پرٛژھکھ"اے ابراھیم! سانٛہن بُتن سٟتی کیاہ سلوٗک کوٚر تٕتھ ژٕے"۔ابراھیمنؑ دوٚپنکھ"ییٚمی بٔڈی بُتن آسہِ یہِ سلوٗک کوٚرمُت۔اُمی ہے پرٛژِھو ہرگاہ یہِ وٕنتھ ہیٚکیو"۔لُکو ہیوٚت کلہٕ نومرٲوِتھ سوٗنچُن تہٕ پانہٕ وأنی ووٚنکھ"حقیقت چھےٚ یہِ زِ ژٕ چھکھ ظالم"۔شرمندٕ گٔژھتھ دوٚپکھ"ژٕ چھےٚ پتاہ زِ یِم چھِنہٕ کتھ کران"۔ابراھیمنؑ ووٚنکھ"تُہی چھِو خداتٕرٲوِتھ بُتن ہنٛز پوٗجا کران۔یِم نہٕ ہیٚکن توہہِ فأیدٕ دِتھ تہٕ نقصان واتنٲوِتھ۔افسوس چھُ توہہِ پیٹھ تہٕ تُہُنْد ہن بُتن پیٹھ۔توہہِ چھُونہٕ اکھ رژھ تہٕ عقل"۔یہِ بوٗزِتھ ووٚن لُکو"ابراھیمؑ زٲلِیوٗن نارس منٛز تہٕ پننٛین معبوٗدن کٔرِو مدد اگر ہیٚکیو کٔرِتھ"۔

خداین فرموو! اے نار! ابراھیمسؑ باپتھ بن ٹھنڈک تہٕ حفاظت کٔرس۔لُکو اوس پننی پأٹھی ابراھیمسؑ خلاف اکھ بوڈ منصوبہٕ بنوومُت۔مگر اسہِ (خداین) کوٚر سُہ ناکام۔امہِ پتہٕ بچٲوی اسہِ ابراھیمؑ تہٕ لوطؑ تہٕ تتھ علاقس منٛز سوٗزی،ییٚتہٕ اسہِ روزن والین باپتھ واریاہ برکتہٕ آسہِ تھاوِمژٕ۔ییٚتہٕ اسہِ تٔمس نہٕ صِرف نیچوٗ (اسحٰقؑ) بلکہٕ نیچوِ سُنْد نیچوٗ (یعقوبؑ) دِیُت تہٕ یِم سأری بنیاے صالح (نیک)

(الانبیاء،۲۱:۵۱)

حضرت ابراہیمؑ زاوجنوبی عراق کِس کلدانی شہراُورس منز۔ مألِس اوسُکھ آذر بنِ حورناو۔ کینٛہہ تأریخ دان چھِ ونان زِ ابراہیمؑ زاوکوفس نزدیک اَکِس بستی ''کوثی'' ہس منز تہٕ نارس منز زالنُک واقعہٕ تہٕ آواُتھی بستی منز پیش۔ امہِ واقعہٕ پتہٕ گوٚ وابراہیمؑ شمأ لی علاقہٕ ''حرّان'' تہٕ تتہِ پٮ۪ٹھ نیٛؤکھ تشریف فلسطین۔ یمن ہٮ۪تی اَس یہنٛز زنانہٕ ''حضرت سارہؓ'' تہٕ باپتھر ''حضرت لوطؑ'' تہٕ تِمَو ہنٛز زنانہٕ۔ قحط سأ لی نظرِ تل تھأوتھ گٔے یِم ہجرت کرِتھ مصر۔ کینٛہہ کال گژھتھ آے ابراہیمؑ تہٕ لوطؑ جنوبی فلسفطین واپس تہٕ بٔرسبع جایہِ کوٚرُکھ قیام۔

امہِ پتہٕ گٔے حضرت ابراہیمؑ پننہِ دوٚیمہِ گرواجنہِ حضرت ہاجرہ ہس ہٮ۪تی مکہ مُکرمہ۔ یمن ہٮ۪تی اوس معصوم ''اسماعیلؑ'' تہٕ ہٮ۪تی۔ دوشوٚے ترٛاوِکھتھ جایہِ یتہٕ نہٕ آب تہٕ اوس۔ اتھ جایہِ دڑ اوزمزمُک ناگ۔

حضرت ابراہیمؑ گٔے فسلطین کِس شہرالخلیل (حبرون) منز وفات۔ بنواسرائیل آوسدأہمہِ (۱۷) صدی (ق م) وجودس منز۔ یہِ اوس حضرت ابراہیمؑ سُند دور۔ (اسرائیل چھُ حضرت ابراہیمؑ سٕندِس نیٚچوِ سُند نیٚچو حضرت یعقوبؑ تہٕ تِمَو ہنٛد بن اولادن ونان)۔

ارشادِ باری چھُ:

وَاِذْقَالَ اِبْرٰهِيْمُ لِاَبِيْهِ اٰزَرَ اَتَتَّخِذُ اَصْنَامًا اٰلِهَةً. اِنِّيْۤ اَرٰىكَ وَقَوْمَكَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ. وَكَذٰلِكَ نُرِيْۤ اِبْرٰهِيْمَ مَلَكُوْتَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَلِيَكُوْنَ مِنَ الْمُوْقِنِيْنَ. فَلَمَّا جَنَّ عَلَيْهِ الَّيْلُ رَاٰ كَوْكَبًا. قَالَ هٰذَا رَبِّيْ فَلَمَّاۤ اَفَلَ قَالَ لَاۤ اُحِبُّ الْاٰفِلِيْنَ. فَلَمَّا رَاَ الْقَمَرَ بَازِغًا قَالَ هٰذَا رَبِّيْ. فَلَمَّاۤ اَفَلَ قَالَ لَئِنْ لَّمْ يَهْدِنِيْ رَبِّيْ لَاَكُوْنَنَّ مِنَ الْقَوْمِ الضَّآلِّيْنَ. فَلَمَّا رَاَ الشَّمْسَ بَازِغَةً قَالَ هٰذَا رَبِّيْ هٰذَاۤ اَكْبَرُ. فَلَمَّاۤ اَفَلَتْ قَالَ يٰقَوْمِ اِنِّيْ بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تُشْرِكُوْنَ. اِنِّيْ وَجَّهْتُ وَجْهِيَ لِلَّذِيْ فَطَرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا وَّمَاۤ اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ. وَحَآجَّهٗ قَوْمُهٗ. قَالَ اَتُحَآجُّوْٓنِّيْ فِي اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنِ. وَلَاۤ اَخَافُ مَا تُشْرِكُوْنَ بِهٖۤ اِلَّاۤ اَنْ يَّشَآءَ رَبِّيْ شَيْئًا. وَسِعَ رَبِّيْ كُلَّ شَيْءٍ عِلْمًا. اَفَلَا تَتَذَكَّرُوْنَ. وَكَيْفَ اَخَافُ مَاۤ اَشْرَكْتُمْ وَلَا تَخَافُوْنَ اَنَّكُمْ اَشْرَكْتُمْ بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ عَلَيْكُمْ سُلْطٰنًا. فَاَيُّ الْفَرِيْقَيْنِ اَحَقُّ بِالْاَمْنِ. اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ. اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَلَمْ يَلْبِسُوْۤا اِيْمَانَهُمْ بِظُلْمٍ اُولٰٓئِكَ لَهُمُ الْاَمْنُ وَهُمْ مُّهْتَدُوْنَ. وَتِلْكَ حُجَّتُنَاۤ اٰتَيْنٰهَاۤ

اِبۡرَاھِیۡمَ عَلٰی قَوۡمِہٖ. نَرۡفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنۡ نَّشَآءُ. اِنَّ رَبَّکَ حَکِیۡمٌ عَلِیۡمٌ.

یِیٚلہِ حضرت ابراہیمؑ مأٔلِس (آذر) وۄن ''تٔہۍ کیاز چھو بے جان مۄرتی ین پنٕن خدامانان؟ مےٚ چھُ باسان تٔہۍ تہٕ تہٕنٛد سورُے قوم چھُ گُمراہ''۔ أسۍ أسۍ ابراہیمس آسمانن تہٕ زمینٕچ حقیقت ہاوان، یُتھ سُہ یقین کن والیٚن منٛز شأمِل گژھہِ۔ اکھ واقعہٕ چھُ) راتھ رٔنِیت وُچھ أمۍ (ابراہیمؑ) اکھ تارُکھ تہٕ وۄنُن ''یہِ ہیٚکہِ میٚون ربّ آسِتھ''۔ یِیٚلہِ تارُکھ لۄس تہٕ وۄنُن ''بہٕ چھُس نہٕ لوسن والیٚن چیزن پسند کران''۔ امہِ پتہٕ یِیٚلہِ زۄن وُچھن تہٕ وۄنُن ''اے خدایہِ! مےٚ کر رہبری یتھ بہٕ سیٚز وَتہٕ پٕژھ واتہٕ''۔ امہِ پتہٕ یِیٚلہِ أمۍ آفتاب وُچھ تہٕ وۄنُن ''یہِ چھُ میٚون خدا۔ یہِ چھُ بوٚڈ''۔ یِیٚلہِ آفتاب لۄس تہٕ وۄنُن ''اے میانہِ قومہِ! بہٕ چھُس تِمو تمام چیزو نِشہِ دوٗر، یِم توہہِ خدایس شریک چھِو بنأوِمٕتۍ۔ یِم سأری تژ أوِتھ چھُس بہٕ بُتھ کران سیٚدِس سیوٚدِس ذاتس کُن یٚمۍ تمام آسمان تہٕ زمین پأدٕ کٔری۔ بہٕ چھُس نہٕ مُشرِک''۔

یِیٚلہِ أمۍ سٕندۍ قومن لڑایہِ کٔر تہٕ ابراہیمؑ وۄننکھ! ''توہہِ چھُوا مےٚ سٟتۍ خدایس متعلق جھگڑٕ کران۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ خداین ہأوِمےٚ سیٚز وَتھ تہٕ بہٕ چھُس نہٕ تِمن چیزن کھوژان یِم توہہِ خدایس شریک چھِو بنأوِمٕتۍ۔ خدا ہیٚکہِ مےٚ نقصان واتنأوِتھ۔ خدایس چھُ تمام چیزن ہُنٛد عِلم۔ تُہۍ کیاز چھُو نہٕ نصیحت لبان۔ بہٕ کیاز کھوژ تُہنٛدٮ۪ن شریکن، یِیٚلہِ نہٕ تُہۍ چھُو کھوژان تِمن چیزن خدایہ سُند شریک ٹھٔہراونس، یِمن متعلق خداین کانٛہہ دلیل چھُنہٕ نأزِل کٔرمُت۔ ہرگاہ توہہِ کانٛہہ تہٕ عِلم چھُ تیٚلہِ دٔپِو اسہِ دون فریقن منٛز کُس چھُ مطمئن تہٕ بے خوف آسنُک حق تھاوان؟ بے شک تِم لُکھ یِمو ایمان اوٚن تہٕ پنٕن ایمان بچوٚوُکھ شرک کرنہٕ نِشہِ۔ تِہنٛدے باپتھ چھُ امن تہٕ تِمنٕے چھُ ہدایت میوٚلمُت''۔

یہِ دلیل تہٕ بحث اوس اسہِ ابراہیمس پننِس قومس خلاف گوڈٕے فِکرِ تۄرمُت۔ أسۍ یٚمِس یژھہٕوٚتس چھِ بجر تہٕ تھزر عطا کران۔ بے شک چھُ چون پروردگار حکمتہٕ وول، داناتہٕ سورُے زانن وول۔ (الانعام، ۶:۷۴)

بأری تعالیٰ چھُ قرآنس منٛز صاف بیان کران زِ: ''حضرت ابراہیم اوس نہٕ یہودی تہٕ نہٕ عیسأیی بلکہِ اوس سُہ شٔقہٕ مسلمان۔ نہٕ اوس سُہ مُشرِک۔ (آل عمران۔ ۳:۶۵)

تورات تہٕ انجیل آیہِ حضرت ابراہیمؑ سٕندِ دوٗرٕ پتہٕ۔ حضرت ابراہیم تہٕ حضرت اسماعیلؑ أسۍ عربی آرامی قبیلس سٟتۍ تعلق تھاوان تہٕ اتھ چھُنہٕ یہودی زمانس سٟتۍ کانٛہہ تعلق۔ حضرت ابراہیمؑ سُنٛد زمانہٕ اوس خأٔلِص عربی زمانہٕ۔

قرآن شریفس منٛز چھےٚ ۲۵ رٕہن سورن (سورۃ) منٛز ۵۹ رجاین حضرت ابراہیمؑ ہُنٛز ذِکر آمُت۔

وَاِذْقَالَ اِبْرٰهِيْمُ رَبِّ اجْعَلْ هٰذَا الْبَلَدَ اٰمِنًا وَّاجْنُبْنِىْ وَبَنِىَّ اَنْ نَّعْبُدَ الْاَصْنَامَ. رَبِّ اِنَّهُنَّ اَضْلَلْنَ كَثِيْرًا مِّنَ النَّاسِ. فَمَنْ تَبِعَنِىْ فَاِنَّهٗ مِنِّىْ. وَمَنْ عَصَانِىْ فَاِنَّكَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ. رَبَّنَآ اِنِّىْٓ اَسْكَنْتُ مِنْ ذُرِّيَّتِىْ بِوَادٍ غَيْرِ ذِىْ زَرْعٍ عِنْدَ بَيْتِكَ الْمُحَرَّمِ. رَبَّنَا لِيُقِيْمُوا الصَّلٰوةَ فَاجْعَلْ اَفْئِدَةً مِّنَ النَّاسِ تَهْوِىْٓ اِلَيْهِمْ وَارْزُقْهُمْ مِّنَ الثَّمَرٰتِ لَعَلَّهُمْ يَشْكُرُوْنَ. رَبَّنَا اِنَّكَ تَعْلَمُ مَا نُخْفِىْ وَمَا نُعْلِنُ. وَمَا يَخْفٰى عَلَى اللّٰهِ مِنْ شَىْءٍ فِى الْاَرْضِ وَلَا فِى السَّمَآءِ. اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِىْ وَهَبَ لِىْ عَلَى الْكِبَرِ اِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ. اِنَّ رَبِّىْ لَسَمِيْعُ الدُّعَآءِ. رَبِّ اجْعَلْنِىْ مُقِيْمَ الصَّلٰوةِ وَمِنْ ذُرِّيَّتِىْ. رَبَّنَا وَتَقَبَّلْ دُعَآءِ. رَبَّنَا اغْفِرْ لِىْ وَلِوَالِدَىَّ وَلِلْمُؤْمِنِيْنَ يَوْمَ يَقُوْمُ الْحِسَابُ.

سۆنچو! ییٚلہِ ابراہیمن دُعا کۆر: ''اے میانہِ پروردِگارٕ! یہِ شہر (مکہ) بناوُن امنُک مرکز۔ مےٚ تہٕ میانین اولادن تھاٲوِی زِ بُتو نِشہِ دۆر۔ خدایہِ! یِمو بُتو گٔری وارِیاہ لُکھ گمراہ۔ اِوٚکنی یُس شخص میانٕی پیروی کرِ، تس آسہِ مےٚ سٟتۍ تعلق تہٕ یُس میانٕی نافرمانی کرِ (سُہ چُھ توہہِ حوالہِ)۔ ژٕ چھکھ سٮ۪ٹھاہ معاف کرن وول تہٕ نہایت رحم کرن وول۔ اے سانہِ پالن والہِ! مےٚ بسووٕ پنٕن اکھ اولاد چانِس قابلِ احترام گھرس نزدیک اَکِس وادی (ییٚتہِ آب تہٕ گھاسہٕ چُھ) منٛز، یُتھ سُہ (تہٕ تٔمی سٕندی اولاد) نماز کرن قٲیِم۔ اِوٚکنی کٔرِ وھٕن لُکن ہٕندی دِل تِمن کُن مُتوجہ تہٕ تِس سوز پھلن (میوٕ) ہُنٛد رِزق، یُتھ تِم شُکُر کرن واٲلی بنن۔ اے خدایہِ! توہہِ چھَو ساٲرے خبر یہِ اَسی چھُپاوَو یا ظاہِر کرَو۔ حقیقت چھِ یہِ زِ آسمانن تہٕ زمینس منٛز یہِ کینٛہ چھُ تمیُک عِلم چھُ خدایس۔ خدایہِ سُنٛد شُکُر تیٚمی مےٚ یتھ بُجرس منٛز اسماعیل تہٕ اسحاق سۆزی۔ بے شک چُھ خدا دُعا بوزان۔ اے میانہِ خدایہِ! مےٚ بناو نماز ہُنٛد پابند تہٕ میانٕی اولاد تہِ۔ میٲنی منگن کر قبوٗل۔ اے سانہِ پالن والہِ! ییٚلہِ حساب منگکھ، مےٚ، میانِس مٲلِس ماجہِ تہٕ ایمان والین کٔری زِ معاف (عفو)۔

(سورہ ابراہیم، ۱۴: ۳۵)



# حضرت موسیٰ علیہ السّلام

حضرت موسیٰؑ زاو جنوبی مِصرِ کس دارالحکومت طیبہ (Thebes) ہس منز۔ اتھ دورس منز اوس مِصرس منز اکھ تعصبی قبطی النسل خاندان اقتدارس پیٹھ، یمو بنی اسرائیلس پیٹھ وارِیاہ ظُلم تہٕ سِتم کری مِتی اٲسی۔ حضرت موسیٰؑ سٕنز پرورش سپز رحمتِ خداوندی تحت طیبہ (أز ژُک الاقصر) ہس منز فرعون رعمسیس ثانی سٕندِس محلس (Palace) منز۔ رعمسیس سٕنز زنانہٕ آسیہؓ اٲس قرآن مطابق اکھ بہلہِ پایہِ مومن۔ جوان گژھتھ أ کس قبطی سٕندس قتل کس اِلزامس منز پیوٚ أمس (موسیٰؑ) مِصر تراوُن۔ طیبہ پیٹھ ہجرت کٔرتھ گٔے یم ۶۵۰ رکلومیٹر دوٗر منف (ممفس) جایہِ۔ اَتہِ پیٹھ گٔے صحرائے سیناءٕ تہٕ ایلہ۔ أخرس وأتی مدین۔ یتہِ یم حضرت شعیبؑ سٕندِ گرِ رٔوٗ دی۔ اتہِ کٔرأمی دٔہن ؤرِیَن نوکری (تیر تہٕ ژھاوِلی رٔچھنہِ)۔ حضرت شعیبؑ دِژ یمن پنٕنی کوٗر ''صفورا'' نِکاحن۔ کھاندرِ پتہٕ تہٕ رٔوٗ دی یم دٔہن ؤرِیَن حضرت شعیبؑ سٕندِ گرِ۔

اکہِ دوہہٕ دژاے یم گرِ واپس (صفورا) ہیتھ وادیٔ سینا۔ کوہِ طوٗرس پیٹھ وُچھکھ گاش تہٕ نار (آگ) اننہِ گٔے۔ اتہِ میٚجکھ پیغمبری۔ اللہ تعالیٰ ہِن کوٚر حضرت موسیٰؑ ہس سٕتی کلام۔ حضرت موسیٰؑ تہٕ حضرت ہارونؑ دوشوٕنی دِتکھ حکم زِ تُہی دِیوٗ فرعونس تِچ دعوت۔ بنی اسرائیل گٔرِ یوٗ کھ قبطی تہٕ فرعون سٕنزِ غلاٗمی نِش آزاد۔ حضرت ہارونؑ اٲسی مِصرس منز موجود۔

وادیٔ سینا چھُ مِصرس منز۔ سینا کس جنوٗبس منز چھُ کوہِ طوٗر۔ کوہِ طوٗرس منز چھےٚ اکھ تھٔز جاے، یتھ ''جبلِ موسیٰ'' چھِ ونان۔ یہ چھُ ۲۲۸۵ رمیٹر تھٔز۔ أتھی جایہِ وُچھ حضرت موسیٰؑ ہِن خدایہ سٕندِ جلوہٕ تہٕ پیغمبری دِژ کھ خدایِن۔

قرآنس منز چھےٚ حضرت موسیٰؑ سٕندِس سِلسِلس منز دون فرعوٗنن ہٕنز ذِکر۔ اکھ سُہ یتھ دورس منز حضرت موسیٰؑ زاو تہٕ تیمی سٕندِس گرس منز موسیٰؑ پھاپھلیہِ۔ دوٚیم فِرعون چھُ سُہ تیٚمِس حضرت موسیٰؑ ہِن اسلام قبوٗل کرنچ دعوت دِژ تہٕ بنی اسرائیل یلہٕ (آزاد) تراونہٕ باپتھ وَوٗن۔ یہ فرعوٗن پھوٚٹ آبس (غرق گوٚو)۔ مورِخ چھِ ونان زِ گوڈنیُک فرعون اوس رعمیس دوم (۱۲۹۲-۱۲۳۵ رق م)۔ دوٚیم فرعون اوس منفتہ یا منفتاح (۱۲۳۰-۱۲۱۵ رق م)، یُس پنٕنس مألی (رعمیس دوم) سٕندِس دورِ حکوٗمتس منز اکھ رُکن اوس تہٕ مألی سٕندِ مرنہٕ پتہٕ بنیوٚو بادشاہ۔ رعمیسس أسی ۱۵۰ راولادتہٕ منفتاح (فرعون) اوس تِژ وأہم اولاد۔

فرعون گوٚ وخلیج سویز (سویس) کِس شمالس منز "عیون موسیٰ" جایہِ نِش غرق۔ قرآن چھُ گواہ......از چھکوٚ اَسی چائی لاش سمندرٕ نبر، یُتھ ژے پتہٕ یِنہٕ والین لُکن باپتھ عبرتُک نِشان بنہِ۔ یوٚ دوے لُکھ سانیو نِشانیو نِشہِ غافل چھِ روزان۔ (سورہ یُونس۔۱۰:۹۲)

ارشادِ باری تعالیٰ چھُ:

وَهَلْ اَتٰکَ حَدِیْثُ مُوْسٰی، اِذْ رَاٰنَارًا فَقَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْآ اِنِّیْ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّیْ اٰتِیْکُمْ مِّنْهَا بِقَبَسٍ اَوْاَجِدُ عَلَی النَّارِ هُدًی. فَلَمَّآ اَتٰهَا نُوْدِیَ یٰمُوْسٰی. اِنِّیْ اَنَا رَبُّکَ فَاخْلَعْ نَعْلَیْکَ. اِنَّکَ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًی.

کیاہ توہہِ نِش ووت نا موسیٰ سُند واقعہٕ، ییلہِ تمہِ (کوہِ طوٗرس پٹھ) نارُ وچھ۔ زنانہِ ووٗنن "ٹھہر کرا! مے وُچھ نار۔ مے چھےٚ اُمید زِ بہٕ اَنہٕ چانہِ باپتھ اتہٕ اکھ دزوٗن ٹُکرٕ (چھل) یا پرٛژھ اتہٕ کانسہِ شخصس وتھ"۔ ییلہِ حضرت موسیٰؑ نارٕ الاوس نِش ووت اُمس آیہِ اکھ آواز۔ "اے موسیٰ! بہٕ چھُس چون ربّ۔ ژٕ کڈ کھوربانہٕ، تکیازِ ژٕ چھکھ وادئِ مُقدس طویٰ ہس منز کھڑا"۔ (سورہ طٰہٰ ۲۰:۹)

امہِ پتہٕ فرمووُ اللہ تعالیٰ ہن:

اے موسیٰؑ چانِس دچھنِس اتھس منز کیاہ چھُ؟ تمہِ کوٚر عرض "یہِ چھےٚ میانی لوٚر۔ یہِ چھےٚ میانی سہارٕ تہٕ مدد تہٕ ژھاولین چھُس امہِ ستی کلو پیٹھہِ پن وٕتھر واٗلتھ کھیاوان۔ اتھ لورِ منز چھِ میانہِ باپتھ بیٚیہ تہٕ کینْہہ فائد"۔ اللہ تعالیٰ ہن دوٗپس "یہِ لوٚر ترٛاو پتھر"۔ حضرت موسیٰؑ ہن ترٛاو لوٚر پتھر۔ اتھ بنیو وَسرُف (Snake) یُس ژلنہِ لوٚگ۔

وَمَا تِلْکَ بِیَمِیْنِکَ یٰمُوْسٰی. قَالَ هِیَ عَصَایَ. اَتَوَکَّؤُا عَلَیْهَا وَاَهُشُّ بِهَا عَلٰی غَنَمِیْ وَلِیَ فِیْهَا مَاٰرِبُ اُخْرٰی. قَالَ اَلْقِهَا یٰمُوْسٰی. فَاَلْقٰهَا فَاِذَا هِیَ حَیَّةٌ تَسْعٰی. قَالَ خُذْهَا وَلَا تَخَفْ. سَنُعِیْدُهَا سِیْرَتَهَا الْاُوْلٰی. وَاضْمُمْ یَدَکَ اِلٰی جَنَاحِکَ تَخْرُجْ بَیْضَآءَ مِنْ غَیْرِ سُوْٓءٍ اٰیَةً اُخْرٰی. لِنُرِیَکَ مِنْ اٰیٰتِنَا الْکُبْرٰی. اِذْهَبْ اِلٰی فِرْعَوْنَ اِنَّهٗ طَغٰی. قَالَ رَبِّ اشْرَحْ لِیْ صَدْرِیْ. وَیَسِّرْلِیْ اَمْرِیْ. وَاحْلُلْ عُقْدَةً مِّنْ لِّسَانِیْ. یَفْقَهُوْا قَوْلِیْ. وَاجْعَلْ لِّیْ وَزِیْرًا مِّنْ اَهْلِیْ. هٰرُوْنَ اَخِیْ. اشْدُدْ بِهٖٓ اَزْرِیْ. وَاَشْرِکْهُ فِیْٓ اَمْرِیْ. کَیْ نُسَبِّحَکَ کَثِیْرًا. وَّنَذْکُرَکَ کَثِیْرًا. اِنَّکَ کُنْتَ بِنَا بَصِیْرًا. قَالَ قَدْ اُوْتِیْتَ سُؤْلَکَ یٰمُوْسٰی. وَلَقَدْ مَنَنَّآ

عَلَیۡکَ مَرَّةً اُخۡرٰۤی. اِذۡ اَوۡحَیۡنَاۤ اِلٰۤی اُمِّکَ مَا یُوۡحٰۤی. اَنِ اقۡذِفِیۡهِ فِی التَّابُوۡتِ فَاقۡذِفِیۡهِ فِی الۡیَمِّ فَلۡیُلۡقِهِ الۡیَمُّ بِالسَّاحِلِ یَاۡخُذۡهُ عَدُوٌّ لِّیۡ وَ عَدُوٌّ لَّه. وَ اَلۡقَیۡتُ عَلَیۡکَ مَحَبَّةً مِّنِّیۡ. وَ لِتُصۡنَعَ عَلٰی عَیۡنِیۡ. اِذۡ تَمۡشِیۡۤ اُخۡتُکَ فَتَقُوۡلُ هَلۡ اَدُلُّکُمۡ عَلٰی مَنۡ یَّکۡفُلُه. فَرَجَعۡنٰکَ اِلٰۤی اُمِّکَ کَیۡ تَقَرَّ عَیۡنُهَا وَ لَا تَحۡزَنَ. وَ قَتَلۡتَ نَفۡسًا فَنَجَّیۡنٰکَ مِنَ الۡغَمِّ وَ فَتَنّٰکَ فُتُوۡنًا. فَلَبِثۡتَ سِنِیۡنَ فِیۡۤ اَهۡلِ مَدۡیَنَ. ثُمَّ جِئۡتَ عَلٰی قَدَرٍ یّٰمُوۡسٰی. وَ اصۡطَنَعۡتُکَ لِنَفۡسِیۡ. اِذۡهَبۡ اَنۡتَ وَ اَخُوۡکَ بِاٰیٰتِیۡ وَ لَا تَنِیَا فِیۡ ذِکۡرِیۡ. اِذۡهَبَاۤ اِلٰی فِرۡعَوۡنَ اِنَّه طَغٰی. فَقُوۡلَا لَه قَوۡلًا لَّیِّنًا لَّعَلَّه یَتَذَکَّرُ اَوۡ یَخۡشٰی. قَالَا رَبَّنَاۤ اِنَّنَا نَخَافُ اَنۡ یَّفۡرُطَ عَلَیۡنَاۤ اَوۡ اَنۡ یَّطۡغٰی. قَالَ لَا تَخَافَاۤ اِنَّنِیۡ مَعَکُمَاۤ اَسۡمَعُ وَ اَرٰی. فَاۡتِیٰهُ فَقُوۡلَاۤ اِنَّا رَسُوۡلَا رَبِّکَ فَاَرۡسِلۡ مَعَنَا بَنِیۡۤ اِسۡرَآءِیۡلَ. وَ لَا تُعَذِّبۡهُمۡ. قَدۡ جِئۡنٰکَ بِاٰیَةٍ مِّنۡ رَّبِّکَ. وَ السَّلٰمُ عَلٰی مَنِ اتَّبَعَ الۡهُدٰی.

اللہ تعالیٰ ہن فرموو:

''اَتھ کرتھف، کھوژ مہٕ۔ بہٕ انن یہِ پننِس پزٲنِس حالتس منٛز واپس۔ پنُن اتھ تڑ اوٚبغلس منٛز تہٕ دبأوِتھ تھاو۔ یہِ نیرِ کُنہِ تکلیفہٕ ورأے پڑ زِلتھ۔ یہِ چھےٚ بیا کھ نِشانی۔ یہِ مشق آیہِ اوٚ کنٛی کرنہٕ تِکیا زِمےٚ چھِ توہہِ بڈٕ بڈٕ معجزٕ ہاوٕنی۔ فرعونس نش گژھ، سُہ چھُ واریاہ کلہٕ خراب گوٚمُت''۔

حضرت موسیٰؑ ہن کوٚر عرض:

''اے میانہِ پروردِگارٕ! مےٚ خاطرٕ مُژراو میٚون سینہٕ تہٕ میانہِ باپتھ بناو میأنی کأم آسان۔ میانہِ زیٚوِ دِوٚسعت تاکہِ لُکھ ہیکن میأنی کتھ سمجتھ۔ تہٕ میانوٚ گرِ کیوٚ منٛزٕ بناوٗن میٚون بوے ہارون میٚون مدد کرن وول۔ مےٚ کر طاقت عطا۔ سُہ تہِ بناوٗن امرِ نبوّت تہٕ تبلیغس منٛز میٚون شریک، تاکہِ أسی کرَو کثرت سان چأنی تعریف تہٕ ذِکر۔ بے شک چھُکھ ژٕ اسہِ اصل پأٹھی زانان''۔

خداین فرموو:

''اے موسیٰ، چون مطالبہٕ چھُ منظور۔ امہِ برٛونٛھہ تہِ کوٚر مےٚ ژےٚ پێٹھ بوٚڈ احسان۔ ییٚلہِ مےٚ چانہِ ماجہِ ہٕندِس دِلس منٛز یہِ کتھ تڑ اوٚ زِ یہِ شُر تھاوُن تابوٗتس منٛز تہٕ تڑ اوُن دٔریاوس۔ دریاو واتہٕ ناوِ اَمس بٹھِس پێٹھ تہٕ بٹھِ پێٹھٕ تُلہِ أمس سون (میٚون تہٕ أمی سُنٛد) دشمن۔ امہِ پتہٕ، پننہِ رحمتہٕ ستی تڑ ووٚ مےٚ ژےٚ پێٹھ محبت تاکہِ میانہِ نِگرٲنی تحت سپدِ چأنی پرورش۔ چأنی بێنہِ تہِ وأژ پکان پکان

اتھ جایہِ تہٕ وۄنُن ''بہٕ ونہٕ توہہِ أکِس ترٛشہِ زنانہِ ہُنٛد پتاہ یُس اُمِس شُری سٕنٛز (بہترین) پرورش کرِ''۔ اِوٚکنۍ واتنوٚو کھاسہِ واپس پنٕنہِ ماجہِ نِش۔ یُتھ زن تٔمۍ سٕنٛزن اُچھن شیہلتھ پیٚیہِ تہٕ سُہ روزِنہٕ غمگین۔ امہِ پتہٕ مورتھن ژٔے اکھ نفر تہٕ تمہِ پریشانی منٛز تہٕ کوٚڈُکھ۔ پوٚتُس روٗدُکھ ژٕ مدین کٕمن لُکن نِش کیٚژھن ؤرِیَن۔ مُقرر کرنہٕ آمتِس وقتس پیٹھ آکھ واپس۔ مےٚ ژورُکھ ژٕ پنٕنہِ پیٚیہِ تہِ آزٕ موٗوکھ۔ اِوٚکنۍ گرِٛہوژٕ تہٕ چون بوے میأنۍ دِتۍ ٕتۍ معجزٕ ہیتھ تہٕ میأنۍ ذِکر روٗزِیو کران۔ دوشوٕے گژِھو فرعونس نِش۔ سُہ چھ گوٚمُت باپتھ۔ اِوٚکنۍ گرِٛہوژٕ تہٕ چون بوے میأنۍ دِتۍ ٕتۍ معجزٕ ہیتھ تہٕ میأنۍ ذِکر روٗزِیو کران۔ دوشوٕے گژِھو فرعونس نِش۔ سُہ چھ گوٚمُت کلہٕ خراب (سرکش)۔ تس سٕتۍ کٔرِی زیوٚنرمی سان کتھ۔ شاید پیٚیہِ تس نصیحتُک اثر یا کھوژِ سُہ''۔ دوشوٕیوٚ کوٚر عرض...... ''پروردِگار! اسہِ چھ خطرٕ باسان زِ سُہ کرِ اسہِ سٕتۍ زیادتی تہٕ امہِ کھوتہٕ کلہٕ خراب بنہِ''۔ خداین فرموو...... ''تُہیہ مہٕ کھوٗژِیوٗ۔ بہٕ چھُس توہہِ سٕتۍ۔ بۄزتھ کانٛہہ چیز چھُس وُچھان تہٕ بوزان۔ تُہۍ گژِھوتس نِش تہٕ ؤنِیوٗس۔ أسۍ آے چانِس پروردِگار سٕنٛدِ طرفہٕ ژٔے نِش۔ اِوٚکنۍ دِیوٗ کھاسہِ سٕتۍ بنی اسرائیل تہٕ تمن مہٕ کر کُنہٕ قسمُک عذاب۔ أسۍ چھِ ژٔے نِش چانِس ربّ سٕنٛدِ طرفہٕ عظیم نِشانی ہیتھ آمتۍ۔ تس شخصس پیٹھ گژھِ سلامتی (حفاظت) ناۤزِل یُس خدایہِ سٕنٛدِس ہدایتس پیٹھ عمل کرِ۔ (سورہ طٰہٰ، ۲۰: ۱۷)

یٚیلہِ حکُمرانو حضرت موسیٰؑ قتل کرنُک منصوبہٕ بنوو۔ اکھ شخص آو یِہ شیٚچھ ہیتھ حضرت موسیٰؑ ہس نِش تہٕ دۄپہس ژٕ ترٛاو یِہ شہر۔ حضرت موسیٰؑ دژاے یہِ بوٗزِتھ مدین شہرس کُن۔ تہٕ کیٚرِس نِش وأتِتھ کوٚرُن أکِس زنانہِ جانورن ترٛیش چاوُنس منٛز مدد۔ یِہ نیکی وُچھِتھ بلوو موسیٰؑ أکۍ بُزرگن گرِ تہٕ کوٚرنس پنٕنہِ کورِ سٕتۍ پتہٕ نِکاح تہٕ دۄپُنس...... ''ژٕ مہٕ کھوژ؟ وٗنۍ چھِیہ نہٕ ژٔے کانٛہہ پرواہ''۔

حضرت موسیٰؑ گے ۱۲۰ ؤرِہُک وفات۔ تِم آے ''نبُو'' پہاڑس پیٹھ دفن کرنہٕ۔ اتھ جایہِ چھِ ونان ''سُرخ ٹیلہ''۔ یِہ پہاڑ چھ بحیرہ مردار (بحیرہ لوط) کِس مشرقس منٛز ''مواب'' کِس مقامس پیٹھ واقع۔

حضرت موسیٰؑ سٕنٛز ذِکر چھےٚ قرآنس منٛز ۱۷ ؤرہن سورن (سورۃ) منٛز ۱۳۶ ؤرِ جاین کرنہٕ آمُژ۔

☆☆



شام
دمشق
دریائے لیطانی
بحیرہ روم (بحر متوسط)
صور
حولہ
عکا
حیفا
عتلیت
قیساریہ
ناصرہ
مجدو
طبریہ
بیسان
دریائے یرموک
درعا (اذرعات)
اذرع
شہبا
سویداء
بصری الشام
دریائے اردن
سامرہ
نابلس
جلعاد
یافا (تل ابیب)
بیت دجن
لُد
رملہ
اسدود
فلسطین
اریحا
القدس
ابوغوش
بیت لحم
الخلیل
غزہ
خان یونس
رفح
بئر سبع
ادوم
قصر الحلابات
ازرق
عمّان
قصر عمرہ
موآب
کرک
ضوغر
سدوم
عامورہ
اردن
صحرائے نقب
بتراء (پٹرا)
معان
داؤد علیہ السلام
اسدود، بیت دجن، ابوغوش، بیت المقدس، رملہ

# حضرت داوٗد علیہِ السّلام

ربِ کائناتن کوٚر رسیدنا حضرت داوٗدؑ کلہٕ پھیرُ جالوٗتس شکست دِنہٕ خاطرٕ تیارتہٕ تٔمی سُند (جالوٗت) قتل اوس حضرت داوٗدؑ سِند بو اَتھو لیکھتھ۔ حضرت داوٗدؑ اوس بہادُر، تلوارن ہنٕہ کھوژن وول تہٕ جنگ کہِ مأدانہٕ منزٕ ژلن وول۔ یِہندِ باپتھ کٔر خداین زٕ منصب نبوت تہٕ حکومت جمع۔ یہِ اوس سُہ نبی، یس سٟتی پٔرندٕ تہٕ پہاڑتہٕ اَسی اللہ تعالیٰ سِنز ذِکر (تسبیح) کران۔ خداین دیُت یِمن حکم تہٕ حق وبأطلک فأصلہٕ کرن وول خطاب۔ دُنیاہس منزٕ اُس یِمن سارِوٕے کھوتہٕ اصل آواز (لحنِ داوٗدی)۔ یِہند بن اَتھن منزٕ اوس شسترٕ نرمان۔

خداین دیُت یِمن عزت تہٕ "زبور" گیہ یِمن پٔتھ نازِل۔ حضرت داوٗدؑ سِنز آواز اُس ژٕھ موٚدر، ییلہٕ تِم زبورٕچ تلاوت اَسی کران، تمام جن تہٕ انسان، پرٕندٕ تام اَسی تِمن أندی یکٕ جمع گژھان۔ زُہد، نمازتہٕ روزٕ اوس یِہند دوہدشُک کأم کار۔

حضرت داوٗدؑ اوس بہلہِ پایہِ عأبد، مُتقی تہٕ خدایس کھوژن وول۔ دوہ تہٕ راتھ اَسی خدایہ سِنز ذِکر کرنس منزٕ گذاران۔ ییلہٕ تہٕ زبوٗرٕچ تلاوت کرٕہن، یِہنزٕ آواز اُس دِلہٕ چیٚن تارن پٔتھ اثر کران۔ یِہند دٔہن (اُس) اوس مُشک تہٕ نوٗرٕ سٟتی دٔلتھ تہٕ بٔرتھ آسان۔

حضرت داوٗدؑ سِنز عبادت بنیہٕ لُکن باپتھ اکھ نموٗنہٕ۔ یِہنز نماز آیہِ افضل نمازتہٕ روزٕ افضل ترین مانٕنہٕ۔

سرورِ کائناتؐ سُند ارشاد چھُ...... "خدایہ سِندِ رضا باپتھ پرن واجبن نمازن منزٕ چھےٚ حضرت داوٗدؑ سِنز نماز سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ پسند تہٕ خدایہ سِندِ باپتھ روزٕ درن والین منزٕ چھےٚ حضرت داوٗدؑ سِنز روزٕ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ پسند"۔ حضرت داوٗدؑ اَسی راتس نمازٕ پران (اَڈس راتس شوٗنگان) تہٕ اکھ (Alternate days) اَسی روزٕ دران۔ (بخاری: ۱۱۳۱)

حضرت داوٗدؑ اَسی سبٹھاہ عأجزی تہٕ اِنکسأری سٟتی اوٗش ہاران تہٕ یہِ دُعا منگان:

"اے اللہ! اگر میأنِس پرٕتھ مَس والس بجایہِ مےٚ زٕ زیوٚ آسہِ ہن، یِم تمام وأنسہِ، دوہ تہٕ راتھ چأنی ذِکر (تسبیح) کرٕہن، تہٕ گٔرتھ تہِ ہیکہٕ ہانہٕ یہٕ چانیٚو نعمتو منزٕ اکہِ نعمتُک حق ادا کٔرتھ"۔

حضرت داوٗدسؑ اوس یِتھ خوفِ خدا زِ سأرِے وأنسہِ رٕوٗدی غمن منزٕ، راتھ دوہ اوٗش ہاران، ییٚمہٕ سٟتی تِمن اَچھ گاشس (بینأیی) منزٕ واریاہ کمی آیہٕ۔ ییلہٕ تِمن پرٕژھک زِ یوٚت اوٗش کیازِ چھوٚ ہاران تہٕ جواب دیُت نکھ...... "اَڈی جِہ دِزٕ نک تہٕ وَدِنک دوہ یِنہٕ برٕونٹھ دیہٕ مےٚ وَدنہٕ"۔

حضرت داوٗدؑ اَسی اکثر وَدان وَدان وٕسی یوان تہٕ امہِ پتہٕ کوٚھمبن پٔتھ تھوٚدٕ وٕتھتھ اَسی خدایس منگان:

اے پاک پروردگار! بہٕ چھُس نہٕ چانہِ اختابٕچ گرمی ہیکان برداشت کرِتھ۔ جہنمچ گرمی کتہٕ ہیکہٕ برداشت کرِتھ۔ اے ربّ کائنات! بہٕ چھُس نہٕ چانہِ رحمتچ آواز ہیکان ژاٗلِتھ، بہٕ کتہٕ ہیکہٕ چانہِ عذابٕچ آواز ژاٗلِتھ۔

تھزرتہٕ بجرآسنہٕ باوجود اوٗسُس نہٕ اکھرَ ژھتہٕ کبر یا غرور۔ نبوّت کِس عظیم مرتبس پیٹھ روٗزِتھ تہٕ اُس ہمیشہٕ عاجزی تہٕ تقویٰ۔

حدیثِ صحیح چھُ: ''سارِوٕے کھوتہٕ پاک رِزق چھُ سُہ یُس پننوٕ اَتھو کماٗوِتھ کھینہٕ یِیہ۔ خدایہ سُند نبی حضرت داوٗدؑ تہٕ اوس پننہِ اتھہٕ کماٗوِتھ کھوان۔ حضرت داوٗدؑ اُسی لُکن دوہے ستّھ ڈھیر کنکہٕ ژوچہِ کھیاوان تہٕ پانہٕ اُسی اکھ وُشکہٕ ژوٗٹ کھوان۔

(بخاری:۲۰۷۲)

حضرت داوٗدؑ اوس شستر کی ہلکہٕ تارٕ (زرہیں) بناونس منز ماہر تہٕ یہٕ اوس اُمس آمدنی ہُند ذریعہٕ۔ خداین اوس حضرت داوٗدؑ تہٕ تمہِ سُند نیچو حضرت سلیمانسؑ جاناوارن ہنز آواز (بولہٕ) ''منطق الطیر'' ، سمجھنچ صلاحیت دِژمژ۔

حضرت داوٗدنؑ کر اسرائیلس پیٹھ ۴۰ ؍ ہن وٕرِیَن حکومت۔ اکھ ساس (۱۰۰۰) ق م، عمالقہ ہن (حکمران) اُسی بنی اسرائیلن نِش فلسطینکی اکثر علاقہٕ تھیہٕ نمتی۔ سموئیل (شموئیلؑ) اوس تتھ زمانس منز بنی اسرائیلک حُکمران۔ سُہ اوس بُڈ یومُت۔ بنی اسرائیل اُسی یژھان اکھ نوٚو بادشاہ۔ خدایہ سُند کرُن، حضرت سموئیلنؑ کوٚر اکھ ۳۰ رؤہر نوجوان ''طالوت'' بنی اسرائیلک بادشاہ مقرر۔

طالوت (ساوٗل) دژاو اسراٗیلی لشکر ہیتھ دُشمن ستی جنگ کرنہٕ۔ وَتہٕ منز اوس اکھ دریاو (دریائے اُردُن)۔ خداین تژ ووٚیہ فوج اُکس آزماٗیشہٕ منز۔ جنگ کِس ماٗدانس منز واٗتی سیٹھاہ کم فوجی (یم پوٚنتہٕ کاراٗسی)۔

حضرت داوٗدؑ اوس اکھ کم عُمر نوجوان۔ سُہ ووت طالوت سٕندِس لشکرس منز تمہِ وِزِ، ییلہِ فلسطین کہِ فوجُک اکھ بوٚڈ پہلوان جالوت (Goliath) اسرائیلن جنگچ دعوت اوس دِوان۔ کاٗنسہٕ ہنز ہمت اُس نہٕ اُمس بُتھِ لگُن۔ حضرت داوٗدؑ دژاو جالوتس ستی مقابلہٕ کرنہٕ تہٕ جالوت کوٚرُن قتل۔ بہادری وُچھتھ بنیوٚ داوٗدؑ اسراٗیلی ین منز مقبول تہٕ ٹوٹھ۔ طالوتن دِژ پننی کوٗر داوٗدسؑ نِکاحن۔ اُخرس بنیوٚ حضرت داوٗدؑ اسرائیلک بادشاہ تہٕ اللہ تعالیٰ ہن کرٕ کھ نبوّت عطا۔

یتھ جایہِ جالوت قتل آو کرنہٕ، تتھ چھُ ناو ''اسدود''۔ یہِ چھُ غزہ پیٹھ ۴۰ ؍ کلومیٹر دوٗر۔ اکھ ساس (۱۰۰۰ ق م) آو بیت المقدس حضرت داوٗدؑ سٕندِس قبضس منز۔ حضرت داوٗدؑ گے ہتھ وٕری واٗنسہِ منز ۹۶۳ ؍ ق م وفات۔ جمعہ دوہہٕ اُسی حضرت داوٗدؑ عبادتس منز آوٕرِکی تہٕ پرٕندٕ اُسی پننہٕ پنوٚ پرَ وٕستی اُمس سایہِ دِتھ تہٕ اَتھی حالتس منز کوٚر کھ انتقال۔ قرآنس منز چھے حضرت داوٗدؑ سٕنز ذِکر شرٗاہن (۱۶) جاین۔

# حضرت عیسیٰ علیہِ السّلام

حضرت عیسیٰؑ چھِ بنی اسرائیلُک نبی تہٕ ماجہِ اوسُکھ حضرت مریمؑ ناو۔عیسیٰؑ سُند زیوٚن اوس اکھ معجزٕ۔ مأٖلِس ورأے پأدٕ گژھن۔ یہوٗ دِیو ییلہِ حضرت مریمسؑ پیٹھ الزام لگووتہٕ عیسیٰؑ ہن کرِ ماجہِ ہنزِ کوچھہِ منز معجزانہٕ اندازس منز ماجہِ ہٕتی کتھ تہٕ تمِ کی ہنزِ پاک دامنی ہنز گوأہی دِژن۔

حضرت عیسیٰؑ زاو کوہِ ساعیرٕکس دامنس منز۔ اتھ جایہ چھُ بیت اللحم ناو۔ تاریخِ طبری (۲:۲۲) مطأبق گیہ حضرت مریمؑ (وقتہٕکس بادشاہ ہیرودسٕندِ خوفہٕ ہتی) مِصرس منز بسنہٕ تہٕ حضرت عیسیٰؑ سٕندی گوڈنِکی باہ (۱۲) وٕری گُزٲرِکھ مِصرس منز۔

ییلہِ حضرت عیسیٰؑ ۳۰ وٕہری گے، تمن پیٹھ آیہِ وَحی سوزنہٕ۔ امہِ پتہٕ کوٚر حضرت عیسیٰؑ ہن دعوت تہٕ تبلیغُک آغاز۔ تہنٛدِس تبلیغس منز أس حِکمت تہٕ بصیرت علاوٕ احکامِ الٰہی یِس پیٹھ ژُکھِ سان عمل کرنُک جذبہٕ لبنہٕ یِوان۔ اعلانِ نبوّت پتہٕ کینٛہہ دوہ گٔژھتھ دیُت أمی أکس پہاڑس پیٹھ کھٔسِتھ خطبہٕ (وعظ)، یتھ ''خُطبہٕ کوہ'' (Sermon on the mount) ونان چھِ۔ اتھ وعظس منز چھِ حضرت عیسیٰؑ سٕنزن تعلیماتن ہُند خلاصہٕ موجود۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لُکھ ہیٚتِن متأثر گژھنۍ۔ حضرت عیسیٰؑ سٕنز مقبولیت وُچھِتھ گے کینٛہہ مذہبی لُکھ (کاہن تہٕ فریسی) أمِس خلاف، تِکیازِ تمن اوس پنٕن مذہبی دُکان غأر محفوٗظ باسان۔

دُشمنو کٕر روٗمی گورنر پونطس پیلاطس ہٕتی رٔلِتھ اکھ سأزِش، یتھ منز حضرت عیسیٰؑ گرفتار کرنہٕ خأطرٕ آو ونَنہٕ۔ بقولِ انجیل: حضرت عیسیٰؑ سُند اکھ شأگرد یہودا اسکریوتی آو ۳۰ دینار دِتھ جاسوسی باپتھ تیار کرنہٕ۔ حضرت عیسیٰؑ اوس مذہبی تہوارٕکس سِلسِلس منز بیت المقدس آمُت۔ ییٚتہٕ تمو فسح ہُک أخری کھیٚن کھیوٚ۔ امہِ پتہٕ دٕرٲے حضرت عیسیٰؑ پنٕنین کاہن (۱۱) شأگردن ہٕتی شہرٕ نبر گتسمنی (Gethsemane) جایہِ راتھ گُزارنہٕ۔ امہِ پتہٕ شأگردن نِش الگ دُبہٕ روٗزِتھ موٚنگُکھ خدایس...... ''اے میانہٕ پروردِگارٕ! ہرگاہ ہیکہِ گٔژھتھ، یہِ پیالہٕ (موتُک) گژھِ مےٚ نِش دوٗر گژھن''۔ اتھ دُعاہکس جوابس منز گوٚو تسلی نازل۔ (متی باب:۲۶، آیت ۳۶-۶۰)

اللہ تعالیٰ چھُ فرماوان:

اِنَّ مَثَلَ عِیسٰی عِندَاللّٰہِ کَمَثَلِ اٰدَمَ. خَلَقَہٗ مِنْ تُرَابٍ ثُمَّ قَالَ لَہٗ کُنْ فَیَکُوْنُ

''بے شک عیسیٰؑ سُنٛز مثال چھِ خدایس نزدیک حضرت آدمسٕی ہِش۔ سُہ کوٚر خداین میژِ پیٹھ پأدٕ۔
پتہٕ فرموٗ کہ ''بَن'' تہٕ سُہ بنیو ''۔ (آلِ عمران:۳:۵۹)

ارشادِ باری تعالیٰ چھُ:

یٰاَھْلَ الْکِتٰبِ لَا تَغْلُوْا فِیْ دِیْنِکُمْ وَلَا تَقُوْلُوْا عَلَی اللّٰہِ اِلَّا الْحَقَّ. اِنَّمَا الْمَسِیْحُ عِیْسَی ابْنُ مَرْیَمَ رَسُوْلُ اللّٰہِ وَکَلِمَتُہٗ. اَلْقٰھَآ اِلٰی مَرْیَمَ وَرُوْحٌ مِّنْہُ. فَاٰمِنُوْا بِااللّٰہِ وَرُسُلِہٖ. وَلَا تَقُوْلُوْا ثَلٰثَۃٌ.اِنْتَھُوْا خَیْرًا لَّکُمْ. اِنَّمَااللّٰہُ اِلٰہٌ وَّاحِدٌ. سُبْحٰنَہٗٓ اَنْ یَّکُوْنَ لَہٗ وَلَدٌ لَہٗ مَا فِی السَّمٰوٰتِ وَمَافِی الاَرْضِ. وَکَفٰی بِاللّٰہِ وَکِیْلاً.

اے اہلِ کتاب! دِین کِس معاملس منٛز مہٕ نیریوٗ حدٕ نیبر تہٕ خدایس متعلق وٕنِو سُہ کتھ یُس پزٕ آسہٕ۔ حقیقت چھےٚ زِ مسیح عیسیٰ ابنِ مریمؑ چھُ خدایہٕ سُنٛد رسول تہٕ تِس اوس کلمہٕ، یُس خداین مریمس کُن سوٗز۔ سُہ چھُ خدایہٕ سُنٛد پأدٕ کوٚرمت روٗح۔ اِوٕ کٕنہ تھأیو خدایس پیٹھ یقین (ایمان) تہٕ تِمی سِنٛدی ساری رسول مأنِیوٗ کہ۔ یہٕ مہٕ وٕنِو زِ خدا چھِ ترٛے (۳)۔ باز یِیو۔ تُہنٛدِ باپتھ چھُ بہتر۔ حقیقت چھےٚ زِ خدا چھُ اکھ معبوٗد تہٕ سُہ چھُ لمہٕ کتھہِ نِشہٕ پاک زِ تِس آسہٕ اولاد۔ آسمانن تہٕ زمینس منٛز یِتھ کانْہہ چیز چھُ خدایہٕ سُنٛد۔ خدا چھُ سورُے وُچھن وول (نگہبان)۔ (النساء:۴:۱۷۱)

ارشادِ باری تعالیٰ چھُ:

وَرَسُوْلاً اِلٰی بَنِیْ اِسْرَآئِیْلَ اَنِّیْ قَدْجِئْتُکُمْ بِاٰیَۃٍ مِّنْ رَّبِّکُمْ اَنِّیْ اَخْلُقُ لَکُمْ مِّنَ الطِّیْنِ کَہَیْئَۃِ الطَّیْرِ فَاَنْفُخُ فِیْہِ فَیَکُوْنُ طَیْرًا بِاِذْنِ اللّٰہِ. وَاُبْرِیءُ الْاَکْمَہَ وَالْاَبْرَصَ وَاُحْیِ الْمَوْتٰی بِاِذْنِ اللّٰہِ. وَ اُنَبِّءُکُمْ بِمَا تَاْکُلُوْنَ وَمَا تَدَّخِرُوْنَ فِیْ بُیُوْتِکُمْ. اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیَۃً لَّکُمْ اِنْ کُنْتُمْ مُّؤْمِنِیْنَ.

تہٕ سُہ عیسیٰ آسہٕ بنی اسرائیل کِہ طرفہٕ رسول تہٕ یہٕ چھس آمُت تُہنٛدِس پروردِگارسِنٛدِ طرفہٕ معجزات ہیتھ۔ یہٕ چھس توہہٕ برٛونٛہہ کنہٕ میژِ ہُنٛد پرنٛد سُنٛد ڈھانچہٕ بناوان تہٕ پتہٕ اتھ پھوکھ دِوان تہٕ یہٕ چھُ خدایہٕ سِنٛدِ حکمہٕ سٟتۍ وُڈوکران۔ لمہٕ علاوٕ چھس یہٕ خدایہٕ سِنٛدِ حکمہٕ سٟتۍ زِنہٕ دوہہٕ پیٹھ اوٗن تہٕ میوٗنٛد بمار ٹھیک


بحر متوسط (بحیرۂ روم)
شام
دمشق
حولہ
حیفا
طبریہ
ناصرہ
بصری الشام
دریائے اردن
عمان
القدس
بیت لحم
اردن
غزہ
بیر سبع
صحرائے نقب
عریش
فرما
بحیرۂ تانیس
تانیس
(صان الحجر)
بوطو
سائیس
(صا الحجر)
اسکندریہ
ڈیلٹا
بوبسط
قاہرہ
ہیلیوپولس
(عین شمس)
منفس
(منف)
بحیرات مرہ
قلزم (سویز)
صحرائے سیناء
مصر
دریائے نیل
دشت تیہ
(سیناء)
آیلہ (ایلات)
عقبہ
حضرت عیسیٰ علیہ السلام
بیت لحم، ناصرہ، مصر
مصر، ناصرہ
ناصرہ، دریائے اردن، القدس

کران۔ تہٕ مؤدٕ ہتۍ (مورِدٕ) چھس زِندٕ کران۔ یہٕ چھس توہہِ یہِ تہٕ ؤنتھ ہیکان زِ توہہٕ کیاہ چھو گرِ کھیٚوٚمت تہٕ تتہِ کیاہ چھو بچوٚمُت۔ بے شک چھ یِمن معجزاتن منز تُہنٛدِ باپتھ نشانی۔ شرط چھ زِ توہہٕ آسہِ اِرادٕ ایمان اَنہٕ نٕک۔ (آلِ عمران،۳:۶۹)

تفسیر احسن البیان کتابہٕ منز چھ حافظ صلاح الدین اَمہٕ واقعہٕ ہٕچ تفصیلہٕ سان ذکر کران لیکھان:

''پھر ہم نے اُسکے پاس اپنی روح کب بھیجا۔ پس وہ اُسکے سامنے پورا آدمی بن کر ظاہر ہوا۔ روح سے مُراد حضرت جبرئیلؑ ہیں، جنہیں کامل انسانی شکل میں حضرت مریم کی طرف بھیجا گیا۔ حضرت مریم نے جب دیکھا کہ ایک شخص بے دھڑک اندر آ گیا ہے تو ڈر گئیں کہ یہ بُری نیت سے نہ آیا ہو۔ حضرت جبرئیلؑ نے کہا میں وہ نہیں ہوں جو تُو گمان کر رہی ہے، بلکہ تیرے رب کا قاصد ہوں اور یہ خوش خبری دینے آیا ہوں کہ اللہ تعالیٰ تجھے لڑکا عطا فرمائے گا۔ بعض روایتوں میں آیا ہے کہ حضرت جبرئیل نے ان کے گریبان میں پھونک ماری تھی جس سے باذن اللہ اُن کو حمل ٹھہر گیا تھا۔ اس لئے ہبہ کا انتساب اپنی طرف کر لیا یا یہ بھی ہو سکتا ہے کہ اللہ تعالیٰ ہی کا قول ہو اور یہاں حکایۃً نقل ہوا۔ اس اعتبار سے تقدیر کلام یوں ہوگی۔ اللہ نے مجھے تیرے لیے یہ پیغام دے کر بھیجا ہے کہ میں نے تیری طرف اپنا قاصد یہ بتلانے کے لیے بھیجا ہے کہ میں تجھے ایک پاکیزہ بچہ عطا کروں۔ اللہ اسبابِ مادیہ کا محتاج نہیں۔ میرے لیے یہ بلکل آسان ہے اور ہم اسے اپنی قدرت تخلیق کے لیے نشانی بنانا چاہتے ہیں۔ اس سے قبل ہم نے تمہارے باپ آدم کو مرد اور عورت کے بغیر اور تمہاری ماں حواء کو صرف مرد سے، عورت کے بغیر اور تمام مخلوقات کو مرد و عورت سے پیدا کیا اور اب عیسیٰ کو پیدا کر کے چوتھی شکل میں بھی پیدا کرنے پر اپنی قدرت کا اظہار کرنا چاہتے ہیں اور وہ ہے صرف عورت کے بطن سے، بغیر مرد کے پیدا کر دینا، ہم تخلیق کی چاروں صورتوں پر قادر ہیں۔ یہ اعجازی تخلیق تو اللہ کے علم اور اُسکی قدرت و مشیّت میں مقدر ہے۔ حضرت جبرئیلؑ کی گفتگو سے حضرت مریم کچھ مطمئن ہو گئیں جس کے بعد جبرئیل نے اُن کے گریباں یا دامن میں پھونک ماری۔ اللہ نے اس پھونک کو اُن کے رحم تک پہنچا دیا، جس سے وہ حاملہ ہو گئیں۔ (سُورہ مریم:۱۸-۴۰)

مسلمان عالِمن ہُند چھُ اتھ کتھِ ہٕتۍ اتفاق زِ یِیلہِ دشمن حضرت عیسیٰؑ سِندِس شاگرد (یہودا اسکریوتی) سٕنزِ رہنمائی منز تتھ جایہِ وٲتۍ یتہٕ حضرت عیسیٰؑ اُسۍ ٹھٕہرتھ۔ مکانس کوٚرُکھ محاصرٕ (ژور وطرفو بند)۔ ربّ کائناتن کھول اَمی وقتہٕ حضرت عیسیٰؑ آسمانس پیٹھ تہٕ گرفتار کرن وٲلِس پیٹھ ترٛوو ن حضرت عیسیٰؑ سُند عکس۔ اِ کٕنۍ سمجھ حکومت کیو اہلکارو، یِہوٗ دِیو تہٕ حوارِیو زِ یوہے شخص چھُ حضرت عیسیٰؑ۔ یہِ شخص نیوٗ کھرٲتھ تہٕ پھاسہِ کھوٚرُکھ۔ (سورہ المائدہ:۱۵۷-۱۵۸)

ارشادِ باری چھُ:

''مسیح ابنِ مریمؑ چھُ صِرف اکھ رسول۔ اُمس برونٛٹھ تہٕ اُسۍ رسول۔ اُمی سٕنز موج اُس سبٹھاہ دیانتدار خوتوٗن۔ تم دوشوے اُسۍ کھین تہٕ کھوان۔ وُچھو! اَسۍ کتھٕ کٕنۍ چھِ تمن برونٛہہ کنہِ پنٕنۍ آیات وبرٛھناوان۔ تہٕ یہِ تہٕ وُچھو تم کپاٚرٕ چھِ وتھ ڈٕلتھ پکان۔ (المائدہ:۵:۷۵)

حضرت عیسیٰؑ زاو فلسطین کِس أکِس شہرس (بیت اللحم) منز۔ مشہور ''کھئذ رِ کُل'' تہٕ اوس تتھ جایہِ تہٕ اکھ لوٚکٹ کول تہٕ، تیٚمِچ ذِکر حضرت عیسیٰؑ سٕندِس زیوٚنس ستی چھےٚ آمٕژ۔ دراصل چُھ أمی سُنٛد تعلق فلسطین کِس شمالس منز أکِس بستی ستی، ییتھ ''ناصرہ'' (Nazareth) چھِ ونان۔ یُس جھیل گلیلی کِس نزدیک چُھ۔ ناصرہ چُھ بیت المقدس پیٹھٕ ہتھ (۱۰۰) کلومیٹر دوٗر۔ ناصرہ کہِ نِسبتہٕ چھِ حضرت عیسیٰؑ سٕنٛد بن مانن والین (پیروکارن) نصاریٰ ونان۔

حضرت عیسیٰؑ روٗد زیادٕ کالس پننہِ پاک تہٕ پرہیزگار ماجہِ (حضرت مریمؑ) ستی ناصرہ ہس منز۔ اکھ واقعہٕ چُھ زِ اکہِ لٹہٕ گےٚ حضرت مریمؑ تہٕ حضرت عیسیٰؑ مِصرِ کِس شہر ''عین شمس'' تہٕ تتہِ روٗدی ''مطریہ'' جایہِ نزدیک۔ اتہِ یُس کُل اوس تتھ چھِ ونان شجرِ مریمؑ۔ امہِ پتہٕ آے یِم واپس ناصرہ۔

سورۂ النساء (۴:۱۵۷) چُھ وبٕرھناوان ''حضرت عیسیٰؑ آے نہٕ قتل کرنہٕ بلکہِ سُہ ژیوٚ خداین پانس نِش''۔

حضرت عیسیٰؑ سٕنٛز ذِکر چھےٚ قرآنس منز: عیسیٰ ۲۵ ہن جاین، المسیح کہن (۱۱) جاین، ابنِ مریمؑ ۲۳ ہن جاین آمٕژ کرنہٕ۔

---

تفسیر احسن البیان۔ حافظ صلاح الدین یوسف۔ دار السلام، ریاض، ۱۹۹۵ء

# حضرت سیدنا علی بن حُسینؓ (زین العابدینؓ)

علامہ ذہبیؒ چھِ ''سیرِ اعلام النبلاء'' کتابہِ منز لکھان:

''علی بن حُسین زین العابدینؓ اٰسی زاہد، کثیر الحدیث، بزرگ، رُتبہِ تھوٚد تہٕ مُتّقی۔ اکھ شخصن دوٚپ سعید بن مسیبسؒ زِ مےٚ چُھنہٕ فلاںی ہنٛدِ کھوتہٕ بیٚیہ کانٛہہ مُتّقی وُچھمُت۔ یہِ بوٗزِتھ دوٚپنس سعید بن مسیبنؒ: ژٕے چُھتھا سیدنا علی بن حُسینؒ وُچھمُت۔ دوٚپنس: نہٕ۔ سعیدنؒ دوٚپنس: مےٚ چُھنہٕ تس کھوتہٕ بوٚڈ مُتّقی از تام زانٛہہ وُچھمُت''۔ (حلیۃ الاولیاء، ۳:۱۴۱)

سیدنا علی بن حُسینؓ ہنٛز کُنیت چھےٚ ابوالحسن تہٕ نسبت ہاشمی تہٕ قریشی۔ سرورِ کائناتؐ اوسُکھ ماجہِ ہنٛدٕ بُڑ بب۔ امیر المومنین سیدنا علی ابن ابی طالبؓ اوسُکھ بُڑ بب، جنتہٕ چیٚن زنانن ہنٛز سردار حضرت فاطمہ الزہراؓ اٰسُکھ نانی۔ سید الشہداء حُسین ابنِ علیؓ اوسُکھ مول تہٕ سلافہ (حضرت شہر بانوؓ) اٰسُکھ موج۔

زُہد تہٕ عبادتُک معیار اوس تیوٗت تھوٚد زِ تِمن آو زین العابدین لقب دِنہٕ۔ سید، سجاد، ابوبکر اوسُکھ کُنیت۔ اہلِ بیت نبوی ہِنٛدؠ چشم و چراغ، سیدنا زین العابدینؓ زاےٚ ۳۳ ہجری مدینہ مُنورس منٛز۔

امام زُہریؒ چھِ فرماوان:

''اسہِ چُھنہٕ وُچھمُت قریشی یَن منٛز اَمِس کھوتہٕ کانٛہہ بہتر انسان''۔

ییٚلہِ امام زین العابدینؓ ہنٛز ذِکر کرنہٕ ییہ ہا، امام زُہریؒ اٰسی اوٗش ہاران تہٕ ونان:

''تمام عبادت کرن والین ہنٛز خوبصورتی (زینت) اٰس تہنٛدِ (زین العابدینؓ) ستی''۔ (حلیۃ الاولیا وطبقات الاصفیاء، ج:۲، جز:۳، ص:۱۴۱)

حضرت سیدنا امام زین العابدینؓ اٰسی راتھ رٔژھ بوٚہر منٛز ژھٕ پٔتھ شانن پٔٹھ تُلِتھ غریبن تہٕ ضرورت مندن یُنٛد گرٕ واتناوان۔ ییٚلہِ حضرت زین العابدینؓ وفات گےٚ، تہنٛدِس کمرس تہٕ شانن پٔٹھ اٰسی بوٚہرن ہنٛدؠ نِشان لبنہٕ یِوان۔ تِم گےٚ ۹۶/ ہجری وفات تہٕ جنت البقیع ہَس منٛز گٔرِکھ حضرت امام حسنؓ بن علیؓ ہنٛدِس مقبرس ستی دفن۔



Maqam-e- Imam Zain-ul-Aabideen(RA)

جَنَّةُ الْبَقِيع کا
ایک نایاب
نقشہ

جنت البقیع کا یہ ایک نایاب نقشہ ہے۔ سعودی حکومت نے قبروں پر سارے نشانات مٹا دئے ہیں اور کسی کو کسی قبر کی نشان دہی کی اجازت ہے۔ اس نقشہ کے ذریعے آپ حضرت عثمانؓ، امہات المومنین، حضرت حلیمہ اور دیگر محترم حضرات کے مزارات کی زیارت سے مشرف ہو سکتے ہیں۔



## زین العابدینؒ سٕنز نانی: سیدہ فاطمہ الزہراؓ

جنت چہن زنانن ہٕنز سردار سیدہ فاطمہ الزہراؓ اُس پیغمبرِ اعظم و آخر حضرت محمدؐ ہٕنز صاحبزادی۔ ماجہِ اوسُکھ ناو حضرت خدیجہؓ۔ امام المُتقینؐ اُسی ۳۵،وٕہری ییٚلہِ حضرت فاطمہؓ زایہِ۔ واقعۂ بدر پتہٕ ۲،ہجری منز آو اُمی سُند نِکاح حضرت علی ابنِ ابی طالبسؓ سٕتی کرنہٕ۔ یمن اُسی ترٛےٚ اولاد: حسنؓ، حُسینؓ تہٕ اُمِ کلثومؓ۔ شافعِ محشرؐ سٕندِ رحلت پتہٕ شیٚیہِ ریٚتی گییہِ فاطمہ الزہراؓ وفات۔

حضرت فاطمہؓ تہٕ حضرت علیؓ اُسی رحمتن للعالمینسؐ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ ٹاٹھی۔ سیدہ فاطمہ الزہراؓ سٕنز زندگی اُس سبٹھاہ سادٕ تہٕ صاف۔ نہٕ کانٛہہ عیش تہٕ آرام نہٕ کانٛہہ دولت۔ اُتھ مُقدس گرس منز گٔذ اُرکھ مُشکل تہٕ غریبی ہٕندِس حالتس منز زندگی۔ لاگنہٕ باپتھ اُسی نہٕ پوٚر پلوٗ تہٕ آسان۔

نبی پاکؐ ییٚلہِ تہٕ کُنہِ غزوہ یا سفرِ پیٹھہٕ واپس تشریف اَنہٕ ہن، گوڈٕ اُسی مسجدِ منز زٕ رکعات نماز پران تہٕ اَمہِ پتہٕ حضرت فاطمہؓ سُندِ گرٕ تشریف نوان۔ ییٚلہِ تہٕ سفرس نیرٕ ہن، نبی پاکؐ اُسی گوڈٕ سیدنا فاطمہؓ ہس رخصیت ہوان۔ (مسند احمد: ۲۲۵/۵)

اُم المومنین حضرت عائشہؓ چھےٚ فرماوان:

''آداب تہٕ اخلاق، طور طریقہٕ، وۄتھن بِہن، رہن سہن (آدابِ زندگی) منز وُچھنہٕ مےٚ حضرت سیدنا فاطمہؓ کھوتہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ، یمن نبی پاکؐ سٕتی مُشابہت اُس۔ ییٚلہِ سیدنا فاطمہؓ نبی پاکسؐ نِش تشریف اُسی انان، تمؐ اُسی تھوٚد وۄتھتھ اُمِس استقبال کران، بوسہٕ دِوان تہٕ پننہِ جایہِ بِہناوان۔ ییٚلہِ نبی پاکؐ سیدنا فاطمہؓ ہُندٕ گرٕ اُسی تشریف نوان، حضرت فاطمہؓ تہٕ اُس تھوٚد وۄتھتھ تمن استقبال کران، بوسہٕ دِوان تہٕ پننہِ جایہِ بِہناوان''

(صحیح مُسلِم، حدیث: ۲۴۵۰)

اسامہ بن زیدؓ چھہِ روایت کران زِ فرموو رسول اللہؐ:

''مےٚ چھہِ پننہٕ نوٚ گرٕ والیو منزٕ فاطمہؓ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ محبوب''۔ (مسند الطیالسی: ۲۵/۲)

امام حاکمؒ چھہِ پننی سَنَد ہِتھ حضرت بریدہؓ سٕنز روایت کران:

''رسول اللہؐ سٕنزن نظرن منز چھےٚ حضرت فاطمہؓ تمام خواتینن منز سارِوٕے کھوتہٕ بہتر (پسندیدہ ترین) شخصیت تہٕ تمام مردن منز حضرت علیؓ پسندیدٕ شخصیت''

امام حاکمؒ چھہِ حضرت عائشہؓ ہٕنز روایت کران:

''یِیلہِ تہِ حضرت فاطمہؓ ہنز ذِکر (کتھ اُس وو تھان) حضرت عائشہؓ اُس فرماوان زِ حضرت فاطمہؓ کھوتہٕ بہتر کانٛہہ پزٕی یور چھُنہٕ نظرِ گژھان، یتھٕ پأٹھی تہِندی بابہٕ صأب صداقتُک مُجسمہٕ اُسی''

(المستدرک:۳/۱۴۰، امام مسلم تہٕ امام ذہبی چھِ اتھ ستی اتفاق کران)

یہٕ کتھ چھےٚ سبٹھاہ عظیم وشان اعزازُک بأعث زِ حضرت عائشہؓ چھےٚ سیدہ فاطمہؓ سِیرتس تہٕ صوٗرتس منٛز نبی پاکؐ ستی مُشابہت کران۔

امام ترمذیؒ چھِ انس بن مالکؓ نِش روایت کران زِ فرموو رسول اللہ:

''دُنیہِ چھِن تمام مستوٗراتن منٛز چھُ ژون خواتینن زیادٕ عظمت تہٕ افتخار۔ حضرت مریمؑ، حضرت خدیجہؓ، سیدہ فاطمہ الزہراؓ تہٕ حضرت آسیہؓ (زوجہ فرعون)۔ (فضائلِ صحابہ:۲/۷۵۵، حدیث ۱۳۲۵، المشکواۃ:۳/۷۴۵)

ابوسعید حذریؓ سٕنز روایت چھےٚ زِ رسول اللہ سُند فرمان چھُ:

''حضرت مریمؑ تہٕ حضرت فاطمہ الزہراؓ چھےٚ اہلِ جنت چین خوتٛونن ہنٛز سردار''

(فضائلِ صحابہ: حدیث ۱۳۳۲)

امام بُخاریؒ چھِ روایت کران زِ نبی پاکؐ سُند فرمان چھُ:

''فاطمہؓ چھےٚ خواتینِ اہلِ جنتچ سردار'' (صحیح بخاری: حدیث ۳۷۶۷، ۳۶۲۴)

امام مالک چھِ فراماوان:

''فاطمہؓ چھےٚ جگر گوشۂ رسولؐ۔ سُہ چھےٚ تماموٚنٛزٕ افضل۔ تس کھوتہٕ ہیکہِ نہٕ بہٕ بیٚیہٕ کانٛسہِ فضیلت دِتھ''

سبکیؒ چھِ لیکھان:

''اُسی چھِ مانان زِ سارِوے کھوتہٕ افضل چھےٚ سیدہ فاطمہؓ، پتہٕ حضرت خدیجہؓ تہٕ تمہِ پتہٕ حضرت عائشہؓ''

حضرت فاطمہؓ چھےٚ خواتین مومنین ہنٛز سردار..... (صحیح بخاری، ص:۵۱۲)

سارِنے برٛونٛہہ گژھِ حضرت فاطمہؓ جنتس منٛز دأخل...... (کنزالعمال)

الٰہی بحقِ بنی فاطمہؓ
کہ بر قول ایمان کنی فاطمہؓ

اگر دعوتم رد کُنی ور قبول

من و دستِ دامانِ آلِ رسولؐ

## زین العابدینؒ سُند بُڑ ی بب سیدنا علیؓ ابنِ ابی طالب

خلیفہ راشد، دامادِ رسولؐ تہٕ فاتحِ خیبر سیدنا علیؓ ابن ابی طالب کرم اللہ وجہہ، اُسی زین العابدینسؒ بُڑی بب۔ امیر المومنینؓ سٕنز زندگی چھےٚ اُمت کہِ تأریخُک اکھ روشن حِصہٕ (Chapter)۔ تم اُسی سرورِ کائناتؐ سٕندی پٔتر بوے تہٕ۔

''اخبارِ مکہ'' ہُک مولف علامہ فاکہی چھِ لیکھان زِ

''علیؓ چھُ کعبس اندر زامُت تہٕ سُہ گوڈنیُک انسان یُس خانۂ کعبس اندر زاو''

(اخبار مکۃ للفاکھی:۳/۲۴۶)

امام حاکم چھِ وار یاہن ربوایتن ہُند حوالہٕ دِتھ اَمہِ کتھِ ہٕنز تأئید کران زِ علیؓ زاو خانۂ کعبس منز

(المسند اللحاکم:۳/۴۸۳)

جلیل القدر صحابیہ سیدہ فاطمہؓ بنتِ اسد بن ہاشم بن عبد المناف اُسی حضرت علیؓ یس موج۔ سُہ اُس گوڈنچ ہاشمی خوتون یَس ہاشمی نچو زاو۔ نبی پاکؐ رٕ چھکھ ماجہِ ہنٛدی پأٹھی۔ یہِ اُس سُہ عظیم خوتون یٚمہِ سارِنے برٛونٛہہ اسلام قبول کرن والین منز سبقت حأصل کٔر۔ حفظِ حدیث تہٕ روایتِ حدیث آسنہٕ کِنہ اوس اُمس ممتاز تہٕ بُلند مقام۔ نبی پاکؐ ہٕنزن نظرن منز اوس اُمس سبٹھاہ تھوٚد مقام۔

حضرت علیؓ اوس گوڈنیُک مرد تہٕ حضرت خدیجہؓ گوڈنچ خوتون یمو اسلام قبول کوٚر۔ امیر المومنین علیؓ ابن ابی طالب سٕنز سأرے زندگی چھےٚ قرآنُک تفسیر۔ قرآنس سٟتی اوسُکھ بے حد محبت تہٕ لگن اُسی قرآن سمجھنٕچ دعوت دِوان۔

شاہِ مرداں شیرِ یزداں قوتِ پروردگار

ابنِ عبد البرؒ چھِ فرماوان زِ:

''حضرت علیؓ چھُ سُہ جلیل القدر صحابی، یٚمی سید المرسلینؐ سٕنز حیأتی منز قرآنِ کریم جمع کوٚر''

(الاستیعاب:۳/۱۱۳۰)

حضرت علیؓ اُسی عِلمہٕ کہِ شہرُک درواز۔ قرآن، سیرت نبویؐ اُسی مسلسل لُکن پرٕناوان تہٕ تمن حق تہٕ صداقتٕچ رہبری

کران۔ حضرت علیؓ یس متعلق گے وارياہ قرآنٕچ آیات نازِل، یِمہٕ ستی یہنٛدِس کارنامس بقائے دوامٕچ سند میٖج۔

امام بخاری چھِ (پننِہ سنَد ہیٚتھ) روایت کران زِ حضرت علیؓ فرموو:

''قیامژ دوہ مدِ مقابلن (برٛونٛہہ کنہِ موجود) خلاف دلیل پیش کرن وول آسہِ بہٕ گوڈنیک شخص یُس خالقِ کائناتس

برٛونٛہہ کنہِ کوٚٹھن پێٹھ روٗزِتھ پیش گژھِ'' (صحیح بخاری:۳۹۶۵)

حضرت علیؓ ین تُل سید الانبیاءؐ سٕندِ قرآن کہِ تفسیرُک فائدٕ تہٕ سُے واتنووُکھ لُکن تام۔

رجب ۹ ہجری آو غزوۂ تبوک پیش۔ اشرف الانبیاءہن ؐ بنوو مدینس منز حضرت علیؓ جانشین۔ یُس نہٕ اسلام دُشمنن مُنافقن

پسند آو۔ علیؓ اُسی یژھان نبی پاکؐ ستی غزوۂ تبوکس منز شامِل گژھنی۔ مگر نبی رحمتنؐ فرموٗکھ:

''کیاہ تُہۍ چھو نا یژھان زِ مے ستی تہنٛد مرتبہٕ آسہِ سُے، یُس حضرت موسیٰ ہس ستی حضرت ہارونؑ سُنٛد مرتبہٕ اوس۔

البتہٕ مے پتہٕ یِیہ نہٕ کانٛہہ نبی'' (صحیح بخاری، حدیث:۲۴۰۴)

۹ ہجری منز آو امیر المومنین حضرت ابوبکرسؓ ستی حجُک قافلہٕ مکہ سوزنہٕ۔ اتھ دوران گۄو سورۂ برات نازِل تہٕ رحمتن للعالمینؐ اوٗن

نادِتھ حضرت علیؓ تہٕ حُکم دیُت ہکھ زِ تِم گژھن حج کِس قافلس ستی، یتھ منز حضرت ابوبکرؓ تہٕ اُسی۔ سورۂ براتکۍ گوڈنکۍ آیات اُسی بُت

پرستن خلاف جنگُک اعلان تہٕ تِمن ستی حج نہٕ کرنُک حُکم۔ حضرت ابوبکرؓ ہن فرموو صحاب صابن زِ تِم کرِن اتھ منز حضرت علیؓ سُنٛد مدد۔

(الموسوعه الحديثيه، مسند امام احمدؒ، حدیث:۵۹۴) ۷ السيرة النبوية ،لأبى شهبة:۵۳۷/۲)

امام احمد، اسماعیل القاضی، نسائی تہٕ ابوعلی نیشا پوری چھِ فرماوان:

''قابلِ اعتماد سنَد ہیٚتھ چھِنہٕ کانٛسہِ تہٕ صحاب صابن ہنٛدی فضائِل تہٕ اوصاف آمتۍ وَننہٕ تہٕ وہرٛ ہناونہٕ، ییٚتۍ حضرت علیؓ

یَس متعلق چھِ بیان کرنہٕ آمتۍ'' (فتح الباری:۷۱/۷)

امام ابنِ کثیرؒ چھِ فرماوان:

''حضرت علیؓ سٕندِ بن فضائلن منز چھُ یہِ تہِ زِ تِم اُسی عشرۂ مبشرہ ہن منز رسول خدایس ستی نِسبتس منز سارِوے کھوتہٕ

زیادٕ قریب۔ (البداية و النهاية:۲۹/۱۱)

شُری پانہٕ پێٹھے یِمی سٕنز پرورش تہٕ رہنمائی نبی پاکؐ سٕندِس سایس تل آسہِ آمٕژ کرنہٕ، سُہ آسہِ بے شک قرآنُک تہٕ سیرت النبیؐ

(اسوۂ حسنہ) ہُک عظیم ترین نمونہٕ۔

۲۰ ؍ رمضان المبارک، ۴۰ ؍ ہجری، جمعہ دوہہٕ گوٚ و اسلامُک یہِ پزٕ بزلوٗن آفتاب ہمیشہٕ خاطرٕ غروب (لوٗس)۔ وفات وِزِ پنٕنس وصیّتس منٛز فرموو امیر المومنین حضرت علیؓ ین حضرت امام حسنؓ تہٕ حضرت امام حُسینؓس:

''یہٕ چُھس توہہِ اللہ تعالیٰ سُند تقویٰ، نماز، زکواۃ، صِلہ رحمی تہٕ احسن طریقس منٛز وضو کرنُک ہدایت دِوان''

عشقِ مصطفیٰؐ تہٕ اطاعتِ رسولؐ اُسی شیرِ خدایس (حضرت علیؓ) سبٕٹھاہ ٹاٹھ:

میری نماز ہے یہی میرا سجود ہے یہی

میری نظر کے سامنے جلوۂ حُسن یار ہے

اشرف الانبیاءؐ ہن دیُت پانہٕ حضرت علیؓ لیس ''ابوُ تُراب'' کُنیت۔ پرٛتھ کُنہِ جنگس منٛز اُسی رسول اللہؐ سنٛز علَم اُمس اَتھِ آسان۔ کاتبِ وَحی تہٕ اُسی تہٕ صُلح نامۂ حدیبیہ تہِ لیوٗکھ۔ سارِنے بڑٕ وٕنہہ پرٕکھ سید الکونینؐ سٕتی نماز۔ بدر، احد، خندق، خیبر تہٕ حُنین کِہن جنگن منٛز ہاوٕ کھ شجاعت تہٕ بہادُری۔ رسول اللہؐ کٔری پانہٕ حضرت علیؓ یمنُک قاضی، مبلغ تہٕ حاکم مقرر۔ حضرت علیؓ اُسی بے مثال عالِم، فاضِل، سخی، عبادت گُذار، حافظِ قرآن، مُفسّر، عبقری (Genius)، ۵۸۶ ؍ حدیثن ہُند راوی، ثفقہ فی الدین تہٕ اصابت رائے کس فنس منٛز اُسی تمام صحابن منٛز ممتاز:

سفینہ چاہیے اس بحرِ بے کراں کے لئے

شیرِ خداؐ سنٛز موج حضرت فاطمہؓ بنتِ اسد اُس اکھ جلیل القادر صحابیہ، یُس اُمتِ مُسلمہ باپتھ اکھ ناز تہٕ فخرُک سرمایہ اُس۔ ہجرت نبویؐ پتہٕ ژور پانژٕ وٕہری بوٗ زاکھ دوہہٕ فخرِ موجوداتن، رحمتِ عالمنؐ اکھ خبر، یمہٕ سٕتی تمن سبٕٹھاہ تکلیف ووت، دِل ملوٗل تہٕ اُداس گئے۔ مُقدس چشمو ہور کھ اوٗش۔ یہِ خبر اُس حضرت فاطمہؓ بنتِ اسد سٕندِ وفاتٕچ۔ سرورِ کونینؐ گئے تہٕنٛد گرٕ تہٕ میّت سٕندِس شاندس نِش وودِنی روٗزِتھ فرموو کھ:

''اے میٲنٛی موج! خدا کٔری نے رحم۔ پنٕنہِ ماجہِ پتہٕ اُسکھ ژٕ ے میٲنٛی موج۔ پانہٕ اُسکھ فاقہٕ دِوان تہٕ مےٚ کھیاوان۔ پانس اُسے پلوٗن ہنٛز ضرورت آسان مگر مےٚ اُسکھ پلوٗ لاگان''

امہِ پتہٕ دِژ سرورِ کونینؐ پنٕنۍ قمیضِ مبارک تہٕ غمزٕ دِ خاندانس فرموو کھ زِ میّت گرِیوٗن یہِ لاگِتھ دفن۔ یِیلہِ جنت البقیع لیس منٛز قبر آیہِ کھنہٕ نہٕ، سرورِ کائنات وٕتھی پانہٕ لحدس منٛز تہٕ پنٕنہِ دستِ مُبارک سٕتی کٔڈ کھ اَمہِ منٛزٕ میٛژ تہٕ لحدس منٛز کوٚر کھ دُعا: ''اے اللہ! میٲنہِ ماجہِ کر مغفرت تہٕ اَمی سنٛز قبر کرو وسیع''۔ عالی مرتبہ خوتون (فاطمہؓ بنتِ اسد) دفناوِتھ اوس ساقیٔ کوثرٕ سٕندِس رُخسارس پیٹھ اوٗش دارِ وسان۔

حضرت ابوطالب تہٕ حضرت فاطمہؓ بنت اسدن رٔچھی رحمتن للعالمینﷺ خلوٗص، محبت تہٕ ژُکھِ سان۔ییٖلہِ سرورِ کونینﷺ پہنز حالت وُچھ تہٕ تہندی مُشکلات کم کرنہٕ باپتھ رٔٹکھ حضرت علیؓ سُند کفالتُچ ذِمہٕ دأری پانس اَتھِ۔حضرت علیؓ رٗۄ دی پانژٕ (۵) وٕہری پانہٕ پیٹھے سید المرسلینﷺ سٕندِس سایس تل۔

## زین العابدینؓ سُند بابہٕ صأب شہیدِ اعظمؓ

حضرت امام حُسینؓ زاے ۵ر شعبان ۴ر ہجری مدینہ مُنورس منز۔سید الکونینﷺ تر ووٗکھ پننہٕ دستِ مُبارکوٗ ستی أسس منز مانچھ تہٕ دہنِ مُبارک کوٚر ریکھ پننہِ متبرک تہٕ مقدس زیٖوٕ ستی تر۔دُعا کوٚرُکھ تہٕ ناو تھووٕکھ ''حُسینؓ''۔حضرت حُسینؓ سُند جسمِ پاک اوس نبی پاکﷺ سٕندِس جسمِ اطہرس ہیوٗ۔حضرت ابوُتُراب انصاریؓ چھِ روایت کران زِ:

''اکہِ دوہ گوس بہٕ سید الانبیاءﷺ سٕندِس دربارس منز حأظر تہٕ اَتہِ وُچھم حسنؓ تہٕ حُسینؓ یہند بن شانہٕ مُبارکن پیٹھ گِندان۔مےٚ کوٚر عرض! اے رسول اللہﷺ! تُہۍ چھوٕ حض یمن یوٗت محبت کران؟ نبی رحمتن فرموو! کیازِ نہٕ۔یم دوشوٕے چھِ دُنیاہس منز میأنۍ پوش''۔ هُمَا رَيحَانَتَاىَ مِنَ الدُّنيَا۔

(البدایتہ والنہایتہ، ج:۸،ص:۱۴۹-۱۰)

حسنؓ تہٕ حُسینؓ چھِ جنتہٕ کین جوانن ہندی سردار (رواہ طبرانی فی المعجم)۔

حضرت امام حسینؓ گٔے یومِ عاشورہ، جمعہ دوہ، ۱۰ر محرم الحرام ۶۱ر ہجری شہید۔امہِ وِزِ أسی تم ۵۶ر وٕہری۔

امام احمد بن حنبلؒ سُند نیٚچو صالح بن احمدؒ چھُ روایت کران:

''مےٚ پُرژھ اکہِ دوہ والد صأبس زِ کینٛہہ لُکھ چھِ یزیدس پسند کران تہٕ تمو فرموو: میأنہٕ گوٚبرٕ! کیٛاہ کانٛہہ شخص یُس اللہ تعالیٰ ہس تہٕ آخرتس پیٹھ ایمان آسہِ، سُہ کرِ نہٕ ہرگز یزیدس پسند''

شیخ الاسلام ابن تیمیہؒ چھِ فرماوان:

''ییٚمو تہٕ حضرت حُسینؓ شہید کٔری تہٕ شہید کرنس منز مدد کوٚر یا شہید کرنس پیٹھ رأضی گوٚو، تس چھےٚ اللہ تعالیٰ سٕند طرفہٕ، فرشتن ہنٛد طرفہٕ تہٕ تمام لُکن ہنٛدِ طرفہٕ لعنت۔خدا کرِ نہٕ تہنٛد عذاب دوٗر تہٕ نہٕ کرِ تتھ عِوض (بدلہٕ) کانٛہہ عمل قبول۔ حضرت امام حُسینؓ ہُر رووٕ اللہ تعالیٰ ہن شہادت ستی عزت تہٕ رُتبہٕ تہٕ ییمو حضرت حُسینؓ شہید کٔری، تم کٔرِن رُسوا''

(فتوی ابن تیمیہؒ ج:۴، ص:۴۸۳، طبع اول، ۱۳۸۱ھ، ریاض)

قطرۂ خونِ جگر سے کی تواضع عشق کی

اک رتبہ بلند ملا جس کو مل گیا

سیدنا امام حُسینؓ اُسی خاندانِ نبوی ہُنٛد چشم و چراغ۔ تِمی ہٕنٛدِ فضل تہٕ کمالُک اعتراف اوس تمام عالِمَن تہٕ زِٹھِبن۔ مدینٕکی اکابر اُسی مُشکل مسائلن منٛز حضرت حُسینسؓ کُن رجوع کران۔ قضاء وَ افتاء ہس منٛز اوسُکھ بُلند مقام۔ دینی عِلم، حکمت، فصاحت تہٕ بلاغتس منٛز اُسی بے مثال۔ حضرت امام حُسینؓ اُسی پیکرِ محاسن۔ ۲۵ / حج کرِکھ پیدل۔ صدقہٕ اُسی مُسلسل دِوان روزان تہٕ غریب قرض دارن ہُنٛد قرض تہٕ اُسی نکھ والان۔ صدقات تہٕ خیرات علاوٕ اُسی اہلِ عِلم تہٕ شاعرن حوصلہٕ افزائی کران۔ تبلیغ چہِن مجلسن منٛز اُسی روٗح پرور وعظ پران تہٕ لُکھ اُسی سکون تہٕ خاموشی سان دِل دِتھ بوزان۔

حضرت حُسینؓ اُسی امیر المومنینؓ حضرت علی المرتضیٰؓ ہس سٟتی جنگِ جمل، جنگِ صفین تہٕ نہروان (خوارِجن خلاف) سٟتی سٟتی تہٕ پننہٕ شجاعت تہٕ بہادری ہُنٛد ثبوت دِتھ دشمنن خلاف پہاڑ بٔنِتھ مقابلہٕ کران۔

امام احمدؒ چھِ سَند ہیتھ یعلی العامریؓ یس نِش روایت کران زِ فرموو رسول اللہؐ:

''حُسَیْنُ مِنِّی وَاَنَا مِنَ الْحُسَیْن۔ حُسینؓ مُجھ سے ہے اور میں حُسینؓ سے ہوں۔ اے اللہ! جو حسینؓ سے محبت کرے، تو اُس سے محبت فرما۔ حُسینؓ میرا نواسہ ہے''۔ (فضائل صحابہ، حدیث: ۱۳۶۱)

یہ چھےٚ فخر تہٕ اعزاز چ کتھ زِ نبی پاکؐ دِژ حُسینسؓ سٟتی محبتچ ترغیب۔ رحمتن للعالمینؐ اوس وَحی ہٕندِس پسِ منظرس منٛز آئندس منٛز پیش یِنہٕ وول واقعہٕ نظرِ تل تھاوِتھ یہ فرموومُت:

''جس نے حسینؓ سے محبت کی، اللہ اُس سے محبت کرے گا، کیونکہ اُن کی محبت، محبتِ رسولؐ کی جانب لے جانے والی ہے اور محبتِ رسولؐ اللہ کی محبت تک پہنچانے والی ہے'' (تحفة الأحوذی: ۲۷۹/۱۰)

ابو ہریرہؓ یس نِش روایت چھےٚ:

فرموو رحمتن للعالمینؐ! ییٚمی حسنؓ تہٕ حسینسؓ سٟتی محبت کوٚر، تِمی کوٚر مےٚ سٟتی محبت تہٕ ییٚمی یمن سٟتی بُغض تھوو، تِمی تھوو مےٚ سٟتی بُغض''۔ (سنن ابی داود: ۲۹/۲، فضائلِ صحابہ، حدیث: ۱۳۵۹)

ابن عبدالبر چھِ لکھان زِ حضرت سلیمانؑ، ابوذرؓ، مقدادؓ، خبابؓ، جابرؓ، ابوسید خدریؓ، زید بن ارقمؓ چھِ روایت کران زِ سیدنا علیؓ چھُ گوڈنیُک مرد، ییٚمی اسلام قبوٗل کوٚر تہٕ تس (سیدنا علیؓ) چھےٚ باقی صحابی ین پیٹھ فضیلت۔

اکھ حدیث چُھ زِ رسول اللہ ﷺ سُنْد فرمان چُھ:

''بہٕ (محمد ﷺ)، فاطمہ رضؓ، علی رضؓ، حسن رضؓ تہٕ حُسین رضؓ آسو جنتس منزٕ أکی سے جایہِ (مقامس) پیٹھ''

زندہ حق از قوت شبیری است

باطل آخر داغ حسرتِ میری است

نقش اِلا اللہ بر سحرا نوشت

سطرِ عنوانِ نجاتِ ما نوشت



رمزِ قرآں از حُسین آموختیم



بہر آں شہزادۂ خیر الملل

دوشِ ختم المرسلین ﷺ نعم الجمل



## زین العابدین رضؓ سُنْد تقویٰ تہٕ سخاوت

امام زین العادین رضؓ أسی مدینہ کِمن أکس ہتس (۱۰۰) گرس ہر کانْہہ مسلسل مدد کران۔ محمد بن اسحاق چُھ فرماوان:

''یِمن گرن اوس نہٕ معلوم زِ تِہُنْد گرُس چُھ خرچہِ سوزان۔ یہِ نٔیو وُلگن امام رضؓ سُنْدِ وفات پتہٕ۔ سیدنا زین عابدین رضؓ أسی پڑتھ دوہ اکھ ساس رکعت نماز ادا کران''　　(صفتہ الصفوۃ لابن الجوزی: ج:۲،ص:۵۶)

عبدالغفار بن قاسم چھِ روایت کران:

''اکِہ دوہہٕ أسی امام زین العابدین رضؓ مسجدِ منزٕ نیران تہٕ أکی شخصن کڈٕ تِمن لبکھ۔ یہِ بوٗزِتھ گٔے ستی وألی برہم تہٕ أمِس شخصس کُن تِجکھ دور (دَو)۔ زین العابدین رضؓ فرموٗکھ زِ أمِس شخصس مہٕ ؤنِو کینْہہ، بہٕ پرٛژھہٕ أمِس پانے کیاہ وجہ چُھ۔ امام زین العابدین رضؓ پرٛژھ أمِس شخصس زِ سون کانْہہ معاملہٕ چُھنہٕ چھپتھ تہٕ ژٔے ماچھے کانْہہ ضرورت، یُس بہٕ ہیکہٕ پوٗرٕ کٔرِتھ۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚو یہِ شخص شرمندہ تہٕ نادِم۔ زین العابدین رضؓ دِژ پننی ژادر تہٕ اکھ ساس دِرہم أمِس

شخص ۔ یہِ کردار وُچھتھ وَون اَکھ شخصن ''اَشْهَدُ اَنَّكَ مِنْ اَوْلَادِ الرَّسُوْلِ'' ۔ یہٕ چھُس گوٲہی دِوان زِ بے شک چھُوٚتھ اولادِ رسولؐ ۔ یُتھ کردار (جود و کرم) ہیٚکہِ اولادِ نبیؐ لیس منز اَستھ بیٚیہِ نہٕ کانٛسہِ'' (عین الادب والسیاستہ)

یہۍ چھےٚ اولادِ رسولؐ سنٛز شناخت (پہچان)۔

امام زین العابدینؓ اوس سخاوتُک علمبردار ۔ غریبن تہٕ مسکینن ہُنٛد مددگار ۔ تہنٛدِس غمس منز شریک تہٕ تہنٛد اوٚش وۄتھراوَن وول ۔ زین العابدینؓ سنٛزِ رگن منز اوس انبیاءہن ہُنٛد خون دورِ کران ۔ نفسچ پاکیزگی تہٕ نسبتچ بُلندی (تھز) اوس دِلس تہٕ دماغس منز جاے گرِتھ ۔

امام زہریؒ چھُ فرماوان: ''اہلِ بیتن منز اوس امام زین العابدینؓ سبٕھاہ افضل''

امام مالکؒ چھُ فرماوان زِ ''اہلِ بیتن منز اوس نہٕ اَمِس ہیُو بیٚیہِ کانٛہہ''



## خاندانِ نبوی ہنٛد چشم و چراغ

حضرت زین العابدینؓ سُنٛد فرزند امام محمد الباقرؓ تہٕ تِمی سُنٛد نیٚچو امام جعفر صادقؓ تہٕ تِمی سُنٛد فرزند حضرت امام موسیٰ کاظمؓ تہٕ تِمی سُنٛد فرزند حضرت علی الرضاؓ اَسی پننٛین اسلافن (آباء واجداد) ہنٛدِس نقشِ قدمس پٮ۪ٹھ بُردبٲری، سخاوت، صداقت، پاکبٲزی تہٕ خوددٲری منز بے مثال ۔ یِمن کُن وُچھِتھ اوس دۄیِ رِباسان زِ یِم چھِ خاندانِ نبوتکۍ چشم و چراغ ۔

امام مالکؒ چھُ ونان:

''بہٕ اوسُس اکثر حضرت جعفر بن محمد صادقسؓ نِش گژھان ۔ تِم اَسی ہمیشہٕ نماز (نفل)، روزٕ تہٕ تلاوتِ قرآنِ پاکس منز آورِ آسان ۔ تہٕ تِم اَسی نہٕ وضوبغٲر نبیؐ پاک ہنٛز روایت کران ۔ تِم اَسی کُنہِ شکہٕ ورٲے عابد، زاہد تہٕ خداترس''

(الامام الصادق از علامہ ابوزہرہ، ص: ۷۷، مطبوعہ دار الندوۃ الجدید، بیروت)

حضرت موسیٰ کاظمؓ اَسی مدینہ کین لُکن منز اکھ ساس (۱۰۰۰)، ژور ہتھ (۴۰۰)، ترٛےٚ ہتھ (۳۰۰) دِینار تقسیم کران ۔ حضرت علی الرضاؓ (ابن کاظمؓ) اَسی خلیفہ مامون الرشید عباسی یَن پنُن ولی عہد مقرر کۄرمُت ۔ اَخری صفر ۲۰۲ ہجری منز گےٚ ابنِ کاظمؓ وفات تہٕ خلیفہ مامونن پور پانہٕ نمازِ جنازٕ تہٕ خلیفہ ہارون رشید سنٛزِ قبرِ ستی آے مشہد (طوٗس) شہرس منز دفن کرنہٕ ۔

## تقویٰ تہٕ خوفِ خدا

اکہِ دوہہٕ لۆگ زین العابدینؓ ہٕندِس گرس تَمہٕ وِزِ نار، یێلہِ تَم سُجدس منز اٲسی۔ لُکو دِژ کرٛیکہٕ ''اے ابنِ رسولؐ! نار حض لۆگ''۔ یہِ بوٗزِتھ تہِ تُل نہٕ تَمو سجدٕ پێٹھٕ سرِ مُبارک تھۆد۔ نار ژھوِ رٲوِتھ گٔے لُکھ ابنِ رسولؐ نِش تہٕ عرض کۆرُکھ: نار حض اوس لۆگمت مگر تُہہٕ رٔوِ دوغٲفل۔ زین العابدینؓ فرموو کھ ''یہِ کۆرُس اٲخرت کہِ نارٕ کی خوفن دُنی یہکہِ نارٕ نِشہِ غٲفل''

کوئی دوسرا اور ایسا نہ دیکھا

زین العابدینؓ اٲسی بے حد صدقہٕ کران مگر کاٗنسہِ اٲس نہٕ خبر آسان۔

نہ شاہی کی تمنا ہو نہ فاقہ ہو پریشان کُن

شبِ تاریک میں رونے کی لذت گر خدا دیدے

زین العابدینؓ اٲسی فرماوان:

''مےٚ چھُ خالقِ کائنات سُند سبٹھاہ حیا۔ یہِ چھُس کاٗنہہ تہِ دِینی بوے وُچھِتھ تس باپتھ اللہ تعالیٰ ہس جنت نصیب کرنک دُعا کران''

اکہِ دوہہٕ گٔے زین العابدینؓ حضرت محمد بن اسامہ بن زید سُند گرٕ عیادت خاطرٕ۔ اَتہِ وُچھکھ یہِ وودان۔ پرٛژھہٕ نکھ: ''ژٕ کیازِ چُھکھ وودان؟'' محمد بن اسامہ ہَن کۆر عرض: ''مےٚ حض چھُ واریاہ قرض، پنداہ ساس دینار''۔ زین العابدینؓ فرموو ''یہِ قرض والہِ بہٕ نکھ''

## دِلن پێٹھ راج

واقعہ کربلا پتہٕ یێلہِ مُلکِ شام پێٹھٕ حضرت زین العابدینؓ مدینہ وٲتی۔ لُکو یوٗژھ تَم امیر المومنین بناوٕنی۔ زین العابدینؓ کۆر انکار۔ ظاہری طور ہرگاہ سلطنت اٲس بنواُمیہ ہٕند بن اتھن منز، مگر مدینہ کین لُکن ہٕندِ بن دِلن پێٹھ اوس زین العابدینؓ سُند راج۔

یێلہِ مروانی سلطنتُک تاجدار ہشام بن عبدالملک بن مروان حجس دوران خانہٕ کعبک طواف کران حجرہٕ اسودس نِش واتُن اوس یژھان، لُکن ہُند جمِ غفیر (لُکہٕ ارساتھ) وُچھِتھ ہیوٚک نہٕ اَتھ بوسہٕ دِتھ۔ پنٕنی ستی واٲلی ہتھ بیوٗٹھ پتھر تہٕ رٔو دتھلہِ تھلہِ وُچھان حاجین طواف کران۔ اتھ دوران آے حضرت زین العابدینؓ تہِ طواف کرنہِ۔ حجرہٕ اسودس نِش واتِتھ گٔے تمام حاجی اَمِس

وُچھِتھ ادب تہٕ تعظیم کِس حالتس منز صفن منز کھڑاتہٕ زین العابدینسؓ تۄ اُو کھ حجرٕ اسودس بوسہٕ کرنہٕ باپتھ جاے۔ اہلِ حرمن پیٹھ یہِ کیفیت وُچھِتھ گوٚ ہشام تہٕ تِمی سِنٛدٕ شام پیٹھٕ آمتی ستی وٲلی حٲران تہٕ پریشان۔

حضرت زین العابدینؓ سِنزن کرامژن ہنز ذِکرہکو نہٕ تفصیلہٕ سان کٔرِتھ۔ تاہم اکھ مثال ہکو پیش کٔرِتھ:

یِیلہِ واقعہ کربلا پتہٕ حضرت زین العابدینؓ قٲد آے کرنہٕ، تِمن آے اتھہٕ تہٕ کھور ہانٛکلو ستی گنٛڈنہٕ تہٕ عبدالملک بن مروانس بۄنہہ کُن پیش کرنہٕ۔ عبدالملک بن مروان گوٚ وزین العابدینؓ سُنٛد جلال، دَبدَبہٕ تہٕ رُعب وُچھِتھ دم پھُٹ۔ ژوردوہ گُزِھتھ وُچھکھ زین العابدینؓ (ہانٛکلن منز گنٛڈنہٕ باوجود تہٕ پہرِ دارن ہنزِ رٲچھ باوجود) قٲدٕ منزٕ رِہا گوٚمُت۔

حضرت زین العابدینؓ اُسی عٲلم باعمل، ذہین، متقی، سخاوت کرن وٲلی تہٕ فضلائے تابعین منز شمار۔ یِیلہِ ہشام بن عبدالملکن جس دوران حضرت زین العابدینسؓ ستی لُکن ہُنٛد شانِ محبت تہٕ احترام وُچھ، تِمی پُرژھ لُکن یِم کم گٔے۔ عظیم شاعرفرزوقن لیوٚکھ اکھ قصیدٕ:

نَرَی الْقُلُوبَ صَرْعیٰ فِیْ دِیَارِ هِمْ
وَالْحُبُّ یَقْتُلُ اَحْیَاناً بِلَا قَوَدَ

''ژوٗچھکھ اُمی (زین العابدینؓ) سِنٛدِس دربارس منز عاشقن ہنزٕ لاشہٕ۔ بعضے چھُ محبت تلوارِ بغٲرٕ تہٕ قتل کران''

باقٕے شعرن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ:

''یہ وہ ہے جس کے نشانِ قدم کو بطحا کی وادی پہچانتی ہے اور ان کو بیت اللہ اور حل وحرم سب پہچانتے ہیں۔ قریش نے انہیں دیکھ کر یہ کہا کہ مکارِم اخلاق اور جود وکرم ان پر ختم ہیں۔ اگر تم انہیں جانتے ہو تو سنو! یہ ہیں اور ان کے دادا پر پیغمبروں کا سلسلہ ختم ہوگیا ہے۔ اگر تم متقیوں کو شمار کرو تو انہیں ان کا امام پاؤ گے۔ اگر یہ پوچھا جائے کہ روئے زمین میں سب سے نیک کون ہیں تو کہا جائے گا کہ یہی ہیں۔ یہ سب بندوں میں سے سب سے بہتر کے بیٹے ہیں، یہ متقی، پاکیزہ، طاہر اور علم والے ہیں۔ ان کی طرف عزت وسربلندی کی وہ چوٹی منسوب ہے جس کے حاصل کرنے سے بڑے بڑے لوگ عاجز رہ گئے ہیں۔ کیا عرب اور کیا عجم۔ یہ اس جماعت سے ہیں جس سے محبت رکھنا دین اور ان سے بغض رکھنا کفر ہے۔ ان کے قریب میں نجات وپناہ ہے۔ تیرا یہ کہنا کہ ''یہ کون ہے''؟ یہ انہیں نقصان دینے والا نہیں۔ جن کو تو پہچان نہیں پارہا ان کو عرب وعجم پہچانتے ہیں''۔

زین العابدینؑ سٍندی اولاد:

حسنؒ

محمد باقرؒ

عبداللہ باہرؒ

عمر اشرفؒ

زید امام شہیدؒ

حسین اصغرؒ

علی بن علی بن حسینؒ

عبدالرحمٰن محمد اصغرؒ

قاسم

عیسیٰ

سلیمان

عبداللہ اصغر

اٗٹھ کورِ

بقولِ شاعر:

عالم ہے فقط مومن جانباز کی میراث

اٗخری وصیّتس منز فرمووا امام الانبیاء سرورِ کائناتؐ

''وَاَنَا تَارِکٌ فِیْکُمْ ثَقَلَیْنِ اَوَّلُھُمَا کِتَابُ اللّٰہِ فِیْہِ الْھُدٰی وَالنُّوْرُ ھُوَ حَبْلُ اللّٰہِ، مَنِ اتَّبِعَہٗ کَانَ عَلَی الْھُدٰی، وَمَنْ تَرَکَہٗ کَانَ عَلَی الضَّلَالَۃِ فَخُذُوْا بِکِتَابِ اللّٰہِ، وَاسْتَمْسِکُوْا بِہٖ فَحَثَّ عَلٰی کِتَابِ اللّٰہِ وَرَغَّبَ فِیْہِ ثُمَّ قَالَ: وَاَھْلُ بَیْتِیْ اُذَکِّرُکُمُ اللّٰہَ فِیْ اَھْلِ بَیْتِیْ''

''...... بہٕ چھس تھٲوِتھ باپتھ ڈٕ چیز تہٕ اوان۔ اکھ: اللہ تعالیٰ سٕنز کتاب (قرآن)۔ اتھ منز چھ ہدایت تہٕ نوٗر۔ اِو

ِکنٛ رٔڈ زیٛون اللہ تعالیٰ سٕنٛز کتاب (قرآن) مظبوطی سان۔ دۆیم چیز چھُ میٲنٛ اہلِ بیت۔ بہٕ چھُس پنٕنٮ۪ن اہلِ بیتن متعلق توہہِ ربِ کائنات سٕنٛز یادانان......"

یِم الفاظ فرمأوی رسولِ رحمتن ؐ ترٛ یٚیہِ لٹہِ۔



حوالہٕ :

۱: المرتضیٰ۔ علامہ سید ابوالحسن علی ندوی۔ مجلس تحقیقات ونشریات اسلامیہ لکھنو۔ ۱۹۸۹ء
۲: خاندانِ مصطفیٰ۔ علامہ سید محمد سعید الحسن۔ اسلامک پبلیشر، دہلی۔ ۲۰۰۵ء
۳: سو بڑے زاہدین۔ مفتی ثناءاللہ محمود۔ اریب پبلی کیشنز، دہلی۔ ۲۰۰۸ء
۴: عظیم اہل بیت۔ سید حسن الحسینی۔ دارالمعرفہ، لاہور۔ ۲۰۱۶ء
۵: ایمان کیا ہے؟ محدث دہلوی شیخ عبدالحق، مولانا انظر شاہ۔ کتب خانہ قاسمی، دیوبند۔ ۱۹۶۴ء

# امام اعظمؒ ابو حنیفہؒ

ابُو حنیفہؒ اُسی اکھ عظیم المرتبت عالِم، مُحدِّث، فقیہ، عابد تہٕ زاہد۔ اصلی ناو نعمان، ابوحنیفہ کُنیت تہٕ امام اعظم لقب۔ مألِس اوسُکھ ثابت بن زوطی ناو۔ یہِ زاو ۸۰ ہجری منز تہٕ ثابت گوٚ وبچہِ ہیتھ امیر المومنین حضرت علیؓ سِندِس دربارس منز حاضر۔ حضرت علی کرم اللہ وجہہ، ہن کوٚر ریٖہندِس خاندانس باپتھ دُعاے خیر۔

ثابت اوس کوفس منز روزان تہٕ ابوحنیفہؒ تہِ زاے کوفس منز۔ امام ابوحنیفہؒ سِندِس دورس منز اُسی کینہہ صحابی یِمو نبی پاکؐ سِندِ دیدار سۭتۍ عقیدتچ نظر اُس گاشراوۍمژ۔ امام ابوحنیفہؒ ہوچھِ صحابیَو منز حضرت اُنسؓ وُچھمتۍ۔

ابوحنیفہؒ سِندِ بچپنک دور اوس سیٹھاہ مشکل (پُر آشوب)۔ حجاج بن یوسف اوس کوفُک گورنر تہٕ عبدالملک اوس بادشاہ۔ ۸۶ ہجری منز گوٚو عبدالملک وفات تہٕ اُمی سُند نیچو ولید بیوٹھ تختس پیٹھ۔ کوفس منز اوس لُکن پیٹھ وارِیاہ ظلم یِوان کرنہٕ۔ حجاج گوٚو ۹۵ ہجری منز وفات تہٕ ولید گوٚو ۹۶ ہجری منز وفات۔ امہِ پتہٕ بیوٹھ سلیمان بن عبدالملک تختس پیٹھ۔ سلیمان گوٚو ۹۹ ہجری منز وفات تہٕ عمر بن العزیزن سنبھول تخت۔ اُمی کوٚر مُلکس منز عدل، انصاف، عِلم، عمل، خأر تہٕ برکتُک روٗح تازٕ۔ مذہبی علوم واتنأوِن پرٛتھ گرس منز۔

کوٗفکۍ اُکھ مشہور امام شعبیؒ ین وُچھ اکہِ دوہ ابوحنیفہؒ پننہِ (شعبیؒ) مکانہٕ بر ونہہ کنہ پکان۔ آلو دِتھ وۄن نس زِ مےٚ چھِ ژےٚ منز باسان لامثال صلاحیت، مگر امہِ خاطرٕ چھُ عِلم پرُن تہٕ بُزرگن ہِندِس صُحبتس منز روٗزِتھ ہیچھُن۔ ابوحنیفہ گوٚو سیٹھاہ متأثر تہٕ علمس پیٹھ دِژُن دھیان۔ عِلم کلام حأصل کرنہٕ باپتھ چھےٚ قدرتی ذہانت تہٕ مذہبی معلومات درکار تہٕ ابوحنیفہؒ ہس آسہٕ یِم خصوصیتہٕ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ عِلم کلام حأصل کٔرِتھ کوٚر ابوحنیفہؒ ہن عِلمِ فقہ حأصل۔ امام حمادؒ روٗدُکھ اُستاد۔ امام حمادؒ گوٚو ۱۲۰ ہجری منز وفات۔

اتھ زمانس منز اُسی لگ بھگ داہ ساس صحابی تمام مُلکن منز درسِ حدیث دِوان۔ مکہ، مدینہ مُنورہ، کوفہ، بصرہ، یمن اُسی یِوان دارالعلم مانٕنہٕ۔ ابوحنیفہؒ اُسی حدیث کِس شعبس منز دِلچسپی تھاوان۔

کوفس منز اُسی حضرت علیؓ سِندِ وقتہٕ اکھ ساس تہٕ پنژاہ (۱۰۵۰) صحابی یِمن منز ۵۰ تم بُزرگ اُسی یِمو جنگِ بدرس منز نبی

پاک ستی پھیٖکس ستی پھیوٗک رلاؤتھ حِصہٕ نیو۔ اکثر بزرگو گرکوفس منز سکونت اختیار۔ کوفُک پرٛتھ کانٛہہ گر اوس حدیث تہٕ روایت کہِ علمُک درس گاہ بنیوٚمُت۔ امہِ وقتکی کینٛہہ پایہٕ بٔڈی محدّث چھِ حضرت امام شعبیؒ، حضرت ابواسحٰق سبعیؒ، حضرت سماکؒ، حضرت محارب بن وثارؒ، امام حدیث ہشام بن عروہؒ، حضرت قتادہؒ، شیخ الحدیث حضرت شعبہؒ (أمی سُند قول چھُ علم تہٕ امام ابوحنیفہؒ چھِ ہم نشین)۔

علمِ حدیث پوٗرٕ پأٹھی زانٕنہٕ باپتھ دژٕ ابوحنیفہؒ حرمین شریف کِس سفرس پیٹھ۔ اکھ مشہور تابعی عطار بن رباحؒ سُند درسگاہ اوس سبٹھاہ معیأری مانٕنہٕ یوان۔ امام ابوحنیفہؒ رُوٗدی أمی سٕندی ہیٚ صحبتس منز۔ عطار بن رباحؒ گوٚو ابوحنیفہؒ سنٕز ذہانت، قابلیت تہٕ علمہٕ ستی سبٹھاہ متأثر تہٕ درسس دوران اوس أمس پانس ستی بیہناوان۔ عطارؒ گوٚو ۱۱۵ ہجری منز مکہ شریفس منز رحمتِ حق۔

مکہ شریفس منز رُوٗد ابوحنیفہؒ شیخ الحدیث حضرت عکرمہؒ سٕندِس صُحبتس منز تہٕ حدیٖچ سند کٔرن حاصل۔ حضرت عکرمہؒ اوس حضرت عبداللہ بن عباسؓ سُند شاگرد۔ حضرت عکرمہؒ اوس قرآن تہٕ حدیث کِس علمس منز اکھ آفتاب۔

۱۰۲ ہجری منز گوٚو ابوحنیفہؒ مدینہ مُنورہ۔ حضرت سلیمان تہٕ حضرت سالمؒ أسی علمِ فقہ تہٕ حدیٖچی روشن سِتارٕ۔ ابوحنیفہؒ گےٚ یمہٕندِس خدمتس منز حاضر تہٕ یمن نِش ہیوٚچھکھ حدیث تہٕ فقہ۔ ابوحنیفہؒ چھِ امام اوزاعیؒ سٕندی شاگرد تہٕ رُوٗدی متی۔

دوٗیمہِ پھِرِ ییلہِ ابوحنیفہؒ مدینہ مُنورہ گےٚ اَتہِ گوٚو ریٚمو حضرت امام باقرؒ ہس ستی ملاقات تہٕ یمن نِش ہیچھکھ کینٛہہ مولٕلہِ کتھٕ۔

ابوحنیفہؒ ییلہِ مکہ شریف أسی تشریف نوان، شہر و گام اُس یہٕ خبر واتان تہٕ شوقُک اوس یہٕ عالَم زِ أمی سُند درس بوزنہٕ باپتھ أسی ساسہٕ بٔدی لُکھ جمع گژھان تہٕ پوٚدتر اونس اُس نہٕ جاے آسان۔

امام ابوحنیفہؒ ییلہِ امام مالکسؒ نِش مُلاقات باپتھ أسی گژھان تہٕ امام مالکؒ أسی تمن سبٹھاہ عزت تہٕ احترام کران۔

امام ابوحنیفنؒ چھِ ژور ساس کھوتہٕ زیادٕ شخصن نِش حدیث روایت کٔری متی۔ حدیث جمع کرنس منز اوس ابوحنیفہؒ احتیاط تہٕ تحقیقس کأم ہوان۔ ابوحنیفہؒ اوس اکھ بہلہِ پایہٕ مجتہد (قرآن تہٕ سنت کِس دأرِس منز مسلن ہُند حل کڈان)۔

حضرت حمادؒ گےٚ ۱۲۰ ہجری منز وفات تہٕ کیٖنٛژٕس کالس رُوٗدأمی سُند نیچو درس دِوان۔ کینٛہہ رتھ گژھتھ گوٚو رکوفہ کیو لُکو حضرت امام ابوحنیفہؒ مسندِ درس عُہدس پیٹھ فائز۔

اسلأمی دُنی ہِنٛک چھُنہٕ سُہ کانٛہہ حِصہٕ یوٚت نہٕ حضرت امام ابوحنیفہؒ سٕندی شاگرد وأتی۔ عراقس منز اوس أمی سُند اثر پوٗرٕ مُلکس پیٹھ۔ شاہ عبدالعزیزؒ چھُ لیکھان زِ ''زید بن علیؒ ین ییلہ بنو اُمیہ کِس دورِ حکوٗمتس منز بغاوتھ کٔر تہٕ ابوحنیفہؒ ہن کوٚر تمن مدد'' تہٕ

اُستاد ابوزہرہ چھِ لیکھان زِ ''امام ابوحنیفہؒ ہُن گُراتھ جنگِ بدرس سٕتؠ مُشابہت تہٕ اتھ منٛز ییٚو جوش وخروش سان مُسلمانَو حِصہٕ''۔

مروانن یِیلہِ یزید بن عمر بن ہبیرہ کوفُک گورنر مقرر کوٚر، یزید بن عمرن یوٚژھ ابوحنیفہؒ میر منشی تہٕ خزانُک افسر بناوُن۔ ابوحنیفہؒ ہُن کوٚر رصاف اِنکار یِہ عُہدٕ رٹنہٕ نِشہِ۔ ابوحنیفہؒ آو گرفتار کرنہٕ تہٕ پڑتھ دوہ آے اُمِس داہ دُرٕ بطورِ سزا دِنہٕ۔ امہِ پتہٕ تہٕ کوٚر ابوحنیفہؒ ہُن یہِ عُہدٕ مُسترد۔

۱۳۲ ہجری منٛز گوٚو بنواُمیہ سلطنتُک خاتمہٕ۔ امہِ پتہٕ آیہِ آلِ عباس خاندانٕچ حکومت تہٕ ابوالعباس سفاح روٗد ۱۳۶ ہجری تام تخت نشین تہٕ امہِ پتہٕ رُٹ اُمؠ سٕندی بأے منصورن حکومت۔ اُمؠ کوٚر ساداتن پٮ۪ٹھ سٮ۪ٹھاہ ظُلم۔ ۱۴۵ ہجری گوٚو ساداتو منٛز محمد نفس ذکیہ مدینہ پٮ۪نٛنؠ سٕتؠ بوج ہتھ تہٕ کینٛژن دوہن منٛز گٔرن اکھ بٔڈ جماعت کھڑا، یتھ منٛز پیشوایانِ مذہب تہِ شأمل اُسی۔ امام مالکنؒ دیُت فتویٰ زِ حکمرانِ منصوٗرن کرٕ ناوٕی لُکھ جبراً بیعت۔ خلافت چھےٚ ''نفس ذکیہ'' سُند حق۔

۱۴۵ ہجری منٛز آو نفس ذکیہ شہید کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ گٔر اُمؠ سٕندی بأے ابراہیمن خلاف جنگِ عَلم بُلند۔ پیشوایانِ مذہب تہٕ ابوحنیفہؒ گٔر اُمؠ سٕنٛز تائیدتہٕ ابوحنیفہؒ اوس پانہٕ تہِ جنگس منٛز یژھان شأمل گژھن مگر کینٛژن نامساعد حالاتو کٔنہ ہیوٚک نہٕ تہِ گٔرتھ۔

حکمران ابوجعفر منصورن بُلوو امام ابوحنیفہؒ ۱۴۶ ہجری منٛز بغداد۔ تاکہِ یہِ ترٛاوِ ابراہیمس مدد کرُن۔ سرکأری عُہدٕچ گٔرنس پیشکش، یوسہٕ ابوحنیفہؒ ہُن ردٕ گٔر۔ منصورن سوٗز ابوحنیفہؒ قأدخانس منٛز (بادشاہ سُند حُکم نہٕ مانٛنہٕ کِس سلسلس منٛز)۔

منصورن یوٚژھ امام حنیفہؒ شہید کرُن تہٕ جیلس (قأدخانس) منٛز آو امام ابوحنیفہؒ ہس زہر دِنہٕ۔ سجدس منٛز دِتُن امانت۔ سنِ وفات ۱۵۰ ہجری۔

شہید گژھنٕچ خبر ییٚو زِتھ گوٚو بغدادُک سورُے شہر دَمہٕ پھُٹ۔ امام ابوحنیفہؒ آے خیزلانٕ کِس مقبرس منٛز دفن کرنہٕ۔ دفن گٔرتھ پرُوہَن (۲۰) دوہن لگا تار لُکو اُمِس عأبد، زأہد، فقیہہ، شیخ الحدیث تہٕ عظیم عالمِ دِینس نمازِ جنازٕ۔ اُمؠ سٕندِس مقبرس سٕتؠ آو ۴۵۹ ہجری منٛز اکھ مدرسہٕ (سکوٗل) قائیم کرنہٕ یتھ ''مشہد ابوحنیفہ'' ناو تھووُ کھ۔

علامہ ذہبیؒ چھِ پننِس رسالس منٛز لیکھان ...... ''حضرت آدمؑ سٕندِ اولادٕ منٛز یِم تھدِ پایکؠ ذکی چھِ تِمن منٛز چھُ امام ابوحنیفہؒ تہٕ شأمِل''۔

امام ابوحنیفہؒ سٕندٕ ہن شأگردن منٛز چھِ ہتہٕ بٔدی اُسی ٚتؠ، یِمن منٛز یِم حضرات قأبلِ ذِکر چھِ:

☆......امام قاضی ابویوسفؒ

☆......امام محمد بن حسن بن فرقد شیبانیؒ

☆......امام زفر بن ہذیلؒ

☆......عبداللہ بن مبارکؒ (امیر المومنین فی الحدیث)

☆......ابو علی حسنؒ

☆......داؤد بن نُصیر طائیؒ

☆......امام وکیع بن الجراحؒ

☆......امام حفص بن غیاثؒ

☆......حافظ یحیٰی بن زکریاؒ

☆......یحیٰی بن سعیدؒ

☆......اسد بن عمرؒ

☆......علی بن مسرؒ

☆......قافیتہ الازرویؒ

☆......قاسم بن معنؒ

## امام ابو حنیفہؒ کے شذی اُستاد:

☆......حماد بن ابی سلیمانؒ م۱۲۰ھ/ہجری

☆......ربیعہ (الرائے) بن ابی عبدالرحمٰنؒ م۱۳۶ھ/ہجری

☆......سماک بن حربؒ م۱۲۳ھ/ہجری

☆......سلمہ بن کھیلؒ م۱۲۱ھ/ہجری

☆......عاصم بن کلیبؒ م۱۴۷ھ/ہجری

☆......عامر شعبیؒ م۱۰۳ھ/ہجری

☆......عبدالرحمٰن الاعرجؒ م۱۱۷ھ/ہجری

☆......عبدالعزیز بن رفیعؒ م ۱۳۰ھ/ ہجری

☆......عطاء بن ابی رباحؒ م ۱۱۴ھ/ ہجری

☆......علقمہ بن مرثدؒ م ۱۱۶ھ/ ہجری

☆......عمرو بن دینارؒ م ۱۲۶ھ/ ہجری

☆......قتادہ بن دعامہ بصریؒ م ۱۱۸ھ/ ہجری

☆......محمد بن علی بن حسین الباقرؒ م ۱۱۴ھ/ ہجری

☆......محمد بن مسلم بن شہاب الزہریؒ م ۱۲۴ھ/ ہجری

☆......موسیٰ بن ابی عائشہ ابوالحسن کوفیؒ فی قول

☆......نافع مولیٰ ابن عمرؒ م ۱۱۷ھ/ ہجری

☆......ہشام بن عروہؒ م ۱۴۶ھ/ ہجری

☆......یحیٰ بن سعید انصاریؒ م ۱۴۴ھ/ ہجری فی قول

☆......ابواسحاق سبیعی عمروؒ م ۱۲۶ھ/ ہجری یا ۱۲۹ھ/ ہجری

☆......ابوالزبیر مکی محمد بن مسلمؒ م ۱۲۶ھ/ ہجری

☆......سلیمان اعمشؒ م ۱۴۸ھ/ ہجری

☆......محمد بن سیرینؒ م ۱۱۰ھ/ ہجری

☆......حکیم بن عتیبہؒ م ۱۱۵ھ/ ہجری

☆......سالم بن عبداللہ بن عمرؒ م ۱۰۶ھ/ ہجری

☆......عاصم بن بھدلہ ابن ابی النجود امام قراتؒ م ۱۲۸ھ/ ہجری

☆......محارب بن دثارؒ م ۱۱۶ھ/ ہجری

امام ابوحنیفہؒ آسی محبانِ اہل بیت۔ فنِ فقہ ہٕک موجد تہٕ دریا دِل، معززتہٕ مُتحمل۔ ہقس مقابلہٕ رؤدحاَ کمن ہنز ناراضگی تہٕ ناخوشی مُلی ہوان۔ تقریباً تمام اسلأمی مُلکن ہُند مذہب چھُ حنفی تہٕ غأر اسلأمی مُلکن منز ییٚتہٕ ییٚتہٕ مسلمان آباد چھِ، تم چھِ

حنفی مسلکس ستی تعلق تھاوان۔

امام ابوحنیفہؒ سنٛز تصانیف چھےٚ فقہ اکبر تہٕ المعالم والمتعلم، کتاب الصلاح، کتاب المناسک، الفقہ الاکبر، الفقہ الابسط، کتاب الریحان، کتاب الشروٗط، کتاب الاسرار، کتاب الرسالہ، کتاب الارجعہ، کتاب الوصیت، کتاب الرائے، کتاب اختلافِ صحابہ، کتاب الجامع، کتاب السیار، کتاب الاسوت، کتاب فقہ الابصائے تہٕ بێیہٕ کینٛہہ کتابہٕ۔ امہِ علاوٕ چھِ یمنٛز ہتہٕ بزٕ چٹھ (خطوط) تہِ قابلِ ذکر۔ امام ابوحنیفہؒ اوس اسلامک گوڈنیٛک انقلابی لیکھن وول (Writer)۔ اسلامی فقہ کٕہن اصولن ہُنٛد بانی (Founder of Islamic Law & Jurispurdence)۔

عظیم مورخ الخوارزمی (Al-Khawarizmi) چھِ لیکھان زِ امام ابوحنیفہؒ تہٕ تٔمۍ سٕندۍ باقٕے ژَتجہو (۴۰) قانوٗن دانوٗ کرٕ ترٕہَن (۳۰) ؤرِیَن یکہٕ وَٹہٕ کأم تہٕ اتھ دوران دِتۍ تموٚ ۸۳۰۰۰ رفأصلہٕ (Decisions)، یمو منٛز ۳۸۰۰۰ رفأصلہٕ بُنیٲدی اسلأمی قونوٗنس پیٹھ دِنہٕ آمتۍ چھِ۔ تہٕ باقٕے ۴۵۰۰۰ رفأصلہٕ ٲسۍ اقتصادیات (تجارت تہٕ کاروبار) کٕہن قوأعد تہٕ ضوابطن ہٕنٛدِس بُنیادس پیٹھ دِنہٕ آمتۍ۔ (امام ابوحنیفہ: مصنف سید مناظر احسن گیلانی، صفحہ ۱۶۴)

## ابوحنیفہؒ سنٛز عظمت:

امام اعظم ابوحنیفہؒ ٲسۍ عظیم المرتبت متقی، شانہٕ تھوٚد، باعمل عبادت کرن وول۔ یمو کٔر واریاہن لٹہِ جلیل القدر صحابی حضرت اُنس بن مالکؓ سنٛز زیارت (ملاقات)۔ حافظ ابنِ حجرؒ چھِ فرماوان زِ اوٚکنۍ چھ امام ابوحنیفہؒ تابعین منٛز یِوان گنٛزراونہٕ۔ امام اعظمؒ سٕندۍ ہمعصر عالِمن منٛز چُھنہٕ کانٛسہِ یہِ شرف تہٕ سعادت حأصل۔ امام ابوحنیفنؒ چھُ ژور ساس تابعین استادن نِش عِلم حأصل کوٚرمُت۔ امہِ کتھِ ہنٛز ذکر چھےٚ شافعی عالم محمد بن یوسف صالحیؒ ینٛ ''عقود الجمان'' کتابہٕ منٛز کٔرمُت۔ (صفحہ: ۱۸۳)

اُستادن منٛز چھ استادِ تابعین سردار احمد بن شراحیل کوفی شعبی سُنٛد ناو قابلِ ذِکر، تٔمۍ سٕنٛز ۵۰۰ رصحابی ین ستۍ مُلاقاتُک شرف حأصل چھُ۔ (تذکرۃ الحافظ، صفحہ ۷۹-۸۱)

ابوحنیفنؒ چھُ عطار بن رباحؒ ہوس اُستادس نِش تہٕ عِلم حأصل کوٚرمُت، تٔمۍ سٕنٛز ۲۰۰ رصحابی ین ستۍ ملاقاتُک شرف حأصل چھُ۔

امام صالح شافی چھِ ''عقود الجمان'' (صفحہ ۱۸۳) کتابہٕ منٛز بیان کران زِ امامِ اعظم ابوحنیفس رحمۃ اللہ علیہ تٔہنٛدۍ بہلہِ پایہِ شاگرد، تِہنٛدۍ نہٕ کانٛسہِ اماس میلِہ۔ ۸۰۰ رکھوتہٕ زیادٕ شاگرد ٲسۍ امام اعظمسؒ۔

امام ابو یوسفؒ چھِ بیان کران زِ حدیثُک مفہوٗم چھُنہٕ امام ابو حنیفسؒ کھوتہٕ زیادٕ زانن ووِل مےٚ زانٛہہ وُچھمُت (عقود الجمان، صفحہٕ ۱۶۶)۔

امام ابو حنیفنؒ چھِ ژٕ تجیہہ ساس (۴۰۰۰۰) احادیث ''کتاب الآثار'' منٛز منتخب کٔرۍ مٔتۍ۔ (مناقبِ ابو حنیفہؒ، از: موفق مکی، صفحہٕ: ۸۴)

امام شافعیؒ چھُ فرماوان زِ فقہ اگر ہیٚچھُن آسہِ، سہٕ گژھِ امام ابو حنیفہؒ یا تٕہندٚ ہن شاگردن نِش ہیٚچھُن۔ (تاریخِ بغداد، ۱۳: ۳۴۶)

امامِ مالک بن انسؒ چھِ فرماوان زِ امام ابو حنیفہؒ چھُ سہٕ انسان یُس اگر تھمس (ستوٗن) سونہٕ سُند وَنِہ، سہٕ ہیٚکو دٔلیلو سٟتۍ ثابت کٔرِتھ۔ (تاریخِ بغداد، ۱۳: ۳۳۸)

مولانا فضل الرحمٰن اعظمی چھُ پنٕنہِ کتابہِ ''سیرت امام ابو حنیفہؒ'' منٛز پنٕنٛین خیالن ہُنٛد اظہار کران تہٕ مُخالفن ہٕنٛدٚ ہن اعتراضن جواب دِوان:

امام اعظم ابو حنیفہ نعمان بن ثابت کی شخصیت ایک عظیم شخصیت ہے، فضل و کمال میں اور مقبولیت و شہرت میں بے مثال ہے، عبادت، زہد و تقویٰ اور ایثار و ہمدردی میں بھی اعلیٰ کمال تک پہنچے ہوئے تھے۔ اسی طرح کتاب و سنت کے علم اور اجتہاد و استنباط میں بھی ائمہ کے امام تھے۔ پہلے شخص ہیں جنہوں نے حدیثوں کو ابواب فقہیہ کی ترتیب پر جمع کیا اور مسند یا آثار لکھی، اور پہلے شخص ہیں جنہوں نے اصولِ فقہ کی بنیاد رکھی اور فقہی مسائل کو ابواب پر جمع کیا، اور ان کو ایسے لائق شاگرد ملے جو امام الائمہ اور استاذ الاساتذہ بنے، اور امام صاحب کے علوم کو عام اور تام کیا۔ اسکی وجہ سے امام صاحب کے حاسدین بھی زیادہ ہوئے، جھوٹے الزامات لگائے گئے اور تردید میں کتابیں لکھی گئیں، پھر اللہ تعالیٰ نے بہت سے علماء کرام کے دل میں یہ بات ڈالی کہ اس مظلوم امام کی طرف سے مدافعت کی جائے، انصر أخاك ظالما او مظلوما (الحديث)، بہت سے غیر احناف (مالکیہ، شوافع، حنابلہ) نے امام صاحب کے مناقب و فضائل میں کتابیں لکھیں اور جھوٹے الزامات کو دفع کیا۔

أتھی کتابہِ منٛز چھِ ''امامِ اعظمؒ کے لئے ایک عظیم بشارت'' عنوانس پٹھ لیکھان:

پہلے قول کے رو سے امام اعظمؒ کا فارسی النسل آزاد ہونا معلوم ہوا، اسلئے متعدد تذکرہ نگاروں نے آپ کے لئے رسول صلعم کی یہ بشارت تسلیم کی ہے کہ آپ نے فرمایا: اگر علم ثُریا ستارے پر بھی ہو تو فارس کے کچھ لوگ اس کو حاصل کرلیں گے، امام سیوطی شافعیؒ م ۹۱۱ھ نے تبییض الصحیفة میں اس کو ذکر فرمایا، پھر ان کے شاگرد محمد بن یوسف صالحی دمشقی شافعیؒ م ۹۴۲ھ نے **عقود الجمان فی مناقب الامام الاعظم ابی حنیفة النعمان** میں اور دوسرے بہت سے لوگوں نے اس کو ذکر کیا۔

امام سیوطیؒ لکھتے ہیں: آنحضرت صلعم نے امام ابو حنیفہؒ کے متعلق اس حدیث میں بشارت دی ہے جس کو ابو نعیم نے حلیہ میں ابو ہریرہؓ سے نقل کیا ہے، وہ فرماتے ہیں کہ آنحضرت صلعم نے فرمایا: **لو كان العلم بالثريا لتناوله رجال من ابناء فارس.** (دیکھئے حلیہ ۶-۶۴)، اگر علم ثریا پر بھی ہو تو فارس کے لوگوں میں سے کچھ لوگ اس کو حاصل کرلیں گے، شیرازی نے القاب میں قیس بن سعد بن عبادہؓ سے نقل کیا کہ حضرت محمد صلعم نے فرمایا: **لو كان العلم معلقا بالثريا لتناوله قوم من ابناء فارس.**

ابو ہریرہؓ کی حدیث کی اصل صحیحین میں بھی ہے، اس میں اس طرح ہے: اگر ایمان ثریا کے پاس ہو تو (بھی) فارس کے کچھ لوگ اس کو حاصل

کرلیں گے (بخاری تفسیر سورۂ جمعہ)۔اور مسلم کی ایک روایت میں اس طرح ہے: اگر ایمان ثریا کے پاس ہوتو (بھی) فارس کے بیٹوں میں سے ایک شخص اس کو جا کرلے گا۔(باب فضل فارس،۲۔۳۱۲)

شیخ صالحیؒ چھِ لِکھان زِ امام اعظمؒ ابوحنیفسؒ منز چھےٚ تم کہہ (۱۱) خصوصیات یِم نہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ امامس منز موجود چھےٚ:

(۱): وہ ایسے زمانہ میں پیدا ہوئے جب کہ بہت سے صحابہ دنیا میں موجود تھے، اس لئے مشہور صحیح حدیث: خیر الناس قرنی کا مصداق ہیں، اس زمانہ کے لوگ سب سے اچھے اور عادل تھے۔

(۲): بعض صحابہ کو دیکھا، (اور بقول بعض) بعض صحابہ سے سنا بھی، اور حدیث میں آیا ہے: لا یدخل النار مسلم رآنی ولا من رای من رآنی۔ رواہ الطبرانی بسند حسن عن عقبة الجهنیؓ۔ وہ مسلمان جہنم میں نہیں جائے گا جس نے مجھ کو دیکھا اور وہ بھی جس نے میرے کسی صحابی کو دیکھا۔

(۳): امام صاحبؒ نے تابعین کے زمانہ میں اجتہاد کیا اور فتویٰ دیا۔

(۴): بڑے بڑے ائمہ نے ان سے حدیث روایت کی جیسے عمرو بن دینار وغیرہ۔

صالحی نے حروف تہجی کی ترتیب سے آٹھ سو شاگردوں کے نام گنوائے۔

(۵): چار ہزار تابعین سے امام صاحب نے استفادہ کیا ہے۔

عیسیٰ بن موسیٰ نے خلیفہ منصور سے کہا کہ یہ ابوحنیفہ آج کے دنیا کے (سب سے بڑے) عالم ہیں، تو منصور نے آپ سے پوچھا: نعمان! آپ نے کس سے علم سیکھا؟ امام نے فرمایا: حضرت عمرؓ، علیؓ، ابن مسعودؓ اور ابنِ عباسؓ کے شاگردوں سے، اور ابنِ عباس کے وقت میں ان سے بڑا کوئی عالم روئے زمین پر نہیں تھا، منصور نے کہا: واہ واہ آپ نے اپنے لئے جیسا چاہا اعتماد حاصل کرلیا۔

(۶): امام صاحب کو جیسے شاگرد ملے بعد میں آنے والے ائمہ کو ایسے شاگرد نہیں ملے۔

(۷): امام ابوحنیفہؒ پہلے شخص ہیں جنہوں نے علمِ فقہ کو جمع کیا اور ابواب پر مُرتّب کیا، ان کے بعد امام مالکؒ آئے اور موطا لکھی، امام ابوحنیفہؒ سے پہلے کسی نے یہ کام نہیں کیا۔ امام ابوحنیفہؒ ہی پہلے شخص ہیں جنہوں نے کتاب الفرائض اور کتاب الشروط تیار کی۔

(۸): امام ابوحنیفہؒ کا مذہب ایسے شہروں میں مشہور ہوا جہاں دوسرے مذاہب نہیں ہیں، جیسے ہندوستان، سندھ، روم، ماوراء النہر کے شہر اور اکثر عجمی شہر اور ان کے علاوہ۔

(۹): امام صاحب اپنی کمائی کھاتے تھے اور اپنی کمائی میں سے علماء ومشائخ پر خرچ کرتے تھے اور بادشاہوں اور امراء کے انعامات قبول نہیں کرتے تھے۔

(۱۰): مظلومیت اور قید کی حالت میں انتقال فرمایا، ان کو زہر دیا گیا، سجدہ کی حالت میں اللہ تعالیٰ سے ملے۔

(۱۱): ان کی عبادت کی کثرت، زہد وتقویٰ وغیرہ مشہور ومتواتر ہے، اسی طرح حج، عمرہ کی کثرت بھی۔(عقود الجمان، ص:۱۷۹ تا ۱۸۵)

## امام سیوطیؒ چھِ لیکھان:

بعض لوگ جنہوں نے امام ابوحنیفہؒ کی مسند کو جمع کیا ہے یہ لکھا ہے کہ امام ابوحنیفہؒ کے مناقب میں سے جن میں وہ منفرد ہیں۔ایک یہ ہے کہ وہ پہلے شخص ہیں جنہوں نے علم شریعت کو مدون کیا اور ابواب کی ترتیب پر جمع کیا، پھر انکے بعد امام مالکؒ آئے اور موطا کو ابواب پر مرتب کیا، کیونکہ صحابہ اور تابعین نے علم شریعت میں ابواب اور کتب نہیں جمع کئے، وہ اپنے حافظہ پر اعتماد کرتے تھے، جب امام ابوحنیفہؒ نے علم کو منتشر دیکھا اور ضائع ہونے کا اندیشہ ہوا تو اسکو جمع کیا اور ابواب قائم کئے.....الی آخرہ (تبییض الصحیفہ، ص:١٢٩)

موفق مکیؒ نے بھی مناقب میں اس کو ذکر کیا ہے (ص:٣٩٣)

## شیخ الحدیث مولانا عبدالحق چھِ ''دفاع امام ابوحنیفہؒ '' کتابہٕ ہِندِس افتتاحیہ منز لیکھان:

حضرت امام اعظم ابوحنیفہؒ کی عظمت و مقام، اور خدمت فقہ و قانون اور امت کے سب سے بڑے حصے کے مقتداء اور امام ہونے کے پیشِ نظر، ان کے حاسدین و مخالفین بھی اسی تناسب سے آگے بڑھنے کی کوشش کررہے ہیں، مگر ہر دور میں اکابر، علماء، ائمہ مجتہدین، تابعین سے لیکر اکابر علماء دیوبند تک، سب نے امام اعظم ابوحنیفہؒ، ان کے قومی و ملی اور تعلیمی و فقہی خدمات کا نہ صرف یہ کہ تحفظ کیا، بلکہ تدریس و تعلیم، تبلیغ و اشاعت، اور زبان و قلم سے ان کا زبردست دفاع بھی کیا۔

## مولانا سمیع الحق چھِ امام ابوحنیفہؒ ہِندِس عظمتس متعلق لیکھان:

سیدنا الامام ابوحنیفہؒ النعمانؒ سواد اعظم اہل سُنت والجماعت کے امام، فقہ و قانونِ اسلامی کی باضابطہ تدوین و تشکیل کے مدوّنِ اوّل ہیں اور در حقیقت حضرت امام شافعیؒ، حضرت امام مالکؒ، حضرت امام احمد بن حنبلؒ کے فقہی افادات کی تربیت اور ان کی قانونی تشکیل بھی حنفی دبستان فقہ کی مرہونِ منّت ہے۔

## مولانا عبدالقیوم حقانیؒ چھُ ''دفاع امام ابوحنیفہؒ '' کتابہٕ منز لیکھان:

جس طرح صرف قرآنی آیات کی تشریح اور تفسیر کرنے والے سعادت مند مفسر کہلائے اور احادیث نبویہ کی وضاحت کرنے والے محدث کہلائے اسی طرح اُمت کے لئے نظامِ حیات کو آسان طریقہ پر پیش کرنے والے فقہاء کہلائے۔

اس موید بالخیر طبقہ میں جسے حظ وافر ملا اسے امام ابوحنیفہؒ کے نام سے یاد کیا جاتا ہے جسے امت نے امام اعظم کا مخصوص خطاب عطا کیا، اور ان کی نگرانی میں مرتب کردہ فقہ کو وہ مقام دیا جو دوسرے فقہاء کرام رحمتہ اللہ علیہم کو کم ملا، اس پر اسلام کی بارہ سو سالہ تاریخ گواہ ہے کہ تمام بلادِ اسلامیہ میں فقہ حنفی ہی کو قانونی حیثیت سے نافذ کیا گیا۔اس کی یہی وجہ ہے کہ فقہ حنفی میں وہ صلاحیت اور جامعیت موجود ہے جسے کسی حکومت کے لئے بطور قانون اختیار کرنا چاہیے۔اس برصغیر میں جس خاندان نے حکومت کی اس نے بطور ملکی قانون فقہ حنفی ہی کو نافذ کیا۔غزنوی، غوری، خلجی، لودھی وغیرہم جو خاندان یا افراد حاکم رہے، انہوں نے فقہ حنفی ہی کو قانوناً اختیار کیا۔محی الدین اورنگ زیب عالمگیرؒ کے دور میں مرتب کیا جانے

والا مجموعہ فقہ حنفی فتاویٰ عالمگیری اسی امر کی تائید کر رہا ہے۔ اس مجموعہ فتاویٰ کو تمام ممالک اسلامیہ میں مقبولیت حاصل رہی اور بلادِ عرب میں فتاویٰ ہندیہ کے نام سے شہرت پائی۔ اسلامی حکومت کے زوال کے بعد انگریزی حکومت کے ابتدائی دور میں فقہ حنفی ہی سے راہ نمائی حاصل کی جاتی رہی۔

امام اعظم ابوحنیفہؒ اور آپ کے رفقاء نے دین و مصادرِ دین اور اسلام کی حقیقی فکر کی حفاظت کی، امت کو نئے فتنوں میں پڑنے سے باز رکھا۔ حدیث و فقہ کہ تدوین جدید اور اسلامی آئین کی تشکیلِ نو کا مشکل ترین اور کٹھن کام حیرت انگیز طریقہ سے انجام دیا، اجتہاد کا دروازہ کھولا اور رہتی دنیا تک کے لئے تشریع کا خزانہ عامر اور زندگی و معاشرہ کا منظم و مربوط قانون عطا کیا۔ امت کی سیاسی قوت کی حفاظت کی، اپنی حکیمانہ دعوت اور سیاست و تدبیر سے امت کے شیرازہ کو مجتمع کیا، تلامذہ و متعلقین کی تربیت کی، رجالِ کار پیدا کئے، سلاطین و حکام اور معاشرہ کا عام احتساب کیا، شکوک و شبہات کے جوابات دئے، فتنوں کی سرکوبی کی۔ امام اعظم ابوحنیفہؒ اور آپ کے حلقہ تلمذ کا ہر فرد اسلام کی کسی نہ کسی سرحد کا محافظ اور اسلام کے ترکش کا ایک قیمتی تیر تھا، اگر ان حضرات کی مخلصانہ مساعی اور شبانہ روز کوششیں نہ ہوتیں تو اسلامی دستور، فقہی قوانین، آئینی ضابطے اور قانونی اصول و کلیات کا وسیع اور عظیم مجموعہ ہم تک نہ پہنچ پاتا۔

سیدنا امام الائمہ، سراج الامت، سید الفقہا، محدثِ کبیر حافظ الحدیث امام اعظم حضرت امام ابوحنیفہؒ نعمان بن ثابت کے اوصافِ مخصوصہ علم و عمل، زہد و تقویٰ، ریاضت و عبادات اور فہم و فراست کی طرح آپ کی شانِ محدثیت، حدیث دانی اور حدیث فہمی بھی تمام اہلِ ایمان میں مسلم اور ایک ناقابلِ انکار حقیقت ہے۔

بقولِ علامہ اقبالؒ

مقام بندۂ مومن کا ہے ورائے سپہر — زمین سے تابہ ثریا تمام لات و منات
حریم ذات ہے اُس کا نشیمنِ ابدی — نہ تیرہ خاک دروں نہ جلوہ گاہِ صفات

امام المسلمین امام اعظم ابوحنیفہؒ دِژ شہرن خوبصورتی تہٕ شہرن منز روزن والین پٹھ کوٚرُن احسان۔ آثارِچ ترویج تہٕ فقہ ہُک دِل نشین تشریح کُرِکھ تتھ پاٹھی، یتھ پاٹھی صحیفس منز زبوٗرِچ آیاتہٕ چھےٚ رٲلتھ۔ گویہ مو کمالا تو کٔنہٕ نہٕ چھِ مشرقس منزٕ اَچ مثال نظرِ گژھان تہٕ نہٕ چھےٚ مغرب تہٕ کوٗفس منز یژھ کانہہ مثال لبنہٕ یوان۔

لقد زان البلاد و من علیها
امام المسلمین ابو حنیفه

بآثار و فقه فی حدیث
کآثار الزبور علی الصّحیفة
فما فی لمشرقین له نظیر
ولا بالمغربین ولا بکوفة



## حوالہ


۱: مولانا فضل الرحمن اعظمی ۔ سیرت امام اعظم ابوحنیفہؒ ۔ ادارہ امپیکس، دہلی ۲۰۱۴ء

۲: مولانا عبدالقیوم حقانی ۔ دفاع امام ابوحنیفہؒ ۔ کتب خانہ حسنیہ، دیوبند ۔ ۲۰۱۲ء

۳: اخبار ابی حنیفہ واصحابہ لصمیری، ص: ۹۰

# امام مالکؒ

ناو مالِک، کُنیت عبداللہ، لقب امام دارالہجرہ۔ زاو ۹۳ ہجری مدینہ مُنورہس منز۔ یہ اوس اَمہِ شہرُک بوٚڑ مُحدِّث، عاٗلم تہٕ فقہ زانن وول۔ اتھ دورس منز اوس مدینہ مُنورہ عاٗلمن تہٕ فاضلن ہُند مرکز۔ اتھ شہرس منز اُسی جایہِ جایہِ بہلہِ پایہِ صحاٰبی ین ہٕندی درسگاہ موجود۔

مدینہ مُنورہس منز اُس سارِوے کھوتہٕ بڈ شرعی عدالت، یتھ منز عظیم سَتھ (۷) فقہ زانن وأل عاٗلم تہٕ فاٗضل کُنہِ تہِ مسلس پٹھ فتویٰ اُسی دِوان۔ ابوبکر بن حارث (۹۴ھ)، خارجہ بن زید (۹۹ھ)، قاسم بن محمد (۱۰۱ھ)، سعید بن مسیّب (۱۰۱ھ)، عبیداللہ بن عتبہ (۱۰۲ھ)، سالم بن عبداللہ (۱۰۶ھ)، سلیمان بن یسار (۱۰۷ھ)۔

امام مالِکؒ اوس یمو منزِ اکثرن نِش گژھان تہٕ عِلم حاٗصل کران۔ امام مالکؒ چھِنہٕ عِلم حاٗصل کرنہٕ باپتھ مدینہ مُنورہ نبر کُنہِ شہرس یا مُلکس منز گمُتی۔ مدینہ مُنورہ اوس پانہٕ اکھ عِلمُک آگر۔

قرآن مجید تہٕ قرأت ہیٚچھ امام مالکنؒ استاد امام القرار ابو درہم بن عبدالرحمن المتوفی (۱۶۹ھ) یَس نِش۔ عِلمِ حدیث ہیوٚچھ امام مالکنؒ حضرت نافعؒ (شیخ الحدیث) یَس نِش۔ نافعؒ گئے ۱۱۷ ہجری منز وفات۔ امہِ علاوٕ ہیوٚچھ امام مالکنؒ عِلمِ حدیث محمد بن شہاب الزہریؒ، جعفر صادق بن محمدؒ، محمد بن منکدرؒ، محمد بن یحییٰ الانصاریؒ، ابوحازمؒ تہٕ یحییٰ بن سعدؒ مُحدِثن نِش۔ عِلمِ فقہ ہیوٚچھ امام مالکنؒ ابوعثمان ربیعہ الرائیؒ یَس نِش یُس اکھ تابعین اوس۔

امام مالکؒ یمِس تہِ شیخس نِش حدیٖث روایت کرِہا، سُہ اوس یوان معیأری تہٕ قاٗبلِ اعتبار مانِنہٕ۔

امام مالکؒ یہ کینژھاہ ؤچھان یا پران اوس، یہ اوس اُمِس دماغس منز ہمیشہِ خاٗطرِ محفوٗظ گژھان۔ اُمِس اوس قاٗبلِ رشک یادداشت۔

شیخ الفقہ ربیعہ المتوفیؒ (۱۳۶ھ) پتہٕ اوس امام مالکؒ فتویٰ دِوان۔ فنِ حدیث ہیوٚچھ امام مالکنؒ حضرت نافع مولی ابن عمرؓ ہس نِش۔ حضرت ابنِ عمرؓ روٗد نبی پاکؐ سُندِ وفات پتہٕ شیٖتھن (۶۰) ؤرین حدیث تہٕ فقہ ہُک مرکز۔ امام مالکؒ روٗد باہن (۱۲) ؤرِین حضرت نافعؒ سُند شاگرد۔ حضرت نافعؒ سُندِ وفات پتہٕ بنیوٚو امام مالکؒ اُمی سُند جانشین تہٕ درسِ حدیث چین مجلسن ہُند آغاز

کوٚرُن ۱۱۷ ہجری پیٹھ۔ یِمن مجلِسن منٛز اٲسی بٔڈی بٔڈی عالِم، فاضل، فِقہ زانن وٲلی تہٕ حدیث زانن وٲلی شوقہٕ سان شرکت کران۔

اکہِ دوہہٕ یوٗژھ حکمرانِ وقت ہارون رشیدن امام مالکؒ سُند دَرس بوزُن۔ تہٕ امام مالکؒ اوس امہِ دوہہٕ آوٗر۔ دۄیمہِ دوہہٕ کوٗرُکھ امہِ باپتھ مقرر۔ ہارون رشید اوس پننِس دربارس منٛز امام مالکؒ سُندِ یہِ سوٗنچتھ انتظار کران زِ امام مالکؒ یِیہِ پانَے اٲمی ہِندِس دربارس منٛز دَرس دِنہٕ۔ امام مالکؒ اٲسی عام دوہن ہِندی پأٹھی مسجدِ نبوی منٛز درس دِوان تہٕ ہارون رشید آو اُمس پرٛژھنہٕ زِ سُہ (امام مالکؒ) کیازِ آو نہٕ دربارس منٛز۔ اتھ دِیُت امام مالکنؒ جواب...... ''لُکھ چھِ عِلمس نِش گژھان، عِلم چھُنہٕ لُکن نِش گژھان''۔ ہارون رشیدس پوٚت پٔتن جاہ وجلال مُشرِ اَوِتھ امام مالکؒ سنٛزِ مجلِسہِ منٛز یِتھ شرکت کرٕنی۔ یِیلہِ ہارون رشید حاضر سپُد اٲمی وۄن امام مالکسؒ زِ ''عام لُکھ کڈِیوٗکھ یِمہِ مجلِسہِ منٛز نیبر''۔ امام مالکنؒ فرموو تکھ زِ ''اَکِس خاص شخصہٕ سِندِ باپتھ ہیکو نہٕ عام مفاد قُربان کٔرِتھ''۔ یہِ اوس امام مالکؒ سُند کردار۔

امام مالکؒ اٲسی نہٕ مسجدِ نبوی نیبر درسہٕ چہِ مجلِسہِ بیٚیہِ کُنہِ جایہِ منعقد کران۔ امام مالکسؒ اٲسی ۱۳۰۰ شاگرد۔ امام مالکؒ اوس مفتی تہٕ، فقہ زانن وول تہٕ تہٕ مُحدث تہٕ۔

عظیم المرتبت فِقہٕ زانن وٲلی صحابی (یِم فِقہٕ، فُتویٰ تہٕ احکام اٲسی معتبر تہٕ مُستند) چھِ عمر بن الخطابؓ، علی ابنِ ابی طالبؓ، عبداللہ بن مسعودؓ، حضرت عائشہؓ، زید بن ثابتؓ، عبداللہ بن عباسؓ، تہٕ عبداللہ بن عمرؓ۔ اتھ ہیکِہ الگ الگ، اکھ کتاب بٔنِتھ۔

تِم صحابی یِہِندی فِقہٕ، فُتویٰ تہٕ احکام الگ الگ، اَکِس اَکِس رِسالہِ کِس صوٗرتس منٛز ہیکِہ وٲتِتھ چھِ ابوبکر صدیقؓ، حضرت اُمِ سلمہؓ، انس بنِ مالکؓ، ابوسعید حذریؓ، ابوہریرہؓ، عثمان بن عفانؓ، عبداللہ بن عمرو بن العاصؓ، عبداللہ ابوموسی اشعریؓ، سعد بن ابی وقاصؓ، سلمانِ فارسیؓ، جابر بن عبداللہؓ، معاذ بن جبلؓ، طلعہ زبیر بن العوامؓ، عبدالرحمان بن عوفؓ، عمران بن حصینؓ، ابوبکرہؓ، عبادہ بن صامتؓ، معاویہ بن ابوسفیان۔

صحابہ کرامؓ ہِندِ دورِ پتہٕ آے تابعین، یِم حدیث تہٕ فِقہٕ زانن وٲلی مشہوٗر ترین شخصن منٛز شامل چھِ۔

امام مالکؒ سُند فِقہ بُنیاد اٲس اَتھی فِقہٕ مدینس پیٹھ قایم۔ حج کٔرِتھ دوہن اوس حکومت کہِ طرفہٕ حُکم نامہٕ نیران زِ امام مالکؒ تہٕ ابن ابی زئبؒ ہس بغأر ہیکِہ نہٕ کانٛہہ فتویٰ دِتھ۔

جعفر بن سلیمان عباس اوس مدینٕک والی۔ یہِ اوس حکمران منصور سُند پُتر بوے۔ امام مالکنؒ یِیلہِ جبری طاقس متعلق اکھ

فتویٰ دِیُت، تِمِس آوٕ وَننہٕ زِ سُہ نِیہِ یہِ فتویٰ واپس۔ امام مالکنؒ کوٚر ریہِ کرنہٕ نِشہِ اِنکار تہٕ حاکمِ وقتن بوزِ نو وٲمِس کوڑٕ دِنک سزا۔

امام مالکؒ اوس علمِ حدیثُک اکھ شانہٕ تھوٚد عالِم تہٕ فاضل۔ امام مالکؒ اٚسی ۸۱/ وُہری تہٕ صحتہٕ کِنیٚ اٚسی وار یاہ کمزور، ضعیف تہٕ ناتوان۔ مسجد نبوی اٚسی نہٕ ہیکان گژھتھ۔ ۱۱/ ربیع الاول ۱۷۹/ ہجری گٔے وفات۔ امہِ وِزِ اٚس اٚمی سٕنز وٲنس ۸۶/ؤری۔ ۶۲/ ؤرِیَن کٔر اٚمی دِینچ خدمت۔ جنت البقیع ہس منز آے دفن کرنہٕ۔ مدینُک حُکمران عبداللہ بن محمد ہاشمی سپُد پانہٕ جنازس منز شامل۔ ساسہٕ بٔدی لُکھ اٚسی ودان۔

امام مالکؒ سٕنز تصنیف کرنہٕ آمژٕ کتابہٕ چھےٚ ''موطا، رسالہ مالک الی الرشید، احکام القرآن، کتاب المناسک، تاب الاقفیہ، کتاب المجالسات عن مالک، تفسیرِ قرآن''۔ موطا چھےٚ ۱۳۳ھ منز لیکھنہٕ آمژٕ۔ فقہ پٮ۪ٹھ اکھ معتبر تہٕ مُستند کتاب۔ یہِ چھےٚ احکامِ اسلامی یُس پٮ۪ٹھ کامل ترین کتاب۔ اتھ منز چھِ صحیح ترین روایات تہٕ فتویٰ موجود۔

امام مالکؒ اٚسی زُہد، حُبِ رسولؐ تہٕ سُنتِ نبوی یس منز بے مثال۔ علومِ نبوی درگاہ کوٚر تُکھ مدینس منز قائیم، یُس اسلامیاتس پٮ۪ٹھ اکھ بٔڈ یونیورسٹی چھےٚ۔ وقتکی خلیفہٕ اٚسی درسِ حدیث چہِن مجلسن منز شریک سپدان۔



# امام شافعیؒ

امام شافعیؒ زاو رجب ۱۵۰ ہجری ''غزہ'' ہس منز۔ ناو محمد، کُنیت ابوعبداللہ، لقب ناصر الحدیث، شافعی جدِ اعلیٰ شافع ستۍ نسبت۔ سلسلۂ نسب چھُ نبی پاکؐ ستۍ رلان تہٕ موج اُسس ہاشمی۔ مول اوسُس مدینہ منورہ ہس منز روزان۔ روزگارکس سِلسِلس منز ووت یہُند بابہٕ صأب شام تہٕ عسقلان کٔرکھ سکونت اختیار۔

امام شافعیؒ سندی اسلاف اُسی صحابی۔ زہنہٕ بڑونہہ گوٚ وامام شافعیؒ سُند بابہٕ صأب وفات۔ اُٹھن وٕرین رؤد مامس ستۍ یَمنس منز۔

ستہٕ (۷) ؤہرس کوٚر رأمی قرآن حفظ تہٕ داہ (۱۰) ؤہرس کٔرن امامِ مالکؒ سنز کتاب ''موطا'' تہٕ حفظ۔

امام شافعیؒ چھِ فرماوان زِ اکہِ دوہ آو تِمن نبی پاکؐ خوابس منز تہٕ پرُژھن زِ ژٕ (شافعی) کمہِ خاندانک چھُکھ۔ مےٚ کوٚر عرض زِ بہٕ چھُس حضرت محمدؐ سندِ خاندانک۔ یہ بوٗزِتھ فرموٗکھ ''ژٕ یہ مےٚ نزدیک تہٕ میأنس اُسس منز ترٛ ووٗکھ پنُن لعابِ دہن تہٕ دُعا کوٚر زِ کھرب کائنات کٔرن ژےٚ پیٹھ برکت نازِل''۔

امام شافعیؒ اوس داہ وُہر تہٕ ماجہِ سۭتۍ زعِلم حأصل کرنہٕ مکہ شریف۔ مفتی مکہ تہٕ محدث مسلم بن خالد زنجیؒ سندِس صُحبتس منز رؤزِتھ ہیوٚچھُکھ حدیث تہٕ فقہ۔ امام شافعیؒ سنز غأر معموٗلی صلاحیت، ذہانت تہٕ قوتِ حفظ وُچھِتھ گوٚو مسلم بن خالد زنجیؒ سبُٹھاہ متأثر۔

امام شافعیؒ گےٚ مدینہ مُنورہ تہٕ وِزِوِزِ اُسی امام مالکؒ سنزن مجلسن منز بہوان۔ امام مالکؒ گےٚ امام شافعیؒ سنز غأر معموٗلی صلاحیت وُچھِتھ خوش تہٕ امام شافعیؒ یس ووٗنُکھ زِ ژےٚ منز چھےٚ وٕنی فتویٰ دِنچ صلاحیت۔ مدینہ مُنورہ کیوٚ محدث تہٕ فقہ زانن والیو دِیُت متفقہ پأٹھی امام شافعیؒ یس فتویٰ دِنُک اجازت۔

امام شافعیؒ گےٚ واپس مکہ شریف۔ کینژن دوہن رؤد اَتہٕ تہٕ امہِ پتہٕ نیوٗکھ یَمن تشریف۔

امام شافعیؒ اوس فنِ لغت، فنِ تاریخ، علم النساب، فنِ نحو، عروض تہٕ علمِ فراست تہٕ باقے علوٗمن منز لاثانی (بے مثال)۔ عربہٕ کیو مشہوٗر عالِم، فأضل تہٕ عام لُکو کوٚر شافعیؒ وتُک امام تسلیم۔

امام شافعیؒ اوس علمِ طِب تہٕ اصل پٲٹھۍ زانان۔ ارسطو، بقراط، جالینوس تہٕ باقے ماہرِ طِب (یونان تہٕ رۄم) ہن ہٕنز کتابہٕ پٕرتھ ٲسکھ وسیع نظر۔ امام شافعیؒ سُند نظریہِ اوس زِ انسان چھُ دۄن چیزن ہُند مُرکب۔ جسم تہٕ رۄح۔ عِلم تہٕ چھِ زٕ۔ عِلمِ طِب تہٕ عِلمِ دِین۔ ٲتھۍ سِتۍ ٲسۍ فرماوان زِ مسلمانو کۄر علمِ طِب ضایع تہٕ اتھ پێٹھ تحقیق کرنہٕ نِشہٕ رۄدی دۄر۔ مگر یہود تہٕ نصاریٰ بنیاے نِصف طبی عِلمکۍ مٲلک۔

۱۷۰ ہجری منز بنیو ہارۄن رشید حُکمران۔ ٲتھۍ دورس منز آو امام شافعیؒ نجرانُک گورنر (ولی) مقرر کرنہٕ۔ یمنس منز ٲسۍ کینٛہہ رشوت خور، یمو امام شافعیؒ لیس خلاف سازِش کٔر۔ امہِ ٹولُک اکھ شخص اوس ''مطرب''۔ یہِ اوس اَکِس سرکٲری عُہدس پێٹھ فائز۔ ٲمۍ لیوٗکھ ہارون رشیدس اکھ خط زِ اگر یمنُک رٔژر چھو یژھان، تیٚلہِ کٔریوٗن محمد ابن اِدریس شافعی پننہِ عُہدِ نِشہِ برطرف تہٕ ٲمِس دِیوٗ سزا۔ یہِ وٕنتھ زِ یہِ چھُ پانہٕ ہٲشمی قبیلُک تہٕ درپردٕ چھُ ساداتن مدد کران۔ سادات چھِ ہر مُلکس منز بێیہِ خلافت یژھان رٔٹنۍ۔

امام شافعیؒ اوس رشوت، ظلم تہٕ جانٛب دٲری خلاف۔ ٲمۍ سُند ہن فتویٰ تہٕ فٲصلن اوس نہٕ کانٛہہ چیز ہبکان اثر کٔرتھ۔ لُکھ ٲسۍ ٲمۍ سُنز قوتِ استدلال، حُسنِ بیان، طاقتِ لسان، خوش خُلقی، اعلیٰ نسبی تہٕ جامع العلوم تہٕ باقے صفات آسنہٕ کِنۍ سخٹھاہ مُتأثر۔ مگر کینٛہہ رشوت خور، یمن منز ''مطرب'' تہٕ شٲمِل چھُ، گےٚ ٲمِس خلاف۔

ہارون رشید گو یہِ خط پٕرتھ برہم۔ ٲمۍ بُلو وِپٕنن میر منشی تہٕ حماد بربری سِندِ ناوِ لیوٗکھن فرمان زِ امام شافعیؒ تہٕ تمام سادات کٔریوٗکھ گرفتار تہٕ فوراً سوٗزیوٗکھ دارالخلافہ۔ حمادس ییلہِ یہِ فرمان ووت تٔمۍ کٔرۍ امام شافعیؒ تہٕ تمام سادات گرفتار۔ ہارون رشیدن دیُت حُکم زِ ہر دوہ کٔریوٗکھ داہ داہ سادات قتل۔ ہارون رشید سِندِس وٕنِس پێٹھ آے پٕرتھ دوہ داہ داہ سید شہید کرنہٕ۔ ییلہِ امام شافعیؒ سِنز وٲری وٲژ، ٲمۍ (شافعیؒ) کۄر اکھ زبردست تہٕ اثر کرن وول تقریر، یمہِ سِتۍ ہارۄن رشید کھوٗژ۔ ہارون رشیدن کۄر امام شافعیؒ سُند قتل کرنُک حُکم منسوخ تہٕ حراستس منز تھاونُک نوٚو حُکم کۄرُن جٲری۔

اتھ دوران آو اکھ عِلمی بحثُک تفصیل ہارون رشیدس بوزنہٕ خاطرٕ پیش کرنہٕ۔ ہرثمہ بن اعین چھُ ونان زِ ہارون رشید اوس تکیَس سِتۍ کلہٕ تھٲوِتھ، ییلہِ ٲمۍ امام شافعیؒ سِندی دلائل بوٗزی تہٕ ٲمۍ تُل کلہٕ تکیہ پێٹھ تھوٗ دتہٕ دوٗیمہ لٹہٕ تہٕ بوٗزُن یہِ بحث۔

ہارون رشیدن وۄن یہِ بحث بوٗزِتھ..... ''واقعی محمد بن ادریس شافعیؒ چھُ تمام عالمو کھوتہٕ تھوٚد تہٕ بوٚڈ''۔ ہرثمہ ہس دِژن حُکم زِ ۵۰۰ دینار دِیو امام شافعیؒ لیس تہٕ حراستہٕ منزٕ کٔریوٗن آزاد۔ ہرثمہ گو وِپننہٕ طرفہٕ ۵۰۰/ دینار (کُل ۱۰۰۰ دِینار) ہیتھ امام شافعیؒ سِندِس

خدمتس منز تہٕ عرض کوٚر کھ زِ ہارون رشید چھُ چانہِ عِلم تہٕ قوتِ استدلالک قایل۔ لہٰذا اُوتھی آزاد کرنہٕ۔

امام شافعیؒ اُسی تمام ایمانی صفاتن ہندی مالک۔ تقویٰ، اخلاص، توکل، صبر تہٕ شُکر۔ امام شافعیؒ چھِ پانہٕ لکھان زِ وُہن (۲۰) وُرِیَن چھُنہٕ مےٚ زانہہ یڈ بٔرِتھ کھیٚن کھیوٚمت۔ طمع تہٕ لالچہِ نِشہٕ روٗدُس ہمیشہ دوٗر۔ اِوٚکنۍ ووتُم ہمیشہ آرام تہٕ ذِلت نِشہٕ روٗدُس محفوٗظ۔ حرص (بُخل) تہٕ طمع چھُ برٲیی ہُند موٗل تہٕ روٗحٲنی تکلیف پٲدٕ کران۔ مسلمانن ہُند وصف گژھہِ آسُن زِ بیٚین (باقیَن) ہنزٕ ضرورتہٕ گژھن پننیٚو ضروٗرتو کھوتہٕ ضروری (مقدم) سمجھنہٕ۔ اُتھی منز چھےٚ کامیٲبی''۔

ہارون رشیدن کوٚر امام شافعیؒ لیس اصرار زِ تُہی یِیمہِ تہٕ شہرک قاضی بٔنِتھ۔ یہِ کرِ حُکم جاری۔ امام شافعیؒ ین کوٚر کانٛہہ عُہدٕ رٹنہٕ نِشہ انکار۔

امام شافعیؒ اُسی سخاوتس پٮ۪ٹھ سبٹھاہ زور دِوان۔ پُٛن کانٛہہ ٹوٚٹھ چیز خوشی سٟتی کانٛسہِ حاجت مندس دِیُن گیہِ سخاوت۔

امام شافعیؒ اُسی مہمان نواز تہٕ تواضح باپت اُسی درس دِوان زِ امہِ سٟتی چھےٚ معاشرتی زندگی منز خوشگوار لطافت پٲدٕ گژھان۔ اِتباعِ سُنت، بُزرگن ہُند ادب تہٕ احترام اوسُکھ سبٹھاہ ٹوٚٹھ۔

صُبحِ نماز پٔرِتھ اُسی درسِچ مجلس قٲیم کران۔ گوڈٕ اُسی درسِ فقہ، امہِ پتہٕ درسِ حدیث، امہِ پتہٕ مجلسِ واعظ، پتہٕ علمی مذاکرات، پتہٕ درسِ لُغت دِوان۔ عصر پٮ۪ٹھ مغرب تانی اُسی ذِکرِ الٰہی منز مشغول روزان۔ راتس اُسی گوڈنکس حِصس منز آرام، دوٚیمس حِصس منز حدیث تہٕ فقہ کتابہٕ پران تہٕ ترٛیمس حِصس منز قرآن تہٕ نفل نمازٕ ادا کران۔

قاضی یحییٰ بن اکثمؒ چھِ فرماوان...... ''مےٚ چھُنہٕ امام شافعیؒ ہِندِ کھوتہٕ کانٛہہ عقلمند نظرِ گوٚمت''۔ فراست تہٕ زہانتس منز اوس امام شافعیؒ بے مثال۔

اکِہ دوہہٕ اُسی امام احمد بن حنبلؒ تہٕ امام اسحٰق بن راہویہؒ تہٕ امام یحییٰ بن معینؒ مکہ مُکرمس منز امام عبدالرزاقؒ، مُحدِثِ مکہ سُند دَرس بِژھان بوزُن۔ یِیلہِ یِم حرم شریف وٲتی، اتہِ وُچھ یِمو اکھ شعلہ بیان جوان جلوٕ افروز اَتہٕ موجوٗد لُکن مُخاطب۔ امام شافعیؒ اوس اَمہِ وِزِ لُکن ونان...... ''اے شام تہٕ عراق کیٚو لُکو! تُہی یِہ کینژھا حضورؐ سُند بن حدیثن متعلق زانُن چھیٚو یژھان۔ یہِ کرٕ وُتھی پننہِ عِلمہٕ سٟتی مطمئن''۔ امام اسحٰقؒ چھِ فرماوان زِ مےٚ پرٛژھ لُکن زِ یہِ نوجوان کُس چھُ؟ تمو دوٚپ یہِ چھُ امام شافعیؒ۔ امام اسحٰقؒ وون امام احمد بن حنبلسؒ زِ اَمِس نوجوانس پرٛژھو اکِہ حدیثُک مفہوٗم۔ حدیث چھُ راتلہِ گژھن جانور پننین آلنین منزٕ ے روزٕنی۔ امام شافعی دیُت جواب......

'' جاہٕلیت کِس زمانس منز اگر کانٛہہ رات کِیت سفر کران، سہٕ اوس جانور سٕندِس اُلس کنۍ لایان تہٕ یہٕ زانُن یژھان زِ جانور کتھ سمتس کُن ژلہِ۔ اگر دچھن کُن ژلہِ ہاے اوس یِوان نیک شگون مانٕنہٕ تہٕ کھوۄرُکُن اوس بدشگون باسان۔ یِیلہٕ نبیؐ پاک اتھ خبر دِژ کھ۔ تِموفرموو زِ یہٕ چھےٚ اکھ نازیا حرکت۔ تہٕ فرموٗکھ زِ جانورن دِیُو پننین آلین منز آرام کرنہٕ تہٕ خدایس پٹھ کٔرِو بھروسہٕ''۔

یہٕ وضاحت بوٗزِتھ ووٗن امام اسحٰقؒ امام احمد بن حنبلسؒ زِ سون عراق پٹھ حجاز ک سفر روٗد کامیاب تہٕ مُبارک یہٕ حدیث بوٗزِتھ۔ یِموتِ یِیو اِماموکۍ رحضرت امام شافعیؒ سٕندِ جلال تہٕ حدیثٕک شان وفہم تہٕ شافعیؒ سٕندِ عزتُک اعتراف۔

امام احمد بنِ حنبلؒ چھِ فرماوان زِ مےٚ چھُنہٕ امام شافعیؒ لیس ہیوٗ ذہین، مسایٔلن ہُند صحیح تہٕ مُدلل جواب دِنہٕ وول از تام نظرِ گوٗمت۔

امام شافعیؒ روٗد ۱۹۵ہجری تام مکہ مُکرمس منز مفتی تہٕ پتہٕ گےٚ بغداد۔ ہاروٗن رشیدن بُلو وامام شافعیؒ وعظ دِنہٕ باپتھ پنُن دربار۔ یِیلہٕ ہارون رشیدن اُمی سُند وعظ بوٗزُکھ ووٗ دتہٕ کرٕ بکہٕ دِژن۔ وعظ ختم کٔرِتھ دِتی ہارون رشیدن اُمس ۵۰ہزار دِرہم۔ امہٕ منزٕ بأگراوی اُمی (امام شافعیؒ) ۴۰ہزار دِرہم غریبن، یتیمن، درسگاہن تہٕ عالمن منز۔ ۱۹۸ہجری منز گوٚ وامام شافعیؒ حج کِس سِلسِلس منز مکہ مُکرمہ۔ حج کٔرِتھ گےٚ واپس بغداد۔

اکہٕ دوہہٕ اوس امام محمدؒ، ہارون رشیدس نِش گرٛھان تہٕ وتہٕ وُچھکھ امام شافعیؒ۔ گُرِ پٹھٕ وٕتھی بوٗن تہٕ پننس خادمس دوٗپکھ زِ ہاروٗن رشیدس واتنایوٗ پیغام زِ یہٕ ہکہٕ نہٕ اُزتھ۔ یہٕ بوٗزِتھ ووٗن امام شافعیؒ ین امام محمدسؒ زِ سہٕ گرٛھن ہاروٗن رشیدس نِش تہٕ یہٕ یمہٕ بیٚیہٕ کُنہٕ دوہ۔ امام محمدنؒ دوٗپ ''میانہٕ باپتھ چھُنہٕ ہاروٗن رشیدس نِش گرٛھن تیوٗت ضروٗری، یوٗت امام شافعیؒ سٕنزِ تشریف آوری ستۍ فأیدٕ چھُ''۔

امام شافعیؒ سٕندین شاگردن ہُند تعداد چھُ ساسہٕ پیٛٹھی، یِمن منز کینٛہہ عظیم ناو چھِ امام حمیدیؒ، حرملہ بن یحییؒ، سلیمان بن داوٗدؒ، حسن بن محمد زعفرانیؒ، ابوابراہیم اسماعیل بن یحییٰ مزنیؒ، ربیع بن سلیمانؒ، امام احمد بن حنبلؒ، امام بہقیؒ تہٕ حافظ ابن حجر عقلانیؒ۔

علامہ ابن جوزیؒ چھِ لکھان زِ مےٚ وُچھ سرورِ کایٔنات ؐ خوابس منز۔ عرض، کوٚرُم زِ تُہندِس پترِ سُند اولاد محمد بن اِدریس شافعیؒ گےٚ وفات تہٕ حضورؐ فرموو زِ تِموکۍ رشافعیؒ سٕندِ خاطرِ دُعا ''اے پروردِگار! شافعیؒ لیس بخش زِ تہٕ حساب ہیٚیہٕ زِ بس نہٕ''۔ تِکیازِ امام شافعیؒ اوس اکھ خاص دروٗد پران: اَللّٰھُمَّ صلِّ علیٰ محمدٍ کُل ما ذکرہ الذّاکرون و صلِّ علیٰ محمدٍ کُل ما غتعل عنہ الغافلون۔ امام شافعیؒ چھِ ۱۳۳ہزار کتابن ہٕندی مُصنف، یِمن منز رسالہ اصول احکام القرآن تہٕ اختلاف الحدیث سبٹھاہ مشہوٗر تہٕ معتبر

چھےٚ۔

امام شافعیؒ ہٕندی بوشیتھو (۸۰) اُستادو منز چھِ مشہوٗر ترین: مُسلِم بن خالد زنجیؒ، فضیل بن عیاض بن مسعودؒ، سُفیان بن عینیہؒ، امام مالک بن اُنسؒ۔

احکام القرآن کتابہِ منز چھُ امام شافعیؒ بیان کران زِ ژورن احکامن ہنز پابندی چھےٚ ہر مسلمانس پیٹھ لازِم۔ عقائد، عبادات، قوانین معاملات باہمی تہٕ قوانین تعزیری (حدود)۔

حضرت امام شافعیؒ گےٚ ۳۰ ر رجب ۲۰۴ ر ہجری رحمتِ حق۔ اُستادن ہُند اُستاد تہٕ امامن ہُند امام آو قرافتہ الصغریٰ (جبلِ مقطم) کِس مزارس منز دفن کرنہٕ۔ لچھِ بڈی لُکھ گےٚ نماز جنازس منز شامل۔ گوڈنیک جنازٕ پوٚر رجمہ نمازٕ پتہٕ حضرت سیدہ نفیسہ بنت حسن بن زید بن حسن بن حضرت علیؒ۔ ازتہٕ چھِ لُکھ یُہندِس مقبرس پیٹھ زیارت باپتھ حاضری دِوان۔

امام شافعیؒ اوس بہلہِ پایک قانوٗن دان۔ انسان ہٕندی بُنیادی اصول، قانونیات (فقہ) تہٕ قونوٗنک فلسفہٕ تہٕ قونوٗنی ادب (Jurisprudence) شعبس منز بےمثال۔ روایتی (کلاسیکی) تہٕ مقبولِ عام اسلامی فقہ تیار کرنس منز چھُ امام شافعیؒ سُند عظیم دیُت۔

امام شافعیؒ اوس استعمال کرنکہِ انداز کہِ سائینسک بأنی (The founder of Science of usage)۔ اَمہِ علاوٕ کر اَمی فقہ کِہن اصولن تہٕ طریقن پیٹھ تہٕ تحقیق۔

اَمی ہٕندِ مطابق چھُ فِقہ ہِچ بُنیاد قرآنک عِلم، سُنتِ رسولؐ، دینی عقائدن پیٹھ اکثر عالمن ہُند اتفاق (Doctrine of Ijma) تہٕ قیاس (Analogical Reduction)، یعنی ناواقف چیزن مُشابہت واقف چیزن ستی۔ قیاس چھُ اجتہادُک اکھ طریقہٕ۔ اجتہاد چھُ استدلالُک (Reasoning) اکھ طریقہٕ۔

امام شافعیؒ اوس امام محمدؒ سُند شاگرد تہٕ امام محمدؒ اوس امام ابوحنیفہؒ سُند شاگرد۔ امام مالکؒ اوسُکھ حدیثک استاد۔ یتھٕ پأٹھی اوس امام شافعیؒ ہٕندِس مسلکس پیٹھ امام ابوحنیفہؒ تہٕ امام مالکؒ دوشوٕنی ہُند چھاپ۔



# امام احمد بن حنبلؒ

احمد بن حنبلؒ اوس اکھ عظیم محدث، فقہ زانن وول، جلیل القدر، زاہد تہٕ سُنتِ نبوی یس پیٹھ عمل کرن وول مُجاہد۔

احمد بن حنبلؒ زاو، ربیع الاول ۱۶۴ھ ہجری بغدادس منز۔ دُؤہرس وۄتھس کلہٕ پیٹھ ماؤلی سُند سایہ۔ ۱۷۹ھ ہجری منز کوٚر اۄمی علمِ حدیث ہیچھُن شروع۔ امام ابو یوسفؒ اوسُکھ اُستاد۔ ۱۹۱ھ ہجری منز کوٚر اۄمی گوڈنیُک حج، ۱۹۶ھ ہجری منز دۆیم حج تہٕ ۱۹۸ھ ہجری منز ترٚیم حج۔ کُل کٔری اۄمی پانٛژھ حج، یتھ منز ترٚے حج پیدل کٔری ٲسی ٲسن۔ بیا کھ اُستاد اوسُکھ عبدالرزاقؒ مُحدِث۔ اۄمس نِش اوس حدیث بوزان۔ امام حنبلؒ گئے امہِ پتہٕ کوفہ۔ اتہِ کوٚر اۄمی اَکس گرس منز قیام۔ شانٛدس اوس تٔکیہِ بدلہٕ سیر تھاوان۔ امام احمد بن حنبلؒ اوس امام شافعیؒ سُند تہٕ شاگرد۔ امہِ علاوٕ ٲسی مشہور اُستادن منز بشر بن المفضلؒ، اسماعیل بن علیہؒ، سفیان بن عنیہؒ، جریر بن عبدالحمیدؒ، یحییٰ بن سعیدؒ، عبداللہ بن نمیرؒ، معمر بن سلیمانؒ تہٕ وکیع بن الجراحؒ شامل۔ امام احمد بن حنبلؒ سٕندین شاگردن منز ٲسی ابوبکر الاثرم، حرب الکرمانی، حنبل بن اسحاق، شاہین بن السمید، میمونی، ابوالقاسم البغوی شامل۔

امام حنبلؒ اوس غریب، مگر نہ اوس کانٛسہِ رشتہٕ دارتہٕ نہ کانٛسہِ ہمسایہ سٕندِ گرِ کھوان۔ ترٛین ترٛین دوہن ہر گاہ فاقہٕ تہٕ لگہِ ہا، مگر کانٛسہِ نِش اوس نہٕ اچھ ذِکر تہٕ کران۔ فاقو سٟتی گیہِ وۆزِ وِزِ اۄمی سٕنز جسمٲنی حالت کمزور۔

اکہِ دوہہ سوٗز حکمران مامونن حدیث زانن والین عالمن سون۔ امام احمد بن حنبلؒ اوس سہ واحد شخص ییٚمی نہ سون روٗٹ۔ کینٛژ و تجارت کرن والو تہٕ آسہٕ حال لُکو ییٚلہِ امام احمد بن حنبلسؒ مٲلی مدد کرُن یوٗژھ تہٕ ساسہٕ بٔدی دِرہم سوٗزی ہٕس۔ امامن کوٚر دِرہم رٹنہٕ نِشہِ انکار۔ امام احمد بن حنبلؒ اوس ونان زِ سارے ضرورتہٕ چھ ربّ پوٗرٕ کران۔ مے چُھنہٕ لوٗکن ہٕندِ مدد تچ ضرورت۔

ابوداوٗدؒ چھِ بیان کران زِ احمد بن حنبلسؒ نِش ہُن چھُ آخرت کماوُن۔ تِکیازِ امام چُھنہٕ دُنی ہیچھِن کتھن منز کانٛہہ دلچسپی تھاوان۔ بیہقیؒ چھُ امام احمدسؒ روایت کران: "توکّل کرن وول گوٚ سُہ یُس ربّ کانٛسہِ تس بغٲر کانٛسہِ سٟتی تعلق تھاوِنہٕ" مے چھ سُے امر پسند یُس ربّس پسند چھُ۔

ابوالفضل تمیمی چھُ روایت کران زِ امام حنبلؒ اوس سجدس منز یہ دُعا منٛگان...... "اے اللہ! اُمتِ محمدیہ ہٕکی ساری گونہگار ترٛاوُکھ تہٕ تہنٛد بن تمام گونہن ہٕنز سزا دِمے"۔

عباسیہ دورس منز گوٚو اکھ بوٚڈ فتنہٕ اعتزال (الگ روزُن) کھڑا۔ اتھ دورس منز اوس ہارون رشیدُن نیچُو مامون حکمران۔ مامون

اوس یونانٕی فلسفہٕ کِس اثرس قبوٗل کرِتھ دِین کہِ اصلی روٗح نشہِ دوٗر اکھ الگ مذہبی نظریہِ پیش کران تہٕ لُکن تہِ اتھی پیٹھ عمل کرنہٕ باپتھ ونان۔ یِتھٕ کنٕی اوس یہِ دِینکۍ متفق علیہ مسائیل رد کران۔

حکمران مامون سِنٛدِ زندگی ہِنٛدِ بن آخری دوٚہن منٛز اختلاف کرن وٲلی عالمن ہنٛز اکھ جماعت اُس یژھان زِ حکمران مامون کرِن ''خلق قرآن'' مسلچ تلقین زِ قرآن چھُ ''مخلوٗق تہٕ محدِث''۔

حکمران مامونن لیوٗکھ بغداد کین عالمن اکھ خط، یتھ منٛز تمن وننہٕ آو زِ تم کرِن ''خلق قرآن'' پانہٕ قبوٗل تہٕ ستی کرِن اَمچ پیروی تہِ۔ ستی آیہ یہِ دھمکی تہِ دِنہٕ زِ اتھ پیٹھ عمل نہٕ کرن والین پیہِ سخت سزا دِنہٕ تہٕ تم ہن قتل کرنہٕ۔

امام بیہقیؒ چھُ ربیعؒ یَس نِش روایت کران زِ امام شافعیؒ سُنٛد خط ہیتھ سوٗ ژُس مِصرِ پیٹھہ یہ (ربیعؒ) امام احمد بن حنبلسؒ نِش۔ خط پرِتھ آو امام حنبلسؒ اوٗش۔ یَیلہِ مےٚ امام حنبلسؒ امیُک وجہ پرٛژھ تمی فرموو زِ یتھ چِٹھِ منٛز چھُ امام شافعیؒ بیان کران زِ تمی (امام شافعیؒ) وُچھ خابس منٛز نبی پاکؐ تہٕ مےٚ دِتُکھ حکم زِ یہِ کرن امام حنبلؒ آگاہ زِ ''خلق قرآن'' مسلس منٛز پیہِ امام حنبلؒ آزمایشہِ منٛز ترٛاونہٕ۔ امام حنبلسؒ وٕنی زِ ''یُتھ نہٕ سُہ خلق قرآنُک اقرار کرِ''۔ امہِ بدلہٕ تھاوِ ربّ کائنات اَمی سُنٛد عِلم تا قیامت زِنٛدٕ۔

ربیعؒ چھُ مزید بیان کران زِ یہِ بشارت دِتھ کڈ امام حنبلنؒ پنٕنی قمیض تہٕ دِژن مےٚ۔ قمیض ہیتھ آس بہٕ واپس مصر تہٕ امام شافعیؒ لیس ووٚنم اتھ قمیضہِ متعلق۔ امام شافعیؒ ین فرموو ''مےٚ چھنہٕ قمیضہِ ہنٛز ضرورت۔ مگر آبس منٛز کرِشناوِتھ (ترٛ کرِتھ) دِیہ یتھ بہٕ لمہِ کِس برکتس منٛز شامل گژھہ''۔

خوف تہٕ دہشت کہِ وجہ کنٕی اَسی واریاہ لُکھ خلق قرآن ماننہٕ خاطرٕ تیار گامٕتی۔ مگر امام حنبلؒ تہٕ محمد بن نوح نیساپوریؒ کوٚر یہِ ماننہٕ نِشہِ صاف انکار۔ یم آے ووٚنٹس پیٹھ سوار کرِنہٕ تہٕ حکمران مامون سِنٛدِس دربارس کُن پکناونہٕ۔ وَتہِ میوٗل یمن اکھ شخص یمی امام حنبلسؒ ووٚن زِ ''خلق قرآنُک'' اقرار کری زِ نہٕ۔ صبر کری زِ تہٕ اگر تُہی یہِ فِتنہٕ ختم کرنس منٛز کامیاب گو، توٚہہِ میلہٕ دُنیاتہِ تہٕ آخرت تہِ۔ یہِ کتھ بوٗزِتھ گوٚو امام حنبلؒ سُنٛد عزم مضبوٗط۔ یم آے مامون سِنٛدِس دربارس منٛز پیش کرِنہٕ۔ حکمران مامون اوس تلوار ہیتھ پرٛاران زِ اگر امام حنبلن خلق قرآن ماننہٕ نِشہِ انکار کوٚر، سُہ کرِ ون قتل۔ امام حنبلؒ گوٚو سر بسجوٗد تہٕ خالقِ کائناتس کُن رجوع کرِتھ موٚنگُن دُعا:

''اے اللہ! یہِ فاجر (بدچلن) تہٕ مغروٗر حکمران چھُ چانین دوستن خلاف تلوار ہیتھ کھڑا۔ اے اللہ! اگر قرآن چھُ غارٕ مخلوق، مےٚ تھاوٕ اتھی پیٹھ ثابت قدم۔ امہِ خاطرٕ چھس بہٕ تمام تکلیف برداشت کرنہٕ باپتھ تیار''۔

راتھ کِیت آیہ خبر زِ حکمران مامون موٗد۔ مگر اَمی سِنٛز جایہ آو معتصم سریرٕ تہٕ محمد بن ابی داؤد بنیوو وزیر۔ یم اَسی حکمران مامون سُنٛد مِشن یژھان بڑوٕنہہ پکناوُن۔ حالات گیہ پیچیدٕ۔ امام حنبلؒ آو باقٕے ساتھیَن سان اَکِس ناوِ منٛز بغداد روانہٕ کرنہٕ۔ امام

حنبلسؒ اُسی کھور ہانٛکلہِ ستۍ گنٛڈتھ۔ وَتہِ پٮ۪ٹھ یمن مُشکلات تہٕ مصیبت وُچھنۍ۔ ماہِ صیام ٹھک رٔتھ اوس۔ امام حنبلؒ گوٚو بیمار تہٕ قاٗد خانس منٛز تھووُکھ دون ؤرِین۔ امہِ پتہٕ آو امام حنبلؒ یلہٕ ترٛاونہٕ۔

حکمران معتصم تہٕ أمی سُنٛد وزیر ابن ابی داوٗد ہٮ۪ندس دربارس منٛز وأتتھ آوٕ سوال پرٛژھنہٕ ''قرآنس متعلق کیاہ چھُ چون خیال''؟۔ امام حنبلنؒ دِیُت جواب ''خدایہ سُنٛد کلام۔ تہٕ ییمی اَتھ مخلوق وۄن، تِمی کوٚر کُفر''۔ امام حنبلس ہاوِ اَتہِ یمو کیٛنٛہہ حدیث، یم امام حنبلنؒ صحیح نہٕ آسنہٕ کِنۍ رد کری۔ یہِ وُچھتھ گوٚو ابنِ ابی داوٗد شرارتہٕ سان تہٕ حکمران معتصمس دُتُن طیش زِ امام حنبلؒ چھُ گمراہ۔ یہِ بحث روٗد ترٛین دوہن جأری تہٕ پتہٕ علم تہٕ دانأیی ستۍ کری امام حنبلنؒ یم پسپا۔

یہِ سورُے حال وُچھتھ وۄن حکمران معتصم ہن امام حنبلسؒ ''میانہِ مسلکچ کرتأیید۔ بہٕ بناوتھ پٔژن وزیر''۔ امام حنبلنؒ دوٚپ پُس مےٚ ہاوِو کانٛہہ دلیل یُس قرآن تہٕ سُنتِ رسول اللہؐ ستۍ ثابت آسہِ''۔ یہِ بوٗزتھ وۄن اَتہِ موجود گمراہ لُکو حکمرانس زِ امام حنبلؒ چھُ گمراہ تہٕ کأفر۔ حکمران معتصم گوٚو برہم تہٕ امام حنبلسؒ وۄنُکھ ''ژٕ چھکھ ضدی تہٕ ناسمجھ، خدا دِیئ نۍ سزا''۔

امام حنبلؒ ہٮ۪ندی اَتھ تہٕ کھور آے گنٛڈنہٕ تہٕ کوڈٕ مارن وألی آے بُلاونہٕ۔ امام حنبلسؒ نِش اُسی نبی پاکؐ ہٮ۪ندی موئے مُبارک۔ تِمہٕ تہٕ نِیُکھ۔ امام حنبلنؒ وۄن حکمرانس...... ''قیامژ دوہ کیاہ جواب دِکھ خالقِ کأنا تس''۔ کوڈٕ دِنہٕ وألی وأتۍ تہٕ امام حنبلسؒ دِتِکھ لگاتار کوڈٕ، یوٚتام سُہ بےٚ ہوش گوٚو۔ حکمران معتصم کھوٗژ یہِ وُچھتھ۔ کوڈٕ دِنۍ کرِکھ بند۔ راتس تھووُہس قأد تہٕ دۄیمہِ دوہہ کوٚرہس آزاد۔

یہِ واقعہٕ آو ۲۵ / رمضان ۲۲۱ / ہجری پیش۔ امام حنبلؒ ووت گرٕ، مگر أمی ہٮ۪ندِس جسمس پٮ۪ٹھ اُسی ہتہٕ بٔدی زخم تہٕ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ آسہِ ماز کھنٛجہِ تہٕ نظرِ گژھان تہٕ خوٗنہٕ ستۍ اوس سورُے جسم تہٕ پلوٗ برٕتھ۔ امام حنبلؒ ییلہٕ صحت یاب گوٚو، لُکھ گئے واریاہ خوش۔

امام بخاریؒ چھِ فرماوان زِ یہِ خبر ییلہِ بصرہ کِبن لُکن نِش وأژ، عالم تہٕ فأضل تہٕ اتکی لُکھ گئے امام حنبلؒ سٮ۪نٛزِ بے نظیر ہمت نفس تہٕ قوربأنی وُچھتھ واریاہ متأثر تہٕ امام حنبلؒ موٗنُکھ اکھ عظیم المرتبت تہٕ جلیل القدر، رُتبہٕ عألی تہٕ شانہٕ تھوٚد امام۔

امام حنبلؒ روٗدی ملوٗکیتس خلاف پہاڑ کِہ پأٹھۍ ووٗدِنۍ۔ یٮ۪ہنٛزن تصانیفن منٛز چھےٚ مشہوٗر کتابہٕ ''کتاب العمل، کتاب التفسیر، کتاب الناسخ والمنسوخ، کتاب زاہد، کتاب المسائل، کتاب المضائل، کتاب المناسک تہٕ کتاب الایمان'' قأبلِ ذِکر۔ ربیع الاول ۲۴۱ / ہجری گئے امام احمدؒ وفات۔ امہِ وِزِ اُس أمی سٮ۪نٛز وأنس ستتھ (۷۰) ؤری۔ مسندِ ابن حنبلؒ چھےٚ حدیثہٕ اکھ اہم کتاب یِوان مانٛنہٕ۔ سعودی عربکۍ لُکھ تہٕ حکومت چھِ حنبلی مسلک اپناوان۔

# امام غزالیؒ

ابوحمید محمد الغزالیؒ زاو ۱۰۵۸ء طوٗس (خراساں) قصبس منز۔ ابتدأیی تعلیم کرٲمی نیشاپورس منز حأصل۔ اکھ عظیم عالمِ دِین، فأضل دینیات تہٕ وکیل علامہ الشیخ ابوالطعالیؒ اوس الغزالیؒ سُند اُستاد۔ ۱۰۹۱ء لیس منز آو امام الغزالیؒ نِظامیہ کالج (Nisamiyyahh College) بغدادُک سربراہ تعینات کرنہٕ۔ اتہِ گوٚو یہ اکھ عظیم اُستاد آسنہٕ کِنۍ مشہوٗر تہٕ ہردِلعزیز۔ امام الغزالیؒ دژاو بغدادٕ منزٕ تہٕ دٕہن وٕریَن روٗد مکہ تہٕ مدینہ کین شہرن منز، ییٚتہِ ٲمی حج تہٕ عُمرہ تہِ کٔری۔ واپس یِتھ کوٚر ٲمی پرٕناوُنک پیشہِ ترک۔

الغزالیؒ سٕنز مشہوٗر تصانیف چھےٚ:

۱): The Revival of the Science of Religion (احیاءالعلومِ الدین)

۲): The Deliverer from Error

۳): Rawada at-Talibin

۴): Al-Itiqad (الاعتقاد)

۵): Destruction of the philosophers

۶): تحفلۃُ الفلسفہ (Tahafath-al-Falsafa)

۷): فتیحات العلوم (Fatihatul Uloom)

۸): کیمیاالسعادہ (Kimiya as Sa'adah)

عام عقأیدن پیٹھ شک پاۅدٕ گژھتھ، تزٲوٲمی پٕتمین ہتہٕ بدٕہن وٕریَن ہِندِس اسلأمی غور وفکرس پیٹھ تہِ نظر۔ ٲمی کٔر ناپسند اسلأمی فلسفی تہٕ عالمن ہِندی عقأید، یموٚ سٕتی اسلام کین مختلف طبقن، مذہبی فِرقن تہٕ مسلکن منز نِفاق تہٕ اتحاد تہٕ اتفاقس منز واریاہ خلل اُس پاۅدٕ گومُت۔ پرٲنین روایتن ہٕنز تجدید کٔرِتھ یوٚژھ ٲمی اکھ نوٚو بصیرت، نوٚو بیدأری تہٕ نوٚو مذہبی جوش پاۅدٕ کرُن یُس تمام فِرقن قأبلِ قبوٗل آسہِ۔

حُجت الاسلام الغزالیؒ ین دِیُت اصلاح اُمت باپتھ اکھ نوٚو سمت، اکھ نوٚو طرح، اکھ نوٚو وَتھ یُس مُسلمانن ہٕنز فِکر ہیکہِ تبدیل کٔرِتھ۔ امام الغزالیؒ ین ٲنی انقلأبی تبدیلی اسلأمی روٗحأنیتس (Islamic Sprituatity) منز، ییٚلہِ ٲمی Orthodoxy (تسلیم کرنہٕ

آءتی عقائد) تہٕ Mysticism (روٗحانی، صوفیانہٕ عقائد) نظریَن ہُند امتزاج تہٕ ترکیب دِتھ نظامِ فِکر لُکن برٛونٹھہ کنہِ ترٛ وو۔

کٲہ مہِ (۱۱) صدی عیسوی منزٕ اَسی مسلمان اکہِ مُشکِل دورٕ منٛزی گُذران۔ مسلمان اَسی وارٕ وارٕ پننہٕ دِینہٕ نِشہِ ہوان دوٗر گژھان۔ تِتھین نامسأعد حالاتن منزٕ اَس اکہِ گاشہِ تارچھ ضرورت، یُس امام الغزالیؒ ین پوٗرٕ کُر۔

انسأنی توأریخس چھِ سبٹھاہ کم لُکھ، یم بیک وقت انسأنی فِکر، انسأنی مُخلصانہٕ جدوجہد تہٕ عِلم ژھانڈن تہٕ حأصل کرنُک شوق تہٕ کوٗشش ہکہٕ ہن أکس صحیح وتہِ لأگتھ (Intelligent direction)۔ یہِ اوس امام الغزالیؒ سُند جذبہ تہٕ کأوِش، ییٚمی یہِ چلینج قبوٗل کوٗر۔ امام الغزالیؒ یہِ ونان اوس، ہیچھناوان اوس تتھ پٮ۪ٹھ اوس پانہٕ مکمل عمل کران۔

خراساں صوبہِ کِس طوٗس (Tus) قصبس منزٕ أکِس بُزرگ دِیندار صوفی سٕندِ گرِ پیوٚ الغزالیؒ ۱۰۵۸ء یس منزٕ تھنہٕ۔ الغزالیؒ اوس اکھ عبقری، انتہأیی ذہین، بہلہِ پایہِ عألم تہٕ فأضل تہٕ اسلامُک اکھ عظیم روشن سِتارٕ۔

ابتدأیی تعلیم حأصل کٔرتھ روٗد امام غزالیؒ، امام ابونصرؒ جُرجنی سٕندِس صُحبتس منزٕ۔ الشیخ ابولمعالیؒ سٕندِس سایس تَل روٗزِتھ ہیوٚچھ اَمیٚ دِین، فلسفہِ تہٕ قونوٗن۔ غزالیؒ سٕنز ذہانت تہٕ قأبلیت وُچھِتھ ووٗن اکہِ دوہہ الشیخ ابولمعالیؒ ین...... ”غزالی! ژٕ ے ترٛ وو تھس بہٕ زِندٕ زُوس پتھ۔ ژٕ ہکہٕ ہا کھ میأنس مرنس تام انتظار کٔرِتھ“۔

امام غزالیؒ اوس تحقیق تہٕ بزرگارنٛک دَرس دِوان۔ یہِ اوس ونان زِ کانٛہہ عأِلم یا فأضل گژھِہ نہٕ تحقیق بغأر نتیجہِ اخذ کرُن۔ تحلیل، تفصیلی جانٛچ، استدلال، مطالعہٕ تہٕ ذأتی احتساب گژھِ آسُن أکِس عأِلم یا فلسفہٕ دان سُند زیور۔

امام غزالیؒ اوس عِلمُک آگٕر تہٕ اکھ شعلہِ بیان مقرر۔ مالک شاہ اوس امہِ وِزِ وزیرِ اعظم، یُس عأِلمن اوس پننِس ایوانس منزٕ بحث و مباحثہٕ باپتھ بُلاوان۔ امام غزالیؒ اوس اَتہِ تہِ سرس۔ ۳۴ ؤری وأنسہِ منزٕ کوٗر وزیرِ اعظم مالک شاہن امام غزالیؒ نظامیہ مدرسُک سربراہ منتخب۔

امام غزالیؒ اوس مُشکل تہٕ پیچیدٕ دِینی مسلن ہُند حل ہکان دِتھ۔ اَمیٚ سٕنز کأم کار تہٕ عأِلمانہٕ عظمت وُچھِتھ بنیوو یہِ عراق تہٕ خراساں کین لُکن ہُند ہیرو۔ یہِ آو امام تسلیم کرنہٕ۔

بزرگارنہٕ باپتھ کوٗر اَمیٚ مختلف مُلکن ہُند دورٕ۔ شام، فلسطین، یروشلم، قاہرہ، اسکندریہ تہٕ باقے شہرن منزٕ کوٗر رُکھ قیام۔ سأرے دولت تہٕ آرام عراقس منزٕ ترٛأوِتھ دراو یہِ درویش صِف انسان رٕنیمتی پلوٗلأگتھ بزرٕ ژھانڈنہِ، یتھ منزٕ یہِ کامیاب گوٚو۔

امام غزالیؒ اوس عراقُک عظیم ترین سکالر تہٕ روشن خیال عالمِ دِین تہٕ اَمِس اَسی ونان حُجتُ الاسلام ( Proof of

Islam)۔ بغدادس منز لیچھ اُمہٕ اکھ کتاب ''احیاءِ علوم الدین''۔ بغداد تہٕ اَتھ گوٚو یہٕ واپس طوٗس (Tus) تہٕ باقی عُمر گُذ اَرِن تتھی جاے۔

طوٗس (Tus) قصبس منز کوٚر اُمہٕ اکھ سکول تہٕ خانقاہ قائیم، یِیلہِ عِلم حاصل کرنہٕ علاوٕ روٗحانی تربیت تہٕ اُس یوان دِنہٕ۔ خالقِ کائناتس سٟتی بے حد محبت اوس زندگی ہِندِ بن آخری وٕرِیَن منز اُکس تِتھس مقامس پیٹھ ووتمُت یِیلہِ غزالیؒ اوس ربّس پژھان جل جل میلُن۔ ۱۰ ار دسمبر ۱۱۱۱ء یس منز، ۵۳ رٕ وری وانٛسہِ منز گوٚو غزالیؒ رحمتِ حق۔ مشہور شاعر فردوسیؔ سٕندِس مقبرس سٟتی کوٚر کھ دفن۔

دُنیہِک یہِ عظیم تہٕ پایہِ بوٚڈ عالِمِ دین تہٕ فلسفی اوس لُکن اخلاق، خوش کرداری، حُسنِ عمل تہٕ ضابطہٕ اخلاقس پیٹھ عمل کرنٕچ دعوت دِوان۔

امام غزالیؒ اوس اَمہِ دورِ کِہن مسلمانن ہُند سوچ تہٕ عمل سمجھتھ کوشش کران زِ دُنیہِک لوہ لنگر، عائش تہٕ آرام (یُس بہر حال عارضی چھُ) ترٛاوِتھ روٗحانیت اختیار (یُس آخرت خاطرِ مسلمان سُند سامانہٕ چھُ تہٕ جنتس منز دائمی جاے حاصل کرنہٕ باپتھ ضروری چھےٚ)۔

اتھ دورس منز اوس مسلمانن فریبن نال وٕلمُت۔ امہِ منزِ کڈنہٕ باپتھ اُسی اُمہِ سٕندی روٗح پرور خطبہٕ تہٕ مقالات شعوٗری انقلاب اَنتھ فائید مند تہٕ دِلچسپ باسان۔

تصوٗف تہٕ اتھ اہمیت زانٛنی چھےٚ اسلامُک اکھ اہم پہلوٗ۔ روٗح تہٕ ذی شعور وجود تہٕ باطن چھُ غزالیؒ سٕندِ فلسفُک اہم سبق۔ خدایس سٟتی بے حد محبت تہٕ عشق چھُ انسانس تٕمی سٕنز رضا تہٕ خوشنودی عطا کران۔ یہِ چھُ عبادتُک مغز تہٕ عروٗج۔

دُنیہِک بیشتر دانشور طبقہٕ گوٚو غزالیؒ سٕندِ بو تصنیفو تہٕ عالمانہٕ اندازِ بیان، روٗح تہٕ وجود کہِ فلسفُک بحث وٕچھتھ سٹھاہ متاثر۔ دانتے (Dante)، پاسکل (Pascal)، تھامس اکوِناس (Aquines)، رائمانڈ مارٹن (Raymond Martin)، کینٹ (Kant) تہٕ عام لُکن تہٕ میج اکھ تحریک (Inspiration)۔ تہٕ غزالیؒ سٕنز عہد ساز کام، عالِم تہٕ صوفی بُزرگن منز اکھ خوشنما تال میل، شریعت کِہن حدوٗدن منز، اسلامچ اکھ خوب صورت تصویر۔

امام غزالیؒ ین چھےٚ کینٛہہ غزلہٕ تہٕ لیچھِ مژ، یِم محض ربّ کائناتس کُن روٗحس آسہٕ مائِل کران۔

امام غزالیؒ یس متعلق چھُ علامہ اقبالؒ سُند خیال:

۱): غزالی نے ڈیکارٹ کی پیش بینی کی تھی

۲): غزالی، ہیوم سے بھی پہلے شخص ہیں جنہوں نے فلسفے کا باضابطہ رد لکھا۔

۳): غزالی نے راسخ العقیدہ لوگوں پر چھایا ہوا عقلیت کا رعب ختم کیا۔

۴): شہرستانی، رازی اور الاشراقی جیسے مفکرین کے لئے بنیادیں غزالی نے فراہم کیں۔

۵): غزالی کو عموماً اشاعرہ میں شمار کیا جاتا ہے لیکن وہ اشعری نہیں تھے۔

۶): روح کی انتہائی ماہیت کے متعلق ان کی تحقیقات کا رخ وحدت الوجود کی طرف تھا۔

۷): اپنی کتاب مشکوۃ الانوار میں "نور" کے مباحث شروع کر کے وہ قدیم ایرانی تصورِ وجود کو متعارف کروانے کی کوشش کرتے ہیں جو کہ ایک مکمل فکری نظام کی صورت میں بعد ازاں الاشراقی میں ظاہر ہوا۔

۸): غزالی فلسفۂ یونان کے اولین ناقدوں میں سے تھے،

بایں ہمیں یہ تسلیم کرنا پڑے گا کہ غزالی کی دعوت میں ایک پیغمبرانہ شان پائی جاتی ہے۔ کچھ یہی حیثیت اٹھارویں صدی میں کانٹ کو جرمنی میں حاصل ہوئی۔ جرمنی میں بھی اس وقت عقلیت کو مذہب کا حلیف تصور کیا جاتا تھا لیکن پھر تھوڑے ہی دنوں میں جب یہ حقیقت آشکار ہوگئی کہ عقائد کا اثبات از روئے عقل ناممکن ہے تو اہلِ جرمنی کے لئے بجز اس کے چارہ کار نہ رہا کہ عقائد کے حصے کو مذہب سے خارج کر دیں مگر عقائد کے ترک سے اخلاق نے افادیت پسندی کا رنگ اختیار کیا اور اس طرح عقلیت ہی کے زیر اثر بے دینی کا دور دورہ عام ہوگیا۔ یہ حالت تھی مذہبی غور و فکر کی جب کانٹ کا ظہور جرمنی میں ہوا اور پھر جب اس کی "تنقیدِ عقلِ محض" سے عقل انسانی کی حدود واضح ہوگئیں تو حامیانِ عقلیت کا وہ ساختہ پرداختہ طومار جو انہوں نے مذہب کے حق میں تیار کر رکھا تھا، ایک مجموعۂ باطل ہو کر رہ گیا، لہذا ٹھیک کہا گیا کہ کانٹ ہی کی ذات وہ سب سے بڑا عطیہ ہے جو خدا نے جرمنی کو عنایت کیا، تقریباً یہی نتیجہ غزالی کے فلسفیانہ تشکیک سے دنیائے اسلام کے لئے مرتب ہوا ہے یہ اور بات ہے کہ امام موصوف اپنے اس تشکیک میں کسی قدر آگے بڑھ گئے تھے۔ غزالی نے بھی اس بانگ مگر بے روح عقلیت کا زور ہمیشہ کے لئے توڑ دیا جس کا رجحان ٹھیک اسی جانب تھا جس طرف کانٹ سے پہلے جرمنی میں تھا۔ لیکن کانٹ اور غزالی کے درمیان ایک بڑا اہم فرق ہے اور وہ یہ کہ کانٹ نے اپنے اصول و کلیات کا ساتھ دیتے ہوئے یہ تسلیم نہیں کیا کہ ذاتِ الٰہی کا ادراک ممکن ہے برعکس اس کے غزالی نے فکرِ تحلیلی سے مایوس ہو کر صوفیانہ واردات کا رخ کیا اور یہ رائے قائم کی کہ ان کے اندر مذہب کا ایک مستقل سرمایہ موجود ہے لیکن جس کا مطلب گویا یہ تھا کہ مذہب کو سائنس اور مابعد الطبعیات سے الگ رہتے ہوئے بھی اپنا آزاد اور مستقل وجود برقرار رکھنے کا حق حاصل ہے۔ امام موصوف نے مجموعی الامتناعی (Total Infinite) (لامتناہی کل) کا مشاہدہ چونکہ صوفیانہ واردات میں کیا تھا اس لئے انہیں یقین ہوگیا تھا کہ فکر متناہی بھی ہے اور نارسا بھی۔ لہذا انہیں فکر اور وجدان کے درمیان ایک خط فاصل کھینچنا پڑا۔ امام موصوف یہ نہیں سمجھتے کہ فکر اور وجدان میں

ایک نامی رشتہ کام کررہا ہے۔

ان کا شمار بھی عموماً اشاعرہ میں کیا جاتا ہے گوانہوں نے یہ تسلیم کیا تھا کہ اشاعرہ کا طریقِ فکر عوام کے لئے بہتر ہے پھر بھی صحیح معنوں میں یہ اشاعرہ نہیں ہیں۔ مولانا شبلی ''علم الکلام'' ص:٦٦ پر کہتے ہیں ان کا یہ خیال تھا کہ مذہب کا راز افشا نہیں کیا جاسکتا اوراسی وجہ سے انہوں نے اشاعرہ کے علم الکلام کی ترویج واشاعت میں بہت بڑا حصہ لیا لیکن اپنے شاگردوں کو یہ نصیحت کی کہ وہ ان کے نتائجِ فکر شائع نہ کریں۔ مذکورہ باب میں ہی غزالی کی تصورِ روح کو بیان کرتے ہوئے اقبال کہتے ہیں ''الغزالی نے محسوس کرلیا تھا کہ ان کی تحقیقات کا رخ وحدت الوجود کی طرف ہے اوراسی وجہ سے روح کی انتہائی ماہیت کے متعلق انہوں نے سکوت اختیار کیا۔

الغزالی نے اپنے ملک کے فلسفے میں جو کچھ اضافہ کیا ہے اس کا پتا ان کی چھوٹی سی کتاب ''مشکواۃ الانوار'' سے چل سکتا ہے۔ جس میں انہوں نے قرآن کی اس آیت ''الله نور السمٰوٰت والارض'' (اللہ آسمانوں اورزمین کا نور ہے) سے بحث شروع کرکے جبلی طور پر ایرانی تصور کی طرف رجوع کیا جس کے زبردست شارح الاشراقی گزرے ہیں۔

علامہ اقبالؒ چھُ امام غزالیؒ یس متعلق پننہٕ شاعری منز ژون جاین پٔنز رائے باوان۔ غزالی سُنٛد تذکرٕ تصوف تہٕ عرفان، جذب وکیف، سوزتہٕ سرور تہٕ عشقکہِ حوالہٕ ......اکھ مصلحٕ سٕندِ حیثیتہٕ:

فلسفہ رہ گیا تلقینِ غزالی نہ رہی

عطار ہو، رومی ہو، رازی ہو، غزالی ہو
کچھ ہاتھ نہیں آتا ہے بے آہِ سحر گاہی



دگر بمدرسہ ہائے حرم نمی بینم
دل جنید و نگاہ غزالی و رازی



تا غزالی درس اللہ ہو گرفت
ذکر و فکر از دو دماں از گرفت

کیٚژن چیزن پیٹھ اختلاف آسنہٕ باوجود یہنٛدِس سوچس منز چھُ واریاہ ہشر۔ جہدِ مسلسل، سخت کوشی، موت، یقین، منصور حلاج، ابلیس تہٕ قوتِ عمل۔

علامہ اقبالؒ سٕنز تشکیلِ جدید الٰہیاتِ اسلامیہ ہٕکس فارسی ترجمہٕ ''احیائے فکر دینی در اسلام'' ہٕکس حرفِ آغازس منز چھ ڈاکٹر سید حسن نصر غزالیؒ سٕنز کتاب ''احیاء العلوم'' تہٕ دوشوٕنی مُفکرینن ہُنٛد فکری تہٕ معنوی اشتراک بیان کران:

علاوہ ازیں مذہب وفلسفہ میں مطابقت، مذہب کی مابعد الطبعیات وفلسفہ اور سائنس سے برتر بنیادی اور مستحکم ومستقل حیثیت، روحانی تجربہ جو کہ مذہب کا ذریعہ علم ہے) کا بطورِ مستند ذریعہ علم اثبات، سیر الی الحق میں روحانی راہنما کی ضرورت واہمیت، فلسفۂ یونان کی تنقیص، عقل کی محدودیت اور مذہب کے لئے عقل وحواس سے ہٹ کر ایک الگ مستند اساس، جیسے اہم موضوعات پر بھی ان دونوں میں بعض اہم اشتراکات موجود ہیں۔

امام غزالیؒ چھ تاریخِ اسلامُک اکھ عظیم اُستاد معلمِ اخلاق تہٕ مُفکر۔ امام غزالیؒ ین چھےٚ ۶۹ ر کتابہٕ لیچھ مژٕ۔ احیاء علوم الدین چھےٚ اُمی سٕنز شہرہٕ آفاق کتاب، یتھ منز علم تہٕ حکمت، وجدان تہٕ تصوف، اخلاق تہٕ اعمال کٮ۪ن موضوعن پٮ۪ٹھ سٮ۪ٹھاہ دٲنشورانہٕ بحث چھ کرنہٕ آمٕژ۔ اسلٲمی ادبس منز چھےٚ یہٕ اکھ ممتاز کتاب۔

زُہد تہٕ تقویٰ اوسُکھ زندگی ہُنٛد مقصد۔ وایان صوفی بُزرگن تہٕ اہلِ طریقت ہٕندِس صُحبتس منز روٗزِتھ ووت اُمی سُنٛد یقین، حق الیقین ہٕکس درجس تام زِ حقیقت معلوم کرنہٕ باپتھ چھنہٕ عقلے یٲژ کٲفی، بلکہٕ وِجدان چھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ذریعہ علمُک۔ دُنیاہس منز چھ ازتہٕ غزالیؒ سُنٛد کلام، فلسفہٕ تہٕ تصوف لُکھن متأثر کران۔

بقولِ Massimo Campanini:

*The breadth of Al-Ghazali's thought means that he can be viewed as the prototype of the Muslim intellectuals.*

سیرۃ النبیؐ کتابہٕ منز چھِ امکہ مُصنف علامہ شبلی نعمانیؒ تہٕ علامہ سید سلیمان ندویؒ نبوت تہٕ معجزاتن متعلق امام غزالیؒ سُنٛد نظریہٕ وبرٕتھناوان، ''یقین تہٕ اِذعان (اعتبار، بھروسہٕ)''

امام غزالیؒ نے الجام العلوم میں اس مسئلہ پر تفصیل سے بحث کی ہے کہ واقعات کا اذعان اور یقین ہمارے اندر کیوں کر پیدا ہوتا ہے۔ وہ کہتے ہیں کہ عام مسلمانوں کو علم کلام کی ضرورت نہیں، لیکن اگر کوئی یہ کہے کہ ہم کو خدا نے اپنی توحید وصفات وغیرہ پر ایمان لانے کا حکم دیا ہے اور یہ باتیں بدیہی نہیں کہ ان کے لئے دلائل کی ضرورت نہ ہو، اسی طرح ہم کو پیغمبر کی تصدیق کی ضرورت ہے اور یہ تصدیق مسئلہ معجزات پر غور وفکر کئے اور معجزہ کی حقیقت اور شرائط کے جانے کے بغیر ممکن ہی نہیں۔ اس بناء پر علم کلام کی اشد ضرورت ہے، تو امام صاحب اس کے جواب میں کہتے ہیں کہ عام مخلوق کو صرف ان چیزوں پر ایمان لانا فرض ہے اور ایمان اس یقین جازم کو کہتے ہیں جو چند مختلف طریقوں سے حاصل ہوتے ہیں۔

(۱): پہلا درجہ اس یقین کا ہے جو ایسے دلائل سے حاصل ہو، جن میں برہان کے تمام منطقیانہ شرائط ایک ایک کر کے پائے جائیں اور ان دلائل کے مقدمات کا ایک ایک حرف اچھی طرح جانچ لیا گیا ہو۔

(۲): دوسرا طریقہ یہ ہے کہ ان مسلّمات سے یقین حاصل ہو جن کو عام طور سے لوگ مانتے ہیں اور اربابِ عقل کے حلقوں میں وہ مقبول و مشہور ہیں جن میں شک کا اظہار کرنا لوگ معیوب سمجھتے ہیں اور نفوسِ انسانی انکے انکار سے اباء کرتے ہیں، ان مقدمات سے استدلال بعض لوگوں میں ایسا یقین جازم پیدا کرتا ہے کہ اس میں کسی قسم کا تزلزل راہ نہیں پا سکتا۔

(۳): تیسری صورت یہ ہے کہ ان خطابیات کے ذریعہ سے یقین پیدا کیا جائے جن کو لوگ عام بول چال اور عملی کاروبار میں استعمال کیا کرتے ہیں اور عادۃً ان کو صحیح سمجھتے ہیں۔ اگر طبع انسانی میں خاص طور سے اس مسئلہ کی طرف غیر معمولی انکار یا شدید تعصب نہ ہو اور سامع میں تشکیک، مناظرہ اور خواہ مخواہ کرید اور حجت کی عادت نہ ہو اور اس ظرفِ فطرت صالحہ سادہ اور صاف ہو تو اس طریقہ سے اکثر افرادِ انسانی کو یقین کی دولت ہاتھ آسکتی ہے اور اس لئے قرآن مجید نے اس طرزِ استدلال سے اکثر کام لیا ہے۔

(۴): چوتھی صورت یہ ہے کہ جس شخص کی دیانت اور ایمانداری پر یقین ہو اور اس پر کامل اعتماد ہو، بکثرت لوگ اس کے مداح ہوں یا تم خود اپنے ذاتی تجربہ کی بناء پر اس کی کی ہر بات کو صحیح باور کرتے ہو تو اس کا کہنا تمہارے اندر یقین پیدا کر دیتا ہے۔ جیسے اپنے بزرگوں اور استادوں اور مرشدوں کے بیان کا لوگ حرف بحرف یقین کر لیتے ہیں۔

(۵): حصولِ یقین کا پانچواں طریقہ یہ ہے کہ روایت کی صورتِ حال کی ایسے دوسرے قرائن سے تصدیق ہو جن سے گو ایک مناظرہ پسند اور حجت طلب شخص کی تشفی نہ ہو، مگر عام اشخاص کو ان سے تسلی ہو جاتے ہے۔

(۶): چھٹا طریقہ یہ ہے کہ جو روایت بیان کی جائے، اگر وہ سامع کے مزاج، اخلاق اور خواہش کے مطابق اور مناسب ہو تو اس کے صحیح تسلیم کر لینے میں اس کو کبھی پس و پیش نہ ہوگا۔ اس حصولِ یقین میں نہ تو حُسنِ اعتقاد کی ضرورت ہے اور نہ قرائن وآثار کی تائید کی۔ یہ فطری اور طبعی مناسبت خود حصولِ یقین کے لئے کافی ہے (یہی سبب ہے کہ سابقینِ اسلام میں وہی صحابہ داخل ہیں جو فطرتاً نیک اور طبعاً راستی پسند اور جویائے حق تھے)

ان ہی مختلف طریقوں سے لوگ یقین اور اذعان کا جذبہ اپنے اندر پیدا کرتے ہیں اور یہی طریقے غیبیات اور معجزات پر بھی یقین کرنے کے ہیں۔

## اتھ موضوعس پٹھ چھِ مصنف امام غزالیؒ سِندِ اکہ تقریرُک تہٕ حوالہٕ دِوان۔

''نبوت کے کچھ آثار و خواص ہیں، اگر کسی شخص کی نسبت یہ شُبہ ہو کہ یہ پیغمبر ہے یا نہیں؟ تو اس کا علم صرف اس کے احوال کی معرفت سے ہو سکتا ہے، یہ معرفت یا تو ذاتی مشاہدہ سے حاصل ہو جیسی صحابہ کو تھی یا خبر متواتر سے اور سُن کر ہو، جیسی اب عام لوگوں کی ہے، نبوت کے آثار و کیفیات کی ذوق

شناسی جس میں ہوتی ہے وہی آمادۂ تصدیق ہوتا ہے۔ مثلاً اگر تو کو طب اور فقہ سے کچھ واقفیت ہے اور ان کا ذوق رکھتے ہو تو جو شخص فقیہ اور طبیب ہونے کا دعویٰ کرتا ہے تم اس کے احوال کو دیکھ کر اور اس کی باتیں سُن کر فوراً یہ فیصلہ کر سکتے ہو کہ یہ طبیب یا فقیہ ہے یا نہیں اور اسی طرح تم امام شافعیؒ کی فقاہت اور جالینوس کی طبابت کی تصدیق تقلید سے نہیں بلکہ اپنی ذاتی تحقیق سے کر سکتے ہو، گو آج امام شافعیؒ اور جالینوس کا وجود نہیں مگر ان کے سوانح اور تصنیفات پڑھ کر اب بھی تم کہہ سکتے ہو کہ امام شافعیؒ فقیہ کامل اور جالینوس طبیب حاذق تھے یا نہیں، اسی طرح گو آنحضرتؐ ہمارے درمیان نہیں مگر آپؐ کی سیرت مبارکہ، آپؐ کی شریعت، آپؐ کی تعلیمات، آپؐ کے ارشادات موجود ہیں جن سے آپؐ کی نبوت کی تصدیق ہر شخص کر سکتا ہے، اسی معیار سے کسی مدعی نبوت کے دعویٰ پر یقین کرنا چاہیے، لاٹھی کے سانپ اور قمر کے شق ہونے سے نہیں، کیونکہ اگر ان خوارق پر نظر ڈالو اور دوسرے بے شمار قرائن اور شہادتوں کی ان کے ساتھ نہ ملاؤ تو ممکن ہے کہ یہ خطرہ پیدا ہو کہ یہ جادوگری اور نظر بندی ہے"۔

## تصوٗفس متعلق امام غزالیؒ سٕندی خیالات:

گوڈٕ گوڈٕ اوس تصوٗف فقط زُہدتہٕ عبادتھ تام ناو۔ وقت گُذرنس سٟتؠ بنیو وتصوٗف واریاہن چیزن ہُند مجموعہٕ۔ صبر، شُکر، توکّل تہٕ رضا، محبت ہوی روٗحانی اوصاف۔

امام غزالیؒ چھُ سُہ گوڈنیُک مُفکّر تہٕ عالم یمی علمہٕ کِس بُنیادس پیٹھ تصوٗف کُن فن وبٕڑہٕ نووو۔

عظیم مورخ ابنِ خلدون چھہِ تأریخ کِس حرفِ آغازس منٛز لیکھان:

وجَمَعَ الغزّالی بَینَ الامرینِ فِی الاحیَاءِ فَدوّن فِیهِ احکام الورع والا قتداء ثُمَّ بین آدابُ القوم و سُنتهم و شرح اِصْطلاحاتهم فِی عبادارتهم و صارَ علمُ التصوُّفِ فِی المِلّةِ عِلماً مُدَوَّناً بَعدَ ان جانت الطَّرِیقَةُ عبادَةٌ فقط

امام غزالی نے احیاالعلوم میں دونوں طریقوں کو جمع کیا۔ چنانچہ ورع اور اقتدار کے احکام لکھنے کے ساتھ ارباب حال کے آداب اور طریقے بتائے اور ان کے مصطلحات کی شرح کی۔ جس کا یہ نتیجہ ہوا کہ تصوف بھی ایک باقاعدہ علم بن گیا ہے۔ حالانکہ پہلے اس کا طریقہ صرف عبادت کرنا تھا۔

تصوٗف چھُ سُہ علم یمہٕ سٟتؠ تزکیہ نفس تہٕ ابدی سعادت ہیکہٕ میلِتھ:

" التصوف هو علم، تعرف به احوال تزكية النفوس و تصفية الاخلاق و تعمير الظاهر و الباطن لنيل السعادة الابدية موضوعه التزكيه و التصفية والتعمير و غايته نيل السعادة "

تصوف وہ علم ہے جس سے تزکیۂ نفس، تصفیۂ اخلاق، تعمیر ظاہر و باطن کا علم ہوتا ہے تاکہ ابدی سعادت حاصل کی جا سکے۔ اس کا موضوع بھی تزکیہ و تصفیہ اخلاق اور تعمیر ظاہر و باطن ہے اور اس کی غایت سعادت ابدی کا حاصل کرنا ہے۔

حضرت شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ چھِ فرماوان:

''الصوفی من کان صافیآ من افات النفس خالیآ من مذموماتھا سالکآ بحمید مذھبہ ملازمآ للحقائق غیر ساکن بقلبہ الی احدٍ من الخلایق''

صوفی وہ شخص ہے جس کو حق تعالیٰ نے صاف کرلیا ہو۔یعنی جو شخص نفس کی آفتوں اور برائیوں سے صاف ہو اور نیک راستہ پر چلے اور اس کا بجز اللہ کے اور کسی چیز سے آرام نہ پائے۔

''ہسٹری آف عرب'' کتابہِ منز چھ پروفیسر ہٹی لکھان:

''مسلمان اربابِ دانش نے نہ صرف یونانی فلسفہ کو باقی دنیا تک پہنچایا بلکہ انہوں نے اس سے بھی بڑا کام کیا۔ وہ یہ کہ انہوں نے مذہب اور عقل (Reason) کے مابین اور سائنس اور مذہب کے مابین صلح کرادی۔ مسلم سپین اور بغداد کے مسلم اربابِ دانش کی یہ عظیم الشان فتح ہے کہ انہوں نے اپنے ان نئے ترقی پسندانہ نظریات سے اہلِ یورپ کو آگاہ کیا جس سے آگے چل کر سائنس اور فلسفہ کے میدان میں بڑے بڑے کارنامے رونما ہوئے اور یورپ پر جو دورِ تاریک Dark ages صدیوں سے چھایا ہوا تھا اس کا خاتمہ کردیا''

امامِ غزالیؒ یس متعلق مغربی مُفکّرین ہنز رائے:

پروفیسر ہٹی چھِ لکھان:

''ابوالحسن اشعری کے بعد امام غزالیؒ آئے جو بلاشبہ اسلام کے سب سے بڑے مبلغ اور مفکر تھے۔غزالی نے زہد و تقویٰ سے زندگی شروع کی اور جلد ہی تصوف تک پہنچ گئے۔بارہ سال کی گوشہ نشینی میں ان کا شہرۂ آفاق تصنیف ''احیاء العلوم'' وجود میں آئی۔اس کتاب کا سب سے بڑا کمال یہ ہے کہ اس میں شریعت اور طریقت (تصوف) کی ہم آہنگی ثابت کی گئی ہے۔اس کتاب سے یہودی اور عیسائی علم الکلام (Scholasticism) زبردست طور پر متاثر ہوا۔اسی طرح تھامس ایکوئی ناس (Thomas Acquire) اور پاسکل (Piscal) جن کا شمار اکابر عیسائی اربابِ علم روحانیت میں ہوتا ہے بھی بڑی حد تک متاثر ہوئے۔

اسلام کی دیگر تحریکات کی طرح تحریک تصوف بھی قرآن وحدیث پر مبنی ہے۔مثلاً قرآن کی آیات ۴:۹۶، ۹:۱۱۳، ۳۳:۴۷ جو حرص کی مذمت اور توکل علی اللہ کی تلقین میں وارد ہوئی۔صحیح معنوں میں تصوف کی حمایت کرتی ہیں اور ان سے انسان کا ہر وقت حق تعالیٰ کے حضور میں حاضر ہونا پایا جاتا ہے۔اسی طرح صوفیائے اسلام نے حدیثِ نبویؐ کے باطنی معانی اور مفہوم کو بھی سمجھا''

پروفیسر آربری چھ امام غزالیؒ یس متعلق ونان:

''الغزالی بڑے بلند پایہ صوفی اور ایک عظیم فلاسفر ہیں۔اسی وجہ سے وہ حجۃ الاسلام اور حلیۃ الاسلام کے القاب سے ملقب ہوئے ہیں۔اس قسم کے

اکابرین اسلام نے اسلامی فلسفہ اور اسلامی تصوف کی یورپ اور خاص طور پر ہسپانیہ میں بنیادیں مستحکم کیں۔ یہ امام غزالی کا کارنامہ ہے کہ انہوں نے اسلامی دنیا میں فلسفۂ یونان پر ایک کاری ضرب لگائی اور فلاسفروں کے حق میں جلاّدِ اعظم Executioner-in-chief ثابت ہوئے۔

انہوں نے یہ حملہ اپنی کتاب ''تھافتہ الفلاسفہ'' کے ذریعے کیا جس میں انہوں نے اپنے مخالفین کی بیس غلطیاں پکڑی ہیں''۔

علامہ شبلی نعمانی چھِ پننہِ کتابہِ (الغزالی) منز لِکھان زِ امام غزالی ین گرتصوفٕچ حقیقت یتہٕ پأٹھی بیان:

تصوف شریعت کی طرح دو چیزوں سے مرکب ہے علم و عمل۔ لیکن یہ فرق ہے کہ شریعت میں علم کے بعد عمل پیدا ہوتا ہے۔ تصوف میں بخلاف اس کے عمل کے بعد علم پیدا ہوتا ہے۔ اس اجمال کی تفصیل یہ ہے۔

انسان کو اشیا کا جو اِدراک ہوتا ہے اس کا عام طریقہ یہ ہے کہ استنباط، استدلال، تعلّم، تعلیم سے حاصل ہوتا ہے لیکن کبھی ایسا ہوتا ہے کہ غور و فکر کے بغیر دفعتاً ایک شے کا ادراک ہو جاتا ہے اور کچھ معلوم نہیں ہوتا کہ کہاں سے ہوا اور کیونکر ہوا؟ اصطلاح تصوف میں اس کا نام الہام ہے۔

اس قسم کا ادراک صرف مجاہدہ اور تزکیہ نفس سے ہوتا ہے جس کا طریقہ یہ ہے کہ انسان پہلے تمام تعلقات سے کنارہ کش ہو، یعنی اہل و عیال، دوست احباب، جاہ و دولت کسی چیز سے دل بستگی باقی نہ رہے۔ اس کے بعد گوشہ میں بیٹھ کر خدا کی طرف اس طرح متوجہ ہو کہ کسی چیز کا مطلقاً خیال نہ آنے پائے۔ اس کے ساتھ زبان سے اللہ اللہ کہتا جائے۔ رفتہ رفتہ یہ مشق اس قدر بڑھے کہ زبان کو حرکت نہ ہو اور تصور میں زبان سے اللہ کا لفظ نکلتا جائے۔ پھر یہ تصور جمایا جائے کہ اللہ کا لفظ دل سے نکل رہا ہے۔ یہ تصور اس حد تک پہنچ جائے کہ صرف حرف وصورت کا خیال جاتا رہے اور اللہ کا تصور دل میں اس طرح اثر کر جائے کہ کسی وقت جُدا نہ ہونے پائے۔ جب یہ حالت پیدا ہو جائے گی تو مکاشفہ شروع ہوگا۔ ابتداء میں برق خاطف کی طرح آ کر نکل جائے گا، پھر ترقی ہوتی جائے گی اور ثبات و دوام حاصل ہوگا۔

مکاشفہ سے ان تمام اشیا کی حقیقت کھل جاتی ہے جن کا تصور محض تقلیدی اور اجمالی طور پر تھا۔ مثلاً نبوت، وحی، ملائکہ، شیطان، جنت، دوزخ، عذابِ قبر، پُل صراط، میزان، حساب۔ ان اشیا کے متعلق مختلف رائیں ہیں۔ بعض ان تمام چیزوں کو تمثلات خیالی قرار دیتے ہیں، بعض ان کو بالکل ظاہری معنوں پر محمول کرتے ہیں، لیکن جب مکاشفہ حاصل ہوتا ہے تو ان اشیا کی جو کچھ حقیقت ہے وہ گویا آنکھوں کے سامنے آجاتی ہے۔



## امام غزالی تہٕ اصلاح ملکی:

امام غزالی اوس ہمہ گیر شخصیتُک مأ لِک۔ پننہِ علمُک تہٕ بصیرتُک دأیرٕ وسیع کرنس منز بأوتھو اہم معاملاتن پیٹھ رائے تہٕ اتھ پیٹھ عمل کرنُک طریقہٕ تہٕ کوٚرُکھ پیش۔ مولانا شبلی نعمانی چھِ لِکھان:

امام غزالی کی حالت عام علماء سے الگ تھی۔ ایک طرف تو ان کا یہ خیال تھا کہ سلاطین کو جور و تعدی سے روکنا علماء کا خاص فرض ہے اور ایسا فرض ہے

جوامر بالمعروف کی حیثیت سے خود قرآن مجید میں منصوص ہے، دوسری طرف سلطنت کے مفاسد کا تجربہ جس قدر ان کو ہوا تھا دوسروں کو نہیں ہو سکتا تھا۔ بغداد میں وہ دربارِ خلافت میں باریاب تھے اور ملکی معاملات میں اکثر ان سے مشورہ کیا جاتا تھا۔ سلاجقہ کے دربار میں بھی ان کی آمد ورفت تھی اور وزرائے سلجوقیہ سب کے سب اس نک ارادت مند اور حلقہ بگوش تھے۔ دس بارہ برس کے متواتر سفر نے جس کی مسافت خراسان سے بیت المقدس تک تھی، ان کو تمام مما لک اسلامیہ کی ایک ایک جزوی حالت سے واقف کر دیا تھا۔ ان تجربوں میں ان کو صاف نظر آیا کہ سلطنت کے نظم و نسق میں جمہوریت کا کسی قسم کا اثر نہیں رہا۔ بیت المال کی یا تو وہ حالت تھی کہ حضرت ابوبکر کو پچاس روپے ماہوار سے کبھی زیادہ نہ مل سکے، یا تو یہ نوبت پہنچی کہ سلطان سنجر نے ایک دفعہ اپنے معشوق سنقر کو جو ایک تُرکی غلام تھا، لاکھوں روپے کی جاگیرات، اسباب، مال ومتاع کے علاوہ سات لاکھ اشرفیاں نقد دے دیں۔

ان تمام خرابیوں کی بنیاد یہ تھا کہ حکومت وسلطنت کے متعلق رعایا اور عوام کو کسی قسم کے اظہارِ رائے کی آزادی حاصل نہ تھی۔ بادشاہِ وقت اگر ملک کا ملک، کسی مسخرے یا بھانڈ کو بخش دیتا تو کسی شخص کو زبان کھولنے کی جُرأت نہیں ہوسکتی تھی۔ ایک مدت کے اس طرزِ عمل نے بادشاہ کو خدا کی طرح حاکم علیٰ الاطلاق بنا دیا تھا، جس کے احکام میں کسی کو چوں و چرا کی مجال نہیں ہوسکتی تھی۔ اس وقت ملک کی اصلاح کا سب سے بڑا کام یہ تھا کہ نہایت آزادی اور دلیری سے سلاطین کو ان کے عیوب ومظالم سے مطلع کیا جائے اور عام لوگوں کو بتایا جائے کہ ان میں ہر شخص کو یہی حق حاصل ہے۔

امام صاحب نے ان دونوں فرضوں کو نہایت خوبی سے ادا کیا۔ سلاطین کے مقابلے میں جو چیز لوگوں کو آزادی سے روکتی تھی وہ یہ تھی کہ اہلِ قلم وعلم، دونوں عموماً سلاطین کے وظیفہ خوار تھے اور ان کے دربار میں آمد ورفت رکھتے تھے۔ اس لیے سب سے پہلے امام صاحب نے اس کا قلع قمع کیا اور دونوں باتوں کو ناجائز اور حرام قرار دیا۔

احیاء العلوم باب خامس، ذکر اور ارادات السلاطین میں لکھتے ہیں:

اَنَّ اموال السلاطین فی عصرنا حرام کلُّها او اکثرها فکیف لا و الحلالُ هو الصَّدقات و الفئی و الغنیمة ولا وجود لها ولم یبق الاالجزیة و انها تو خذبانواع الظلم لایحلُّ اخذهابه

ہمارے زمانے میں سلاطین کی جس قدر آمدنی ہے کل یا قریب کل حرام ہے اور کیوں حرام نہ ہو، حلال آمدنی، زکواۃ، خمس، فی، مالِ غنیمت ہے۔ سو اِن چیزوں کا اس زمانے میں وجود ہے نہیں، صرف جزیہ رہ گیا وہ ایسے ظالمانہ طریقوں سے وصول کیا جاتا ہے کہ جائز اور حلال نہیں رہتا۔

اسی باب میں ایک اور موقع پر لکھتے ہیں:

وجمیع ما فی ائید یهم حرامٌ

جو کچھ ان سلاطین کے ہاتھ میں ہے، سب حرام ہے

سلاطین کے ہاں آمد ورفت رکھنے کے متعلق احیا العلوم میں لکھتے ہیں:

الحالةُ الثانية ان يعتزل عنهم فلا يراهُم ولا يرونه وهو الواجب اذلاسلامة الاّ فيه فعليه ان يعتقد بعضهم على ظلمهم ولا حُحِبُّ بقائهم ولا يثنى عليهم ولا يستخبرعن احوالهم ولا يتقرب الى المتّصلين بهم.

دوسری حالت یہ ہے کہ انسان ان سلاطین سے اس طرح الگ تھلگ رہے کہ کبھی ان کا سامنا نہ ہونے پائے اور یہی واجب العمل ہے، کیونکہ اسی میں عافیت ہے، انسان پر یہ اعتقاد رکھنا فرض ہے کہ ان کا ظلم، بغض رکھنے کے قابل ہے۔ انسان کو چاہیے کہ نہ ان کے بقا کا خواہشمند ہو، نہ ان کی تعریف کرے، نہ ان کے حالات کا پُرسان ہو، نہ ان کے مقبروں سے میل جول رکھے۔

احیا العلوم میں جہاں اس مضمون پر بحث کی ہے کہ سلاطین کے دربار میں جانا ناجائز ہے، ناجوازی کی دلیل میں لکھتے ہیں ''انسان کو سلاطین کے دربار میں ہر قدم پر گناہ کا ارتکاب کرنا پڑتا ہے۔ پہلا مرحلہ یہ ہے کہ شاہی مکانات بالکل مغصوب ہوتے ہیں اور زمین مغصوبہ میں قدم رکھنا گناہ ہے۔ دربار میں پہنچ کر سر جھکانا اور ہاتھ کو بوسہ دینا ہوتا ہے اور ظالم کی تعظیم کرنا گناہ ہے۔ دربار میں ہر طرف جو چیزیں نظر آتی ہیں، یعنی پردہائے زرنگار البسئہ ریشمین، ظروف زرّین، یہ سب حرام ہیں اور ان کو دیکھ کر چپ رہنا داخل معیشت ہے۔ آخیر میں بادشاہ کی جان و مال کی سلامتی کی دعا مانگنی پڑتی ہے اور یہ گناہ ہے''۔

## تصنیفات:

### علامہ شبلی نعمانی چھِ امام غزالیؒ سنز ن تصانیفن متعلق لکھان:

''تصنیفات کے لحاظ سے امام صاحب کی حالت نہایت حیرت انگیز ہے۔ انہوں نے کل ۵۴-۵۵ برس کی عمر پائی۔ تقریباً بیس برس کی عمر سے تصنیفات کا مشغلہ شروع ہوا۔ دس گیارہ برس صحرانوردی اور بادیہ پیمائی میں گزرے۔ درس و تدریس کا شغل ہمیشہ قائم رہا اور کبھی کسی زمانے میں شاگردوں کی تعداد ڈیڑھ سو کم نہیں رہی۔ فقر و تصوف کے مشغلے جدا، دُور دُور سے جو فتاوے آتے تھے ان کا جواب لکھنا الگ۔ بااین سینکڑوں کتابیں تصنیف کیں جن میں سے بعض بعض کئی کئی جلدوں میں ہیں اور گوناگوں مضامین پر ہیں اور جو تصنیف ہے اپنے باب میں بے نظیر ہے۔ سچ ہے ۔

ایں سعادت بزورِ باز و نیست

### تصانیفن ہُنْد فہرست:

حرف الف : احيا العلوم، املا اعلیٰ، مشكل الحيا، اربعين، الاسماالحسنىٰ الاقتصاد فى الاعتقاد، الجام العوام، اسرار معاملات الدين، اسرار الانوار، الانسية بالآيات المتلوة، اخلاق الابرار و النجاة من الاشرار، اسرار اتباع السنة، اسرار الحروف و الكلمات، ايهاالولد

حرف ب : بداية الهداية و موعظت، بسيط وفقه، بيان القولين للشافعى، بيان فضائح الاباحية بدايع الصنع

حرف ت : تنبیه الغافلین، تلبیس ابلیس، تهافة الفلاسفه، تعلیقه فی فروع المذهب، تحصین الماخذ، تحصین الادلة، تفرقه بین الاسلام والزندقه

حرف ج : جواهر القرآن

حرف ح : حجة الحق، حقیقة الروح

حرف خ : خلاصة الرسائل الی علم المسائل فی المذهب، اختصار المختصر للمزنی وهو احد الکتب المشهورة

حرف ر : الرسالة القدسیه

حرف س : السر المصون رتب فیه آیات القرآن علی اسلوب غریب

حرف ش : شرح وایره علی بن ابی طالب المسماة بحیة الاسماء، شفاء العلیل فی مسئله التعلیل.

حرف ع : عقیدة المصباح، عجائب صنع عقود المختصر وهو تلخیص المختصر للجوینی

حرف غ : غایة الغور فی مسائل الدور فی مسئلة الطلاق، غور الدور الفه ببغداد. ۴۸۴

حرف فا : فتاوی مشتمله علی ماة و تسعین مسئلة الفکرة والعبرة، فواتح السور، الفرق بین الصالح و غیر الصالح

حرف ق : القانون الکلی، قانون الرسول القربة الی الله. القسطاس المستقیم، قواعد العقائد القول الجمیل فی الرد علی من غیر الانجیل

حرف ک : کیمیائی سعادت، کیمیائی سعادت مختصر، کشف علوم الآخرة، کنز العدة

حرف ل : اللباب المنتخل فی علوم الجلال

حرف م : المستصفی فی اصول الفقه، منخول ما خذ فی الخلاقیات بین الحنفیة و الشافعیة المبادی والغایات، المجالس الغزالیة، مقاصد الفلاسفه المنقذ من الضلال، معیار النظر، معیار العلم فی المنطق، محک النظر، مشکواة الانوار، مستظهری فی الرد علی الباطنیة، میزان العمل، مواهم الباطنیة، المنهج الاعلیٰ معراج السالکین، المکنون فی الاصول، مسلم السلاطین، مفصل الخلاف فی اصول القیاس، منهاج العابدین قبل و آخر تالیفاة، المعارف العقلیة

حرف ن : نصیحتة الملوک فارسی .

حرف واو : وجیز، وسیط

حرف ی : یاقوت التاویل فی التفسیر ۴۰ جلد

## مضامینِ ہند بلحاظِ تصانیف:

فقه : وسیط بسیط، وجیزبیان القولین للشافعی، تعلیقه فی فروع المذهب، خلاصة الرسائل، اختصار المختصر، غایة الغور، مجموعه فتاویٰ

| | | |
|---|---|---|
| اصول فقه | : | تحصین الماخذ، شفا العلیل، منتخل فی علم الجدل، منخول مستصفی ماخذ فی الخلافیات، مفصل الخلاف فی اصول القیاس |
| منطق | : | معیار العلم، محک النظر، میزان العمل (یہ کتابیں یورپ میں موجود ہیں) |
| فلسفه | : | مقاصد الفلاسفه (یورپ میں اس کا نسخہ موجود ہے) |
| کلام | : | تهافة الفلاسفه، الجام العوام، اقتصاد، مستظهری، فضائح الاباحیة حقیة الروح، قسطاس المستقیم، القول الجمیل فی الرد علی من عیر الانجیل، مواهم الباطنیة تفرقه بین الاسلام و الزندقه، الرسالة القدسیة |
| تصوف و اخلاق | : | احیا العلوم، کیمیائی سعادت، المقصد الاقصیٰ، اخلاق الابرار، جواهر القرآن، جواهر القدس فی حقیقة النفس، مشکواة الابرار، منهاج العابدین، معراج السالکین، نصیحة الملوک، ایها الولد، بدایة الهدایة، مشکواة الانوار فی لطائف الاخیار. |

امام غزالیؒ سٕنز لیچھ مٕژ کتابہٕ آسہٕ اسلأمی دنیا علاوٕ غأر اسلأمی مُلکن منٛز تہٕ مقبولِ عام۔ مسلمانو دِژٕ ہٕ یٔہنزن کتابن سٕہ اہمیت یُس یورپس منٛز بسن والیو دِژ۔ غزالیؒ سٕنز کینٛہہ کتابہٕ آسہٕ معرکتہ الآرا، مگر کینٛہہ اسلأمی دُنی ہٕنٛدی عألم تہٕ مورخ اُسی نہٕ تِہنٛدِس فلسفس تہٕ خیالاتن سٟتۍ اتفاق کران۔ اختلاف اوس تعصب کِس حدس تام موجود۔

امام غزالیؒ اُسی اکھ عظیم المرتبت عألم تہٕ زأہد۔ اکہِ وقتہٕ اوس غزالیؒ سٕنزن تصنیفن ہُنٛد تِیُتھ اثر زِ مُسلِم مُلکو علاوٕ یورپ کیو مُلکو تہٕ کوٚر اُمی سٕنٛدِ عظمتُک اعتراف تہٕ اُمِس پٹھ لیچھکھ کتابہٕ۔ پروفیسر گوشی (Gosche) سٕنز کتاب Al-Gazali تہٕ پروفیسر مونک (S. Munk) سٕنز کتاب ''الربط'' چھےٚ غزالیؒ سٕنٛدِ علم تہٕ فلسفہٕ کہِ آفأقیتُک ٹاکارٕ ثبوٗت۔

---

۱: اردو دائرۃ المعارف الاسلامیہ، زیر اہتمام دانش گاہِ پنجاب لاہور، جلد ۲/۱۴، باب: الغزالیؒ۔ طبع اول، ۱۹۸۲، ص: ۴۸۴

۲: Encyclopaedia Brtianica, Vol: 10, P:330, 1962

۳: علامہ محمد اقبال: فلسفہ عجم، مترجم میر حسن الدین، نفیس اکیڈیمی، کراچی، ۱۹۶۹ء، ص: ۱۰۳-۱۰۴

۴: علامہ شبلی نعمانی، الغزالی۔ اریب پبلی کیشنز، دہلی ۲۰۱۷ء

۵: علامہ محمد اقبال، تشکیل جدید الٰہیات اسلامیہ، مترجم: نذیر نیازی، بزم اقبال، لاہور، ۱۹۸۶ء

۶: علامہ محمد اقبال، فکر دینی در اسلام (فارسی مقدمہ از ڈاکٹر سید حسین نصر ہفت مطبوعہ موئسسہ فرہنگی، منطقہ نو، تہران (ایران)

# حسن بصریؒ

حسن بصریؒ زاو مدینہ مُنورہ ہس منز۔ اُمہٕ سنٛز موج خیرہؒ اٲس حضرت اُمِ سلمہؓ (اُم المومنین) ہنٛز کنیز۔ خیرہؒ ہس اوس نبی پاکؐ سٕندِس گرس منز خدمت کرنٕک موقعہٕ میوٗلمُت۔ حضرت اُمِ سلمہؓ ہن کٔر یہِ آزاد تہٕ اُمہٕ سُند نِکاح آو ابوالحسن یسارس سٕتی کرنہٕ۔ نکاح پتہٕ تہِ روٗز خیرہؒ خاندارٕ سنٛز تہٕ اُمِ سلمہؓ سنٛز خدمت کران۔ خیرہؒ ہس زاو اکھ حسین تہٕ جمیل نیچُو یُس اُم المومنین حضرت اُمِ سلمہؓ ہنٛزِ کوچھِ منز تہِ گنٛدان اوس۔ ییٚلہِ خیرہؒ کامہِ کارس منز آوٕ رٲس آسان، اُمِ سلمہؓ اٲس اُمس پنٛن دود چاوان، حالانکہِ اُمِ سلمہؓ اٲس نہٕ دود چاونچہٕ وٲنسہِ منز مگر ربِّ کائنات سنٛز عنایت، اُمس بچس اٲس بوچھِ ژلان تہٕ سٕتی سٕتی اوٚسُس اُم المومنینؓ تہٕ نبی پاکؐ ہُند نوٗر تہِ میلان۔ تیمِس شُرِس دود چاونس سٕتی سٕتی نبی پاکؐ سٕندی انوارات میلن، تٔمس بچہِ سُند مقام کوتاہ تھوٚد ہیکہِ اٲستھ۔ بوٚڑ گرٕژھتھ بنیوٚو حسن بصریؒ حدیث، تفسیر، فقہ تہٕ تصوفُک امام تہٕ زٲہدن ہُند سردار۔

خیرہؒ اٲس عالِم تہٕ زنانن اٲس وعظ کٕہ ذریعہِ احکاماتِ الٰہی فکرِ تاران۔ خیرہؒ ہنٛز شخصیت لوٚب پروان، ییٚلہِ یہِ حضرت اُمِ سلمہؓ ہنٛدِس سالیس تل روٗز، اُمِ سلمہؓ تہِ اٲس خیرہ ہسؒ بے حد رچھان تہٕ پیار کران۔ مشہور تہٕ بُزرگ تابعین اٲسی عِلمِ حدیث تہٕ فقہ خیرہؒ ہس نِش حاصل کران تہٕ روایات تہِ نوان۔ خیرہؒ گیہِ گوڈنچہِ لٹہِ صدی ہجری ہنٛدِس اٲخری وٕرِیَن منز وفات۔

حضرت عمر فاروقؓ سٕندِس خلافتٕکس دورس منز ۲۱ ہجری زاو حسن بصریؒ۔ حضرت محمد بن سعدؒ چھِ بیان کران زِ حسن بصریؒ اوس اکھ عظیم عالِم، بہلہِ پایہِ حدیث تہٕ فقہ زانن وول، جلیل القدر عابد تہٕ تھدِ پایک مُبلِّغ۔ عالِمن ہُند خیال چھُ زِ حسن بصریؒ یَس، یُس عِلم تہٕ حِکمتُک سمندر میوٗل سُہ چھُ اُمِ سلمہؓ سٕندِ تربیتُک اثر۔

اکہِ روایت مطابق اٲس حضرت اُمِ سلمہؓ حسن بصریؒ یَس صحابہٕ صاٲبن نِش سوزان تہٕ تِم اٲسی اَمہِ سٕندِ باپتھ دُعا کران۔ اکہِ دوہہٕ گوٚو حسن بصریؒ حضرت عمرِ فاروقؓ سٕندِس خدمتس منز حاضر۔ تِموٚ کوٚر ییٚکھ دُعا۔ اے ربّ کائنات! حسن بصریؒ یَس دِیٖنُک سمجھ تہٕ لُکن منز بناوُن محبوٗب۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ حسن بصریؒ سُند کلام اوس انبیاء کرامن ہنٛدِس کلامس ہیوٗ آسان۔

حسن بصریؒ اوس سُہ خوش نصیب تیمِس نبی پاکؐ سٕندِس گرس منز تربیت تہٕ پرورش میج۔ یہِ اوس سُہ خوش قسمت تیمِس

خلفائے راشدینن (حضرت عمرؓ، حضرت عثمانؓ، تہٕ حضرت علیؓ) تہٕ باقٕے صحابہٕ صابن عبداللہ ابنِ عمرؓ ہو بن عظیم المرتبت شخصیتن نِش سیٚد سیوٚد اسلام تہٕ اچ تعلیم حاصل کرنُک موقعہٕ میوٚل۔ یِمیٚک اثر حسن بصریؓ سٕندِس شخصیتس پیٹھ آفتابکی پٲٹھی نوٗن اوس۔

ژوداہ (۱۴) وٕری وٲنسہِ منٛز گوٚ اسلامُک یہِ ہیر و بصرہ (عراق)۔ بصرہ اوس تمن دوہن اسلٲمی عِلم و ادبُک مرکز۔ تہٕ اتہِ أسی وارِیاہ صحابہٕ صاب عِلم دِین لُکن تام واتناوان۔ حسن بصریؓ اوس اتہِ صحابہٕ صابن ہٕنزن دِینی مجلسن منٛز بِہِتھ عِلم حاصل کران۔ عبداللہ ابنِ مسعودؓ نِش کوٚر رأمی بصرہ ہس منٛز حدیث، فقہ تہٕ دِینی مسائلن ہُند عِلم حاصل۔

لُکن أس اتھ دورس منٛز دولت آمژ تہٕ دُنیاوی خوش حالی کُن أسی زیادٕ توجہ دِوان۔ دینی معاملات سمجھاونہٕ باپتھ اوس یہِ ہیر و (حسن بصریؓ) دوہ رات کأم کران تاکہِ لُکھ گژھن نہٕ دِینہٕ نِشہِ دوٗر۔ حسن بصریؓ سُنٛد قول چھُ ''یوٚ زِ چھُ وُنہ، سُہ أسی تن ظاٗلمن بُتھِس پیٹھ وُنہ۔ کھوژُن چھُ فقط خالقِ کائناتس''۔

اکھ واقعہٕ چھُ یِیلہِ الحجاج عراقُک گورنر اوس تہٕ تٔمی بُلاوِ اتِکی لُکھ پٔنُن محل وُچھنہٕ باپتھ، تاکہِ تِم گژھن محل وُچھِتھ مُتأثر۔ الحجاج اوس اکھ ظاٗلم تہٕ بدنام شخص۔ سارِے بٔڈی لُکھ آے محل وُچھنہٕ تہٕ لگی امکی تعریف کرنہٕ۔ موقعہٕ غنیمت زٲنِتھ دِیُت حسن بصریؓ ین اکھ خطبہٕ (تقریر)، یتھ منٛز أمی لُکن دُنیاوی فائِدٕ تہٕ ظُلمکی نقصانات فِکرِ تارِ۔ یہِ وُچھِتھ گوٚ الحجاج برہم تہٕ قسم کھیوٚن حسن بصریؓ قتل کرنُک۔ أمی دیُت حُکم زِ حسن بصریؓ گرِیوٚن گرفتار تہٕ دربارس منٛز پیش۔ حسن بصریؓ آو اعتمادٕ سان دربارس منٛز تہٕ اژان اژان پٔری أمی کینٛہہ کلمات۔ یِمیٚک اثر یہِ اوس زِ الحجاجن بیٚہنو حسن بصریؓ پانس سٕتۍ۔ (یہِ اوس گورنر سُنٛد غارشعوٗری حالتُک نتیجہ)۔ گورنرن پرٕژھی حسن بصریؓ یس دِینس متعلق کینٛہہ سوال۔ یِمن تٔمی سٕبٹھاہ عالمانہٕ اندازس منٛز جواب دیُت۔ حأران گژھِتھ پرٕژھ نیران نیران دربارکہِ دارِوغو (محافظو) حسن بصریؓ یس ''یِیلہِ تُہی دربارس منٛز ژأوِتہٕ تلوارٕ وُچھو کھڑا۔ امہِ وِزِ کیاہ الفاظ آے تُہنٛزِ زبٲنۍ پیٹھ''۔ حسن بصریؓ ین فرموو ''مےٚ موٚنگ خدایس یُس غوصہٕ گورنر سٕنٛدس دماغس منٛز مےٚ خلاف چھُ، سُہ کرِتھِے پٲٹھی دوٗر، یتھٕ پٲٹھی حضرت ابراہیمس نارس گُلزار کوٚر تُتھ''۔

حسن بصریؓ اوس اکثر حکمرانن صحیح دِینی مشورٕ دِوان تاکہِ تِم ہیکن انصاف کٔرِتھ۔ اکھ واقعہٕ چھُ عراق تہٕ فارس مُلکُک حکمران عُمر ابن ہُبیرہ اوس أکِس خاص مسلس پیٹھ مشورٕ یژھان۔ أمی دِژ دعوت حسن بصریؓ یس امہِ باپتھ۔ حسن بصریؓ ین فرموٗس:

''اے ابنِ ہُبیرہ! خالقِ کائناتس کھوژ، نہ کہِ وقتکہِ کَس حاکم یزیدس (یُس دارُ الخلافہ دِمشق شہرس منٛز بِہِتھ غلط فرمان اوس جأری کران)۔ یاد تھٲیوٚ! ربّ ہیکہِ توہہِ یزیدس نِش بچٲوِتھ، مگر یزید ہیکہِ نہٕ توہہِ ربّس نِش بچٲوِتھ۔ اکھ مضبوٗط فرشتہٕ۔ (عزرائیل)

یِیہ اکِہ دوہہِ توہہِ نِش تہٕ محلہٕ منٛز تُلِتھ واتنٲیو أکِس تنگ قبرِ منٛز، ییٚتہٕ نہٕ کانٛہہ یزید مدد ہیکہِ کٔرِتھ، اگر کانٛہہ غلط کٲم یا گوناہ آسو کوٚرمُت۔ اے جیرہ! اگر ژٕ ے خوفِ خدا چھُے، سُے بچاوِ توہہِ یزید ابنِ عبدالمالک سنٛدِ شرِ نِشہِ، یتھ دُنیاہس منٛز تہٕ آخرتس منٛز تہٕ۔ ہرگاہ تُہۍ خدایہٕ سنٛدین حُکمن خلاف یزیدٕ سنٛز غُلٲمی یا خوشنوٗدی کٔرِو، ربّ ترٛایو توہہِ یزیدٕ سنٛدِس رحم وکرمس پیٚٹھ۔ یاد تھٲیوٗ! خدایس ورٲے چھُنہٕ کانٛہہ عبادتس لایق، سُہ اَسی تَن مُلکُک بادشاہ"۔

حسن بصریؒ سنٛز ذہانت، بصیرت، زُہد تہٕ تقویٰ اوس أمی سُنٛد سرمایہ۔ شیٚتھن (۸۰) ؤرِیَن ہنٛز وٲنٛس پیٚٹھ أتھ رؤد حسن بصریؒ ہمیشہِ عام لُکن تہٕ حکمرانن عِلمِ دِین فِکرِ تاران تہٕ اتھ پیٹھ عمل کرنک ہدایت دِوان۔

زندگی تھی تری مہتاب سے تابندہ تر
خوب تر تھا صبح کے تارے سے بھی تیرا سفر



# رابعہ بصری العدویہؒ

دۆیمہِ صدی ہجری منز، بصرہ شہرس منز آل عتیق شاخ، بنو عدوہ کِس أکِس غریب گرس منز زایہ اکھ کوٗر ۹۷ ہجری بمطابق ۷۱۷ عیسوی۔ مأیلس اوٗسس ناو اسماعیل عدوی۔ اسماعیل اوس سٮ۪ٹھاہ غریب مگر غأرتہٕ وول انسان۔ ییلہِ أمِس ژۆیِم کوٗر زایہ، أمی سِندِ خأطرٕ اوس نہٕ گرس منز کانٛہہ پلو۔ گرٕ واجنہِ دۆپنس ''گژھ ہمسایس ہیٚنہٕ نوزائد بچی باپتھ کانٛہہ پلو، یتھ منز یہِ معصوٗم کوٗر رتھاوون۔ ہمسایو منزٕ مُژ روونہٕ کانٛسہِ تہِ اسماعیلس درواز۔ نااُمید گژھتھ آو واپس تہٕ نمازٕ پٔرتھ موٗ نگُکھ خدایس مدد۔ اتھ دوران آیہِ أمِس ہِنٛدِ رتہٕ خوابس منز وُچھکھ نبی پاکؐ۔ تمو فرمووکھ ''ژٕ مہٕ گژھ پریشان۔ یہِ کوٗر چھےٚ سٮ۪ٹھاہ رُتبہٕ واجنی، تھزٕ رتہٕ بجرٕ چ مألِک، یمِکی ہِنٛدِ ستی میانہِ اُمتہٕ کٕنٛہن ستتھ (۷۰) ساس لُکن شفاعت میلہِ۔ ستی فرمووکھ زِ صُبحٲے گژھی زِ امیر بصرہ عیسیٰ زاذانس نِش تہٕ میانہِ زِیارٕچ خبرٕ وٕنی زِ بس۔ بیٚیہ ڈٕپی زِ بس نبی پاکؐ فرمووُنٮ۪س پیغامس منز زِ تُہی چھُو پٔرتھ دوہہ ہتھ رکعات نماز پران تہٕ جُمعہ دوہ ژور ہتھ، مگر یٚیمہِ رتہٕ کِس أخری جمعہ ہس پٮ۪ٹھ گیوٗ نماز اَدا کرٕنی مُشتھ۔ یمِیُک کفارٕ ژور ساس دِرہَم چھِ توہہ مے (اسماعیل عدوی) کُن دِنی۔ صُبحس سوٗزٕ اسماعیلن دربارس منز وأتتھ امیرِ بصرہ ہس اکھ خط، یتھ منز تمی نبی پاکؐ ہن ہِنٛدِ حُکُمچ ذِکر کٔر۔ امیرِ بصرہ ہن وُچھ یہِ خط تہٕ ژور ساس دِرہم دِنٛگ حکُم کوٗرُکھ۔ ستی ووٗنُکھ زِ مےٚ واتنأیوٗ اسماعیل سُنٛد گرٕ، بہٕ کرٕ أمِس قأصدِ رسولؐ سِنٛز زیارت''۔ ژور ساس دِرہَم رٔٹتھ گوٚو اسماعیل گرٕ تہٕ پننہٕ نٮ۪ن ژورن کورٮ۪ن ہِنٛز صحیح پرورش کٔرن شروع۔ ژۆرمہِ کورِ کوٚرُن رابعہ ناو تہٕ أمی سِنٛزِ پرؤرشہِ پٮ۪ٹھ دِتُن خاص توجہ۔

رابعہ أس شُری پانہٕ پٮ۪ٹھے ذہین، پاک باز تہٕ عأبد۔ رابعہ أس خلوت پسند۔ نماز ہیٚچھتھ أس یہِ دوہ رات نمازن منز آوٕر روزان۔ ربّ کأنٲتس ستی محبت تہٕ عشق روٗ دُہران تہٕ رابعہ روٗز دوہ رات عبادتس منز آوٕر۔ نمازتہٕ روزٕ روٗ دِ دوہہِ شکی مشغول۔

رابعہ ہرگاہ زمینس پٮ۪ٹھ فرشتہٕ وَنو، اتھ منز چھنہٕ کانٛہہ مبالغہٕ یا غلطی۔ زُہدتہٕ تقویٰ ہس منز چھ أمِس تھوٚد مقام۔ ربّ کأنات سِندِ رضا، قُربت، خوشنودی باپتھ أس یہِ سارِنے پتھ ترٛ اوان۔

رابعہ أس پوٗرٕ راتس نفل نمازٕ پران تہٕ دوہس روزٕ دَران۔ راتس ہُشیار روزُن (شب بیدأری) أسس پسند۔ لُکن ستی ووتھُن بِہُن اوٗسس نہٕ پسند۔ ہرگاہ کانٛہہ ملاقات باپتھ ییہ ہیس، رابعہ أس واریاہ کم کتھ کران۔

حضرت رابعہؒ ہٕنز عبادت کرنچ اکھ مثال قائیم۔ یِیژ عبادت رابعہ بصریؒ کٔر، تِمچ مثال میلنۍ چھِ ناممکن۔

اتھ دورس منز اوس عظیم المرتبت، پایہِ بوٚڈتہٕ شانہٕ تھوٚد عابٕد، مفتی، عالِم تہٕ فاضل حضرت حسن بصریؒ تہٕ شہرس منز روزان۔ تِم تہٕ اٚسی حضرت رابعہؒ سٕبٹھاہ احترام کران۔

حضرت رابعہؒ اٚس راتس زٕ ترٛےٚ گھنٹہٕ ہِنٛدٕر کران تہٕ راتہٕ ہِکس دوٚیمس حصس منز اٚس عبادتس منز محو روزان۔ فجر نمازٕ تام اٚس ذِکرو اذکارتہٕ ربّس منگ منگ کرنس منز گذاران۔ فجر پٔرتھ اٚس درۄٚد تہٕ ذِکرِ باری تعالیٰ ہس منز آوِرروزان، یوٚتام اشراقُک وقت اوٗسُس واتان۔ نمازِ اشراق ادا کٔرِتھ اٚس بیٚیہٕ درۄٚد تہٕ اذکار ہِکس حالتس منز نمازِ چاشتُک انتظار کران۔ نمازِ چاشت پٔرتھ اٚس ربّ کائناتس عفوٕ تہٕ مغفرتُک دُعا منگان روزان۔ عبادتس منز دوہ راتھ گذٲرِتھ تہٕ اٚس کم بندگی، عاجزی تہٕ اِنکسٲری منز ربّس کُن اوٚش ہارِتھ مغفرتُک التجا کران۔

زُہدتہٕ تقویٰ اوٗسُس کمالُک۔ اکہِ دوہہٕ ووٚن حضرت رابعہؒ ہِنٛزِ پنٛنِس مالِس زِ بہٕ کرتھ نہٕ ژٕ زانٛہہ مجبور زِ حرام، حلال کٔرِتھ کھیٚیاوٕمےٚ۔ بابہٕ صابن دوٚپُس ''اگر حلال آسہٕ نہٕ دستیاب تہٕ بہٕ کیاہ کرٕ؟''۔ رابعہؒ ہِنٛزِ ووٚنُس ''تقویٰ، پرہیز گٲری تہٕ خوفِ خدا تھٲیٚو نظرن منز۔ دُنیچ بوچھِ کرو برداشت تہٕ صبر کرٕو، مگر آخرت ہِکس نارِ جہنم ہِکس عذابس پیٹھ ہیٚکو نہٕ صبر کٔرِتھ''۔

امہِ سٟتی چھُ نناں زِ حضرت رابعہؒ ہِنٛدِ تقویٰ ہُک طاقت تہٕ خوفِ خدا ہُک اثر اوس بے مثال۔ امہِ قسمٕچ پرہیز گٲری تہٕ ربّ سُنٛد رضا حٲصل کرنہٕ خاطرٕ مشقت چھِ اکھ ترٛ ہ مثال، یُس دُنیا ہِکس تواریخس منز سو نہٕ ہِنٛد بو حرفو سٟتی لیکھنہٕ یِیہ۔

حضرت رابعہؒ اٚس بعضے اٚکِس راتس منز ساس رکعاژ نمازٕ پران۔ راتہٕ ہِکس آخری حصس منز اٚنہٕ گٹہٕ منز اٚس حضرت رابعہؒ پنٛنِس گرِ ہِکس چھتس پیٹھ کھٕسِتھ اسمانس کُن بُتھ کٔرِتھ ربّ کائناتس کُن اتھ زٕ تُلِتھ منگان:

''اے خالقِ کائنات! وُنۍ کٔبس چھےٚ خاموشی، لُکن ہُنٛد پھیرُن تھورُن گوٚو بند۔ پرٛتھ کانٛہہ چھُ پنٛنِس محبوبس (ٹاٹھِس) سٟتی خلوتس منز وقت گزاران۔ یا الٰہی! بہٕ چھس ربّس سٟتی یتھ خلوتس منز روزُن یژھان۔ یتھ خلوتس منز ربّ کائناتس سٟتی روزنُک بدلہٕ چھس منگان زِ مےٚ دِی زٕ نارِ جہنم کہِ عذابہٕ نِشہٕ نجات''۔

بیٚیِس اٚکِس مناجاتس منز چھےٚ حضرت رابعہؒ باری تعالیٰ ہس منگان...... ''بے شک گذرےیہِ راتھ، دوہ گوٚو شروع، چانہِ عزتُک قسم۔ یوٚتام بہٕ زِنٛدٕ چھس، بہٕ روزٕ چانۍ عبادت یتھے ہِکنۍ کران۔ چانہِ عزتُک قسم! اگر مےٚ پنٛنہٕ درواژٕ پیٹھ کڈکھ تہٕ، تیلہٕ تہٕ روزٕ ےٚ درواز س پیٹھ پان پھترٛ اٚتِھ، تِکیازِ میٲنِس دِلس منز چھُ بس چون محبت''۔

حضرت رابعہؒ سنٛز زندگی ہُند اکھ اکھ ژیٖوٕہ گَنٛدریو واللہ تعالیٰ سٕنٛدِس عبادتس منٛز۔ اکہِ دوہہٕ گئے حضرت ابوسلیمان درائیؒ (پننہِ وقتُک اکھ بوٚڈ وَلی) حضرت رابعہؒ ہُند گرِ تہٕ اجازت ہیٚوٚتُکھ زِ تِم روزن اَکِس راتس حضرت رابعہؒ ہٕنٛدِس گرِس منٛز، تاکہ حضرت رابعہؒ ہٕنٛدِ عبادتُک طریقہٕ تہٕ مشقت وُچھن پننہٕ اَچھو۔ حضرت رابعہؒ زٕ عبادت چہِ مخصوص جایہِ ذِکروازِ کارس منٛز مشغول تہٕ حضرت ابوسلیمان رٕ دگرس منٛز بِہِیس جایہِ راتس عبادت کران۔ حضرت سلیمانؒ چھِ بیان کران زِ صُبح پھوٚلتھ پُرٛژھ تِمو حضرت رابعہؒ ہس زِ یُس اسہِ پۄرٕ راتس عبادت کٔر، امیُک کیاہ بدلہٕ میلہِ اسہِ؟ حضرت رابعہؒ ہن دِتُس جواب زِ امیُک بدلہٕ چھُ یہِ زِ توکّل کٔرِتھ دَر دروزٕ۔

## حضرت رابعہؒ ہٕنٛدی کینٛہہ کرامات

علامہ شیخ یوسف نبہانیؒ (محقق تہٕ مجتہد) چھِ پننہِ ''جامعہ کراماتِ اولیاء'' کتابہِ منٛز حضرت رابعہؒ ہٕنٛزن کراماتن ہٕنٛز ذِکر کران ونان:

''اکہِ دوہہٕ ژاو اکھ ژوٗر حضرت رابعہؒ ہُند گرِ تہٕ اَتہِ اوس نہٕ ژوٗرِ نِنٛ لایق کانٛہہ چیز۔ حضرت رابعہؒ اَس شوٚنٛگِتھ تہٕ ژوٗرن یوٚژھ پلو ژوٗرِ نِنٛ۔ پلو تُلِتھ دراو ژوٗر دروازٕ وُچھنہِ۔ اتھ مکانس منٛز گوٚو نہٕ ژوٗرس دروازے نظرِ۔ تنگ ہیتھ ترٛٲوِ ژوٗرن پلو اَتی تھے تہٕ یوٚژھن مکانہٕ نیبر نیرُن۔ دروازٕ نظرِ گٔژھتھ بدلیایہٕ ژوٗرس نیت تہٕ سوٗنٛچن زِ پلو ہیتھ نیرو۔ بیٚیہِ گوٚو پلو تُلنہٕ تہٕ بیٚیہِ گوٚو دروازٕ ژھانٛڈنہِ۔ دروازٕ ے چھنہٕ اَتھِ یوان۔ واریاہہِ لٹہٕ ترٛٲوِ اَمی ژوٗرن پلو اَتی تھے تہٕ دروازٕ گوٚو نظرِ۔ پلو ہیٚژھن ژوٗرِ نِنٛ، دروازٕ چہِ جایہِ اَس لَب (دیوار) نظرِ گژھان۔ اَخرس آیہِ ژوٗرس غیبی آواز ...... پلو مہٕ تُل۔ اتھ چھِ اَسی حفاظت کٔرِتھ، یوتام حضرت رابعہؒ آرامس منٛز چھے۔ اَسی دِموے نہٕ ژےٚ یِم پلو نِنٛہِ۔ نااُمید گٔژھتھ دراو یہِ ژوٗر گرِ منٛزٕ جل جل''۔

علامہ نبہانیؒ چھِ بیٚیہِ اکہِ واقعہٕ ہِنٛدِ ذِکر کران ونان:

''اکہِ دوہہٕ دراو یہِ حضرت رابعہؒ شیباں راعی لیس بڑ وٚنہہ کنہٕ تہٕ فرموو بکھ زِ مےٚ چھُ جُس گژھنُک اِرادٕ۔ یہِ بوٗزِتھ دِژٲی حضرت رابعہؒ ہس سونہٕ چاٹی۔ حضرت رابعہؒ ہن رٕٹ نہٕ یہِ، تہٕ اتھِ زِ آسمانس کُن تُلِتھ وٚنُکھ اَمِس ''ژھُکھ چندِ منٛز نوان تہٕ بہٕ چھس غیب منٛزٕ نوان''۔

یِیلہِ شیبان راعی ین (یُس سبٹھاہ امیر اوس تہٕ حضرت رابعہؒ ہُند اکھ مُرید اوس، اوس یژھان مُرشد سنٛز خدمت کرٕنی) حضرت رابعہؒ سٕنٛدی اتھ زٕ دُچھ، تِم اَسی سونہٕ سَتی بٔرِتھ۔

مشہور صوفی عالم تہٕ بُزرگ حضرت علامہ فرید الدین عطارؒ چھُ حضرت رابعہؓ ہِنٛد کراماتچ ذِکر کران ونان:

''حضرت رابعہؓ دراۓ اکہِ دوہہٕ حج کرنہِ۔ وَتہٕ گیہ اُمس دِلس منٛز جنون تہٕ گھبراہٹ پٲدٕ۔ اُمؠ کوٚر خالقِ کائناتس آلو...... ''بہٕ چھُس جنون، کس حالتس منٛز کٔنؠ ژٕ پریشان تہٕ بےقرار، بےچین تہٕ پریشانِ حال۔ بہٕ چھُس اکھ سیر (اینٹ) تہٕ خانہٕ کعبہٕ چھُ اکھ کٔنؠ۔ بہٕ چھُس چانہِ دیدارٕچ مُحتاج۔ اکھ غیبی آواز آیہ حضرت رابعہؓ ہس: اے رابعہؓ! ژٕ چھکھ کُنہ ژٕنؠ یژھان سورُے دُنیا گژھِ ختم گژھن، ہلاک گژھن۔ یِیلہِ حضرت موسیٰؑ ہن اِرادٕ کوٚر ربّ کائنات سِنٛدِ مُلاقاتُک، مےٚ کوٚر پننہِ اکہِ نوٗرٕچہِ ژٕژِ ستؠ پہاڑ زاُلتھ سوٗر''۔

حضرت عطارؒ چھِ بیان کران زِ وُنہٕ اُس حضرت رابعہؓ حج کِس سفرس منٛزٕے تہٕ اُمؠ وُچھ کعبہٕ۔ یعنی کعبہٕ آو حضرت رابعہؓ ہِنٛدِ ملاقاتہٕ باپتھ۔ (حضرت ابراہیمؒ بن ادھمؒ اوس پانہٕ حج خاطرٕ پیدل درامُت۔ ژتجیہہ (۴۰) وٕری لٔگی اُمس خانۂ کعبہٕ تام واتنس تہٕ پرتھ قدمس پتھ اوس ژٕ ژٕ رکعاژ نمازٕ پران یہِ وُنتھ زِ لُکھ چھِ پکان پکان کعبہٕ واتان مگر بہٕ چھُس یژھان کلہٕ تہٕ ڈکہٕ کہٕ ذریعہٕ کعبہٕ واتُن۔ یِیلہِ یہِ کعبہٕ ووت اَتہٕ وُچھ نہٕ اُمؠ خانۂ کعبہٕ پننہِ جایہِ۔ یہِ وُچھتھ گوٚ یہِ سیٹھاہ غمگین۔ اُمس آیہ اکھ آواز زِ غمگین مہٕ گژھ، کعبہٕ چھُ گومُت حضرت رابعہؓ ہس ستؠ ملاقاتس، یُس وُنی کمبس حج کِس سفرس پتھ درامُت چھےٚ)۔

## موللہِ کتھ (حضرت رابعہؓ ہِنٛدی کینٛہہ اقوال) چھِ:

☆: نیک اعمال تہٕ رژ کامہِ تھاۓوٗ چھپاۓوِتھ، یتھ کٔنؠ پننؠ عاب تہٕ گوناہ چھوٗ چھپاوان۔

☆: اگر سورُے دُنیا دِموکھ ٔسہِ انسانس، توتہٕ وَونہٕ تس امیر بلکہِ فقیر، تِکیازِ دُنیاہ چھُ فانی تہٕ انسان تہٕ چھُ ختم گژھن وول۔

☆: دُنیاہس ستؠ بے رغبتی چھُ راحت تہٕ نجاتُک ذریعہ۔ دُنیہِ ہٕنٛک محبت چھُ غم تہٕ پریشانی ہُنٛد وجہ۔

☆: بہٕ چھُس پننین کتھن منٛز پزرٕچ کمی محسوس کرتھ اکثر توبہ استغفار کران تہٕ توبک صحیح احترام کران

## حضرت رابعہؓ ہس متعلق عالمن ہنٛز راے:

☆: حضرت علامہ ذہبیؒ چھِ پننہِ کتابہِ ''سیر اعلام النبلاء'' منٛز حضرت رابعہؓ ہس متعلق لکھان:

رابعہؓ چھِ اکھ بہلہِ پایہٕ زاہد، عابد، پرہیزگار، عاجزی کرن واجنؠ خوتوٗن۔

☆: علامہ ابنِ کثیر (تفسیر ابن کثیرُک مصنف) چھِ پننہِ کتابہِ ''البدایہ والنہایہ'' منٛز لکھان:

بڑ وٕنہہ کنہٕ پیش ییلہٕ یہٕ ۲۹ /وُہر اوس۔

اوپٹکس (Optics) کِس شعبس منز نمایاں کارنامہٕ انجام دِنگ فخر چُھ نیوٗٹنس حأصل۔ نیوٹن ہنز اکھ بڈ دریافت یُس أمی ۲۳ /وٕری وأنسہِ منز بدِ کڈ، چھےٚ Integral Calculus۔ یہٕ چھےٚ جدید علمِ ریاضی (Mathematics) ہنز اکھ اہم ستوٗن (گٔنی)۔

نیوٹن سُند دوٚیم قانوٗن (Second Law of Newton) یُس کلاسیکل فزِکس (Classical Physics) ہُند بُنیأدی اصول چُھ مانہٕ یِوان۔ یہٕ چُھ اکھ فارمولا (F=ma) کہِ ذٔریعہٕ سوال حل کران۔ ایکسلریشن آف اوبجیکٹ (Acceleration of object)۔

امہٕ پتہٕ دیُت نیوٹنن ترٛییم قانوٗن (Third Law of Newton) یعنے:

For each action, there ia an equal & oppsite reaction

نیوٹن سُند ژوٗرِم قانوٗن The law of Universal Gravitation گوٚ مشہوٗر تہٕ مقبوٗل۔ یِم ژور قانوٗن چھِ بُنیاد کانٛہہ تہِ مسلہٕ حل کرنچ۔ نیوٹن ہنٛدی Laws of Motion آے مختلف سائنسی تہٕ انجینئرِنگ حل طلب مسلن تہٕ معاملن منز اپناونہٕ۔

۱۶۸۷ء منز کٔر نیوٹنن اکھ عظیم کأم کتابہٕ ہنٛدِس صوٗرتس منز شایع، یتھ ناو اوس Mathematical Principles of Natural Philosopy۔ اتھ کتابہِ منز وہٕژھنأوی أمی Laws of motion تہٕ Law of Gravitation۔

سیارن (Planet) ہنٛدِ گردش تہٕ جایہِ ہنٛدِ مستقبلچ پیشن گوٗیی کرٕنی چھےٚ Dynamic Astronomy (فعال فلکیأتی عِلم) ہنٛز بُنیادتہٕ مسلن ہُند حل۔

فرانسک اکھ سائنس دان Laplace چھُ نیوٹنس متعلق لِکھان...... ''نیوٹن ہنٛز کأم تہٕ کارنامہٕ چھِ دُنی یہِکِن باقٕے سائنسدانن ہنٛز کامہِ کھوتہٕ تھزٕ تہٕ بجہٕ۔ یُس تمام عبقری ین ہنٛز کامہٕ کھوتہٕ عظیم تر چھےٚ۔

Lagrange (سائنسدان) چھُ ونان زِ نیوٹنس ہیوٚ عظیم سائنسدان چھُنہٕ ازتام زانٛہہ پأدٕ گوٚمُت۔

Ernst Mach (سائنسدان) چُھ ونان...... ''ازتام یہٕ تہٕ Mathematics (علمِ ریاضی) منز حأصل آمُت چھُ کرنہٕ، سُہ چھُ نیوٹن ہنٛدِ بن کارنامن تہٕ دریافتن پتھ ڈٔرتھ۔ نیوٹنن دیُت دُنیاہس Unified system of laws''۔



Sir Isaac Newton contemplates the force of gravity, as the famous story goes, on seeing an apple fall in his orchard, circa 1665

A photo of Newton Investigating Light, a portrayal of Isaac Newton created by J A Houston, circa 1879



Sir Isaac Newton's formulation of the law of universal gravitation

نیوٹنن کٔرامہِ علاوٕ یمن شعبن منز تہٕ تھٕکنٕ لایق کأم:

۱): Thermodynamics (گرمی ہُنٛد علِم)

۲): Acoustics (آوازِ ہُنٛد علِم)

۳): Conservation of Momentum (حرکتہٕ ستیٚ پأدٕ گژھن واجنیٚ قوت بچاوٕنی)

۴): Differential Calculus تہٕ Binomial Theorem

۵): Origin of stars (ستارن ہُنٛد آغاز)

نیوٹن سٕندی کارنامو (دریافت تہٕ ایجادات) چھِ زندگی ہٕندِس پرٛتھ شعبس منز عام لُکن ہٕنز دوہدِ پٕچ استعمال کٕرن طور طریقن منز انقلاب اَنِتھ راحت، آرام تہٕ ترقی ہُنٛد اکھ نوٚو دور پأدٕ کوٚر رمُت۔

تمام سائنسدانو منز ذہین ترین تہٕ بااثر شخصیت نیوٹن گوٚو ۱۷۲۷ء منز وفات۔ یہِ کوٚر ژھWestminister Abbey منز دفن۔ یہِ اعزاز گوٚو گوڈنچہِ لٹہِ اَمِس عظیم المرتبت سائنس دانس حأصل۔

۱۶۸۷ء منز کٔر اَمی پٔنٕنز کتاب ''پرنسپیا'' (Principia) شایع۔ پننہِ علِم، فن تہٕ تجربہٕ ستیٚ وبژھناوی اَمی تمہ مُشکل مسلہٕ، یِہُنٛد جواب کأنسہِ اوس نہٕ ہیوٚ کمُت دِتھ۔



# تھومس ایڈیسن (Thomas Edison)

تھومس الوا ایڈیسن زاو ۱۸۴۷ء عیسوی امریکہ کِس اوہایو ریاست کِس قصبہٕ ملانس (Milan, Ohio,USA) منز۔ مُروجہِ تعلیم پُرٲمی تژٕہن رتھن تہٕ اَمی ہٕندی اُستادن دوٗپ زِ یہِ ہیکہٕ نہٕ تعلیم جاری تھاوِتھ۔

ایڈیسن اوس ۲۱ رِوُہر تہٕ اَمی گَر گوڈنیُچ ایجاد الیکٹرک ووٹ ریکارڈر (Electric Vote Recorder)۔ یہِ آلہٕ چلیوٗ نہٕ بازرس منز۔ امہِ پتہٕ کوٚر ایڈیسنن تمن چیزن پیٹھ تحقیق یِم بازرس منز لُکھ منگن۔ اَمی کوٚر سٹاک ٹِکر سسٹم (Stock Ticker System) ایجاد، یُس اَمی تمن دوہن ژتجیہہ (۴۰) ساس ڈالرن کُن۔ امہِ پتہٕ کٔری ایڈیسنن بیٚیہِ کینٛہہ آلہٕ ایجاد، یِمہِ ستی ایڈیسن مشہوٗر گوٚو تہٕ دولت مند تہٕ بنیوٗ و۔

۱۸۷۷ء یس منز کوٚر ایڈیسنن فونوگراف (Phonograph) ایجاد۔ ۱۸۷۹ء منز کٔر اَمی بجلی بَتہٕ (Incandescent Light Bulb) ایجاد۔ ایڈیسن سُند بلب (لمپ) ووت عام گرن منز۔ ۱۸۸۲ء منز کوٚر اَمی سٕنزِ کمپنی تارن ہٕندِ ذریعہِ بجلی گرن منز واتناونک طریقہٕ ایجاد تہٕ نیویارک شہر گوٚو بجلی ستی مُنوّر۔ امہِ پتہٕ واٚت بجلی دُنیٲہکین تمام علاقن منز۔

بجلی (Electric Power) ہُند استعمال آوٕ صنعت گرن منز تہٕ کرنہٕ۔ گرٕ گرٕ بجلی واتنہٕ ستی ہُریوٗ وٲمیٚک استعمال کرنٕک دٲیرٕ۔ ٹیلی ویژن پیٹھ واشنگ مشین تہٕ باقی بجلی پیٹھ چلن وٲلی آلہٕ وٲتی پرٛتھ کُنہِ گرس منز۔ بجلی ہُند ایجاد، اَتھ تقسیم کٲری (Generation & Distribution) چھےٚ دُنیٲہکس توٲرتخس منز خاص مقام تھاون۔

ایڈیسن روٗد ایجاد کرنس منز بے حد آوٕر۔ اَمی کٔری موشن پکچر کیمرہ تہٕ پروجیکٹر (Motion Picture Camera, Projector) ایجاد۔ ٹیلیفون کہِ ذریعہِ آواز بہتر کرنس منز تہٕ کوٚر اَمی اہم کردار اَدا۔

ایڈیسنن کٔری ساس کھوتہٕ زیادٕ ایجادات۔ اَمی سٕنزِ زبردست کامیٲبی ہُند اکھ راز چھُ جوٲنی منز ریسرچ لیبارٹری قایم کرٕنی، یُس اَمی New Jersey Menlo Park منز کار آمد بناو۔ یہِ لیبارٹری اُس پننہٕ نوعیچ گوڈنیچ تحقیقی تجربہ گاہ، یتہِ اتھ منز کام کرن والین سائنسدانن ہر کُنہِ قسمچ سہولیت، جدید مشینری دستیاب آسہٕ تھاونہٕ یہِ اوس ایڈیسن سُند اکھ عظیم دیُت۔





Thomas Edison, was the most famous inventor in American history. Though he is best known for his invention of the phonograph and incandescent electric light, Edison took out 1,093 patents in a variety of fields, including electric light and power, telephony and telegraphy, and sound recording. His public image as a homespun, untutored genius actually concealed a thinker who was quite systematic and methodical and who collaborated closely with machinists, designers, and scientists in his laboratory at Menlo Park, N.J.





(L) Thomas Edison listening to a phonograph. First model of Thomas Alva Edison's phonograph, c. 1877;
( R) Thomas A. Edison, 1925, holding a replica of the first electric lightbulb

ایڈیسن اوس ایجاد کرنہٕ علاوٕ صنعت کِس شعبس ستۍ تہِ دِلچسپی تھاوان۔ اُمۍ کرِ وار یاہ کارخانہٕ قایٔم یِمَو پیٹھہٕ مختلف چیز آیہ بناونہٕ (Manufacturing)۔ اکھ مشہوٗر کمپنی جنرل الیکٹرک کمپنی (General Electric Company) چھےٚ امیٚک اکھ پاداوار۔

۱۸۸۲ء منز کوٚر اُمۍ Edison Effect دریافت۔ یِمہِ ستۍ الیکٹرانِک انڈسٹری تہٕ ویکیوم ٹیوب (Vacuum Tube) بناونس منز آسانی گیہِ۔

ایڈیسن اوس گوٚب بوزان (Serious Impaired Hearing)، مگر پنٕنہِ محنتہٕ ستۍ دیُت نہٕ اُمۍ اتھ کمزوٗری کامیأبی منز رُکاوٹ بننہٕ۔

ایڈیسنن کرِ زٕ کھاندر۔ اکھ زنانہٕ موٗیس جوانی منزٕے۔ اُمِس نِش اُسس ترٛے اولاد۔ دوٚیمہِ زنانہِ ہِندۍ تہٕ اُسس ترٛے شُری۔

ایڈیسن اوس غاًر معموٗلی فطری ذہنی تہٕ تخلیقی قابلیت تھاوان۔ یہِ اوس پزِ پأٹھۍ اکھ عبقری (Genius)۔ ۱۹۳۱ء یس منز گوٚو ایڈیسن ویسٹ اورینج، نیو جرسی (West Orange New Jersey) منز وفات۔



# الیکزنڈر فلِمنگ (Alexander Fleming)

الیکزنڈر فلِمنگ زاو ۱۸۸۱ء سکاٹ لینڈ (برطانیہ) کِس شہر لوچ فیلڈس (Lochfield) منز۔ سینٹ میریز ہاسپٹل لندنس (St. Mary's Hospital London) منز کوٚر اُمی MBBS تہٕ اتہٕ کِس میڈیکل سکوٗل منز فارغ گژھتھ کر اُمی تحقیق کِس شعبس منز Immunology موضوعس پیٹھ کأم شروع۔ گوڈنیک جنگِ عظیم (World War Ist) کِس دورس منز اوس یہٕ فوجس منز بحیثیتِ ڈاکٹر کأم کران۔ اتھ دوران کوٚر اُمی مُشاہدٕ زِ جراثیمن خلاف استعمال کرنہٕ یِوان دوا (Antiseptics) چھِ جسمہٕ چین خُلین (Cells) زیادٕ دَدارٕ واتناوان تہٕ جراثیمن کم۔ امہِ مُشاہدٕ ستی آو اُمس اکھ خیال زِ تتھ اکہِ دَوٕچ چھےٚ ضرورت یُس فقط جراثیمن پیٹھ اثر کرِ تہٕ انسأنی خُلین (Cells) واتناوِ نہٕ کانْہہ نقصان۔

گوڈنکہِ جنگِ عظیم پتہٕ آو فلِمنگ ۱۹۲۲ء منز سینٹ میریز ہسپتال واپس۔ تحقیق کرنس دوران لوٚب اُمی اکھ تیٚتھ مادٕ (Substance) یُس انسان سُنٛد جسم چھُ پأدٕ کران، یُس اوٚش (Tears) تہٕ مخاتی مادٕ (Mucus) منز بنان چھُ۔ اتھ مادس تھوو اُمی ناو Lysozyme۔ یہٕ مادٕ چھُ کینژن جراثیمن گالان مگر سارِنے نہٕ کینْہہ۔ خاص پأٹھی تم جراثیم یِم انسانس زبردست نقصان چھِ واتناوان۔ یہٕ دریافت اُس پننہٕ جایہِ سیٹھاہ اہم مگر یہٕ فلِمنگ یژھان اوس تتھ معیارس پیٹھ وُترِٕوٕنہٕ یہٕ دوا۔

۱۹۲۸ء منز اوس فلِمنگ لیبارٹری منز اکھ جراثیم Staphylococcus پیٹھ تجربہٕ کران تہٕ ییٚلہِ امیُک کلچر آو ہوٚہس منز تھاونہٕ۔ اتھ لٔج آلوٗدگی (Contaminate) اکہِ ہمشکل (Mold) ستی۔ امہِ مُشاہدٕ ستی نٔنیوٗ زِ یُس حصہٕ کلچرس أندی پکھی مولڈ (Mold) چھُ، جراثیم گٔے تتھ منز لگاتار غأب (Dissolive)۔ امیُک نتیجہٕ اخذ کران دژ اُیہِ یہٕ کتھ بدٕ زِ جراثیم (Staphylococcus) أندی أندی مولڈ (Mold) چھُ جراثیمس گالان۔ امہِ پتہٕ وُچھ اُمی زِ یوٚہے مادٕ چھُ باقے جراثیمن باپتھ تہٕ زہرِیلہٕ (Toxic)۔

اتھ دَوٚہس یُس مولڈ (Mold) اوس پأدٕ کران، تھوو فلِمنگن پینسِلین (Pencillin) ناو۔ یہٕ دوا چھُنہٕ انسان یا بیٚیہٕ کأنسہِ جاندارس کُنہٕ قِسمُک نقصان واتناوان۔

۱۹۲۹ء یس منز کر اُمی یہٕ تحقیق میڈیکل جریدس منز شایع۔ امہِ عظیم دریافت باوجود ہیکی نہٕ ڈاکٹر دہَن وٕرِیَن امیُک استعمال کٔرِتھ۔





Fleming, Alexander: Archival footage of Alexander Fleming and the production of penicillin





Alexander Fleming, holding a petri dish.




*"I did not invent penicillin. Nature did that. I only discovered it by accident."*

داہؤری گُزرِتھ ۱۹۴۱ءیس منز گردویَو سائنسدانو H.W.Florey تہٕ E.B.Chain ہن پینسِلین ہِکس استعمالس پٹھ مزید تحقیق تہٕ یہِ صاف (Purify) گُرِتھ کوٗرُکھ امیُک تجرُبہٕ انسانس پٹھ۔ بیمارن پینسِلین دِنہٕ ستی دڑاے امکی حاٗرت انگیز تہٕ مثبت نتیجہٕ۔ یہِ دوا آو وونی اکھ مضبوٗط تہٕ موثر ہتھیار جراثیمن خلاف مانہٕ تہٕ ساٗرِسے دُنیاہس منز گوٗ امیُک استعمال عام تہٕ انفیکشن بیمارِ نشہٕ میوٗل راحت۔ ۱۹۴۵ءیس منز بنوو دَوا بناون واجنہٕ کمپنی یَو (Pharmaceuticals) کاٗفی مقدارس منز یہِ دَوا بیمارن باپتھ۔

پینسِلین دوا دریافت گژھنہٕ ستی میوٗل میڈیکل ڈاکٹرن تہٕ سائنسدانن اکھ جوش تہٕ حرکتس منز یتھ گےٚ تم باقےٚ تتھی ہوی دوا دریافت کرنہٕ ہِکس تحقیقس منز آوٕ رٕ۔

یہِ کتھ چھےٚ اہم زِ پینسِلین چُھ ۱۹۴۵ء پٹھٕ ازتام (تہٕ یِتہٕ پیور تہٕ) اکھ مُجرب تہٕ موثر دوا تہٕ ڈاکٹر صاحبان چھِ امیُک واریاہ استعمال کران۔ یہِ دوا چھُ واریاہن تہٕ مختلف قسمہٕ کِہن جراثیمن ختم کران۔ ماہرِ معالج چھِ امیُک استعمال مختلف بیمارین ہِندِ علاج کرنہٕ خاطرِ اکثر تہٕ اعتمادٕ سان کران۔

پینسِلین دوا چھُ لچھِ بدٕ بن بیمارن مرنہٕ نشہٕ بچاوان تہٕ ازتام چھِ امہِ کہِ استعمالہٕ ستی لچھِ بز زِندگیہٕ بچاونہٕ آمژٕ۔ امہِ دَوِچ دریافت چھےٚ طِب ہِکس تواٗرِیخس منز سونٕہری حرفو ستی لکھنہٕ آمژ تہٕ لیکھنٕ لایق۔

۱۹۴۵ءیس منز میوٗل الیگزنڈر فلِمنگ تہٕ بیٚیہِ دون سائنسدانن ( Florey تہٕ Chain ) پینسِلین دریافت کرنس پٹھ نوبل انعام۔

الیگزنڈر گوٗ وفات ۱۹۵۵ءیس منز ییٚمہِ عالمہٕ۔



# ماری کیوٗری (Marie Curie)

سائنسی تحقیقس منٛز چھ ماری کیوٗری ہُند ناو تھَکھن لایق۔ زنانہٕ محقق چھنہٕ کُنہِ تعارفٕچ محتاج۔ مشہوٗر تہٕ معروف سائنسدان، معیأری تحقیق تہٕ لگن، اَمی سٕنز دریافت (Discovery) چھےٚ تعریفن لایق۔

میری کیوٗری زایہِ ۱۸۶۷ءیس منٛز مارسا پولینڈس منٛز۔ تمن دوہن گے طالبِ علمن ہنٛز اکھ انقلأبی انجمن قایم تہٕ حکوٗمتن یٚتی تم گرفتار کرِنی۔ ماری کیوٗری دژ ایہِ یہِ وُچھتھ وارسا منٛزٕ تہٕ پیرس (Paris) وأتتھ کوٗرُکھ اَتی قیام۔

امہِ کوٗر اکھ کیمیأیی عنصر (Element) دریافت یتھ ناو چھُ ریڈیَم (Radium)۔ امہِ بژھِہ اوس اَمی بیٚیہِ اکھ عنصر دریافت کوٗرمُت، یتھ چھُ ناو Polonium۔ ۱۹۰۳ءیس منٛز میوٗل اَمِس (Pierre Curie تہٕ A.H.Becquerel) فِزِکس شعبس منٛز نوبل انعام (NobelPrize)۔ ۱۹۱۱ءیس منٛز میوٗل اَمِس دوٗیِم نوبل انعام کمسٹری (Chemistry) ہِنٛدِس شعبس منٛز۔

یہِ چھےٚ وأحد سائنسدان یَمِس زٕ نوبل انعام میلۍ۔ خاندار سٕندِ مرنہٕ پتہٕ آیہِ یہِ سوربون یونیورسٹی منٛز طبعیات شعبٕچ پروفیسر تعینات کرنہٕ۔ یمن دوہن یہِ تحقیقس منٛز دوہ راتھ آوٕ رأس، تمن دوہن اَسی اَمِس زٕ لوٗکٕٹ شُری (اولاد) گرس منٛز۔ میری کیوٗری ہٕنٛز کوٗر Irene، بنیہِ بڑٕ گرٕژھتھ اکھ کامیاب سائنسدان۔ دوٗیِم کوٗر Eve بنیہِ اکھ مصنف تہٕ موسیقی کار۔

پیرس منٛز سوربون یونیورسٹی منٛز گوٗ اَمِس اَکِس نوجوانس (پیٹر کیوری) سٕتی مُلاقات تہٕ ۱۸۹۵ءمنٛز کوٗرُن اَمِس سٕتی کھانٛدر۔

میری کیوٗری اوس یورینیم سٕتی واسطہٕ تابکأری ہِنٛدِ تحقیقُک واریاہ شوق۔ کیوٗری آو سمجھ زِ تھیورِیمکۍ عنصر (Elements of Theorium) منٛزٕ تہٕ چھےٚ امہِ قسمہٕ چہٕ زٕژٕ نیران۔ زٕژن ہنٛزِ اتھ عملہِ تھووٗ اَمی "ریڈیائی فعالیت" ناو۔ یہِ چھےٚ یورینیم کھوتہٕ تہٕ مضبوٗط آسان۔ ۴رجولائی ۱۹۳۴ءمنٛز گیہِ میری کیوٗری وفات۔

میری کیوری ژزوو وارسا (Warsaw) پولینڈ تہٕ ۱۸۹۱ءیس منٛز گے یہِ پیرس (Paris) رکس ساربون (Sorbonne) شہرس منٛز فِزِکس تہٕ ریاضی (Mathematical) سائنسز منٛز اعلیٰ تعلیم حأصل کرنہٕ۔ ۱۹۰۳ءمنٛز میج اَمِس ڈاکٹریٹ ڈگری۔ ۱۹۰۴ءیس منٛز خاندار سٕندِ وفاتہٕ پتہٕ آیہِ یہِ یونیورسٹی آف پیرس منٛز پروفیسر آف فِزِکس تعینات کرنہٕ۔ یہِ اَس





1. Maria with daughters Bronisława, Helena (1890);
2. Pierre and Marie Curie in the laboratory





1. At First Solvay Conference (1911), Curie (seated, second from right) confers with Henri Poincaré; standing, fourth from right, is Rutherford; second from right, Einstein; far right, Paul Langevin
2. World War I:Curie in a mobile X-ray vehicle

گوڈنچ زنانہٕ یُس اتھ عُہدس پیٹھ تعنیات آیہٕ کرنہٕ۔ ۱۹۱۶ء یس منز آیہٕ یہٕ کیوری لیبارٹری، ریڈیَم انسٹی چیوٹ آف یونیورسٹی آف پیرس سربراہ بناونہٕ۔

۱۸۹۶ء یس منز ہنری بیکیورل (Henry Becqueral) ہنز ریڈیو ایکٹیوٹی (Radioactivity) دریافت ستی متأثر گژھتھ کوٗر میری کیوری پولونیَم (Polonium) مادٕ الگ۔

۱۹۱۰ء منز کوٗر میری کیوری سہٕ طریقہٕ ایجاد یمہٕ ستی Radioactive Residues (ایٹمی مرکزن ہنز پانئے پھٹنچ صلاحیت تہٕ امہٕ ستی پأدٕ سپدن وألی ذرّات یاژٕ خأرِج گژھنہٕ تہٕ أخرس پیٹھ بچیمتی تابکار مادٕ) منزٕ ریڈیَم (Radium) الگ کرنک طریقہٕ بدٕ کڈنہٕ آو۔ اَمہٕ ستی ہیوٗک یہ مادٕ مختلف مُہلِک بیمار بن ہنٛدِ علاجہٕ باپتھ استعمال کرنہٕ یتھ (Radiotherapy)۔

۱۹۲۹ء یس منز دِتی امریکی صدر ہُووَرَن (President Hoover) میری کیوری پنژاہ ساس (۵۰،۰۰۰) ڈالر نذرانہٕ، یُتھ سہٕ Radium ہیکہٕ لیبارٹری باپتھ مُلی ہیتھ۔

میری کیوری أس مشہور تہٕ نامور پیشہٕ ورانہٕ تنظیمن تہٕ اِدارن ہنز ممبر۔ أمی ہنٛدی تحقیقی مقالہٕ چھِ سائنسی جریدن منز شایع گأمتی۔ میری کیوری ہنز لیچھمژ کتاب Recherches Sur les Substances چھےٚ أمی ہنزا کھ اہم سائنسی کأم۔

میری کیوٗری چھِ واریاہ اعزأزی ڈگری دِنہٕ آمژٕ، سائنس میڈیسن تہٕ قانون کِنہٕ شعبن منز۔ زٕ نوبل انعام علاوٕ میوٗل أمِس ۱۹۰۳ء منز ڈیوی میڈل آف رائل سوسائٹی (Davy Medel of Royal Society)، ۱۹۲۱ء منز امریکی صدر ہارڈنگ ایوراڈا کھ گرام ریڈیَم، ۱۹۱۰ء منز البرٹ میڈل تہٕ ۱۹۲۱ء Willard Gibbs انعام۔

میری کیوٗری ہُنٛد خانہٕ دار Pierre Curie تہٕ اوس اکھ عظیم سائنسدان، یُس فرانسک روزن وول اوس۔ سہٕ موٗد ۱۹۰۶ء منزٕ أکِس سڑک حأدِثس منز۔

میری کیوٗری چھےٚ وأحد سائنسدان یمِس زٕ نوبل انعام دون مختلف سائنسی شعبن (فزکس تہٕ کمسٹری) منز دِنہٕ آے۔ گُلہم پأنٛژھ چھِ کیوٗری خاندانس پانژٕھ نوبل انعام میلٕمتی۔

**کارنامہٕ (Achievements)**

☆......تھیوری آف ریڈیوایکٹی وِٹی (Theory of Radioactivity)

☆......طبعی تہٕ کیمیأیی عنصر (Elements) دریافت: Polonium تہٕ Radium

☆...... ریڈیوا یکٹیوآئی سوٹوپن (Isotopes) ہُنٛد استعمال کینسر بِمارِہنٛدِ علاجہٕ باپتھ

☆...... کیوری انسٹی چیوٹ قائیم کرُن (پیرس تہٕ وارسا)۔ یم چھِ سائنسی تحقیقُک عظیم مرکز

☆...... گوڈنکس عالمی جنگِ عظیمس منٛز موبائل ایکس رے مشین ایجاد کرِنی۔ امہِ ستیٚ اوس یِوان جنگ کِس مأدانس نزدیک قائیم کرنہٕ آمُت عارضی ہسپتالس منٛز زخمی بِمارن ایکس رے (X Ray) کرنہٕ۔ اتھ چھِ ونان Mobile Radiography۔

☆...... برقیأتی زٔژن ہُنٛد خأرج گژھن تہٕ امِکو معیار (International standards for radioactive emission) بناوٕنی، یتھ أخرس آو کیوٗری (Curie) ناو دِنہٕ۔

۱۹۲۲ء منٛز آیہِ میری کیوٗری لیگ آف نیشنز چ (League of Nations) رُکن منتخب کرنہٕ۔ ۱۹۳۰ء منٛز آیہِ میری کیوٗری Internation Atomic Weights Committee ہٕنٛز رُکن ژارنہٕ۔

۴ رجولائی ۱۹۳۴ء منٛز گیہِ یہِ عظیم خوتون تہٕ سائنسدان وفات۔ برقیأتی عنصرتہٕ مادن ستیٚ رٔزِتھ گیہِ أمِس خوٗنس منٛز خرأبی پأدٕ، یتھ Aplastic Anemia چھِ ونان۔ ایکس رے مشینہِ ستیٚ کأم کرنہٕ ستیٚ تہٕ پیوٚو أمی ہِندِس صحتس پٮ۪ٹھ بُر اثر Radiation exposure۔

یہِ أس گوڈنیچ زنانہٕ یٚمِس پینتھیان (Pantheon) پیرس منٛز خصوصی سرکأری رسموٚ ستیٚ دفن کرنُک اعزاز حأصل چھُ۔ میری کیوٗری أس کمیسٹری، فزِکس تہٕ عِلمِ ریأضی ہٕنٛز اکھ عظیم سائنسدان، یُس دیانتدأری، ساد زندگی ہُنٛد طرزِ عمل تہٕ حدٕ رۆس محنت کرنہٕ باپتھ مشہوٗر رٕچھے۔ عظیم المرتبت سائنسدان البرٹ آئنسٹائن چھُ میری کیوٗری متعلق ونان:

" She was probably the only person who could not be corrupted by fame".

میری کیوٗری ہُنٛد اکھ قول چھُ:

I believe that science has great beauty. A Scientist in his laboratory is not a mere technician, he is also a child confronting natural phenomena that impress him as though they were fairy tales"

# رالف والڈو ایمرسَن (Ralph Waldo Emerson)

امریکی فلسفی، مضمون نِگار تہٕ شاعر رالف والڈو ایمرسن زاو ۱۸۰۳ء منز۔ یمن قدرن ہنز اَمہِ آبیاری کرِتھ چھِ شعوری آزادی (Intellectual Freedom)، اخلاقی بُلندی (Integrity)، حقیقت پسندی (Realism) تہٕ خود اعتمادی (Self Reliance)۔ اَمہِ سُنٛد ماورائی فلسفہٕ چھُ Transcendentalism ناوٕ ستی مشہوٗر۔

۱۵ ار جون ۱۸۳۸ء دیُت ایمرسنن ہارورڈ ڈیوینٹی سکوٗلس منز اکھ خطبہٕ (Lecture) "نسل انسانی ہنز وحدت چھ سادگی تہٕ توانائی"۔ اعلیٰ ترین قونوٗن وبڑہٕ نووٗن۔ اتھ منز کرِ اَمہِ انفرادی آزادی تہٕ عالمی سطحس پیٹھ رواداری ہِنٛدِس نظریہ تہٕ امہِ کِس فلسفس پیٹھ پننین خیالن ہنز وضاحت۔ انسانہٕ سُنٛد ضابطۂ اخلاق چھُ بُنیادس پیٹھ گوٚ وامریکہ قایم۔ لِسو، لَسنہٕ دِیُو تہٕ لَسنس منز کرِو مدد (جیو، جینے دو اور جینے میں مدد کرو) اوس امیُک لُبِ لُباب۔

ایمرسن اوس امریکہ کِہن گوڈٕنکِہن بسکینن ہِنٛدی صفات تھاون وول شخص۔ غریب اوس مگر پانس پیٹھ اوٗسُس بھروسہٕ۔ ایمرسن ہِنٛدی اسلاف اَسی غُربتس منز خدایس یاد کران۔ تِم اَسی خدایس منگان زِ تِہنٛدی اولاد گژھن نہٕ امیر آسٕنۍ بلکہٕ گژھن تعلیم حاصل کرٕنۍ۔

والڈو ایمرسن سُنٛد مول اوس بوٚسٹن (Boston) علاقُک اکھ مشہوٗر پادری۔ یُس غریبی ہِنٛدِس حالتس منز وفات گوٚو۔ ایمرسن اوس اَٹھ وُہر یِیلہِ ۱۸۱۱ء منز اَمہِ سُنٛد مول یِیمہِ دُنیاہ منزٕ دژاو۔ امہِ پتہٕ ترٛ وو والڈوٕ سٕنٛز ماجہِ اکھ بورڈِنگ ہاوٗس تہٕ گرُک خرچ اوس مُشکِلن پٕٹھ گژھان۔

والڈو ایمرسن اوس شام وقتس بورڈِنگ ہاوٗس منز روٗزِتھ اَتہِ روزن والین ہنٛزٕ کتھ بوزان، بیٚیہ اوس اَتہِ لائبریری ہنٛزٕ کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کران۔ بِسترس منز اوس اکثر افلاطوٗن ہِنٛدی مقالہٕ پران۔ آتھوارِ دوہہٕ کرِ جس (Church) گژھتھ، پاسکل ہِنٛدی خطبہٕ پران۔ پاسکل خُطبن ہنٛز کتاب اَس اَمِس ہمیشہٕ ستی آسان۔

موج اَس ایمرسنس بڑھان پادری بناوُن۔ ۱۸۱۷ء یس منز میوٗل ایمرسنس ہاڈورڈ (Havard) سکوٗلس منز داخلہٕ تہٕ ارداہ (۱۸) وُہرِس کرِ اَمہِ گریجویشن۔ اتھ دوران لٔج اَمِس تپ دِق (Tuberculosis) بیمٲری، یُس اَمہِ ہِنٛدِس مٲلِس تہٕ دون باین تہٕ

اُنمۍ اُس۔ باہن (۱۲) ؤرِین رؤ دیہ اتھ بیمارِ منز مُبتلا۔ آمدنی ہُنٛد کانٛہہ خاص ذریعہٕ تہٕ اوس نہٕ۔ ایمرسن اوس نثرتہٕ نظم تہٕ لکھان، مگر یہ اوس نہٕ اُمس آمدنی منز کانٛہہ مدد کران۔

امریکہٕ ہس منز نیوانگلینڈ (New England) صوبس منز بسکین لُکن منز گوٚو ایمرسن سٕنٛزِ موجودگی ہُنٛد احساس تہٕ ۱۱/ مارچ ۱۸۲۹ء منز آو ایمرسن اَتہٕ کِس اَکِس گرجا گرس منز پادٕرؠ تعینات کرنہٕ۔

گرجس منز روایتی رسوٚ ماتن نِشہِ الگ اوس ایمرسن حضرت عیسیٰؑ سٕنٛدِ وعظکۍ تقاضہٕ یژھان حقیقی اندازس منز عملاوُنی۔ ایمرسن اوس ونان زِ ''خدایہ سٕنٛز بادشاہت چھنہٕ مازتہٕ شراب بلکہِ پزرس پیٹھ پکُن تہٕ اَمن''۔ گرجا گرس منز اکھ رجعت پسند گروپ گوٚو ایمرسنس خلاف تہٕ اٰخر پیوٚ اُمس استعفیٰ دِیُن۔ ایمرسن سُنٛد اکھ قول چھُ ''میانین نظرن منز چھُ مسیحیتُک (Christianity) مقصد انسان نیک تہٕ دانا بناوُنی''۔

اَمہِ پتہٕ دژ او ایمرسن زندگی ہُنٛد مقصدتہٕ معنی تلاش کرنہٕ۔ یہ گوٚو گامی علاقن ہُنٛد سأر کرنہٕ۔ یہ اوس یژھان پنُن دِل تہٕ سوچ فطرت کِس دِل تہٕ سوچس سٟتۍ ہم آہنگ کٔرِتھ زندگی گُزارٕنی۔ تکیازِ انسانہٕ سُنٛد ذہن چھُ دُنیاہ کہِ ذہنُک اکھ خُلیہ (Cell)، مگر اہم حصہٕ۔ اتھ سوچس ووٚن اُمی دُنی یہنٛک روٗح۔ امہِ سوچہِ سٟتۍ آو اُمی سٕنٛدِس جسمس تہٕ روٗحس منز بے حدتہٕ بے حساب طاقت۔

ایمرسن سُنٛد نظریہ اوس ''اَمہِ منز چھُ پزٕتھ کانٛسہِ انسانس منز بے حدتہٕ وسیع کاروبار کہٕ پھاپھلنہٕ تہٕ وُسجارٕ باپتھ روٗحانی سرمایہٕ موجود آسان۔ یہ چھُنہٕ دولت کماوُنک سرمایہِ بلکہِ خوشی، آزأدی، دوستی، امن حاصل کرنہٕ باپتھ تہٕ یہ باقٕے لُکن تام واتناونہٕ خأطرٕ آسان۔ یہ نظریہ اوس امریکہ کِس مزاج تہٕ سوچس سٟتۍ رلان (مطابقت)۔ اُسی چھِ ہمیشہِ خدایہ سٕنٛدِس رأے چھ راوتھِ منز آسان۔ پانس منز کٔرِو اعتماد قائیم۔ زندگی ہٕنٛدِ بجرٕ منزٕ رٔٹو پنُن حِصہٕ۔ خدا یس سٟتۍ پننہٕ رِشتُک ثبوٗت دِیوٗ۔ پانس اندریُس قوت تہٕ طاقت چھوٕ، تتھ بڑوٕنہہ کنہٕ نمو۔ پننہٕ مقدٗرُک مألِک بنہٕ نٕک جُرأت کٔرِو پأدٕ۔ تہٕ باقٕے لُکن تہِ دِیوٗ امیُک سبق''۔ یتھ کٔنۍ بنیوٗ ایمرسن انسانن ہُنٛد اُستاد۔

ایمرسنس اوس اَکِس زنانہٕ سٟتۍ محبت۔ تمِس سٟتۍ کوٚر رُن کھاندر۔ ڈوڈ ؤہرۍ موٗیہ ایمرسنس زنانہٕ۔ یہِ زنانہٕ اُس اُمس سٕٹھاہ ٹاٹھ تہٕ ایمرسن اوس دوہے اُمی سٕنٛزِ قبرِ پیٹھ گژھان۔

ایمرسن اوس زندگی ہُنٛد فلسفہٕ زانن وول۔ غمن تہٕ دادٕ ہن منز مُبتلا گژھنہٕ بجایہ کوٚر اُمی یورپ گٔژھتھ کارلائل (فلسفی) سٟتۍ ملاقات۔ ایمرسن گوٚو قدرے مایوٗس کارلائل سُنٛد سوچ وُچھتھ، یُس قدیم زمانہ کہٕ شان وشوکتُک قأیِل اوس۔ ایمرسن اوس پانہٕ اکہِ

نِو دُنی یہک تہٕ عام لُکن ہِنٛدِ عظمتُک تہٕ قایِل ـ یعنے عالم گیر سوچ تہٕ اپروچ۔

ایمرسن مِیُٔل اَتہٕ باقے شخصیاتن تہٕ ، مگر تِہندی سیأسی اعتقادات تہٕ اخلأقی عقائد (یم کارلائل ہِندی پأٹھی پزٕ اَنی اُسی ) وُچھتھ گوٚو مایوٗس۔ یورپ تر اُوتھ آو ایمرسن واپس امریکہ۔ ایمرسنن کوٚر اکھ نوِ قسمُک سکوٗل قایم ، ییٚتہٕ یہ روایتی اندازٕ پتھ کُن ترٕاُوتھ اکھ نوِ سوچُک تہٕ آزاد خیالاتن ہُند اظہار اوس یِرھان کرُن۔ عام لُکھ اُسی ایمرسن ہِنٛدٕ ن خیالن سٕتی اتفاق کران تہٕ پسند تہٕ کران۔ تِمن اوس باسان زِ ایمرسن چُھ تِہنٛدِ دِلُچ کتھ ونان۔

ایمرسن سٕنٛز آمدنی منٛز گوٚو وہُر بر۔ اُمی ہیوٚت اکھ عأ لی شان مکانہٕ مُلی۔ اُتھی دوران کوٚر اُمی دوٚیم کھاندر۔

بوٗسٹن ، کیمبرج تہٕ کونکورڈ کین لُکن سٕتی کوٚر اُمی رأبطہٕ قأیم۔ تِمن سٕتی کرُن کتھ باتھ تہٕ خیالن ہُند تبادلہٕ۔ اُمی کوٚر نیو انگلینڈ تہٕ کیلی فورنیا ہُک سفر۔ اُمی دِتی جایہِ جایہِ لیکچر۔ زندگی ہِنٛدٕ ن مختلف شعبن سٕتی وابستہٕ لُکھ گئے سبٹھاہ متأثر۔ ایمرسنن چھاپہٕ پنٕنی مقالہٕ تہٕ۔

ایمرسن گوٚو بیٚیہ اکہِ پھِرِ یورپ۔ اتہٕ کین لُکن دِیُت اُمی جمہوریتُک اکھ الگ تصورتہٕ پأغام۔ جایہِ جایہِ کوٚر انگلینڈ کو لُکو امریکہ پیٹھ آمتِس اُمِس برگزیدِ عألمِ تہٕ عیسأے ولی سُنٛد استقبال تہٕ اُمی سٕندی خطبہٕ بوٗزِکھ دِلچسپی سان۔ اَتہٕ کین لُکن آو امریکہ کہِ خیالُچ دیانت تہٕ امریکہ کین لُکن ہُنٛد جُرأت پسند۔

ایمرسن اوس پزٕرس تام یِرھان واتُن تہٕ پزٕرژھانڈان آیہِ اُمِس سچأیی ہِنٛز واریاہ زٕژ بزٕ وُنہہ کُن۔ ایمرسن سُنٛد نظریہ اوس زِ تام انسان چھ اکہِ جِسمکی حِصہٕ تہٕ جِسمُک ناو چُھ انسأنیت۔ "امریکن سکالر" ناوٕ پنٕنہِ کتابہِ منٛز وٕہٕنووا ایمرسنن یہ نظریہ "امریکی فلسفہ چُھ عملہِ ہُنٛد فلسفہٕ۔ یوٚ تام نہٕ رِتین خیالن پیٹھ عمل پییہ کرنہٕ توٚتام چھِ تِم محض اکھ خواب بٕنتھ روزان"۔ لہذا گژھِ انسأنیت کہِ وحدتُک اقرار تہٕ تصدیق کرنہٕ یُن۔

ایمرسن اوس Innovative ، یعنے سوچس منٛز نوٚ براٚئن۔ "پنٕنۍ دُنیا بنأوِ پانہٕ۔ پنٕنۍ زندگی بنأوِ پانہٕ ، بأنی بنٛوتہٕ رہنمأ بنٛو۔ اُکِس شخصہٕ سٕنٛز نجی زندگی ہیٚکہِ کُنہٕ تہٕ بادشاہت کھوتہٕ تھزٕ تہٕ بڈٕ بناونہٕ یِتھ"۔

ایمرسن اوس ونان زِ:

☆: امریکہ ہِکی دأنشور گژھن پنٕنین ہم وطنن تعمیرُک سلیقہٕ ہیٚچھناوٕنی تہٕ امیُک آغاز کرِ واُسی پنٕنہِ گرِ پیٹھہٕ۔

☆: ییٚمہِ سارے دُنی یہک وجود چُھ فقط انسانہٕ سُنٛدِ باپتھ۔

☆:پرٛتھ أکِس انسانس اندر چھُ اکھ فرشتہٕ چھُپتھ۔

☆:خدایہ سٕنٛز شان ہیتھ نیرِ وآزاد انسان سٕندی پأٹھی نبر تہٕ پننی ذہن کرِ وآزاد۔

☆:انسانس چھِ بے پناہ امکانات (Opportunities)

☆:امریکہ ہس چھُ اکِہ نوٚطرزِ چ خوٗبی ہنٛز ضرورت، یُس اتھ منٛز عزم تہٕ حوصلہٕ پأدٕ کرِ۔

☆:امریکہ ہس چھُ اکھ عظیم الشان تجربہٕ بُنُن یعنے مکمل جمہویت۔

☆:سماجی، سیأسی تہٕ معاشی جمہویت تہٕ یِنہٕ والہِ وقتچ اُمید

☆:دُنیا چھِ ہمتہٕ والین، حوصلہٕ والین تہٕ خوش باشن باپتھ

☆:تمام چیزن ہُنٛد دارومدار چھُ ذہانت تہٕ نیک اِرادس پیٹھ۔

☆:دوستی ہُنٛد حُسن چھُ انسان تہٕ انسانس منٛز موجود حتمی رِشتک احساس۔

☆:دوستی ہُنٛد جوہر چھُ حالتِ تکمیل (زِ جسم تہٕ اکھ جان)

☆:ییلہِ تُہۍ باقے انسانن محبت کرِو، تُہُنٛد دُنیا بدلہ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ چیز ییہ حُسن، سچأیی تہٕ محبت ستی بھرنہٕ۔

☆:انسان ییلہِ بہترین شکلہِ منٛز چھُ آسان سُہ چھُ جنتک بچہ آسان۔

☆:ایمرسن سُنٛد دُنیا ہس متعلق تصوٗر......نہٕ کانٛہہ جنگ تہٕ نہٕ لڑأے۔فقط حوصلہٕ وول، آزاد، خوش تہٕ محبت کرن وألی دوستن ہُنٛد دُنیا۔

ایمرسنس اوس تھامس کارلائل (Thomas Carlyl) سُنٛد واریاہ اثر۔ایمرسن سٕندی کینٛہہ بہترین مضمون یِم ۱۸۴۱ء پیٹھ ۱۸۴۲ء تام شایع سپدی مٕتی چھِ:

(۱):Self Reliance (۲):Compensation (۳):The Over Soul

باقے تصنیفہٕ چھے:(۱)English Traits(۱۸۵۶ء)، (۲):The Conduct of Life(۱۸۶۰ء)

ایمرسن اوس اکھ Trancendentalist، شاعر، فلسفی تہٕ مضمون نِگار۔أمی سُنٛد فلسفہٕ چھُ زِ وجودِ باری چھُ انسانس اندر موجود اکھ اخلأقی راہبر تہٕ قوت، کِس نظریہ ہَس پیٹھ قائیم۔

۱۸۳۲ء منٛز کوٚر أمی یورپُک دور تہٕ تتہٕ کوٚرُن بہلہِ پایہِ ادیبن ستی ملاقات، یِمن منٛز تھامس کارلائل، سوموئل ٹیلر

(Samuel Taylor Coleridge) تہٕ وِلیَم ورڈس ورتھ قابلِ ذِکر چھِ۔ ۱۸۳۳ء منز واپس یِتھ دِتی اُمی مختلف موضوعن (Spritual experience, Ethical living) پیٹھ لیکچر۔ کینژہہ لیکچر گری اُمی کتابہٕ ہنٛزِ شکلہِ منز شایع۔

(۱):......Nature(۱۸۳۶ء)

(۲):......The American Scholar(۱۸۳۷ء)

ایمرسن بنیو واکہِ ادبی تہٕ فلسفی دُنی یِہنٛک اکھ اہم ستوٗن۔ اتھ گروپس (جماژ) اُسی ونان Trancendentalist اتھ گروپس منز شامِل لیکھن والین تہٕ فلسفہٕ دانن ہُنٛد نظریہ اوس زِ دِل تہٕ ضمیر کہِ ذٔریعہِ ہیکہِ کانٛہہ تہٕ شخص طبعی دُنیا (Physical World of Senses) پیٹھ اُکس سرٕنس روٗحانی، مقدس تہٕ پاکیزٕ زندگی ہِندِس دُنیاہس منز اُژِتھ، نہ کہِ وِجدان (Intuition) تہٕ خود اختیاری (Free-will) ہِنٛدِ ذریعہِ۔ اَمہِ نظریہِ مطابِق چھُ خدا اسبٹھاہ نزدیک تہٕ روٗح (اخلاقی تہٕ فطری خصلت) یعنے Soul تہٕ قُدرتس (Nature) نزدیک رابطہٕ قایِم کٔرِتھ ہیکہِ انسان خدایس زانِتھ تہٕ لبِتھ۔ روشن خیالی تہٕ ضمیرٕچ آواز چھےٚ لازِم۔

۱۸۴۰ء چہِ دہایِ منز بنیو یہِ ادبی جریدُک "The Dial" مدیر۔ ۱۸۴۱ء تہٕ ۱۸۴۴ء منز کری اُمی پنٛنی خاص مقالہٕ تہٕ مضمون شایع۔ (۱):Self Reliance، (۲):Friendship، (۳):Experience۔ اَمہِ پتہٕ کٔری اُمی "The Conduct of Life" ۱۸۶۰ء منز شایع۔

ایمرسن اوس ۱۸۷۰ء چہِ دہایِ منز یِوان The Sage of Concord مانٛنہٕ۔ (صفِ اوّلُک دانشمند، یُس اتحادتہٕ ہم آہنگی ہِنٛدِ خیالُک مانن وول اوس)۔ اُمی سٕنٛز باقٕے تصنیفہٕ چھےٚ:

(۱)......Representative Men (۱۸۴۹ء)

(۲)......Society and Solitude (۱۸۷۰ء)

(۳)......Parnassus (۱۸۷۴ء) شعری مجموعہٕ

ایمرسن سُنٛد نظریہِ چھُ زِ Reason (جواز، دلیل، ثبوت) یُس ازلی، ابدی تہٕ دایمی حقیقت (Eternal Truth) چھےٚ، ہکو Understanding (ذہانت، سمجھ) نِبر مختلف طریقوٕ ستی (یُس مادیت......Material world ہو بن) لبِتھ، یِمہِ باپتھ انسانس پننِس ذاتس، وجودس تہٕ روٗحس چُھ سُن۔ اَمہِ خاطرٕ چھِ زٕ چیز ضروری، Self Reliance (ذاتس پیٹھ بھروسہٕ)

تہٕ Self Sufficiency (خود کفیلی)۔ ضمیر تہٕ دِلچ آواز چھِ روٗحانی ہدایتہٕ باپتھ اہم۔ احساسات (Senses) چھِ سبٹھاہ اہم، نہٕ کہِ خیالات یاوِجدان۔ یہِ چھےٚ خدایس سٟتی رشتہٕ بناونک تہٕ نزدیک یِنک بہترین وَتھ۔

ایمرسن اوس غلاٗمی (Slavery) خلاف۔ ۱۸۴۴ءپیٹھہٕ ۱۸۵۹ءتام گرٲئی اَمہِ باپتھ واریاہ کاٗم۔ اکھ قول:

"The South calls slavery an institution. I call it a destitution.
Emancipation is the demand of civilization."

۱۸۶۰ءمنز کوٚر ایمرسنن صدارتی انتخابس منز ابراہم لنکنس مدد۔ لنکن اوس ایمرسنس پسندیدٕ سیاست دان۔

"To believe your own thought, to believe that what is true for all men---that is genius. Speak your latent conviction, and it shall be the universal sense."





**Apollo 11: Moon landing, 1969**: Perhaps the most famous of all space films, these clips document the arrival of the first human beings on the Moon during the afternoon of July 20, 1969. They comprise footage of the landing of the Apollo 11 spacecraft, taken with a 16-mm camera mounted in Edwin Aldrin's window, and Neil Armstrong's first steps on the Moon, recorded by a television camera whose signal was transmitted back to NASA Mission Control in Houston. "That's one small step for a man, one giant leap for mankind. (*NASA)*



**Moon Landing**: Neil Armstrong on the Moon, July 1969 (*NASA)*



The crew of Apollo 11 (from left to right): Neil Armstrong, Michael Collins, and Edwin ("Buzz") Aldrin.



Neil Armstrong sits in the lunar module after a historic moonwalk.

# نیل آرم سٹرانگ (Neil Armstrong)

امریکہ کِس اوہایو (Ohio) ریاست کِس وپاکونیٹا آگلیز (Wapakoneta Auglaize) شہرس منز زاو نیل آرم سٹرانگ ۵/ اگست ۱۹۳۰ء یس منز۔ مأِلس اوسُس سٹیفن (Stephen) ناوتہٕ ماجہِ ویولا (Viola)۔ شُری پانہٕ پیٹھے اوس نیل پرٕھان ہوٚہس منز ڈُوکرُن۔

کورِیَن (Korean) جنگس دوران چلووأمی بحیثیتِ پائلٹ اکھ جنگی جہاز Grumman F9F-2 پینتھر۔ یہ اوس اکھ بہترین سٹائل جہاز، پتلہٕ تہٕ خوبصورت۔ امریکی فوجک اوس یہ گوڈنیُک Jet Fighter جہاز۔ أمی کرأ وی روٗسکی MiG-15s جہازٕ۔ واپس یتھ آویمن بہادری خأطرِ US Air Medal تہٕ زٕ گولڈ سٹار انعام دِنہٕ۔

روٗس تہٕ امریکہ أسی خلأیی سفرس منز اکھأ کِس پیٹھ برتری پرٕھان۔ لِکن ہُند سوچ تہٕ اُمید أس زِ سُے مُلک زینہٕ یہ جنگ یُس گوڈٕ زوٗنہِ پیٹھ قدم تراوِ (Moon Landing)۔ خلأیی تحقیق سٟتی وابستہٕ NASA لگی دون پروجیکٹن پیٹھ کأم کرنہٕ۔ Mercury تہٕ Gemini۔ یہ اوس اپالو (Apollo) پروگرامُک آغاز۔

نیل آرم سٹرانگن کُر The Lewis Laboratory of Cleveland منز بحیثیتِ اکھ ریسرچ پائلٹ کأم کرٕنی شروع۔ یہ لیبارٹری أس The National Advisory Committee for Aeronautics سٟتی وابستہٕ۔ امہِ پتہٕ گوٚو نیل کیلی فورنیا، یتہِ أمی NASA High Speed Flight Station of Edward Airforce Base سبٹھاہ تیز چلن وألی جہازٕ چلاوِنی یتّی، تیٚیچ رفتار ژور ساس (۴۰۰۰) کلومیٹر فی گھنٹہٕ أس۔ اصلی مہارت کرٕ أمی حأصل World War 2nd P-51 Mustang جہازٕ کِہ ذریعہِ۔ نیل آرم سٹرانگن چلأوی دون ہتن قِسمن ہٕندی جہازٕ۔ جٹ، راکٹ، ہیلی کاپٹر تہٕ گلیڈرس (Gliders)۔ نیل آرم سٹرانگس منز أس صلأحیت تہٕ تہٕ مزاج تہٕ اکھ قأبلِ فخر خلاباز (Astronaut) بنہٕ نُن۔

NASA ہس منز دِژ کھ أمِس اکھ خاص تربیت۔ Weightlessness تہٕ The High Gravitational Force ہِو بن شعبن منز، تاکہ یہ روزِ صحت مند، چاق وچوبند تہٕ تیار۔

روٗسن (Russia) کوٗر نوٗن (۹) ہوٗنہن (Dogs) پیٹھ تجرُبہ، (Unpressurised Cabins of Space Capsules)۔ اتھ تھوو تمو ناو لائکہ (Laika)۔ تمو سوٗزا کھ ہوٗن ۳/ نومبر ۱۹۵۷ء خلاہس منز، الہ پلہٕ زمینہٕ پیٹھٕ زٕ ساس میل

دؤر۔ امہِ ستۍ وُچھ تمو زِ ہؤنۍ ہنٛدِس صحتس منز ما پیہِ کانٛہہ بڈٕ تبدیلی۔ اَمہِ پتہٕ آے Astro Animals خلاہس منز سوزنہٕ۔ Astro Frogs ، Spiders ، تہٕ Cosmo Ants۔

ییلہِ سائنس دانو راکٹ بنأوِتھ اَتھ منز زُوذاتھ (جاندار) سۆزۍ خلاہس منز، تمن آو خیال زِ انسان خطرس منز نہٕ تڑاونگ۔

وُہن (۲۰) رتبن منز آے بہہ (۱۲) مشن خلاہس منز سوزنہٕ، یمیُک قمت ساڈ ترٛے ارب ڈالر (3.5 Billion) اوس۔

امریکہ اوس یژھان رؤسس بڑونٛہہ زؤنہِ پٹھ انسان سوزُن۔ Space Race۔ جمنی (Gemini) پروجیکٹ اوس امیُک شروعات، یُس ۱۹۶۲ء منز کأم اوس کران۔ مگر خلاہس منز ہیوٚک نہٕ یہِ زِ (۲) دوہ تہٕ شےٚ (۶) گھنٹہٕ گُزأرِتھ۔

جمنی فسٹ، سیکنڈ أسۍ Unmanned (یتھ منز نہٕ کانٛہہ انسان اوس)

جمنی تھرڈ (Gemini-3) یتھ منز آے زِ انسان خلاہس منز سوزنہٕ۔

جمنی فورتھ (Gemini-4) اوس امریکہ ہُک گوڈنیُک خلاہس منز پکن وول (Space Walk) جہاز

نیل آرم سٹرانگ تہٕ سکارٹ (Dave Scott) أسۍ گوڈنکۍ تم سائنسدان یمو جمنی آٹھ (Gemini-8) استعمال کۆر۔ Nike Colling ژاو جمنی نائن (Gemini-9) ہس منز۔ ۱۱ر نومبر ۱۹۶۶ء گےٚ جمنی ۱۲ (Gemini-12) ہس منز جیمز لویل (James Lovell) تہٕ ایلڈرن (Buzz Aldrin) خلاہس منز۔

اپالو-۱۱: نیل آرم سٹرانگ اوس اپالو ہُک کمانڈر۔ یہِ اوس زؤنہِ پٹھ سوزنُک گوڈنیُک مشن، یتھ منز انسان أسۍ (First Manned Lunar Landing Mission)۔ نیل چُھ گوڈنیُک خلاباز یمۍ زؤنہِ پٹھ جہاز واتنوو تہٕ اَمہِ کِس سطحس (Surface) پٹھ قدم ترٛأوِی (Walked on the surface of Moon)۔ باقٕے زِ (۲) خلاء باز یمہِ نیل آرم سٹرانگس ستۍ زؤنہِ پٹھ وأتۍ چھِ بزٕ ایلڈرن (Buzz Aldrin) تہٕ مائیکل کولنس (Michael Collins)

اپالو-۱۱ (Apollo-11) أسۍ ترٛے حصہٕ۔

(۱): کولمبیا (The Command Module)

(۲): سروس ماڈیول (Service Module)

(۳): اِیگل (The Lunar Landing Module)

نیل آرم سٹرانگ تہٕ ایلڈرن کھٕتۍ ایگلس (Eagle) منز زؤنہِ پٹھ، ییٚتہٕ تم ترٛبن دوہن رؤدۍ۔ کولنس (Collins) رؤد

کولمبیا (کمانڈ موڈیولس) منز، یُس زوٗنہِ ہندِس گولس (Orbit) نش تہٕ زوٗنہِ ہیوٗ راوس رٕ رکتھ۔ یہِ خلأیی جہاز (Space Craft) اوس ژتجیہہ (۴۰۰۰۰) ساس کلومیٹر فی گھنٹہٕ رفتارس منز وٗڈوکران۔ یمو خلاء بازوٗ وٕچھ زوٗنہِ پٮ۪ٹھ زمینُک نظارٕ۔ سمندر، پہاڑ، دٔریاو تہٕ مأدان۔

Once in orbit around the moon, the crew saw their first airless sunrise. Bright streamers of light radiated huge distances from the sun, then a spike of brilliant light shot out from the moon's horizon as sunrise began. Best of all, though, was seeing the green-blue globe of the earth loom up from the horizon in a spectacular 'Earthrise'

ییلہِ نیل آرم سٹرانگن زوٗنہِ پٮ۪ٹھ قدم ترٛ وو، تٔمۍ سُند تہٕ ستی آلاتن ہُند وزن اوس فقط ۲۷ رکلو۔ زمینس پٮ۪ٹھ آسہٕ ہا امیُک وزن ۱۵۰ رکلو (زوٗنہِ پٮ۪ٹھ چھےٚ کٔشش Gravitational Pull زمینہِ کھوتہٕ کم آسان)

## زوٗنہِ پٮ۪ٹھ پکُن (Moon Walk)

۱۸ رجولائی ۱۹۶۹ء ژور (۴) بجتھ تہٕ ژتجیہہ (۴۰) منٹ، خلاء بازو ہوورنکین ٹیلی ویژن نشریات (Transmission)، یُس ۹۴ رمنٹن جأری رُو۔ لُکھ گےٚ یہِ وُچھتھ واریاہ خوش:

People watching were fascinated to see the floating about in the cabin, weightless. Viewers also got to see the outside of the command module,the moon's surface, pictures of the earth from surface, and the spacecarft tunnel hatch opening.

۲۰ رجولائی ۱۹۶۹ء اپالو مشن اوس نصف کھوتہٕ زیادٕ مکمل۔ نیل آرم سٹرانگ یُس Lunar Module ہُک پائلٹ اوس، وٗتھ زوٗنہِ پٮ۪ٹھ تہٕ شےٚ (۶) گھنٹہٕ گٔژھتھ پوٚک زوٗنہِ پٮ۪ٹھی۔ وقت اوس ۱۰:۵۶ (10:56 PM)۔ گوڈنیُک قدم زوٗنہِ پٮ۪ٹھ۔

Moon is made of - mainly the metals titanium and iron. The moon orbits the earth at the same speed as it rotates on its axis. This means only one side of the moon ever faces the earth. The Apollo Astronauts (Neil, Aldren & Collins) were the first people to see the other, dark side with their own eyes. Moon doesn't create its own light. Instead it shines by reflecting light from the sun.

**Age of Moon: 4.5 billion earth years**

**Daimeter: 3476 kms**

**Distance from earth: 384403 kms**

**Orbit the earth in: 27 days, 7 hours, 43 minutes**

**Hottest temperature: 127 degree celsius**

**Coldest temperature: -233 degree celsius**

**Day & Night: 24 earth days long**

**The moon doesn't get a weather system, so everything is perfectly still and silent, nothing can grow on its surface, because it is also airless & waterless. The landscape is made up of mountains, Valleys and plains, pockmarked by craters.The surface is rocky and covered in a layer of dust. Thers is no wind on the Moon.**

نیل آرم سٹرانگ ہندی نقشِ قدم روزن زٕنہٕ ہنٛدس سطحس پیٹھ ساسہٕ بدہن ؤرِین ۔۲۴/ جولائی ۱۹۶۹ء، اپالو-۱۱ کیپشول وۆتھ بحرالکاہل ہس (Pacific Ocean) منٛز۔ خلاءباز آے اتہٕ پیٹھہ Recovery Ship ہس منٛز تبدیل کرنہٕ ۔ یہٕ آو کہٕ Floating Collar کہٕ ذٔریعہٕ انٛد واتناونہٕ۔

*Neil Armstrong left an olive branch on the Moon's surface as a wish for peace for all mankind.*

نیل آرم سٹرانگ آو اَمہٕ پتہٕ ناسا ہیڈکواٹر آف ایڈوانسڈ ریسرچ اینڈ ٹیکنالوجی (NASA Headquarter of Advanced Research & Technology) اِدارس منٛز ڈپٹی ایسوسی ایشن ایڈمنسٹریٹر برائے خلائی سائنس تعینات کرنہٕ (۱۹۷۱ء-۱۹۷۲ء)۔ زٕنہٕ ہنٛدِ سفرٕ پیٹھ واپس یتھ آو نیل آرم سٹرانگس (تہٕ بیٚیہٕ زٕ خلاءباز) واشنگٹن چوسرٕ گوٚپیٹھی مہرازٕ ہندی پاٹھی پکناوِتھ زبردست استقبال کرنہٕ۔

۱۹۴۹ء پیٹھہ ۱۹۵۲ء تام بحیثیتِ بحری ہواباز (Naval Aviator) کأم کٔرِتھ کرٕ اُمی ۱۹۵۵ء منٛز نیشنل ایڈوائزری کمیٹی فار ایرونوٹکس منٛز ایڈوائزرعُہدس پیٹھ کأم ۔ اکھ انجینئر، اکھ ٹیسٹ پائلٹ، خلاباز تہٕ منتظم ہندِ حیثیتہٕ رٕؤ دی یم سدٕہَن (۱۷) ؤرِین NACA تہٕ NASA (National Aeronautics & Space Administrator) ایجنسی منٛز کأم کران ۔ ۱۹۶۲ء منٛز بنیٚو یہٕ خلاباز (Astronaut) تہٕ ۱۶/ مارچ ۱۹۶۶ء چلوو اُمی Gemini-8 خلاہس منٛز۔ سِن سنیٹی یونیورسٹی (Cincinnati

University) اوہایو (Ohio) منز رؤد یہِ ۱۹۷۱ء پیٹھ ۱۹۷۹ء تام بحیثیتِ پروفیسر۔ ۱۹۸۲ء پیٹھ ۱۹۹۲ء تام رؤد یہِ Computing Technologies for Aviation اِدارُک چیئرمین (سربراہ)۔

نیل آرم سٹرانگ رؤ دواریاہن سرکاری اہم تہٕ خاص کمیٹی ین ہُند رُکن یا سربراہ۔ سداہَو (۱۷) مُلکو دِتی اُمِس مختلف انعام تہٕ اعزاز۔ ۲۰ / جولائی ۱۹۶۹ء (EDT۱۰:۵۶) بمطابق ۲۱ / جولائی ۲۵۶ GMT) دژ اونیل ایگل (Eagle) منز نبر تہٕ زؤنہِ پیٹھ ترٛ ووُن قدم یہِ وَنتھ:

*" That one small step for a man, one giant leap for mankind"*

زؤنہِ ہِندِس سطحس پیٹھ رؤ دیہِ ژ گھنٹہٕ تہٕ ۳۶ / منٹ۔ سائنسی آلات کُرِن اتھ پیٹھ نصب۔ کینٛہہ نمؤنہ کُرِن جمع تہٕ واریاہ تصویر (Photographs) تُجِن۔

۲۱ / جولائی ۱۹۶۹ء زؤنہِ پیٹھ ۲۱ / گھنٹہٕ تہٕ ۳۶ / منٹ وقت گُزٲرِتھ، کوٚر اُمی باقین دون خلابازن ہتھ امہِ خلأیی سفرٕ پیٹھ زمینس پیٹھ واپسی شروع۔ یہِ اوس خلأیی تحقیق تہٕ سائنسی معلومات حأصل کرنُک کائناتس منز اکہِ نوِ دورُک آغاز (New Era in Human Exploration of Universe)۔

۲۵ / اگست ۲۰۱۲ء گوٚ وآرم سٹرانگ، ۸۲ / ؤہُر دِلُک آپریشن (CABG) کُرِتھ وفات۔

نیل آرم سٹرانگ سُندا کھ قول چھُ:

*" I guess we all like to be recognised, not for one piece of fire works, but for the ledger of our daily works"*

زؤنہِ پیٹھ کُر اُمی ۲۲ / کلوگرام مادٕ (Material) جمع۔ زؤنہِ پیٹھ وأتِتھ کوٚر اُمی امریکی صدر نکسن (Richard Nixon) سِتی وائرس فون کہِ ذٔریعہ کتھ۔

آرم سٹرانگ سِندِس وفاتس پیٹھ کوٚر امریکی صدر بارک اُبامن (Barack Obama) خراجِ عقیدتُک اظہار یمن لفظن منز:

" Neil was among the greatest of American heroes not just of his time, but of all time when he and his fellow crew members lifted off aboard Apollo in 1969, they carried with them the aspirations of an entire nation. They set out to show the world that the American spirit can see

beyond what seems unimginable"

جیمز ہین سن (James R. Hansen) ہنٛزِ کتاب First man: The life of Neil A Armstrong (آرم سٹرانگ ہنٛز سوانح عمری) پیٹھ بناونہٕ آمژ فِلم آیہ ۲۰۱۸ء اندر سنیما ہالن منٛز ہاونہٕ۔

خلأیی سفرس متعلق چھُ آرم سٹرانگن وۄنمُت:

" I think we are going to the moon because it is in the nature of the human being to face challenges. It is by the nature of his deep inner soul- we are required to do these things just as Salmon swim upstream."

زٕنہِ پیٹھ قدم تژ اُوِتھ یُس کتھ آرم سٹرانگن امریکی صدر رِچرڈ نِکسنس ستی ٹیلی فون کہِ ذریعہِ کٔر، سو چھےٚ:

" It is a great honour and privilege for us to be here representing not only the United States but men of peace of all nations, and with interests and the curiosity and with the vision for the future. It is an honour for us to be able to participate here today."

خلأیی سفر مکمل کٔرتھ کرِ نأوِکھ یم امریکہ علاوٕ دُنیہِ ہیٚک دورٕ۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ نیل آرم سٹرانگ ییلہِ زٕنہِ پیٹھ اُسی تم گےٚ اذان کنن۔ ییٚمہِ ستی تٔمی سُند خدا ییس ستی رشتہٕ زیادٕ مضبوٗط گوٚو۔ اتھ پسِ منظرس منٛز چھُ وَننہٕ یِوان زِ تٔمی کوٚر اسلام قبول۔

نیل آرم سٹرانگ اوس اکھ شریف النفس تہٕ دیانتدار انسان آسنہٕ علاوٕ اکھ قدآور سائنسدان تہٕ خلاباز۔



# ابی علی سینا

## اسلأمی دُنیاتہٕ سائنس:

اسلأمی دُنیاہس منز میؤل سائنس کس فروغ تہٕ تحقیق کرنس تیؤتے وقت یؤت اتھ یؤ نانس منز میؤل۔ یؤ نانس منز گوٚو سائنس ۶۲۴ / ق م پیٹھٕ شروع، ییٚلہِ تتہٕ گوڈنیُک سائنس دان تھیلز (Thales) زاو۔ اَتیُک اَخری سائنس دان اوس Diophantus، ییمہِ ۲۵۰ ءمنز اسکندریہ ہس منز عروج حأصل کوٚر۔

مسلمانن اوس گوڈٕ پیٹھٕ عِلم حأصل کرنس ستیٚ ستیٚ سائنسس ستیٚ تہِ لوے خوے۔ عِلمس ستیٚ دلچسپی گیٔ ظہورِ اسلام کہ وقتہٕ پیٹھٕ شروع، یُس سبٹھاہ عام اَس، عالم گیر تہٕ ہمہ جہت تہِ۔ مسلمان مُلک اَسی عِلمُک مرکز بنیمتی۔ دِینی تہٕ سمأجی عِلم علاوٕ اَس یِژھن کوٗششن منز فطری علوم (Natural Secience) تہِ شأمِل۔ فطری علومن منز اَسی طِب، ریاضی، فلکیات، جغرافیہ، نجوم، ارضیات، طبعیات، حیاتیات تہٕ کیمیا اہم۔

دِینی علومن ہنز ترقی گیٔ بٔوت، سلطنتِ مدینہ تہٕ خلافتِ راشدہ کس دورس منز عام۔ حدیث تہٕ فقہ آوساسہٕ بدٕن لُکن تام بجبن بجبن مجلِسن ہُند سٕز گرِتھ واتناونہٕ۔ مکہ، مدینہ، کوفہ، بصرہ، موصل، دمشق، بغداد، حمص، عقلان، اصفہان، ہمدان، نیشاپور، بلادمصر تہٕ تونس بنیے عِلمکی مرکز۔ مُحدِثینٔو کرِ حدیثن ہنزٕ کتابہٕ مُرتب، ییمن منز نوٚم شےٚ (۶) قأبلِ ذِکر چھےٚ:

(۱)......امام بخاریؒ (م ۲۵۶ / ہجری)

(۲)......امام مسلمؒ (م ۲۶۱ / ہجری)

(۳)......امام ابن ماجہؒ (م ۲۷۳ / ہجری)

(۴)......امام ابی داوٗدؒ (م ۲۷۵ / ہجری)

(۵)......امام ترمذیؒ (م ۲۷۹ / ہجری)

(۶)......امام نسائیؒ (م ۳۰۳ / ہجری)

یِم مُستند تہٕ معتبر کتابہٕ آیہٕ ترٚیمہِ صدی ہجری مطأبق نٔومہِ صدی عیسوی منز مُرتب کرنہٕ۔



**Kitab al-Tasrif/ Zahrawi, HL 2146, Arab painting,1190AD**
**Surgical Instruments**


كتب القانون في الطب

لابو علي الشيخ الرئيس

ابن سينا

مع بعض تأليفه وهو علم المنطق وعلم الطبيعي
وعلم الكلام

ROMAE.
In Typographia Medicea.
M.D.XCIII.




An edition of Iranian physician Avicenna's The Canon of Medicine (Al-Qanun fi al-Tibb) Avicenna; 1593 edition, The Canon of Medicine Colophon from the 1593 edition of Muslim physician Avicenna's The Canon of Medicine, the first Arabic edition to be published in the West.




Avicenna treating a patient in an 17th-century copy of one of his medical texts




Avicenna's recommended spinal manipulations, 1556 edition, The Canon of Medicine
Illustrations of Muslim physician Avicenna's recommended spinal manipulations, from the 1556 edition of Avicenna's The Canon of Medicine, a translation by medieval scholar Gerard of Cremona

LIBER IIII.





Illustrations from the 1556 edition of Iranian physician Avicenna's The Canon of Medicine, a translation by medieval scholar Gerard of Cremona. Avicenna treated spinal deformities using the reduction techniques introduced by Greek physician Hippocrates. Reduction involved the use of pressure and traction to correct bone and joint deformities

حدیثس ستی ستیٕ آو فقہ تہٕ عام کرنہٕ۔ مختلف اِماموبنأوی فقہ ہٕکی قونؤن:

☆......امام جعفر صادقؓ (م ۱۴۸ھ ہجری)

☆......امام ابو حنیفہؒ (م ۱۵۰ھ ہجری)

☆......امام مالکؒ (م ۱۷۹ھ ہجری)

☆......امام شافعیؒ (م ۲۰۴ھ ہجری)

☆......امام احمد بن حنبلؒ (م ۲۴۱ھ ہجری)

اَمہِ پتہٕ آیہِ تفسیرِ قرآن لیکھنہٕ یُس صحاب صأبن ہٕندِس دورس منز شروع گوٚو۔

سرورِکائنات ہٕنز سیرتِ پاکس پٹھ آیہِ وارِیاہ کتابہٕ لیکھنہٕ یِمن منز ابنِ اسحاق (م ۱۵۱ھ)، ابنِ ہشام تہٕ ابنِ سعد (۲۳۰ھ) قأبلِ ذکر چھےٚ۔

امام جعفر صادقؓ (م ۱۴۸ھ/۷۶۵ء) أسی کیمیا کِس عِلمس منز کأفی مہارت تھاوان۔ مشہور کیمیا دان جابر ابنِ حیان اوس یہُندٕ شأگرد۔ یورپس منز آو جابرس بابائے کیمیا لقب دِنہٕ۔

ابنِ ہشیم اوس بصریات (Optics) عِلمُک عظیم سائنس دان۔ أمس آو بابائے بصریات لقب دِنہٕ۔

طِب کِس دنیاہس منز أسی کینٛہہ فطین (Genius)، یِہنز کتابہٕ میڈیکل کالجن منز نصابس منز شأمل کرِتھ پرناونہٕ آسہِ یِوان۔ یِمن منز أسی ابنِ سینا، رازی، زہراوی، ابن رشد تہٕ ابن زہر مشہوٗر۔

وارِیاہو یورپی سائنس دانو کوٚر مسلمان سائنسدانن ہٕنزن کتابن انگریزی لیس منز ترجمہ تہٕ امیُک وارِیاہ فأیدٕ ٹُلکھ۔

امریکی تہذیب آو مصر تہٕ عراق کہِ تہذیبہٕ پتہٕ کینٛہہ صدی گژھِتھ بارس۔ پیرُک (Peru) تہذیب بُنیاد پیٚیہٕ ۳۵۰۰ ق م منز۔ میکسکو (Mexico) گوٚو ۹۰۰ ق م منز شروع تہٕ ۳۰۰ ق م تام روٚد جأری۔

سائنسی تہذیب گوٚو یوٗنان پٹھٕ شروع۔ سٔتم تہٕ شیٛیم صدی ق م منز زاے عظیم مأہرِ طِب (حکیم) یِمو فلکیات، طِب تہٕ حیاتیات کِمِن علومن منز طبعی قوانین (Natural Laws) بَدِ کڈی۔

یوٗنأنی تہذیب اوس سائنسی عِلمہٕ برٛونٛٹھ شروع گوٚمُت۔ ہوٗمر اوّل (Homer Ist) ہٕنز مشہور نظم Iliad گے أٹھمہ صدی ق م منز تخلیق۔ ہومر دوم (Homer 2nd) ہٕنز روٗمأنی نظم Odyssey تہٕ آیہِ أتھی زمانس منز لیکھنہٕ۔ یوٗنانس منز دِژ اوسائنس

فلسفہ چھ شکلہِ منز نوٚن۔

ارسطو (۳۸۴ ق م۔ ۳۲۲ ق م) اوس اکھ عظیم فلسفی، ماہرِ فلکیات، حیاتیات۔ أمی کٔر ۵۰۰ کھوتہٕ زیادٕ حیوانن ہنز پہچان تہٕ تہندِ جسمکۍ حِصہٕ تہٕ کردارس (Behaviour) پیٹھ کٔرن تحقیق۔

ڈوکلز (Empedocles: 492 BC) اوس اکھ عظیم ماہرِ حیاتیات تہٕ تخلیق حیاتس منز چھُ أمی سُند دیُت بے مثال۔ أمی دیُت ژون عنصرن ہُند نظریہ (Four Element Theory)۔ یہِ نظریہ چھُ زِ دُنیاہ تہٕ تمام موجودات چھِ ژون عنصرن ہندی بنیمتی۔ آب، آتش، باد تہٕ خاک۔ یِم ژور عنصر چھِ مختلف مقدارس منز مختلف مخلوقن منز موجود آسان۔

علمِ طِب چھُ یوٗنانُک سیٹھاہ قیمتی دیُت

دوہن ہندِ ذریعہِ علاج کرن وول گوڈنیُک ممتاز طبیب چھُ اسقلی پیوس اوّل (Aesculepios)۔ یہِ اوس پاژمہِ صدی ق م منز (عالمی سوٗتھرِس پیٹھ چھ امحوطب (Imhotep) یِوان اوّلین طبیب مانہٕ یُس مِصرُک روزن وول اوس)

اسقلی پیوسس (Aesculepios) پتہٕ زاویٔ نانس منز بقراط (Hippocrates)۔ تمی دیُت رُطوبتُک نظریہ (Humoral Theory)۔ یِم ژور رُطوبت (رس) چھِ خون، بلغم (Phlegm)، صفرا (Bile) تہٕ کرٕ وہُن صفرا (Black Bile)۔ یِم چھِ انسانس منز مختلف مقدارس منز موجود آسان تہٕ امہِ کِس تناسُبس منز گٔنہٕ قسمٕچ تبدیلی سٟتی چھُ انسان بیمار گژھان۔

بُقراطس پتہٕ ژور ہتہٕ وٕہری آو یوٗنانس منز مشہوٗر طبیب جالینوس (Galen) (۱۳۰-۲۰۱ء)۔ أمی دیُت انسأنی مزاجن ہُند نظریہ یُس بُقراط سٟندِس نظریہ ہس مطابق اوس۔ بقراط تہٕ جالینوس سٟندی نظریہ آے صدأ ہمہِ صدی منز یورپس اندر عملہِ منز اَنہٕ۔ بُقراط چھُ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ بابائے طب مانہٕ یِوان۔ بُقراطن دیُت زیادٕ زور وَرزِشن، غذا تہٕ صفأیی ہندن اصولن پیٹھ۔

امہِ پتہٕ آو بیاکھ سائنس دان دیماقریطس (Democritos) یٚمی نفسِ جسمی (Psychosomatic) بیمارین متعلق کأفی کأم کٔر۔

ژوٗرمہِ صدی (ق م) یوٗنانُک بادشاہ سکندرِ اعظم سٟندِس دورس منز ییلہِ مِصر یوٗنانکِس قبضس منز آو، یوٗنأنی طِب آیہِ اَتہٕ تہٕ عملہِ منز اَنہٕ۔ اسکندریہ ہس (Alexanderia) منز آو اکھ شاندار میوٗزیم بناوتھ تحقیقٕچ کأم شروع کرنہٕ۔ ہیروفائلس (Herophilos) اوس اکھ یوٗنأنی طبیب یٚمی ترٕیمہِ صدی ق م میڈیکل کالج قأیم کوٗر۔ اَتہِ آے جِسمکۍ مختلف حِصہٕ چیر پھٕچ کأم (Dissection) تہٕ انسان سٟندین مختلف تانن ہنز تشریح (Anatomy۔ آدمی موٗر) پیٹھ تھٕکٕنی لایق کأم کرنہٕ۔ ہیروفائلس

(Herophilos) ہَن ووٗن زِ جسمہٕ کِبن مختلف حِصن ہُند کنٹرول (Control) چُھ دماغس منٛز آسان تہٕ کہِ دِلس منٛز۔ مختلف نظامن تہٕ اعصابن ہنٛز عمل آیہِ وبُژھناونہٕ۔

امہِ پتہٕ آو یوٗنانس منٛز اراسٹروٹس (Erasistratos) سائنسدان، یٚمی مرنک وجہ زاننہٕ باپتھ پوسٹ مارٹم کرنک طریقہٕ رائج کوٚر۔

یونانس منٛز اُس افلاطون (Plato) سٕنٛز اکیڈمی نوٚن ہتن (۹۰۰) وٕرین (۳۸۷ ق م-۵۲۹ ء) قائیم۔ ارسطو (Aristotle) سٕنٛز Lyceum (تحقیقی لیبارٹری) منٛز اُسی زِ ساس طالبِ علم زیرِ تعلیم۔

سکندرِ اعظم سٕندِ وفات پتہٕ گرروٗمن (Rome) یوٗنانس پیٹھ حکومت تہٕ عیسائیتک اثر بڑیو واتہِ کشمشک وجہ، یٚمیک اثر سائنس کِس عِلمس تہٕ تحقیقس پیٹھ تہٕ پیوٚ۔

فلسفہٕ تہٕ سائنسس پیٹھ چھےٚ ارسطو سٕنٛز یم کتابہٕ سیٹھاہ مشہوٗر:

(۱)......Categories

(۲)......Analytica (Prior)

(۳)......Analytica (Posterior)

(۴)......Topica

(۵)......Sophistica

(۶)......Hermeneutics

(۷)......Poetica

(۸)......Rhetoric

ارسطوہن چھےٚ ۳۷ ہَر کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ لیچھمٕژ۔

جالینوس (ابن ابی اصیبعہ) چُھ ۱۲۹ ہَر کتابن ہُند مصنف یمن منٛز نوٚم کتابہٕ مشہوٗر چھےٚ:

☆......Ars Medica

☆......Ad Glauconem De Medendi Methodo

☆......De Musculorum Dissectione

☆......De Nervorum Dissectione

☆......De Temperamentis

☆......De Anatomicis Administrationibus (کتاب علاج التشریح)

☆......De Anatomica Dissectionate

(On thr difference of Homogenous Parts of the Human Body)

☆......De Causis Continentibus (امراض کے اسباب)

☆......حفظانِ صحت

☆......تندرستی بذریعہ طب یا ورزش

☆......طب کے اصول یا قوانین

☆......جراحت کے بارے میں بقراط کے نظریات

☆......مرض کے بارے میں بقراط کے نظریات

☆......علمِ طِب

یورپ کین عالمن ہنزن نظرن منز کینہہ عظیم ماہرِ طِب تہٕ سائنس دان:

☆......جابن ابنِ حیان (Geber)

☆......ابن الہیثم (Al-Hazen)

☆......رازی (Rhazes)

☆......ابنِ سینا (Avicenna)

☆......ابن وافد (Abengeofit)

☆......ابوالقاسم زہراوی (Abulcasis)

☆......علی عباس (Halay Abbas)

☆......ابن رشد (Averroes)

☆......ابن زہر (Aven Zoar)

☆......ابن باجہ (Avemipace)

جارج سارٹن (George Sarton) اکھ عظیم مغربی مورخ چھُ لکھاں:

"The greatest achievments of antiquity were due to the Greak, Western Genius, the greatest achievments of the middle ages were due to the Muslims, Eastern Genius."

اسلأمی دورس منز اوس عِلمِ طِب بنوت، کس عہدس منز شروع گوٚمُت تہٕ تتھ پٔٹھ اُس عمل تہٕ کرنہٕ یوان۔ سید المرسلینؐ اُسی بمارن دُعا علاوٕ علاج کرنہٕ باپتھ تہٕ ہدایت دِوان۔ سرورِ کائناتنؐ گٔری پانہٕ تہٕ واریاہن بیٖمارن خاطرِ دوا تجویز (الہٕ پلہٕ شیٖتھ)۔ یہٕ آیہٕ طبِ نبویؐ عنوانس تحت مرتب کرنہٕ۔ واریاہو طبیبو (حکیمو) کٔر اتھ پٔٹھ عمل۔

عالمی سوٚتھرِس پٔٹھ یمو طبیبو (حکیمو) شہرت حأصل کٔر تہٕ یِہنز ذِکر مغرب کیو مُصنفیٖو تہٕ کٔرچھِ:

☆......یعقوب الکندی (۸۰۱-۸۷۰ھ)......(م۸۷۳ء)

☆......ابن ربن طبری ۲۳۲-۲۴۷ھ (۸۴۷-۸۶۱ء)......(م۸۵۰ء)

☆......ابوحنیفہ دینوری (م۸۹۴ء)

☆......محمد زکریا رازی (۸۵۴-۹۳۵ء)

☆......سنان ابن ثابت (۹۰۸-۹۴۰ء) درباری طبیب

☆......ابن الجزار (۹۰۵-۹۸۴ء)

☆......ابوالقاسم زہراوی (۹۳۶-۱۰۱۳ء)

☆......علی ابن عباس المجوسی (م۹۴۴ء)

☆......ابن جلجل (م۹۹۴ء)

☆......ابن سِینا (۹۸۰-۱۰۳۷ء)

☆......تمیمی

☆......عما موصلی

☆......البیرونی (م۱۰۴۸ء)

☆......ابن رضوان (۱۰۰۷-۱۰۶۸ء)

☆......ابن عین زابی (م۱۱۵۳ء)

☆......ابن زہر (۱۰۹۲-؟)

☆......ابن رشد (۱۱۲۶-۱۱۹۸ء)

☆......ابن بیطار (م ۱۲۴۸ء)

☆......ابن نفیس دمشقی (۱۲۱۰-۱۲۸۸ء)

مُسلم طبیبَو یوٚ دوٚے پٔنٕنۍ تحقیقی کأم یونأنی طبیبن ہِنٛدِس نظریہٕ ہس پیٹھ بڑ ونٛہہ پکنو و، تاہم تشخیص تہٕ علاج کِس عِلمس منٛز کٔر کھ وارِیاہ ترقی۔ پنہٕ واجنہٕ بیمارِ متعلق گوڈٕے زان آسٕنۍ تہٕ احتیأطی تدابیر عملہٕ منٛز انٛنۍ اُس مُسلِم طبیبن ہنٛز اکھ خاص مہارت۔ حفاظتی ٹیکہٕ (Vaccination)، دواسأزی، بیمارٕن ہِنٛدِ تشخیص نِشہٕ الگ کرُن، جراحت (Surgery) ہِنٛدۍ نٔوۍ طریقہٕ ایجادٕ کرٕنۍ، طبی اخلاقیات (Medical Ethics)، شفاء خانہٕ قأیم کرٕنۍ، تشرحیات (Anatomy) تہٕ فعلیات (Physiology) منٛز مُفید معلومات، نٔوۍ دوا ایجاد کرٕنۍ (Drug Discovery)، بیمارِ ہِنٛدۍ تشخیص کرٕنٕکۍ طریقہٕ (Clinical Skills) چھُ یمن عظیم طبی مأہرن ہُنٛد دیُت۔



ابن سینا (۹۸۰-۱۰۳۷ء)

اکھ عظیم المرتبت طبیب، ییٚمۍ طبی دنیاہس منٛز عالمی شُہرت پژٕ آو۔ ناو: ابوعلی حسین بن عبداللہ بن حسن بن علی ابن سینا زاو ۹۸۰ ءعیسوی بخارا نزدیک افشنہ جایہٕ۔ رازی تہٕ ابن سینا دوشوٚے چھِ بہلہٕ پایکۍ طبیب مانٕنہٕ یِوان۔ دوشوٚے اُسۍ طبیب آسنہٕ علاوٕ فلسفی تہٕ۔ ابوعبید جوزجانی اوس ابوسینا سُنٛد شاگرد۔

عِلمس سٟتۍ اوس ابوسینا ہس لوکچارٕ پیٹھے سیٹھاہ لوے خوے تہٕ شوق۔ حساب تہٕ منطق ہیوٚچ چھ اُمۍ عبداللہ نائلی یَس نِش۔ اتھ وقتس منٛز پرٕ اُمۍ فلکیاتس پیٹھ لیچھمٕژ لطلیموس (Ptolemy) سٕنٛز مشہور کتاب المعطی تہٕ اُقلیدس (ہندسہٕ تہٕ ریأضی ہنٛزٕن شکلن ہُنٛد عِلم)۔ اَمہِ پتہٕ گٔیو وأمس طِبُک شوق۔ طِب چہِ کتابہٕ پرٕتھ لوگ اُمۍ شُراہ (۱۶) ؤری وأنٕسہِ منٛز بیمارن ہُنٛد علاج کرُن۔ سٟتۍ سٟتۍ تھوٗون فلسفہٕ تہٕ منطقُک مطالعہٕ تہِ جأری۔ دوہ راتھ اوس ابوسینا عِلمِ طِب، فلسفہٕ تہٕ منطق دِل دِتھ پران۔ ہرگاہ فلسفہٕ تہٕ منطق سمجھنس منٛز کانٛہہ مشکل ییہِ ہا، ابوسینا اوس مسجدِ منٛز گژھتھ نماز پرنہٕ پتہٕ خالقِ کأئناتس ؤدِ ؤدِ منٛگان روزان یوٚت تام مسلہٕ حل گژھِ ہا۔ راتس اوس ژٕأنٛگس تل کتابہٕ پران تہٕ سیٹھاہ کم نِنٛدٕر کران۔ وقتس سٟتۍ سٟتۍ گٔیہِ ابوسینا ہس مابعدالطبعیات (Metaphysics)

یعنے الٰہیات کِس عِلمس سٟتۍ سٟرٕ یٚنٛز دِلچسپی پأدٕ۔ ابونصر فارابی سُندٕ رۄ داتھ عِلمس منٛز ابوسینا ہس پیٹھ واریاہ اثر۔

اکہِ دۄہہٕ گوٚو بخارا ہُک بادشاہ نواح بن منصورأ کِس مُشکل بیمارِ منٛز مُبتلا۔ علاج باپتھ آیہِ طبیبن ہٕنٛز اکھ مجلس بناونہٕ۔ یتھ منٛز ابن سیناتہٕ آو شأمِل کرنہٕ۔ اَمہِ وِزِ اوس ابنِ سینا شُراہ وُہُر۔ نواح بن منصور گوٚو علاج گرِتھ صحت یاب۔ یمن طبیبن آو بادشاہ سٕندِ طرفہٕ انعام دِنہٕ۔

ابنِ سینا ہس آو شأہی کُتب خانس منٛز موجود کتابہٕ پرنٕک اجازت دِنہٕ۔ اتھ تُل ابنِ سینا ہن سبٹھاہ فأیدٕ تہٕ دون وُرِیَن منٛز پرِ أمۍ واریاہ کتابہٕ۔ ارداہ (۱۸) وُرِشہٕ وأنسہِ منٛز گنیہٕ یہٕ أمِس کتاب لیکھنٛچ ماے تہٕ ''الحاصل والمحصول'' اُس أمۍ سٕنٛز گوڈنٛچ کتاب۔ یتھ وُہ (۲۰) جِلد أسۍ۔

ابن ابی اصیبعیہ (جالینوس) چھُ لیکھان زِ ابن سینا اوس پرٕتھ دۄہ الہ پلہٕ پنٛژاہ (۵۰) صفہٕ کتابہٕ باپتھ لیکھان۔

اَمہِ پتہٕ لیچھ ابنِ سینا ہن اکھ لازوال تہٕ عالمی سوٚتھرِ کہِ شُہرتچ کتاب ''القانون''۔ اتھ أسۍ ژوداہ (۱۴) جِلد۔ یہ چھےٚ عِلمِ طِبس پیٹھ تمہِ دورِچ عظیم ترین کتاب۔ سدأہمہِ (۱۷) صدی منٛز آیہِ یہِ کتاب یورپس منٛز طِب چھِن درسی کتابن (نصابس) منٛز شأمِل کرنہٕ۔

ابنِ سیناسٕنٛز شُہرہ آفاق کتابن منٛز چھےٚ بیٚیہ کینہہ کتابہٕ قأبلِ ذِکر:

(۱)......الشفاء (ارداہ جِلد) (۲)......رسالته الادویه القلبیه

بخارا علاوٕ اوس ابن سینا وسطی ایشیا (خراساں) کیٚن شہرن ہُنٛد دورٕ تہٕ کران۔ خاص پأٹھۍ طوٗس، شقان، سمنیقان، جاجرم تہٕ جرجان۔ امہِ پتہٕ گوٚو ابن سینا ایران کِس ''رے'' شہرس منٛز یتہٕ تٔمۍ سلطان مجد الدولہ ہس علاج کوٚر۔ یُس صحت یاب گوٚو۔ امیر شمس الدولہ تہٕ گوٚو ابن سینا سٕندِ علاجہٕ سٟتۍ صحت یاب۔

ایرانس منٛز بے حد شُہرت میلتھ آو ابن سینا اَتہِ کِس حکومتس منٛز بحیثیتِ وزیر مقرر کرنہٕ۔ مگر کینہہ کال گژھتھ ترٛووأمۍ یہِ عُہدٕ تہٕ ہیوٚژن کتابہٕ لیکھنہٕ۔ ''الحیوان'' تہٕ ''النبات'' کتابہٕ کرٕ أمۍ أتھۍ دورس منٛز شایع۔

ابن سینا اوس اکھ ہمہ جہت طبیب۔ یہِ اوس جِسمہٕ کیٚن تمام نظامن تہٕ تانن تشخیص تہٕ علاج ہیکان کٔرِتھ۔ نبض وُچھتھ بیمارِ ہُنٛد تشخیص کرُن اوس أمۍ سُنٛد اکھ خاص فن (Skill)۔

قارورہ بینی (شیٖشس منٛز پیشاب وُچھتھ بیمارِ ہُنٛد تشخیص کرُن) منٛز اُس ابنِ سینا ہس غأر معمولی مہارت۔ بیمارن ہٕنٛز

تشخیصہٕ (قارورہ بینی ہنٛدٕ ذریعہٕ) باپتھ اُسی اُمی کینٛہہ شرط بناوی ٲسۍ ، ییم اُمی ''القانون'' کتابہٕ منٛز شایع اُسی کٔری ٲسۍ ۔

نفسیٲتی بیمارہن ، مراق (Hypochondria) یعنے جنون تہٕ مالی خولیا (پاگن پن) تہٕ دِلہٕ چِن بیمارہن ہُنٛد علاج دَوہو ستی کرنٕک نظریہٕ تہٕ دِیُت ابن سینا ہن ۔ امراض قلب (دِلکۍ دٲدۍ) باپتھ بنوو اِبنِ سینا ہن ۶۳ ر جڑی بوٹی رلاٲوِتھ اکھ مُرکب (دوا) یُس یِژھن بیمارہن ہنٛدِ علاج خاطرٕ فٲیِد اوس واتناوان ۔ اَمہٕ دَوٕک تاثیر اوس خوٗنٕک زیادٕ زیادٕ دباو (Hypertension) ، دِلہٕ چہٕ حرکژ منٛز بے قاعدگی (Arrhythmias) تہٕ خوٗنس منٛز کولیسٹرال (Cholesterol) بیمارہن ہنٛدِس علاجس منٛز نوٗن تہٕ مُجرب (آزموومُت) ۔

ابن سینا اوس نہٕ تشخیص تہٕ علاج کرنس تانۍ پنٕنۍ مہارت محدود تھاٲوِتھ ، بلکہٕ انسان سنٛدِ صحت منٛد آسنٕک اکھ جامع تہٕ کاٲمل نظریہٕ (Total Health) تھاوان ۔ اَمہٕ نظریہٕ مطابق ہیکہٕ انسان (جسمہٕ چہٕ بناوٹ کِنۍ) ۱۲۰ ؤری زِندٕ روٗزِتھ ہرگاہ سُہ پنٕنۍ طرزِ زندگی (Life Style) قدرتی تقاضن ستی ہم آہنگ (ہشر) تھاوِ ۔ حفظانِ صحتکۍ اصول عَملہٕ منٛز اَنہِ ۔ کینٛژن کتھن پٮ۪ٹھ خاص توجہ دِیُن :

☆......آب وہوا

☆......مختلف موسمن منٛز طرزِ زندگی ہُنٛد خیال

☆......تھزرس تہٕ سنٛزرس منٛز روزن والین ہنٛز زندگی ہُنٛد سفر (High & Low Altitude)

☆......آبشارن ہُنٛد آب استعمال کرُن

☆......آب کاڈِتھ چوٗن ۔ سُہ آب یتھ منٛز آیرن (Iron) آسہٕ استعمال کرُن

☆......بوچھ لگِتھ کھٮ۪ن چھٮ۪ن کھیوٗن ۔ اَمہٕ پتہٕ پکُن تہٕ ستی نہٕ شوٗنگُن تہٕ ڈٕچھنہٕ لرِ شوٗنگُن ۔

ابنِ سینا اوس دَوہو علاوٕ روٗحٲنی طریقہٕ تہٕ علاج باپتھ بیمارن تجویز کران ۔ تم زخم ییمن نہٕ دَوہو ستی علاج کرُن ممکن چھُ ، ہیکن زالنہٕ (Cauterization) ستی ٹھیک کرنہٕ یتھ ۔

دَوا تہٕ دَوہن ہنٛز خصوصیات ، استعمال تہٕ جایزٕ وِزژھنو سبٹھاہ رٕتی پاٹھۍ ابن سینا ہن '' قرابادین (Materia Medica) کتابہٕ منٛز ۔ اتھ منٛز چھُ ۷۶۰ ر دَوہن ہُنٛد تذکرٕ ۔ دَوہن ہُنٛد تاثیر مقرر کرنہٕ باپتھ کوٚر ابنِ سینا ہن استقراری منطقُک (Inductive logic) طریقہٕ استعمال ۔

مغربی مورخ جارج سارٹن چھُ لیکھان زِ:

''ابن سینا چُھ تمام نسل، تمام مقامات تہٕ تمام زمانن منز ساریوٕے کھوتہٕ مشہوٗر سائنسدان تہٕ قرونِ وسطیٰ
ہُنک معراج''

ابن سینا گوٚو ۹۸۰ ہمدان شہرس منز وفات۔ مرنہٕ پتہٕ تہٕ روٗد شِہن (٦) صدی ین ابن سیناسٕنزن تصنیفن ہُند اثر پوٗر دُنیاہس پیٹھ۔ اسلامی مُلکو علاوٕ روٗد ابن سینا سُند یورپ کِہن طبیبن پیٹھ واریاہ اثر تہٕ تموگر ابن سیناسٕنز تقلید (پیروی)۔ سُہ طبیب اوس یِوان قابل مانِنہٕ یُس ابن سینا سُند پیروکار (Follower) آسہِ ہا۔




ابن سینا، کلیاتِ قانون۔ترجمہ خواجہ رضوان احمد۔آفتاب عالم پریس لاہور

ابن سینا۔کتاب الادویہ القلبیہ ،ترمہ حکیم عبدالطیف، ایران سوسائٹی، کلکتہ۔۱۹۵۶ء

احمد خواجہ جمیل، مشہور مسلمان سائنسدان۔اردو اکیڈیمی سندھ، کراچی۔۱۹۶۷ء

انسٹی چیوٹ آف ہسٹری آف میڈیسن اینڈ میڈیکل ریسرچ دہلی۔نظریات و فلسفہ طب، دہلی۔۱۹۶۲ء

جارج سارٹن، مقدمہ تاریخ سائینس۔ترجمہ سینٔر نیازی۔مجلس ترقی ادب لاہور۔۱۹۶۸ء

سید حسین نصر۔اسلام میں سائنس اور تہذیب، ہمدرد فائنڈیشن پریس کراچی۔۱۹۸۸ء

ابن ابی صیبعیہ۔طبقات الاطبا اَول۔کونسل آف ریسرچ اِن یونانی میڈیسن، حکومتِ ہند دہلی۔۱۹۹۰ء

حفیظ الرحمان صدیقی۔دنیائے اسلام میں سائنس وطب کا عروج۔اریب پبلی کیشنز، دہلی۔۲۰۱۴ء

نگاہ بُلند، سخنِ دِلنواز، جان پُر سوز
یہی ہے رختِ سفر میرِ کارواں کے لئے

# عظیم فلسفی تہٕ سیأسی شخصیات

# ارسطو (Aristotle)

ارسطواوس قدیم (پرٛانہِ) زمانُک اکھ عظیم فلسفی تہٕ سائنسدان۔ أمی تر اُو بُنیاد علم استدلال تہٕ منطق، دلائیل، ثبوت تہٕ منطقی بحث۔ أمی پھاپنہِ لوو فلسفہٕ کہِ عِلمُک ہر کانہہ شاخ تہٕ شعبہٕ تہٕ سائنس ہِکس شعبس منز تہٕ چھُ أمی سُند واریاہ دیُت۔

أمی سُند خاص دیُت چھُ عقلی جواز، منطقی بُنیاد، عقلیت پسندی تہٕ معقول سوچ تہٕ اپروچ (طریقۂ کار)۔ ارسطو سٕندین مقالن منز چھُ اکھ سہ ذہنی رٔ ویہِ، طرزِ عمل، طرزِ فکر تہٕ رجحان (Attitude) ٹاکارٕ نظرِ گژھان۔ یتھ منز یہِ صاف لفظن منز ییمہِ کتھِ ہُند اظہار چھُ کران زِ انسان سٕنزِ زندگی تہٕ ساجُک پرٛتھ کانہہ پہلوٗ چھُ تفصیلی جانٛچ تہٕ تحلیلِ نفسی مَنگان۔

انسانس خأطرٕ چھُ اہم زِ سہ کرِ دُنیاہ ہِکس ہر کُنہِ چیزس یا عملہِ ہُند باقأعدٕ تہٕ باضأبطہٕ تحقیقات (Systemic Inquiry) یُتھ سہ اکھ مُشاہدٕ تہٕ عملی تجرُبس (Empirical) پیٹھ مبنی تہٕ استدلال، عقل، فہم (Reasoning) نظرِ تل تھأوِتھ کانہہ نتیجہ کڈِتھ ہیکِہ (Conclusion)۔ ارسطو سُند یہِ ذہنی رٔ ویہِ (Attitude) گوٚ و مغربی مُلکن منز ہر دِلعزیز تہٕ اَتہِ ہِکس تہذیبس (Civilization) پیٹھ ترٛ وُون کأفی اثر۔

ارسطو زاو ۳۸۴ ق م تولیس ناوٕچ بندرگاہ Stagira (یونانی کالونی شاگیرا) قصبس منز، یُس Macedonia (مقدونیہ) منز واقعہ چھُ۔ ارسطو سُند مول اوس اکھ مشہوٗر طبیب (Physician)۔ سداہ (۱۷) ؤہُر گوٚ و ارسطو ایتھنز (Athens) تہٕ افلاطوٗن اکیڈمی (Academy of Ploto) منز نیٚوٗن دأخلہٕ۔ اَتہِ روٗ دُسہ وُہن (۲۰) ؤرِیَن۔ مأسِلس نش ہیوٚچھ ارسطوہن طبی سائنس تہٕ افلاطوٗنس نش فلسفیانہٕ، حکیمانہٕ، عأٖلمانہٕ، مزاجس تہٕ قیاس آرأیی پیٹھ مبنی نظریہِ (Philosophical Speculation)۔

۳۴۲ ق م آو ارسطو مقدونیہ (Macedonia) واپس تہٕ بادشاہ سٕندِس اولادس پرناونہٕ خأطرٕ آو یہِ اُستاد مقرر کرنہٕ۔ بادشاہ سُند یہِ اولاد اوس ۱۳ ؤہُر۔ تہٕ بوٚڈ گژھِتھ بنیٚو یہِ لڑکہِ سِکندرِ اعظم (Alexander the Great)۔

ییلہِ سِکندرِ اعظم تختس پیٹھ بیوٚٹھ، ارسطو گوٚ و واپس اتھنز (Athens) تہٕ تتہِ کوٚرُن پنُن سکوٗل قأیم (The Lyceum)۔ اَتہِ روٗ دیہِ باہن (۱۲) ؤرِیَن۔ سِکندرن کوٚر ارسطوہَس واریاہ مأٖلی امداد، یُتھ سہ ریسرچ (تحقیق) ہیکِہ آسأنی سان انجام دِتھ۔ اتھنز منز ہیوٚت لُکو ارسطوہس پیٹھ سِکندرس سٟتی قریب تعلُقات آسنہٕ ہِنٛز شک کرُن۔

ییلہِ سِکندر ۳۲۳ ق م منز وفات گو و، اتھنز منز گو ومقدونیہٕ ہس خلاف اکھ ٹولہٕ (Anti Macedonian Group) مضبوط تہٕ اقتدار رٹھ۔ اُتھی دوران آو ارسطو غیر صالح (Impiety) آسنہٕ کِس شکس پیٹھ مُجرم قرار دِنہٕ۔ سقراطس ستی ۶۷ ؤری بڑ وٹھ کرنہٕ آمُت سلوٗک نظرِ تل تھاوِتھ ژٕل ارسطو اتھنز منزٕ، تہٕ اِرادٕ کوٚر رُکھ زِ تِم دِن نہٕ اَتہِ کینٛہہ لُکن فلسفین خلاف گوناہ کرنُک کانٛہہ موقعہٕ۔ جلا وطنی ہنٛدِس حالتس منز گو وارسطو ۳۲۲ ق م وفات۔ امہٕ وِزِ اوس یہٕ ۶۳ وُہر۔

ارسطو چھُ ۴۰۰ کتابن ہُنٛد مصنف۔ ارسطو سٕنز علمی فضیلت، وسیع مطالعہ ہس پیٹھ مبنی تصنیفہٕ چھےٚ حیران کُن تہٕ قابلِ رشک۔ ارسطو سٕنز سائنسی تصانیف چھےٚ ہمہ گیر معلوماتن ہُنٛد مجموعہٕ (Virtual Encyclopedia)۔ اُمی لیٚؤکھ مُدلل تہٕ مُفصّل طریقس منز فِزیالوجی (Physiology)، اینا ٹومی (Anatomy)، زولوجی (Zoology)، فِزِکس (Physics)، جیالوجی (Geology)، جغرافیہ (Geography)، ایمبر یالوجی (Embryalogy) تہٕ اجرام فلکی ہُنٛد عِلم (Astronomy) تہٕ باقے موضوعاتن پیٹھ تہٕ وار یاہ کتابہٕ دِژن قدیم یوٗنانکین لُکن۔

سائنس کین مختلف مضامینن پیٹھ سبٹھاہ دسترس (Expertise) آسُن چھُنہٕ آسان (سہل)۔ ارسطو سٕنز علمی صلاحیت ہیٚکہٕ نہٕ بیٚیہ کانٛسہِ انسانس منز اُستھ۔

فلسفس (Philosophy) پیٹھ لیٚؤکھ ارسطو ہَن تخلیقی تہٕ نوایجاد مضامین تہٕ کتابہٕ۔ ارسطو اوس صفِ اولُک اکھ عظیم فلسفہٕ دان۔ اُمی سٕنزٕ تصانیف چھےٚ سبٹھےٚ مُشکل موضوعن پیٹھ لکھنہٕ آمژٕ۔ Theology، Economics، Metaphysics، Politics، Aesthetics، Education، شاعری تہٕ اتھنز ہُنٛد اُئین۔ Theory of Logic (منطق تہٕ امیُک علمی تہٕ سائنسی نظریہ) چھےٚ ارسطو سٕنز عظیم کام تہٕ یہ چھُ امیُک بانی مانہٕ یوان۔

ارسطو سٕنز علمی بصارت، ذہانت، تحقیقس پیٹھ مبنی سوچ تہٕ Originality چھِ اُمی سٕنزن تصانیفن ہٕنز زینت۔

ارسطو اوس اکھ خوش اسلوب تہٕ شائستہ نوجوان۔ خوش اطوار، خوش لباس، باوقار، نرم گفتار، حلیم تہٕ اخلاقی معیارُک نمونہٕ۔ ارسطو اوس علمُک سمندر۔ سیاست، شاعری، ڈرامہ، طِب، نفسیات، تاریخ، منطق، فلکیات، طبعیات، اخلاقیات، فطری تاریخ، ریاضی، خطابت تہٕ حیاتیات بیترٕ آسی اُمی سٕنٛدی کینٛہہ خاص موضوع۔

ارسطو اوس نہٕ محض اکھ محقق، بلکہٕ اکھ ذہین استاد تہٕ۔ اُمی سٕنٛدِس قیاسی فلسفس کُن رجوع کرِتھ چھُ انسان پانس زیادٕ آفاقی سطحس پیٹھ لبان۔ اُمی سٕنٛدی ترٛے خاص موضوعات آسی خدا، ریاست تہٕ انسان۔ یِمن ترٛین موضوعن پیٹھ لیچھِ اُمی ترٛے کتابہٕ''

**Britannica Classics:** Aristotle on the good life Philosopher and educator Mortimer Adler discussing Aristotle's writings on ethics, considering the philosophical question of "what makes a human life good—what makes it worth living and what we must do, not merely to live, but to live well." This video is a 1963 production of Encyclopædia Britannica Educational Corporation.





Aristotle: Lived 384 – 322 BC

مابعد الطبعیات، سیاسیات تہٕ اخلاقیات''۔

آمریت، بادشاہت، امراءشاہی تہٕ جمہویت ہوٚن موضوعن پیٹھ تجزیہ کٔرتھ اکھ اکھ کتھ وۄنۍ ژھنأوِمٕژ۔ أمۍ سُند وَنُن چھُ زِ حکومتُک مقصد چھُ عوامٕچ فلاح تہٕ بہبوٗد یقینی بناوُن۔ یتھ پأٹھۍ چھےٚ سیاست، اخلاقیاتس منٛز تبدیل گژھان۔

ارسطو چھُ اکھ رُت نظریہ پیش کران زِ منٛزِم وَتھ (درمیانی راہ) اپنأوِتھ ہیٚکہِ انسان خوش روٗزِتھ۔ خوشی چھےٚ رٔژ کامہِ کرنس پیٹھ منحصر، مگر مکمل خوشی چھےٚ تس میلان یُس نہٕ فقط کُنہِ خاص وقتہٕ خأطرٕ نیک کامہِ کرنہٕ باپتھ عمل چھُ کران بلکہِ تمام عمرِ چھُ نیکی ہنٛدی تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔

گوڈٕ گوڈٕ دیُت أمۍ غلأمی (Slavery) ہُنٛد یہِ زأنتھ ساتھ زِ یہِ چھُ قونونِ قدرت (Natural Law)۔ مگر مرنہٕ برٛونٛٹھ چھُ أمۍ پننِس وصیتس منٛز غلامن ہنٛزِ آزأدی ہنٛز حمایت کٔرمٕژ۔ ارسطو اوس زنانن ہنٛز فطری کمتری ( natural inferiority) منٛز یقین تھاوان۔ أمۍ سُند قول چھُ زِ غریبی چھےٚ انقلاب تہٕ جُرمُک جڑ۔( Poverty is the parent of Revolution and Crime)

ارسطو اوس حیاتیات، سیاسیات، اخلاقیات تہٕ الٰہیات کِہن عِلمن ہُنٛد مأہر۔ ۳۴۷ ق م ییٚلہِ افلاطوٗن سُند باپتھر سپیوسپس (Speusippus) اکادمی ہُنٛد سربراہ بنیوٚو، ارسطو دۄاوالگ تہٕ پننِس ہم جماعت زینوکریٹس ہیتھ گوٚو اٹارنیس کِس حکمران ہرمیاس ہنٛدِس دربارس منٛز۔ تٔتۍ ہوٚن ؤرِیَن روٗد اَتہِ۔ یتھ دوران أمۍ ہرمیاس (Harmeias) ہنٛزِ باوزِ پتھیاس (Pythias) سٟتۍ خاندر کوٚر۔ دوٚیِم خاندر کوٚر أمۍ ہرپائلیس (Harpyllas) سٟتۍ، یمِس سٟتۍ أمِس نِچُو نیکومیکس زاو۔ ہرمیاس کوٚ حکمرانو ییٚلہِ ایرانس سٟتۍ بغاوت کٔر، ارسطو گوٚو مائیٹالیس تہٕ تتہٕ روٗد وارِیاہن ؤرِیَن۔

علامہ اقبالؒ چھُ ارسطوٕ ہنٛدِس نظریہ تہٕ فلسفس پیٹھ تنقید کران ونان:

> ''ایک ایسے انا کے لئے جو سرتاسر خلاق ہے، تغیر کے معنی نقص کے نہیں ہو سکتے، اس کاملیت کے فہم میں یہ کہاں لازم آتا ہے کہ ہم اسے میکانیاتی قسم کی عدم حرکت سے ہی تعبیر کریں جیسا کہ ارسطو کے زیرِ اثر شاید ابن حزم کا خیال تھا۔
>
> عالمِ اسلام میں نظریہ جواہر کا نشو ونما فلسفۂ اسلام کی تاریخ کا ایک بڑا دلچسپ باب ہے، جسے گویا ارسطو کے اس نظریے کے خلاف کہ کائنات ایک ساکن وجود ہے، مسلمانوں کی ذہنی بغاوت کا پہلا اہم مظہر تصور کرنا چاہیئے۔
>
> قرآن مجید کا نقطۂ نظر بحیثیتِ مجموعی یونانیات کے منافی ہے اور اس لئے ہم کہہ سکتے ہیں کہ اشاعرہ حقیقتِ مطلقہ یا قدرتِ مطلقہ کی بنا پر فی الواقع اس امر کی کوشش کی کہ تخلیق عالم کا ایک نظریہ قائم کریں جو انہی خامیوں کے باوجود ارسطو کے اس تصور کی نسبت کہ کائنات ایک ساکن وجود ہے،

قرآن مجید کے نقطۂ نظر کی زیادہ صحت کے ساتھ ترجمانی کرے۔

اس امر کا احساس کہ زمانہ ایک حقیقت ہے، لہذا زندگی کا یہ تصور کہ وہ عبارت ہے ایک مسلسل اور مستقل حرکت سے، زمانے کا یہی تصور ہے جو ابنِ خلدون کے نظریۂ تاریخ میں ہماری دلچسپی کا خاص مرکز بن جاتا ہے اور اسی سے فلنٹ بجا طور پر اس کی تعریف میں رطب اللسان ہے وہ کہتا ہے کہ افلاطون ہو یا ارسطو یا آگسٹائن، ان میں کوئی بھی اس قابل نہیں کہ اس کی ہمسری کر سکے۔

علامہ اقبالن چُھ پننہِ "گلشن رازِ جدید" کتابہِ منز ارسطوہِندِس سکونی نظریہ ہس پیٹھ شعرن منز تنقید کرمژ:

زمانے با ارسطو آشنا باش
دمے باساز بیکن ہم نوا باش
ولیکن از مقام شاں گزر کن
مشو گم اندریں منزل سفر کن
باں عقلے کہ داند بیش و کم را
شناسد اندروں کان ویم را
جہانِ چند و چوں زیرِ نگین کن
بگردوں ماہ و پرویں را کمیں کن
ولیکن حکمتِ دیگر بیاموز
رہاں خودرا ازیں سکر شب و روز
مقامِ تو بروں از روزگار است
طلب کن آں یمیں کو بے یسار است



☆☆

---

اقبال، The reconstruction of Religious Thought in Islam، اقبال اکادمی پاکستان لاہور، ۱۹۸۹ء

اقبال، تجدیدِ فکریاتِ اسلام ترجمہ خطبات) ڈاکٹر وحید عشرت، اقبال اکادمی پاکستان لاہور، ۲۰۰۲ء، ص: ۱۷

اقبال، تشکیل جدید الٰہیات اسلامیہ (ترجمہ خطبات) سید نذیر نیازی، بزم اقبال لاہور

# سِکندرِ اعظم (Alexander the Great)

سِکندر اوس قدیم زمانُک (دُنیٖہُک) اکھ عظیم، باشرف مشہور تہٕ معروف فاتح تہٕ حکمران۔ مقدونیہ مُلکُک دارالخلافہٕ پیلا (Pella) شہرس منز زاویہِ ۳۵۶ ق م۔ اُمی سُند مول فِلپ دوم (King Phillip 2nd) اوس اکھ بے مثال صلاحیت تھاون وول تہٕ دوٗر اندیش بادشاہ۔ فِلپ دوم ہن دیُت زیادٕ توجہ فوجس پیٹھ تہٕ تم بنٲوِن سٮ۪ٹھاہ بہادر تہٕ لڑن وٲلی فوجی۔ گوڑ گوڑ کٔری اُمی یم فوجی یوٗنانس (Greece) خلاف استعمال تہٕ اتھ پیٹھ کوٚر ن قبضہٕ۔ فِلپ اوس ۳۶ وُہر تہٕ سُہ آو قتل کرنہٕ۔ امہِ وِزِ اوس سکندر وُہ (۲۰) وُہر۔ سِکندر بیوٗٹھ تختس پیٹھ تہٕ بادشاہت کٔرن قبوٗل۔ سکندر اوس فوجی صلاحیتن ہُند مالِک۔

سِکندر اوس ارسطوسُند شاگرد تہٕ تِمس نِش ہیوٚچھ اُمی فلسفہٕ، سیاست تہٕ سائنس۔ فِلپ سِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ کٔر یوٗنان کیو لُکو بغاوت تہٕ سِکندرن دبٲو سہ تہٕ تم کٔرن پسپا۔

سِکندرن ہیوٚت وُنی Persia (فارس) پیٹھ توجہ دِیُن۔ یہِ اوس اکھ وسیع علاقہٕ بحیرہ روم (یورپ، شمٲلی افریقہ، جنوب مغربی ایشیا) Mediterranean پیٹھ ہندوستان (India) تام پھٔہلِتھ۔ اتھ زمانس منز اوس یہ دُنیٖہُک امیرترین تہٕ طاقتہٕ وول علاقہٕ۔

سِکندرن کوٚر فارس (Persian Empire) پیٹھ حملہٕ ۳۳۴ ق م منز۔ سِکندرس اُسی پانس سٟتی امہِ وِزِ پٲنٛژتریٛہ (۳۵۰۰۰) ساس فوجی یُس Persian Empire (فارس) مقابلہٕ وار یاہ کم تعداد اوس۔ بہرحال سِکندرن دِژ تِہنٛدِس فوجس شِکست تہٕ فتح تہٕ کامیابی ہُند جھنڈٕ لہروٗن۔ اَمہِ فتحہٕ ہٕک (کامیابی) ہُند راز چھُ زِ سِکندر سُند فوج اوس بہادُر تہٕ صلاحیت وٲلی۔

سِکندر اوس پانہٕ اکھ انتہائی ذہین فوجی جنرل، دُنیٖہُک عظیم ترین کمانڈر۔ یہِ اوس پانہٕ جنگس منز فوجس رہنمائی تہٕ رہبری کران۔

سِکندرن کوٚر اکھ اکھ مُلک فتح۔ ایشیا صغیر (Asia Minor)، شام، لبنان، ٹائر (Tyre)، غازہ (Gaza)، مصر تہٕ ایران۔ اربیلا (Arbela) ہٕک جنگ آو ۳۳۱ ق م لڑنہٕ تہٕ سُہ اوس فٲصلہٕ کرن وول تہٕ حتمی۔ یتھ منز دُشمن سُند فوج پسپا گوٚو۔ امہِ پتہٕ گوٚو سِکندر مرکزی ایشیا (Central Asia) فتح کرنہٕ۔

سِکندرن کوٚر ربٮ۪یہٕ پنُن فوج تشکیل تہٕ منظّم۔ افغانستان فتح کٔرِتھ کوٚر اُمی ہندوستانُک روخ۔ مغربی ہندوستانُک حِصہٕ فتح کٔرِتھ گیہِ سِکندر تہٕ اُمی سُند فوج واپس فارس۔ تِکیازِ فوجس اُس تھکاوٹ محسوٗس گژھان۔ ہندوستانس منز دِیُت سِکندرن پورس

شِکست۔

فارس علاقہٕ یوٗنانس ستی رلاوِتھ اکھ مشترکہ تہٕ متحد سلطنت بناونہٕ باپتھ کٔری سِکندرن فارٕسکی کینٛہہ لُکھ پننِس فوجس منٛز تعینات۔ سِکندرن یوٗ ژھ زِ فارٕسکی لُکھ گژھن، یوٗنان تہٕ مقدونیہ کین لُکن برابر شریک (Equal Partners) گژھتھ اکھ مشترکہ تہذیب اپناوٕنی۔ تہٕ سِکندرروٗد پانہٕ اَمہِ سلطنتُک بادشاہ۔ اتھ تأریخی واقعہٕ ہس آو Marriage of East & West (مشرق تہٕ مغربُک مِلن) ناودِنہٕ۔ ساسہٕ بدٕ مقدونیہ کو فوٗجیو کوٚر ایشیاچین زنانن ستی کھانٛدر۔

سِکندرن کوٚر عرب ممالک تہٕ روٗم فتح کرنُک اِرادٕ۔ جون ۳۲۳ ق م گوٚو سِکندر Babylon (عراقس نزدیک قدیم شہر تہٕ دار الخلافہٕ) وأتِتھ بیمار۔ تہٕ داہ دوہ گژھتھ گوٚو ییٚمہِ عالمہٕ۔ امہِ وِزِ اوٗس سِکندرس عُمر ۳۳ ؤری۔ وَننہٕ چُھ یوان زِ ہرگاہ سِکندر زِندٕ روزِہا، ہٕہ کرِہا سورُے دُنیا فتح تہٕ یورپُک نقشہِ آسہِ ہا ازبلکل مختلف۔ تأریخس منٛز چُھ سِکندر بہرحال اکھ سنسنی خیز انسأنی مثال تہٕ أمی سُنٛد سفرِ حیات تہٕ پیشہٕ روٗد ہمیشہٕ لُکن منٛز پُرکشش۔

سِکندرس اوس اکھ اعلیٰ نصب العین زِ ہٕ گژھِ بنُن دُنی ہِہُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ کامیاب فوجی کمانڈر، ییٚمی سٕنٛز جنگی صلاحیت تہٕ کامیأبی پرٛتھ دورس منٛز لُکھ یاد کرن۔ اتھ مقصدس منٛز گوٚو سِکندر کامیاب۔

کہن (۱۱) ؤریَن ییم تہٕ جنگ أمی لٔڑ، سأری زیٚنن (اکھ تہٕ ہورُن نہٕ)۔ جنگس منٛز قأبلیت تہٕ ہمّت ستی استعمال کرٕنی اوس أمی سٕنٛز کامیأبی ہُنٛد راز۔ سِکندر اوس پُرٛی پأٹھی عظیم ترین تہٕ اہم ترین فوجی جنرل۔

سِکندر اوس ارسطو سُنٛد شاگرد تہٕ تِس نِش اوس کأفی عِلم ہیوٚچھمُت۔ اکھ دأنشور آسنہٕ کِنی تہٕ اوس سِکندر صاحبِ بصیرت۔ یونان تہٕ مشرقی وسطیٰ دون تہذیبن ہُنٛد میٚل تہٕ دوشوٕنی تہذیبن ہنٛز نشونما چھ باعثِ فخر تہٕ امیُک اعزاز چُھ سِکندرس حأصل۔

سِکندرن کٔری کہن (۱۱) ؤریَن منٛز ۲۰ نٔوی شہر دریافت تہٕ آباد۔ یمن منٛز مِصرُک شہر Alexandaria (اِسکندریہ) قأبلِ ذِکر چُھ۔ یہِ شہر بنیو عِلم تہٕ تہذیبُک اکھ مشہوٗر عالمی سُتھرٕ یُک مرکز۔ افغانستانس منٛز ہیراٹ (Herat) تہٕ قندہار شہر تہٕ کٔری سِکندرنے آباد۔

سِکندرن واتنوو یوٗنانُک اثر (تہذیب تہٕ عِلم) مرکزی ایشیا (Central Asia) تہٕ ہندوستان۔

نگاہ بلند، جانِ پُرسوز، سخنِ دلنواز
یہی ہے رختِ سفر میر کارواں کے لئے




Alexander the Great's conquests freed the West from the Persian rule and spread Greek civilization and culture into Asia and Egypt. His vast empire stretched east into India.



Alexander the Great, portrait head on a coin of Lysimachus (355–281 BCE); in the British Museum.





Alexander the Great - Rise to Power; Creating the Legend

# مارٹن لوتھر کِنگ جوٗنیئر (Martin Luther King Jr.)

مارٹن لوتھر کِنگ جوٗنیئر زاو ۱۹۲۹ء یس منز ایٹلانٹا (جارجیا) امریکہ ہس منز۔ مائلس اوسُس ناو مارٹن لوتھر کِنگ سنیر، یُس ایٹلانٹا گرجا گرُک پادری (Pastor) اوس۔

کِنگ جوٗنیئرن گر پنداہ (۱۵) ؤری وٲنسہِ منز مورہاؤس کالجس (Morehouse College) منز سوشیالوجی (Sociology) منز گریجویشن۔ اتھ دورس منز اوس نسلی امتیاز (Racism) عرو۪ج یس پتھ تہٕ سیاہ فام بچن باپتھ اسی الگ اسکوٗل تہٕ مارٹن لوٗتھرتہٕ اوس الگ سکوٗلک شاگرد۔ اتھی کالجس منز ہیوٚچ کِنگ جوٗنیئرن بحث ومباحثک (Debate) فن۔

۱۹۵۱ء یس منز میوٗل امس Crozer Theological Seminary پینسلوینیا (Pennsylvania) ریاستس منز داخلہٕ۔ کالجس منز آے امی ہنزن عوامس برٛونٹھہ کنہِ تقریر کرنہٕ چہِ صلاحیتن (Public Speaking) داد دِنہٕ۔ ۱۹۵۵ء یس منز آیہِ امس دِینی عِلم (Theology) منز ڈاکٹریٹ ڈگری عطا کرنہٕ۔

امریکہ ہس منز گے نسلی امتیازس خلاف اکھ پُر زور تحریک ابراہم لنکن ہندِس دورِ حکوٗمتس منز شروع۔ یہِ زبردست تہٕ پُر اثر تحریک چلاو کِنگ جونیئرن۔ یہِ اوس پانہٕ مسیحی کلسیا کہِ عبادت گزار عملُک فرد (Clergyman)۔ منظّم تہٕ پُرامن طریقس منز لو ڈامی تتھ سماجی نظریہِ ہس خلاف، یتھ منز نسلی امتیاز تہٕ نابرابری ٹاکارٕ تہٕ عام اس۔

کِنگ جوٗنیئر اوس اکھ شعلہٕ بیان مُقرر، یُس پننہِ خداداد صلاحیتوٚ ستی لکن مسحوٗر اوس کران۔ امی ہندٕن تقریرن ہُند چرچہ گوٚو سارِسے امریکہ ہس منز مشہوٗر تہٕ سفید فام لُکن ہنٛدٕن دِلن منز گوٚو رُن اثر پاد۔ سفید فام لُکن آو سمجھ زِ امریکہ ہس منز چُھ تعصب تہٕ جانبداری (Prejudice) ختم کرُن ضروری۔

امریکہ ہس منز سیاسی تہٕ سماجی شہری حقوق (Civil Rights) تحریک چلاونس منز یُس کردار کِنگ جونیئرن ادا کوٚر، سُہ چُھ بے مثال تہٕ عظیم ترین۔

کِنگ جونیئر سُند فلسفہٕ اوس ز، ساری انسان چھِ پیدائشی طور برابر (All men are created equal)۔ یہِ اصول نظرِ تل تھاوِتھ یوٚژھ امی انصاف۔ شعور تہٕ خیالن ہنز پوٚختگی اس کِنگ جونیئر ہنزِ کامیابی ہُند راز۔ .Benjamin E. Mays (مورہاؤس کالجک صدر) سُند اثر اوس کِنگ جونیئر ہندٕن خیالن پیٹھ نظرِ گژھان۔

۱۹۵۳ء یس منز کوٚر رِکنگ جونئیرن الابامہ چہِ (Alabama) گلوکارہ Correta Scot ستیٚ کھاندر۔ ۱۹۵۴ء یس منز کوٚر رِکنگ جونئیرن الابامہ کہِ Montogomery رگرجا گرِچ پادری سُند عُہدٕ قبول۔ اَتھ دورس منز اَسی بسن (Buses) منز سپٹن ہنزٕ علٰحید گی ہُند رِواج۔ سیاہ فام اَسی پتہٕ مس سپٹس (Back Seat) پیٹھ بیہان تہٕ اگر کانٛہہ سفید فارم بسہٕ منز دٲخل گژھِ ہا، سیاہ فامس اَس یہِ سیٹ تہِ پیوان تراوٕنی۔ اتھ خلاف گےٚ اکھ تحریک شروع۔ Montgomery Improvement Association (MIA) ناوٕ چ یہِ تنظیم آیہِ بارسس۔ سفید فام لُکن آیہِ اپیل کرنہٕ زِ تِم کرن یہِ سمأجی نابرابری ختم کرنس منز مدد۔ کینٛژ وسفید فام لُکو کوٚر پُر تشدُد احتجاج، یتھ منز سیاہ فام لُکھ زخمی آے کرنہٕ تہٕ رِکنگ جونئیر ہٕنٛدِس گرس پیٹھ آو شدید حملہٕ کرنہٕ۔ اَمہِ واقعہٕ ستیٚ لٔج اتھ واریاہ میڈیا کوریج۔ یہِ مسلہٕ بنیو عالمی سوٚتھرِس پیٹھ توجہُک مرکز۔

۱۹۵۶ء یس منز کوٚر MIA تنظیمکی اٹارنی ینَ عدالتس منز بسن منز الگ الگ سیٹ تھاونس (Segragation of Seats) خلاف مُقدمہ دأیر۔ عدالتن دیُت MIA رکس حقس منز فٲصلہٕ تہٕ بسن منز یہِ علٰحید گی ختم کرنُک حُکم۔ مقأمی حکوٗمتن کوٚر اَتھ خلاف سُپریم کورٹس کُن رجوٗع۔ سُپریم کورٹن تھوو ہائی کورٹُک حُکم بحال۔ رِکنگ جونئیر بنیو مُلکی سطحس پیٹھ شہری حقوقن ہُند علم بردار۔ رِکنگ جونئیر اوس نااِنصأفی خلاف پوٗرٕ طاقتہٕ سان مقابلہٕ کران۔

۱۹۵۷ء یس منز آو رِکنگ جونئیر Southern Christian Leadership Conference (سیاہ فام گرجا گرن ہنٛز جماعت) باپتھ صدر منتخب کرنہٕ۔ اَمہِ تنظیمہِ ہُند مقصد اوس سیاہ فامن ستیٚ سپدن واجنیٚ سمأجی نابرابری خلاف آواز بُلند کرٕنی۔ جنوبی امریکہ ہس منز پیٚیہ حکوٗمتس سمأجی نابرابری ہٕنٛدی حقوق بدلاوٕنی۔

رِکنگ جونئیر ہٕنزٕ کامیأبی منز چھُ شمألی امریکہ کِہن کینٛژن امیرن ہُند اتھ تہِ، یمو اَمِس مأ لی مدد کٔرتھ سمأجی نابرابری تہٕ علٰحید گی خلاف حوصلہٕ دیُت۔

مئی ۱۹۶۳ء منز بیٛا رِ الابامہ (Alabama) شہرس منز واریاہ سیاہ فام لُکھ (یمن منز جوان تہٕ بچہ تہِ شأمل اَسی) احتجاج کرنہٕ باپتھ جمع گےٚ، پولیس آو حرکتس منز تہٕ کوٚر کھ احتجاج کرن والین خلاف تشدد۔ رِکنگ جونئیر آو گرفتار کرنہٕ۔ برمنگھم (Birmigham) جیلس منز روٗزِتھ لیچھ رِکنگ جونئیرن اکھ چِٹھی، یتھ منز تِمی لیوٚ کھ:

"پرٛتھ کانٛسہِ شہری یس چھُ اخلأقی حق زِ سُہ کرِ نہٕ تِمہٕ قونوٗنٕک احترام یُس نااِنصأفی پیٹھ ڈٔرِتھ آسہِ"۔

اَمی بنوو رِکنگ جونئیر اخلأقی رہنما (Moral Leader)۔ اَمہِ ستیٚ میوٗل رِکنگ جونئیرس امریکہ کِہن اکثر باشندن



Martin Luther King Jr



Growing up in Atlanta, Georgia, Martin Luther King Jr. entered public school at age 5. In May 1936 he was baptized, but the event made little impression on him.

(روزن والین) ہُنٛد مدد۔ یہِ بنیہ اکھ تحریک مُلکی سطحس پٮ۪ٹھ تہٕ علٲحید گی خلاف قونٔون بناونہٕ خٲطرٕ بنیہ اکھ ووتھ۔

۲۸ اگست ۱۹۶۳ء یس منز دیُت کِنگ جونیئرن اکھ کلیدی خطبہ۔ یتھ منز ژھ لچھ کھوتہٕ زیاد لُکھ جمع اُسی گمٕتی۔ اتھ خطبس اوس عنوان ''I Have a Dream''۔ یہِ خطبہ اوس سیٹھاہ دلچسپ تہٕ زورٕ وول زِ شہری حقوقن ہنٛز بحٲلی باپتھ آسہٕ نہٕ امریکہ کِس توٲرٕیخس منز ازتام کانٔسہِ یُتھ داد دِنہٕ آمُت۔ ''مےٚ چھِ اُمید زِ اکہِ دوہہ گژھِ امریکہ بیدار تہٕ صحیح طریقس منز اپناوِ اعتدال پسندی، مجموعی عقایدتہٕ آدابِ زندگی۔ اسہِ چھےٚ یمن پزرٕکین اصولن ہنٛز قدر کرٕنی۔ ''All men are created equal''۔ مےٚ چھِ اُمید زِ میٲنی اولاد بسن اُکس تِتھس مُلکس منز یتہِ تِم رنگ تہٕ نسل کِس بُنیادس پٮ۪ٹھ ییٚن نہٕ پرکھنہٕ بلکہ کردارٕ کِس بُنیادس پٮ۪ٹھ''۔

امہِ تقریرٕ ک (Speech) اثر اوس سیٹھاہ مضبوط تہٕ ۱۹۶۴ء یس منز آو شہری حقوقن ہُنٛد قونٔون (Civil Rights Act) بناونہٕ۔ امہِ قونٔونہٕ ستی گوٚو علٲحیدگی ہُنٛد دور ختم، تعلیم تہٕ نوکری ییٚن منز امتیاز تہٕ ناانسٲفی پٮ۪ٹھ آیہ پابندی لگاونہٕ۔

امہِ پتہٕ چلاو کِنگ جونیئرن سِیاہ فامن ووٹ ترٛاونٕک ہُچھ تحریک۔ آتھوارِ دوہہ دژٛ اوا کھ بٔڈ جلوٗس۔ یتھ پٮ۪ٹھ پولیسن تشدد کوٚر تہٕ وارِیاہ احتجاج کرن وٲلی گےٚ شدید زخمی۔ اتھ پیوٚ ناو ''Bloody Sunday''۔ امہِ پتہٕ دیُت ریاستی عدالتن فٲصلہ زِ پُرامن احتجاج کرن والین ستی گژھِ نہٕ پولیس کُنہِ قسمٕچ دخل اندٲزی کرٕنی۔ جلسہٕ آو دوٚیہ ہفتہٕ پتہٕ منعقد کرنہٕ، یتھ منز وُہ ساس (۲۰) لُکو شرکت کٔر۔ ۱۹۶۵ء منز کوٚر امریکہ ہِکی صدر جانسن (Johnson) سیاہ فامن ووٹُک حق دِنہٕ کِس قونٔونس پٮ۪ٹھ دستخط۔ ووٹ ترٛاونس ستی منسلک امتیاز کرٕنی لوٲزِمات (Voter Qualification Tests) آے منسوخ کرنہٕ۔

۱۹۶۷ء یس منز چلاو کِنگ جونیئرن سیاہ فام شہرِ ییٚن بتھِ اقتصٲدی مُشکِلاتن خلاف تحریک۔ اتھ اوس ناو ''Poor People's Compaign''، یُتھ قانٔون بناون والین (Law makers) پٮ۪ٹھ دباو پیِیہ تہٕ تِم کرن اقتصٲدی ناانصٲفی ہُنٛد خٲتمہٕ۔

۴ اگست ۱۹۶۸ء یس منز سیاہ فام ''ژھوٚٹھ جمع کرن والین'' Sanitation Workers ہنٛدٮ۪ن حقوقن متعلق مُہمس دوران چلاوِ James Earl Ray ناوِکی اُکی سفید فام شخصن کِنگ جونیئرس پٮ۪ٹھ گولہٕ تہٕ کِنگ جونیئر موٚد Memphis جایہ پٮ۪ٹھے۔ عدالتن دیُت قٲتلس ۹۹ ؤری قٲدُک سزا۔

کِنگ جونیئر سنٛدِ مرنٕچ خبر بوٗزِتھ گوٚو امریکہ کِس ہر ریاستس منز احتجاج، ہنگامہ تہٕ بداَمنی۔ امریکہ گوٚو اَکِس عظیم سیاہ فام لُکن ہنٛدِس راہنماہس (یُس شہری حقوقن ہُنٛد علم بردار تہٕ اخلاقی اصولن ہُنٛد پیروکار اوس) نِش محروٗم۔ تہٕ سُہ آواز، یٚمی لچھ بٔدی لُکھ

وُزٕنٲوِ ،گٔے ہمیشہِ خٲطرٕ خاموش۔مارٹن لوتھر کِنگ جونئیرس آو ۱۹۶۴ءیس منز نوبل انعام (Nobel Prize) عطا کرنہٕ۔

ازہیکہِ امریکہ کِنگ جونئیر ہِندِ خوابچ تعبیر ،اکھ حقیقت زٲنتھ ،کلہٕ تھوٗ دتھاوُتھ۔کِنگ جونئیرس اُسی Liberty،Equality تہٕ Fraternity ٹاٹھی ، یمن پیٹھ امریکہ کہِ جمہوریتچ بُنیاد چھےٚ امریکن کانگریسن کوٚر ۱۹۸۳ء یس منز اُمس انصاف کِس چمپئین (Champion) ہَس خراجِ عقیدت دِنگی ۱۵ ارجنوری (یومِ پیدائش) یاا کہِ ریچ ترٛیٚیم ژٔندٕ روار قومی تعطیل قرار:

جس کی آوازوں سے لذت گیراب تک گوش ہے

وہ جرس کیا اب ہمیشہ کے لئے خاموش ہے





Nelson Mandela; With Us President Bill Clinton





1.Mandela, Nelson : Nelson Mandela in prison on Robben Island, off Cape Town.
2. Mandela, addressing the Special Committee Against Apartheid, convened in his honour at the UN General Assembly, on June 22, 1990, in New York City

# نیلسن منڈیلا (Nelson Mandela)

نیلسن منڈیلا زاو ۱۹۱۸ء جنوبی افریقہ کِس مشرقی کیپ صوبس منز۔ پیشہٕ کِنۍ اوس وکیل تہٕ ۱۹۴۴ء منز کوٚرُن افریقن نیشنل کانگریس پارٹی ہنز رُکنیت اختیار۔ ۱۹۵۶ء یس منز آو یہِ گرفتار کرنہٕ تہٕ اُمِس خلاف آو قومی غدٲری ہُند مُقدمہ چلاونہٕ۔ ۱۹۶۱ء یس منز آو منڈیلا رِہا کرنہٕ۔ اَتھی دوران کوٚر اَمۍ وِنّی (Winnie) سٕتۍ کھانٛدر۔ وِنّی اُس اکھ سرگرم سمٲجی کارکُن۔ ۱۹۶۴ء منز ییٚلہِ عدالت کہِ طرفہٕ منڈیلا آو مجرم قرار دِنہٕ تہٕ عمر قٲد سزا دِنہٕ۔ وِنّی تھوو افریقن نیشنل کانگریس پارٹی سٕتۍ رٲبطہٕ قٲیم۔ وِنی تہٕ آیہِ ۱۹۶۹ء منز قٲد کرنہٕ تہٕ زٕ ؤری گٔذٲرِ اَمۍ قٲد خانس منز۔ وِنی اُس پیشہٕ کِنۍ اکھ میڈیکل سوشل ورکر۔ ۱۹۷۶ء منز آیہِ وِنی ہٕنٛدِس پھیرُن تھورُنس پٮ۪ٹھ پابندی عاید کرنہٕ مگر وِنی مون نہٕ یہِ حُکم۔

۱۹۹۰ء یس منز آو منڈیلا جیل منز آزاد کرنہٕ تہٕ نیشنل افریقن پارٹی پٮ۪ٹھ لٔگتھ پابندی آیہِ تُلنہٕ۔ ۱۹۹۲ء منز گٔے منڈیلا تہٕ وِنی الگ۔ ۱۹۹۶ء یس منز دیُت منڈیلا ہن وِنی طلاق (Divorce)۔

منڈیلا اوس سمٲجی کامہِ کرنہٕ علاوٕ اکھ مُدبر، معتبر تہٕ ممتاز سیاست دان۔ منڈیلا ہن کٔر Aparthied (نسلی امتیاز تہٕ علٰحید گی) خلاف جدو جہد۔ جنوبی افریقہ ہس منز اوس نسلی امتیاز عروجس پٮ۪ٹھ، یتھ منز سفید رنگ تھاون وٲلۍ اقلیت حکومت کٔرتھ کرٕ وٕہُن رنگ تھاون وٲلۍ باشندن سٕتۍ نسلی امتیاز اُسۍ ورتاوان۔ ۱۹۴۸ء پٮ۪ٹھٕ اُس اَتھِ نیشنل پارٹی (سفید نسل کہِن لُکن ہنز پارٹی) نسلی امتیاز کِس منشوٗرس پٮ۪ٹھ الیکشن زیٚنتھ حکومت بنأوِمژ۔ ۱۹۹۰ء تام رُوٗد نسلی امتیاز (Aparthied) سفید نسل کہِن حٲکمن ہُند اکھ خاص ہتھیار اکثریتی طبقس (Blacks) خلاف۔ ۱۹۹۰ء یس منز منڈیلا ہٕنٛدِس قیادتس منز گوٚو جنوبی افریقہ ہس منز نسلی امتیاز تہٕ علٰحید گی ہُند دور ختم۔

جنوبی افریقہ ہس منز اوس نسلی امتیاز اکھ ناسوٗر بنیوٗمُت۔ Aparthied قانوٗنہٕ مطابق اُس لُکن ہنز درجہِ بندی کرنہٕ آمژ۔
(۱) White (سفید فام)، (۲) Black (سیاہ فام)، (۳) Coloured (مرکب یا مخلوط)، (۴) Asians (ہندوستٲنۍ تہٕ پاکستٲنۍ)

یِم قونوٗن اُسۍ سخت تہٕ اتھ منز اوس یہِ وبڑھناونہٕ آمُت زِ کُس طبقہٕ ہیکہِ کمہِ قسمُچ تعلیم حاصل کٔرِتھ۔ کُس نوکری کٔرتھ تہٕ کتہِ بِستھ۔ حکومتس منز اُس نہٕ سفید فام نسل ورأے باقٕے تژٕ بن طبقن ہُند کانٛہہ نمایند آسان۔ مختلف طبقن پٮ۪ٹھ اُس پانہٕ وٲنۍ میلنس

پٮ۪ٹھ تہٕ پابندی۔

یہِ نسلی امتیاز اوس منڈیلاہس حدٕ کھوتہٕ زیادٕ پریشان کران۔ سُہ اوس Aparthied دُنیہچ بٔڈ ناانصأفی ( Racial Injustice) مانان۔ ییٚلہِ منڈیلاہن الیکشن زیوٗن تہٕ حکومت بنأوِن، یہِ اُس مُلکچ گوڈنچ جمہوری حکومت۔ یہِ اُس نسلی امتیاز نشہِ دوٗر۔ پرتھ طبقس آیہِ حکومتس منز نمایندگی دِنہٕ۔ منڈیلا لوٗگ سمأجی تہٕ اقتصأدی نابرابری (امتیاز) ختم کرنہِ۔ اتھ منز گوٚو سُہ واریاہس حدس تام کامیاب۔ یتھٕ کٔنی گوٚو اتھ مُلکس منز ۱۹۹۱ء یس منز Aparthied ختم۔

نیلسن منڈیلا تہٕ اُمی سُند بیاکھ سأتھی De Klerk آو نوبل انعام (Nobel Prize) دِتھ یِہنز حوصلہ افزأیی کرنہٕ۔ De Klerk اوس سفید فام (White) تہٕ منڈیلاہس ستی روٗزِتھ، آیہِ ترٛہہِ (۳۰) وٕہری افریقن نیشنل کانگریس پارٹی پٮ۪ٹھ لگاونہٕ آمژ پابندی تُلنہٕ۔ De Klerk سنٕز نیشنل پارٹی اُس نہٕ گوڈٕ گوڈٕ سأرے حکومت یژھان ترٛاوٕنی۔ مگر اکثریتی سیاہ فام (Black) روٗدی ڈٕٹتھ۔ تمو تھأوی احتجاج جأری تہٕ نیشنل پارٹی گٔرکھ مجبور پٮ۪ٹھ فأصلہ بدلنہٕ باپتھ۔

۱۳ نومبر ۱۹۹۳ء یس منز کوٚر مُتفقہٕ پأٹھی دوشوٕ یٚو تنظیمو اکھ سمجھوتہٕ، یتھ منز یہِ فأصلہ آو کرنہٕ زِ اکھ غأر امتیأزی، مُتحد، جمہوری بُنیادس پٮ۪ٹھ بنیِہ حکومت یِیہِ جنوبی افریقہٕ ہس منز قأیم کرنہٕ۔ امیُک اصول آسہِ One person one vote (اُکس نفرس اکھ ووٹ)۔

۱۹۹۴ء مارچ کِس اُخری ہفتس منز آے انتخابات (Elections) منعقد کرنہٕ تہٕ ۱۰ مئی ۱۹۹۴ء یس منز بنیوٚ ومنڈیلا جنوبی افریقہ مُلکُک گوڈنیُک سیاہ فام صدر تہٕ جون ۱۹۹۴ء یس منز آیہِ اتھ مُلکس Commonwealth of Nations رُکنیت دِنہٕ۔

منڈیلا روٗد سیاہ فام لُکن ہٕنٛدِس سیأسی تہٕ سمأجی آزأدی ستی تعلق تھاون وألی شہری حقوقن ہٕنٛدِ باپتھ سأرِسے وأنسہِ جدوجہد کران۔ امہِ وجہ کٔنی بنیوٚ نیلسن منڈیلا عالمی سطحس پٮ۪ٹھ تسلیم کرنہٕ آمُت معروف تہٕ مقبول شخصیت۔ منڈیلا سُند استقلال، ضبط، حوصلہٕ، ہمت تہٕ بحیثیتِ صدر، لاثأنی انتظأمی صلأحیتن ہُند مألِک آسنہٕ کٔنی چھُ نیلسن منڈیلا یوان اکھ Living Legend تہٕ Icon مانہٕ۔

☆☆

## Literary Function organised by Academy of Art, Culture & Languages, on the eve of launch of Dr. Tabish's book 'Chan-e-Anman-a Aftaab Pakav' and Music CD 'Ak-i-Umre Hund Sourui Safar' (18 December, 2019)



Prof. Syed Amin Tabish receiving Bouquet from Mr. M. A. Tak



VC Kashmir University Prof. Talat Ahmad, delivering his Presidential Address



Prof. Mushtaq Sidiqi, VC IUST delivering his speech



Dr Tabish addressing the audience



Prof. Bashar Bashir reading his paper about the book



Inayat Gull reading his paper about the book





Syed Hamayun Qaisar (Ex Director Radio Kashmir, Srinagar) and Shahid Budgami delivering speech



Zaffar Shah (Sr. Advocate) delivering his speech




Launch of Book authored by Tabish and Music CD Kalam-i-Amin Tabish



Mohamad Ashraf Tak (Chief Editor, J&K AACL) presenting Vote of Thanks










1-2.Govt. Medical College, Srinagar 3. With Dean Prof SN Ahmed Shah, 4. SKIMS





Receiving FRCP, Edinburgh (UK): 2002, Receiving FAMS: 2003





With VC Prof. Saleh Al Damegh; Qassim University, Saudi Arabia: 2005-2007





With my Guide Dr. Sir Alexander Macara, Bristol (UK), Receiving award at AIIMS, New Delhi







Receiving FRCP (London): 2. Receiving Award from Prof Satyanarayana at AIIMS



kashmirlife.net
**Dr Tabish felicitated with Dr APJ Abul Kalam Award**
Srinagar Dr Syed Amin Tabish, Medical Superintendent SKIMS, has r...







1.Receiving 7th Medgate Award, International Conference Centre, New Delhi
2. Receiving Sir Sri Ram Memorial Award, National Academy of Medical Sciences, Delhi: 2005

# Doad Te Dugg

## ڈُڈ تہٕ دگ



کلامہ: ڈاکٹر سید امین تابش

گلوکار















موسیقار: قیصر نظامی

# Doad Te Dugg

## ڈُڈ تہٕ دگ



کلامہ: ڈاکٹر سید امین تابش

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | نعت۔ گوش تھاوزار پالس یا نبیؐ | شازیہ بشیر |
| ۲۔ | داوس چھ لگتھ زندگی | قیصر نظامی |
| ۳۔ | ہوی وتھان بازے | شاہی ممتاز |
| ۴۔ | ساقی یہ پانے پانہ | وحید جیلانی |
| ۵۔ | وپہ زے ژھکو | شازیہ بشیر |
| ۶۔ | میانہ جگرک ڈود ووتھ | منیر احمد میر |
| ۷۔ | بے عارہ ہردہ داون | شاہی ممتاز |
| ۸۔ | نظر تمہ سنزہ سیتٕ | قیصر نظامی تہٕ شازیہ بشیر |
| ۹۔ | یتہٕ چھےٚ اکھا اکھ ژھمہ کوٚن | وحید جیلانی |
| ۱۰۔ | نظریہ تمہ سنزہ سیتٕ دل | شازیہ بشیر |
| ۱۱۔ | ڈوز اتھ دوان | منیر احمد میر |
| ۱۲۔ | خون ہاران وچھم دوان | قیصر نظامی |
| ۱۳۔ | ازتہٕ سوی لول اعتبار | وحید جیلانی |
| ۱۴۔ | نظریہ تمہ سنزہ سیتٕ | قیصر نظامی |
| ۱۵۔ | نعت۔ لقب چھے ژےٚ خیر البشر | قیصر نظامی |

موسیقار: قیصر نظامی

ریکارڈنگ انجینیر: قاضی رفیع



# ABOUT THE AUTHOR

Professor Tabish is a medical scientist with several distinctions to his credit an ace academician, a brilliant medical administrator and a dedicated researcher with 25 year's illustrious professional experience in Healthcare, Medical Education and Scientific Research. With 400 Scientific Research publications, has authored more than a dozen Text Books (Hea[illegible]th Policy, Planning, Management, Emergency Medi[illegible], and Medical Education), served as Edit[illegible]r of more than a [illegible] international medical [illegible]s and earned 60 Awards for his outstanding contributio[illegible] Healthcare, Higher Educati[illegible] Scientific Research.

*[Ref: Jo[illegible] International Medical Sciences [illegible]: July-September 2012 Vol. 25 No. 3].*

## Bo[illegible]k[illegible] Authored:

- [illegible]ussaini Kar[illegible] Safar (Published in 19[illegible] [illegible]he age of 18 years)
- [illegible]ush-hal Reyasat: 1981
- Kashmiriyat: 1982
- Handbook of Emergency Medicine (Valley Publishers | 1998)
- Textbook of Hospital & Health Services Administration
  Oxford University Press New York | 2000 | 2005 |2011
- Planning, Organization & Management of Hospitals
  JayPee Brothers Medical Publishers | 2003 | 2012 | 2020
- The Future of Health (Paras Medical Publishers | 2004)
- Hospital Infection Control: Conceptual Framework
  Academa Publishers | 2005
- Living on the Edge: 2006
- Evidence Based N[illegible] Practice (SKIMS Publication | 2010)
- Problem [illegible] Conceptual Approach (2015)
- Em[illegible]erging [illegible] Medical Education (2017)
- Ch[illegible]aan-i-A[illegible]ab Pakkav (March 2019]
- To[illegible]wards the New [illegible]cape for Healthcare Governance:
  **Patient-Centric, [illegible] Focused, Value-Driven**
  **(Cambridge University Press): to be launched in 2021**



ISBN 978-93-540684-7-8